ہندوستانٕی کِتابن ہُند سِلسلہٕ

# أزُیک کأشُر افسانہٕ

مرتبہ

ڈاکٹر رتن لعل شانت




نیشنل بک ٹرسٹ، اِنڈیا

# فہرس



---

* افسانہٕ نِگارن ہُند ترتیب چھُ تِہنٛدِ زاہ سنہٕ کِس ترتیبس منٛز تھونہٕ آمُت۔

# أزٕکۍ کأشُر افسانہٕ : صوٗرتِ حال

ڈاکٹر رتن لعل شانت

''أزٕکۍ'' یا ''معأصر'' یا ''ہم کال'' یا ''عصری''۔ یِم اصطلاح یِتھے

افسانس سِتۍ لاگنہٕ یِوان چھِ تہٕ ''أزٕکۍ کأشُر افسانہٕ'' لفظہٕ بند (فرٛیز) بنأوِتھ

اِستمال کرنہٕ یِوان چھُ، سانہٕ افسانہٕ تنقیدُک مُدعا چھُ عام پأٹھۍ یِہ آسان زِ

پنُن وق (نقاد تہٕ تخلیق کارسُنٛد وق) کڈِہون روایتی یا توأرٖیخی سِلسِلہٕ نِشہٕ

الگ تہٕ امہِ وتُنۍ افسانہٕ وُچھہون قدرے محدود تناظُرس منٛز، محدود وقتی

چوکاٹھس منٛز۔ مُدعا چھُ صحی تہٕ رُت آسان مگر شاید چھُ یِہ اتفاق زِ یِہ دعوا کرن

وألۍ نقاد چھِ لگاتار کوٗشش کران امہِ چوکاٹھ نبر نیرِ ہأن تہٕ نیران تہٕ چھِ۔

تقریبن سأری چھِ پننۍ دلیل تتی پێٹھ شروٗ کران یێتہِ کأشُر افسانہٕ شروٗ گو۔ خبر یِہ

چھا پزی اتفاق کِنہٕ کتھ برٛزر کرنک ول، تہٕ برٛزر چھے اسہِ خبرٕ ے ہیکہِ واریاہ

تتھِ مواد سِتۍ تہٕ کرنہٕ یتھ یُس منطقہٕ کِس مرکزی نوقطس سِتۍ اژھیوٗن اہمیتُک

واٹھ آسہِ نہٕ تھوان۔ گرٛھان تہٕ چھُ تی۔ افسانس مُتلِق کانٛہہ تہٕ مخصوص بیان،

امہِ کہِ کُنہِ تہٕ خاص پہلوٗہُک ذِکر، تیمێک اعلان مضموٗنک عنوان کران آسہِ، چھُ

افسانہٕ کِس تۄ أرتِھس اندر راوان۔ سُہ تۄ أرتِھ تہٕ چھُ بذاتِ خود منڈٕمرٕ وتہٕ ہنٛز بےٚ زٕ دٕ دٕ آسان تہٕ بس۔

افسانہٕ کِس نقادٕ سنٛز یہِ سہل انگأری یا جلد بأزی درکنار، شاید چھُ یہِ کأشرِ افسانُک لۄگ لونٛے زِ اپچ کم سِنی کرِ امہِ کِس تنقیدس لوکٹبن لوکٹبن توصبُن اندر بنٛد تہٕ تِتھی تنقیدٕ کہ فأصلہٕ بنن شودِ سونٛچہِ چہِ عدم مۄجودگی کِنہٕ حتمی۔ مثلن یِزٕ ترقی پسندی کۄر افسانہٕ خراب (تِہٕ یازِ یہِ أس ''کأشرِ بن لُکن نہٕ وِیہٕ وُنہِ'' مارکسزمچ پأداوار) یا یہِ زِ جبہٕ کٔڈل یا زأنہٕ کٔڈلہٕ چہِ زِندگی تانی محدۄد رٕوٗزِتھ کۄر کینٛژو افسانہٕ نگارو کأشُر افسانہٕ آفأقی اِنسأنی مسلو نِشہِ ژھبنہٕ۔ ظأہر اوس زِ تنقیدی عدلیہِ ہکہ یم یک نفری تہٕ اُکطرفی فأصلہٕ أسہِ ذأتی توصبی نظریہٕ نہٕ زِ ادبی فہمیتکی غماز۔ امہِ صورتحالُک وجہہ اوس تہٕ وُنہِ تہٕ چھُ یہِ زِ کأشُر افسانہٕ چھُ وأنسہِ لوکُٹ تہٕ کأشُر افسانٛچ تنقیدٕ چھےٚ بلکُل کھوکھشے کران۔ معیار اۄکطرف ترٛأوِتھ صرف تعدادِ نے اگر نمو سأنی پرٛأنی نۄی جان خراب گُل افسانہٕ نگار چھِنہٕ ترٛےٚ درجن تہٕ نقاد آسن زٕ ترٛےٚ۔ خبر سون بُزرگ یا جوان کانٛہہ تہٕ افسانہٕ نگار آسیا پنژاہ یا شیٹھ افسانہٕ زیادٕ لیکھِتھ گۄمُت تہٕ کأنٛسہِ نقادن آسیا اکہٕ زیادٕ تنقیدی مضمون یِتھ قأبل رحم صنفہِ آلۄمُت۔ گرٛی تو مقابلہٕ۔ ہندی اردو پنجأبی افسانہٕ نِگارن ہُنٛد تعداد چھُ سانی افسانٛچہِ وأنسہِ (یعنے 60 وری) وأرِتھ سانہِ تعدادِ ترٛگنہٕ پٮٚٹھی ہُریۄمُت۔ خأر امہِ ٹیٚچھِ حقیقژ ہندی وجہہ چھِ اسہِ مولۄم تہٕ یہِ چھِنہٕ تم بیٚیہٕ وبژہ ناوُنک موقہٕ محل۔

''أزِیُک کأشُر افسانہٕ'' لفظٕ بنٛدس (فریزس) منٛز آمٕت ''أزِیُک'' چھا صرف صِنفہِ ہنٛدِس توأریٖخی سِلسِلس کُن سون توجہ نوان؟ ''از'' گو بے شک تہِ ییٚنہٕ ''راتھ'' یا ''اوتر'' اوس۔ یُس واقعأتی لیٖحاظٕ راتھ یا اوترٕ نِشہِ امہِ لحاظٕ بیٚون چھُ زِ راتھ یُتھ موٗسِم اوس راتھ یُتھ غم تہٕ پٔتھ خوٗشی اسہِ سپٕز راتھ یہِ اسہِ گٔذربو یا گٔذربو، اَز یِیہٕ نہٕ سُہ تمی انمانہٕ دٔرراونہٕ۔ زِندگی ہنٛز رُٹِھن آسہِ تی مگر اتھ دوران سون عمل سوٗنٛچ رُوِیہ آسہِ اَز مختلف۔ ادب چھُ احساساتن ہُنٛد زایُن آسان تہٕ رُٹِنہٕ باوجوٗد چھُ احساساتن ہُنٛد بیٚنٛز یہِ ہأوتھ دِوان۔ صحی ادبس منٛز چھُنہٕ کہیں دٔرراونہٕ یا دوہراونہٕ یِوان۔ دوہراوان چھِ أسی صرف واقع نہٕ زِ واقعس ستی متحرک سوٗنٛچ احساس یا رُوِیہ۔ احساس تہِ چھُ دوہراونہِ یِوان مگر صرف یاداشتس منٛز تہِ اَوے چھِے یاداشت ادبی تخلیقس اکھ بُنیاد آسان۔ یِہأے یأژ چھنہٕ اکھ بُنیاد مگر یہ چھِے اکھ اہم بُنیاد۔ اِسلئے ییٚلہِ أسی أزِیُک ونان چھِ، یہِ چھُ راتکہِ نِشہِ واقعأتی لیٖحاظ سراسر الگ اُستھ تہٕ راتکہِ واقعک ژھتہٕ ووتُر لولہٕ سان للہٕ وان تہٕ رٔژھران۔ اسہِ چھِے خبر زِ یادٕ کہِ عنصرُک کوتاہ تہٕ کِتہٕ رنٛگی استعمال چھُ ادبس منٛز کرنہٕ یِوان تہٕ أتھی بنیادس پٔٹھ کوتاہ سوٗنٛچ تہٕ فکر آو کرنہٕ یُتھ نٔوی تنقیدی زاوِیہ کھڑٕ کرنہٕ ییٚن۔ یاد چھِے اَسہِ أزِیُک تہٕ یِیمہٕ لمحک اُستھ تہِ گٔذریمتِس لمحس، راتہِ کِس، پرسہٕ کِس دٔہلہِ تہٕ صدی یو بڑوٚٹھی مِس ستی جوڑ دِوان۔ اِنسانہٕ سُنٛد ذیٖہن عام پأٹھی تہٕ تخلیق کارٕ سُنٛد خاصکر، چھُ اکہِ وسیع یادٕ ووتریک حِصہٕ۔ أسی یِتھویانہٕ سون ذیٖہن چھُ پٔنن أزِیُک تشخص کھڑا

کرنہٕ خاطرٕ اَتھی بڈِس وُسعتس تھپہٕ دِوان تہٕ تم عناصر بد کڈان یم سأنی چھِ یا اسی ہوی چھِ۔ ووں گو یہِ چھُ تشخص کھڈا کرنُک یا ادب تھُرنہٕ یِنگ یا تنقیدی زأویہِ سرِ کھرٕ کرنُک صرف عمل نہ کہِ مقصد۔ ییٚلہِ عمل مقصد بنان چھُ نظرٕ چھےٚ گچھہٕ گرٕھان تہٕ زأوِین ہنٛدی قافیہِ چھِ تنگ گرٕھان۔ کأشرِ افسانُک از چھُنہٕ امہٕ کہِ راتھ یا اوترٕ نشہِ واقع تہٕ واقع رٔژھراونہٕ یا راوراونہٕ کہِ عملہٕ سٟتی زیادٕ مختلف۔ عمل یعنے ورتاوُک ہٲتھی یا، چھُ عام پأٹھی وُنہِ تہِ سُے، اظہارُک رٔویہِ تہٕ چھُ ویوٚٹھ پأٹھی تِتھُے مگر سون منشا چھُ اَز ہَنا ٹاکارٕ تہٕ بولہٕ وِنی ہیئت پرٛاوان۔ ووں گو یہِ پزٕ اَسہِ ژٕنتس تھوٗن زِ اَزِچ یہِ خاصیتھ چھِنہٕ پنٕنہٕ ٹاکارٕ ییتہٕ سٟتی افسانس مقصدی ادب بناوان۔ نہ تتھ معنے ہَس منٛز یُس ترقی پسندی دورس منٛز ادبہٕ خاطرٕ لأزِم مانہٕ آمُت اوس تہٕ نہ ییٚہِ گُنہِ تِتھی ہِوس مُلہٕ تلہٕ غأر ادبی مُحرکہٕ کِس معنے یَس منٛز۔ بہرحال اتھ پیٹھ کرِو برٛونٹھ کُن بحث۔

ظأہر چھُ زِ اَزٕیُک وُنتھ تہٕ ہیٚرِ کنہٕ دلیل دِتھ چھِنہٕ اَسی کانٛہہ اکایل تصوٗر پیش کران تہٕ ییٚمہِ وقتی چوکاٹھک ذِکر ہیٚرِ کنہِ سپُد تمِچ اہمیتھ تہِ چھِنہٕ اَسی گُلِیتن نظر انداز کران۔ یہِ چھِ اسہِ خبر زِ ہم کال چھُ عموٗمن پتٕمبن دہَن پنٛداہن وٚرِیین اندر لیکھنہٕ آمُت مانہٕ تہٕ ونہٕ یِوان۔ مگر رٔژھا غورٕ سانٛہ وُچھو یہِ وقتی واہراو مُختص گرٕتھ تہِ چھِنہٕ اَسی اتھ اندر اندر لیکھنہٕ آمِتس سأری ہے ہم کال مانان تہِ کیازِ اَسی چھِ ہم عصریت یا معاصریت اکہِ خاص شعورٕ مُطأبِق لیکھنہٕ آمِتس ادبس اندرٕ ے لبان سأرے سے اندر نہٕ۔ مثلن پتٕمبن دٔہن پنٛدہن

وٚرۍ ین دوران آیہِ تِتھۍ افسانہٕ تہٕ لیکھنہٕ یم 50 یا 60 کہِ دٔہلہِ کِہن ہموار بیان یا صدمل اند والبِن سہٕل افسانن ہنز رِبواتھ ایمانداری سان زِندٕ تھٲوتھ چھِ۔ تِتھۍ افسانہٕ تہٕ آیہِ لیکھنہٕ یم 70 یا 80 کِہن دٔہلِہن ہنز صحر انگیز اماپوز معنے چھوٚنی لفأظی رٕژھرِتھ چھِ۔ مگر تِتھو افسانو ورأے چھِ تِتھۍ کیٛنہہ افسانہٕ تہٕ لیکھنہٕ آمٕتۍ یم اَسہِ بدل وتن پیٹھ پکہٕ نچ دعوتھ دِوان چھِ۔ یہِ 'بدل' کیٛاہ چھُ؟ تمِچ ماہیت کیٛاہ چھِ؟ یِمن سوالن اگرے اسہِ جواب ییٛنہِ، أسۍ آسو ہم کالہٕ کِس چوکاٹھس اندر ''أزی کِس'' کأشرِس افسانس کانٛہہ ناو کانٛہہ تعریف کانٛہہ ڈیفی نِشن definition مُقرر کٔرِتھ ہیکہِ مٕتۍ۔ ووں گو ییٚژھَن ہکو وٕنِتھ زِ أزیُک چھُ بے شک ہم کال یا معاصر کِس دأیِرس اندر اندر رِتم حرکی عناصر ژٕنۍ کڈان یمو کِنۍ ہم کال صرف اکھ وقتی چوکاٹھ روزان چھُنہٕ۔



أزیُک کأشُر افسانہٕ سمجنہٕ وِزِ گژھِ اسہِ پُتن تنقیدی سوٗنچ یتھ یہِ دٔپُزِ تہٕ بدقسمت سوالس ییٚنہِ اکہِ لٹہِ جواب ژھانڈنس لاگن زِ کأشرِس اندر کونہٕ ووتلے یہِ ناول؟ أسۍ یٚیمہِ وِزِ یہِ سوال تُلان چھِ أسۍ چھنہٕ امہِ کِہن وٚنِس تام دِنہٕ آمٕتِین جوابن نِشہِ پننہِ لاعلمی تہٕ بے خبری ہُند مُظاہِر کران۔ أسۍ چھِ زأنِتھ یم جواب روزن دوہے کیٛژن اہم نوقطن أندی أندی گتہٕ گیوٗر کران۔ یم نوقطٕ کرن پانس أندی أندی تہٕ گردِش تہٕ پوشاکھ بدلأوی بدلأوی ہِن، یتھ زِ یم جواب روزن نہٕ کُنہِ گنڈِتھ فارمولاہَس یا مساواتس طابع ٹھکہِ زبان تہذیب

توأریٚخ پرن والین ہُند ثقافتی شعوٗر احساس خوٗدی وغاٲر وغاٲر ہکی باہمی عمل ردِ عمل کرن سأنی جواب مُتعین۔ مگر اکھ بُنیأدی نوقطہٕ روزِ ہمیشکی پاٹھی اَسہِ زالوٗ مٔنزی نیرِتھ ژلان تہٕ سأنی اتھ روزن آب دوٗرٕ ھان۔ سُہ گو یہِ زِ سأنی قومی شخصیتھ (نہَ زِ سأنی مُسلمأنی یا بٹہٕ یا سکھٕ شخصیتھ بلکہِ زبأنی ہنز اہم ترین، ناقابل تنسیخ تہٕ پھیرِ ہاو موٗلہِ شخصیتھ) چھنہٕ وُنہِ تہٕ پننہِ make-believe تہٕ پرٛھ پرور انداز فکرِ نشہِ لوٗب ہنس تیار یتھ بدلونبن عصری حقیقن کُن کانہہ بے لاگ رٔوِیہِ ووتلتھ ہیکہِ ہے۔ سانہِ شخصیچ یہِ خوبی (یا خأمی) چھنہٕ اسہِ زِندگی منز واراہ کینہہ اپناونس وتھ دِوان تہٕ واریاہ کینہہ تژاونس چھُنہٕ اسہِ ووندٕ یوان۔ کٲشیرِ اندر اوس سوٗنچک بے لاگ رٔوِیہِ نوٗمہٕ ڈٔہمہِ کہمہِ صٔدیہِ منز ووتلیوٗمُت تہٕ ترُوأہمہِ ژودأہمہِ صدیہِ پتہٕ وأتی أسی ییٚہِ توتےٚ ییٚتہِ مثلن دوٗیمہِ ترٛییٚمہِ صدی منز أسی۔ عام پاٹھی چھُنہٕ کُنہِ واسطی دورِ کس تہذیبس اندر سوٗنچک یتھ وُتشاد (یُس 9-10-11 صدی منز کٲشیرِ منز اوس) لگاتار دوٗن ترٛن ہتن وٕری ینَ روٗدمُت زِ تتہِ کس ادبس اندر گژھ ہَن نظمہٕ کھوتہٕ نثرٕ تہٕ سُہ تہِ تنقید، تنقیدس پتھ تنقید تہٕ تشری علاوٕ دلیلن تہٕ داستانن ہنٛدی بر یکدم یلہٕ۔ سوٗنچ ییلہِ بے لاگ بنہِ نثرٕ چھُ ادٕ زنمس یوان۔ نثر یوٗتاہ بے لاگ تہٕ سادٕ بنہٕ پخ پوختگی حاصل کرِ تیوٗت چھِ تنقید، ناول تہٕ افسانہٕ پرٛتھان۔ اگر کاشرِس منز پرٛتھے یہِ نہَ ناول، اتھ صوٗرتحالس منز چھُ افسانس کُس تأنی زبردس بأطنی (یعنے ثقافتی) زور، کنیاہتأنی رِزٲرٕ و reserve یُس اتھ زِندٕ تھوٗتھ چھُ۔ نتہٕ اگرَ ے ناولہِ ہُند بوٗڈ

کنواس چھُنہٕ لوکٕٹس چھُنہٕ آسہٕ نٕچ دلیلے مُہیا آسان۔ تہٕ یُس لوکُٹ (یعنے افسانہٕ) دٔسیاب چھُ سُہ چھُنہٕ تہٕ نہٕ ہیکہِ سُہ ناولہِ ہِندِ فُقدانک اثر درگذر کٔرِتھ۔



کاشُر افسانہٕ ڈِفائِن (define) کرنہٕ تہٕ سمجنہٕ وِزِ چھِ أسی عموٗمن اکہِ قسمچہِ فِکری خود کفیلی ہُند رٔوِیہ پانہٕ ناوان یتھ أسی ''ذٔہنی ناکہ بندی'' ؤنِتھ ہیکو۔ اسہِ نہٕ چھُ تمہِ وِزِ شرٕپہٕ کی ہُند نہٕ ناول نہٕ آسہٕ نک تہٕ نہٕ تنقید ناپوختہٕ آسنک مسلے آسان ۂلیکہِ أسی چھِنہٕ یتھین مسلن برٛونٛھہ دِوان پکنے۔ أندی پکھی کیٚن ہُتو أزی مسلن ہِنٛز چھُنہٕ کتھے۔ دوٕیم حقیقتھ چھےٚ یہ زِ أسی چھِنہٕ أمہِ وِزِ پٔنٕنٛز کُل ادبی رِوایتھ تہِ زیرِ نظر تھاوان۔ اگرے اسہِ تہٕ مشکل ڈوٗگری زبانٕ ہِندی پأٹھی کانٛہہ زیٚٹھ تہٕ بُرٛز ادبی رِوایتھ آسہِ ہے نہٕ اَسہِ تہٕ أس نہٕ پنٕنہٕ لرِ ہِنٛز کُرسی کھارنہٕ خاطرٕ زمیٖنس تل گامٕژن دیو قامت کنٕین تہٕ شیٖلن ہِنٛز بُنٛیاد سمجنٛز ضوٗروٗری۔ کأشُر افسانہٕ آو تہٕ مغربی ادبی تہٕ سیأسی ذہنیتہٕ کِس اثرس تل وجوٗدس منٛز ضوٗروٗر مگر زبان تہٕ اظہارٕکی رٔوِیہِ چھِ خأص مقأمی زمینی تہٕ توأریٖخی طاقتو سٟتی ووتلے ٹتی تہٕ گرنہٕ آمٕتی آسان۔ کأشرِ اِظہارٕ رٔوِیہ چھِ موٗلہٕ تلہٕ یتھی أز ستھ ہتھ ؤری پتہٕ تہِ یتھی لل دبد یا نُند ریٚشی ہِندِ وقتہٕ أسی تہٕ پتہٕ یِونِس کالس منٛز وارٕ تشکیل پرٛاوان گٔے۔ حأرأنی گژھِ نہٕ سپدٕنی اگرے اَسہِ اظہارٕک رٔوِیہ أزی کِس نوجوان افسانہٕ نِگارس تہٕ سوم ناتھ زُتشن یا امین کأمِلس یا اختر محی دیٖنس موٗلہٕ تلہٕ ہوٗے باسہِ۔ اتھ روٗی یُس چھُنہٕ ترقی پسندی جدیدیت یا نام

نہاد ساختیأتی نظرین ہُند کانٛہہ اثر بدلاوان تہٕ یہِ امر چھُ قودرتی۔ اظہارُک یہِ رٕوِیہِ چھُ زبأنی تہِ ٹرانسینڈ (transcend) کران۔ یہِ چھُ تتھے کأشرِ بن سنسکرت داستانن منٛز یُتھ کأشرِ بن ہنٛز ہندی اُردو شأعری منٛز چھُ۔ کأشرِ شأعری منٛز گو أسی تھے تہِ کیاز یہِ چھُ مؤلہِ کأشرِ فوک رِکس آرکی ٹایپل (architype) فطرتس منٛز مؤجوٗد۔ سانہِ ادبو رٕٹی پتٕمِس ساسس وٕریس دوران مختلف۔ اظہأری وطیرٕ مگر تم چھِ صرف اسلوٗب یا شعوری ادبی کوٗشِشہٕ۔ سون مؤلہِ اظہأری رٕوِیہِ چھُ سانہِ تل ژبتھ کٔمن سوٗدرن اندر زبوان تہٕ ادبی موضوٗع کیو اسلوٗب دوشونی اکھ الگ تہٕ پھیرہاو خصوصیتھ دِوان۔ یہِ چھُنہٕ صرف مؤضوٗعچ منگ یا اسلوبیأتی ضوٗرؤرتُک خاصہٕ زِ یا ''موحتاط کم بیأنی'' یا ''شعوری مُبالغہٕ آمیزی'' سأری ہے کأشرِس ادبس اندر اکھ مُستقل تہٕ مُشترک قدر بٔنتھ مؤجوٗد۔ یہٕ ونہٕ اتھ قدر تہٕ کیازِ امہِ پیمانہٕ ستی ہکو أسی مختلف لِسأنی استعمالن (usages) کیو اسلوٗبن تام سام ہیتھ۔ یہِ چھےٚ کأشرِ اظہارٕ رٕوِیُچ اکھ خصوصیتھ۔ بیا کھ خوٗصیتھ چھےٚ یہِ زِ سأنس لِکھأرِس چھُنہٕ أخرس تانی یہِ یقین پوٗختہٕ ہیکان گژھتھ زِ مٔیون ترسیل گوا مُکمل کِنہٕ نہ۔ یہِ ووتا بوزکھس تام تہٕ تُسنٛد ردِعمل ہیکا یہٕ متعین گٔرتھ کِنہٕ نہ۔ أسی ہکو گنٕہِ تہِ زِ تخلیقہِ رژھِ رژھِ سام ہیتھ تہٕ امہِ کٔمن ظأہری کیو بأطنی معنے ہٕن تہٕ اِشارن وٕژھنے گٔرتھ یہٕ شبقہٕ گٔرتھ زِ تخلیق کارِس چھُنہٕ پوٗرٕ تسلی زِ کتھ گیہِ واضیح۔ تخلیقس منٛز آسن تسنٛدِ مشکوٗک ذیہنکی کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ اِشارٕ ضروٗر مؤجوٗد۔ یہِ خاصیتھ آسہِ زبأنی تہٕ صنفہِ

پٮ۪ٹھ تسٕندِ عبوٗرِ باوجوٗدتس اندر عیاں۔ بےٚ یقینی ہُند یہِ صورتحال تہٕ چھُ کاشرِ تل ژٕبتک پاٚداوار۔ بے یقینی ہیکہِ زندگی ہنٛدِس تسلسُلس مُتأثر کٔرتھ۔ اِو کٔنی چھُ کأشر ذٕہن ترٛتھ عارضی ژھونٛبہٕ مُشخص کرنس اندر طاق یم تسٕندِس از کالس رژھا پایدأری دِن۔ امہِ سٟتی چھُ کأشرِس أدبہٕ سُند رٕویہِ موحتاط بنان۔ سُہ ونہٕ نہٕ بلا ضرورتھ مسلہٕ کھڑا کرِنچ کتھ تہٕ نہٕ دِیہِ زأنتھ مأنتھ زبأنی بےٚ گنڈ گژھنہٕ۔ اتھ منٛز ہیکہٕ نقادس تس اندر مُہم جوٗیی ہُند فقدان لبنہٕ یتھ۔ خأر اظہارٕکہٕ رٕوی یٚک یہ بحث تُلہٕ نٕک مقصد چھُ کأشرِس افسانس پٮ۪ٹھ تہٕ لوگوٗ سٔپدان تہٕ اوٚے آو یہِ بحث یتھ تناظرس منٛز تُلنہٕ۔ دراصل چھُ یہِ موضوٗ اکہِ الگ تہٕ مُفصل وبژھ نیہٕ ہنٛز منگ کران یُتھ یہِ کُل کأشرِ ادبہٕ کٔس تناظرس منٛز پرکھاونہٕ یِیہِ۔

ہیٚرِ کنہٕ یٟمہِ ذٕہنی ناکہٕ بندی ہُند ذِکر اسہِ کوٚرتمہِ کٔنی چھنہٕ أسی پننٛز روایتھ برٛونٛٹھ پکہٕ ناوُنک کانٛہہ طریق کار کانٛہہ نِظام کھرٕ کرنس تیار یا اگرے اَسہِ یُتھ طریقہٕ موٗجوٗد چھُ (مِثالے پننہٕ پتہٕ بجرٕکہٕ توصیفی گونہٕ رٕنگی) سُہ جدید تر بناونہٕ خأطرِ تہٕ چھنہٕ أسی کٔہیں کران تہٕ کیاز؟ موحتاط کم بیأنی یا شعوٗری مُبالغہٕ آمیزی ہنٛدِ رٕویہٕ کٔنی چھُ اَسہِ خطرٕ باسان زِ امہِ سٟتی ولتہٕ روایتس دداٍر تہٕ أسی گژھو ژٔھری۔ حقیقت چھےٚ یہِ زِ پننہٕ نِس روایتس سٟتی تعمیری تصادُم چھُ قومن کتہٕ کور ولتہٕ ناوان مگر أسی چھِ بےٚ یقینی ہنٛدِ ہے ماحولس منٛز زِنٛدٕ روزنس منٛز مُتمیعن۔



یٟمہِ برٛونٛٹھ زِ أسی کڈو أزی کہِ کأشرِ افسانٕچ کانٛہہ پھیرٕ ہاو خاصیتھ بدِ

أسی تژ اوو معأصر افسانس پیٹھ اکھ عام تنقیدی نظر۔ واقأتی لِحاظہٕ اتھ ورگہٕ باگے کرٕنی یا اپچ جازبیت وُچھنۍ چھنہٕ مُشکل تِکیازِ پتم اکھ زٕ دہلہِ أسی سانہِ افسانہٕ کہِ کیچ مینٹ ایریاہکی (catchment area) (یعنے کٔشیرِ تہٕ جوٗمکی) خوٗنی وولہرشہِ ہٕندی ؤری۔

اَسہِ پزِ یہِ یاد تھوٗن زِ واقع چھُ افسانس پلاٹہٕ خأطرٕ بُنیاد فراہم کران تہٕ افسانک پُلاٹ چھُ کُنہ نتہٕ کُنہِ واقعُ ہُک تسلسُل (نَہ کہِ تمیُک فأصلہٕ کُن یا بےٚ فأصلہِ انجام) رٔژھراون حالانکہِ پلاٹ چھُنہٕ واقع ہوٗبہوٗ رٔژھراوان یا واقع موٗجوٗد تھونہٕ خأطرٕ بناونہٕ یِوان۔ أتی نَس چھُ افسانہٕ (واقع مرکزی آسنہٕ باوجوٗد) توٗأریخہِ نِش الگ گژھان تِکیازِ توٗأریخس اندر چھُ ہمیشہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ غأر موٗجوٗد آسان، یِیمہِ کِنۍ تتھ تسلسُل آسان چھُنہٕ۔ غأر موٗجوٗد چھُ آسان سُہ رِشتہٕ یُس واقع علاوٕ کِرداران (یعنے لُکن) پانہٕ وأنۍ أسِتھ ہیکہِ تہٕ آسان چھُ۔ پتہٕ مین ذٕہن وُہن ؤرۍیَن ییم افسانہٕ لیکھنہٕ آیہِ تِمو منٛزٕ یمو یہِ تسلسُل موٗجوٗد تھوٚوتِم ہکن کُنہِ تہِ ساتہٕ واپچ وبرٕونی شہادتھ تہٕ دِتھ یِیلہِ زَن واقعن درمیانکی ژھبن کُنہِ اخلأقی فأصلہٕ سِتی پوٗر کرٕونی افسانہٕ پننہِ فأصلہٕ دِنہٕ کِس کُتھ ماٹوس (motive) پانےَ نفی کرن۔ وِتھی پوٗٹھی پأٹھی لیکھی اختر محی الدین (جلہِ ہندی دنٛد پھٔلی، وأنجہِ منٛز پنٛج) امین کأمِل (سوال چھُ کلُک، تلاش) اوتار کرٛشن رہبر (موٗل، جمع تفریق تقسیم) ہری کرٛشن کول (زوٗل لپأرِم، اونٛگج) رحیم رہبر (متیو زوٗنہِ گندکھ نا) ہردے کول بھارتی (شاٹہٕ ہوٗن) مکھن لال پنڈتا (وٗنٹھ)،

گُلشن مجید (ہوٗتمُت ٹنگ دوہ)، نذیر جہانگیر (مسلہٕ)، شمس الدین شمیم (کوچھ) امر مالموہی (ییٚلہِ پڑھ راٗو)، م۔ک۔رینہ (زان دبد)، مجروح رشید (داوُک) وغاٗرٕ افسانہٕ نِگارو تِتھی افسانہٕ ییم واقع کہِ بے لاگ سلوکُک تہٕ تخلیقی استعمالُک بہترین نموٗنہٕ پیش کران چھِ۔ سلوٗک گو افسانہٕ بطور اکھ تخلیق نہٕ زِ کانٛہہ جذباتی عدالتی بیان لیکھُن "تاکہِ سَنَد رہے۔" افسانس اندر ییٚلہِ واقعن ہٕنز ترتیب تِتھ کٔنؠ وونہٕ یِوان چھےٚ زِ کُل افسانہٕ بنہِ اکھ حقیقت تہٕ اکھ اِکأیی یِتھ واقع روزِ صرف بابتِ حوالہِ تہٕ گژھِ پَس منظرس منٛز، افسانہٕ چھُ تیٚلہِ تخلیق بنان۔

یِتھ کتھِ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ ہیٚرِ کنہِ ییمن وولہرشی واقعن کُن اِشارٕ کرنہٕ آوتھ تہٕنز غاٗرضروری شدت ہیکہِ نہٕ تم نظر انداز کرنہٕ ستی کم گژھتھ تہٕ افسانہٕ نگار تہٕ چھُ اکھ حساس اِنسان آسان۔ مگر افسانہٕ چھُ بذاتی لیکھنُک تہٕ کتھ وونُک فن یہِ پزِ نہٕ اَسہِ مُشراوُن۔ اَسہِ چھےٚ پتاہ زِ یِتھ "وادی ہُند کرب" وننہٕ آو، "راوِن تیوٚل" تہٕ "جلایہِ وطنی ہٕنز دگ" ؤنِتھ یُس احساس زیرِ ذِکر افسانس آور اُوِتھ روٗد تہٕ بعضے ییٚمہِ کٔنؠ سأنؠ تنقیدن مختلف انداز تہٕ اسلوٗب[ا] اختیار گری۔ سُہ اوس سانٛین دوہ دبن کٔین تجربن ہٕنز (گُدرُنس) نِشاندہی کران۔ تمہِ ستی یہِ افسانہٕ نِگارو محسوس کوٗر تہٕ پنٛنؠ محسوسات فنی لوازمات زیرِ نظر تھٲوِتھ افسانہٕ لیکھی تِمن اندر ہیکہِ موٗلہِ واقع چہِ ووکھنہٕ interpretation فرق

ا۔ اِہ کٔنؠ زِ مُستعمل لفظ راش ییمن منٛز خاص ناوٕتی تہٕ ہاوکر شامل اُسؠ بنے یہِ اَمہِ خاطرٕ مخصوص۔ شاعری تہٕ افسانس دوشوٗنی اندر گیہ ییمہ نیچہ دزپٕنٛتھ۔

اَستھ تہٕ کیٛازِ زاویے نِگاہن آسہِ فرق۔ افسانس مَنز چھُنہٕ واقع واقع روزان ئلۄ کہِ چھُ واقعہٕک ہرتر مُصنفہٕ سٕنز صداقتھ بنان تہٕ کیٛازِ واقع چھُ أکِس ایحساسس تحت تجربہٕ کہِ اِظہارچ ہیَت بازیافت کرنہٕ باپتھ استعمال آسان آمُت کرنہٕ۔ اوے تہٕ ہیکہِ واقع ژکہِ اکوے اَستھ مگر تتھ وُچھنکۍ زاویہٕ مختلف اَستھ۔ افسانہٕ نِگارٕ سٕنز تخلیقی شخصیتھ نہایت انفرأدی تہٕ پرٛایویٹ آسنہٕ کِنۍ گژھن أکۍ سے واقعہس مختلف ووکھنہِ۔ أدبس چھُ بُنیأدی اِنسأنی صوٗرتحالس سٟتۍ لامحال تولُق آسان تہٕ سُہ چھُ یہوے صوٗرتحال ادبُک موضوٗ بناوان۔ اوے چھِ بعضے تِتھۍ اظہار وجوٗدس یِوان یِم عام دُنیأوی معیارو کِنۍ یا وقتی سوچن نِہجہِ مُطأبق خلاف عقل یا غأر ممکن تام باسان چھِ۔ یِتہِ سَپُد زِ مِلی ٹنٹ تہٕ ملی ٹنٹہٕ سُند شِکار دوشوٕے کردار آیہِ افسانس اندر اکی امکأنی اِنسأنی زاویے نظرِ وُچھنہٕ، پُلسہٕ وول تہٕ پُلسہٕ وألۍ سٕنزِ کاروأیی ہُند نِشانہٕ دوشونی پیٹھ ترٛأو أدبہو ہشی تخلیقی نظر۔ صرف بدلبو واقع ہُک تنوظر تہٕ تمچ پرونی بناوٹ، افسانہٕ نِگارن بنوو تمیُک پس منظر تہٕ تمیُک ترکیبی عمل زیٛادٕ اہم۔ ہیٛر کنہِ ذِکر کرنہٕ آمتین افسانن اندر چھُ واقع کھوتہٕ زیٛادٕ واقعہٕک ورتاو اہم تہٕ اوے چھِ یِم اکہِ مخصوص سمأجی یا سیأسی ماحولچ عکأسی کم کران تہٕ تمہِ کھوتہٕ زیٛادٕ تتھ ماحولس اندر خألص انسأنی صوٗرتحالچ ووکھنے زیٛادٕ کران۔ یِمن مُقابلہٕ آیہِ کیٛنہہ تِتھۍ افسانہٕ تہٕ لیکھنہٕ یِمن اندر تجربہٕ بازیاف کرنچ کوٗشش واقع چہِ برتری مُقابلہٕ پتھ گأمژ چھے۔ پیٚٹھی پیٚٹھی چھُ باسان زِ واقأتی برتری ہندی افسانہٕ چھِ جل پٔنن مقصود پرٛاوان یعنے سیأسی

حالت بیان کران مگر یِمن سُنِتھ چھُ اَسہِ سہٕ انسان غارٕ حاضِر باسان ییٚمہِ سۭتۍ ظاہری ہمدردی خاطرِ یِم افسانہٕ لیکھنہٕ آمٕتۍ چھِ آسان۔ تِتھین افسانن منٛز چھِ مُشتاق احمد مُشتاق (یِتھ واو ہالہِ منٛز، راون تیوٚل)، اوتار کرشن رازدان (داہ لچھ روپیہِ) برکات ندا (پنٛکی ہُنٛد خاب) تہٕ عبدالغنی بیگ اطہر (انتظار) وغارٕ گنزرٕنۍ لایق حالانکہِ یِم افسانہٕ نگار چھِ پننہِ بہتر تخلیٖقک باس بیٚین افسانن منٛز دِوان۔

ییٚمہِ وقتکہِ افسانُک ذِکرٕ اَسۍ کران چھِ تتھ اندر گییہٕ باقی ادبی صنفن (مثلن شاعری ڈرامہ) ہنٛدی پأٹھۍ افسانس اندر تہِ اکھ بڈ سوچن تہٕ لیکھن تژاے نموٗدار یوسہِ کٲشرِ ہنٛزِ وادی نبر خاصکر جوٗمہِ دِلہِ تہٕ بمبیہِ تھنہٕ پییہٕ۔ اتھ آو بےٚ وطنی ہُنٛد یا جلایہِ وطنی ہُنٛد افسانہٕ وننہٕ تہِ کیاز زِ اتھ منٛز اوس کٲشرِ نشہِ ژھیٚنہٕ گژھنُک دود باونہٕ آمُت۔ قریب اکھ درجن مجموعن اندر دژایہِ یِم افسانہٕ۔ یہِ چھےٚ اکھ موضوٗعی نہج تہٕ اتھ ہیکو نہٕ الگ صِنف وٕنِتھ۔ یوٗدوے اتھ موضوٗعس پیٹھ (یعنے ژھیٚنہٕ گأمتین ہم وطنن ہنٛدِس داُدِس پیٹھ) کُنہ نتہٕ کُنہِ لحاظٕ کیٚنہہ افسانہٕ وادی اندر تہٕ لیکھنہٕ آے مگر ادٕچ جوغرأفیایی واقیتھ چھنہٕ امہِ کِس تخلیقی نوٗعیتس پیٹھ اثر پذیر سپدان۔ موٗلہِ سوال چھُ سُے۔ واقع چھا تجربہٕ تہٕ صداقتھ بنیوٗمُت کِنہٕ نہ تہٕ صداقتھ چھا بُنیأدی اِنسأنی محسوساتن پیٹھ مبنی کِنہٕ یہِ چھےٚ محدوٗد نظرِ ژینہٕ آمٕژ۔ اتھ ضِمنس منٛز چھِ شمس الدین شمیم، رحیم رہبر، مکھن لال پنڈتا، روٗپ کرشن بھٹ تہٕ اوتار ہوگأمی ہنٛدی کیٚنہہ افسانہٕ تجربہٕ کہِ تخلیقی سلوکہِ کِنۍ اہم۔

وادی مَنٛزٕ ژٕ ترٛے لچھ لۆکھ بیک وقت نیرنہٕ سٟتۍ گو نمایاں کأشرِ سماجی زِندگیہِ ہندی پأٹھی اتہِ چہِ ذہنی زِندگیہِ مَنٛز تہِ اکھ خلا پأدٕ۔ حالانکہِ ادب چھُنہٕ زِندگی ہنٛز سائنسی منطقی وبژھنہٕ کران تہٕ گرِتھ تہِ چھُ أدیب بعضے عام سوٗچن رٕوِیہِ سٟتۍ مُتأثر گژھان تہِ کیازِ سُہ چھُ عام اِنسان تہٕ آسان۔ مگر کأنٛہہ تہٕ اثر رٕٹِتھ چھُ سُہ تتھ پننہِ جایہِ پننٛی پأٹھی اِنسأنی رِشتن ہنٛز نظرِ وُچھان تہٕ تتھ پیٹھ رایہ زٕنی کران یوسہٕ تسنٛزِ تخلیقی صلاحیژ طابع آسان چھےٚ۔ زِندگی ہُند یہِ خلا سَجُ افسانہٕ نِگارن تہٕ تھٕرِن کِردار کیو واقع۔ پتہٕ پکہٕ نأوکتھ تمِوے بزونٛتھ۔ اوتار کرشن رہبر سُند افسانہٕ "جمع تفریق تقسیم" چھُ دِلہِ مَنٛز چھکرنہٕ آمتین کأشرین ہندین خألص سماجی رِشتن (کوربن کیو نیچوبن ہندی خاندر) ہٕندی تفصیل دِتھ مجبوری بدقسمتی رِشتن ہُند ٹٕچھر تہٕ راون تیوٗل گاشراوان یُس وطنہٕ دوٗر گژھنک نتیجہ چھُ۔ واریاہ تفصیل دِتھ چھُ أخرس افسانہٕ صرف اکھ تخلیقی نمونہٕ بٔنتھ روزان۔ مکھن لال پنڈتا سُند "قرنہٕ پھیر" چھُ جوٗمہِ چہِ گرٕمہِ ترٛیٹہِ مَنٛز "اِگلوٗ" (igloo) نُما أکھ کمری کنکریٹ پھرِ انٛدر رُشپہ ینہٕ کہِ اکہِ شاداب تہٕ شہلہِ گامکی ژٕ دوس اکھ أکس لرِ لۆرتھأوِتھ پرن وألس اکہِ شدید تجربہ مَنٛزی گذاران تہٕ کیازِ اکھ چھُ اتھ پھرِ انٛدرٕے روزان تہٕ بیاکھ چھُ أمس سمکھنہٕ کشیرِ پیٹھ آمُت۔ اتہِ چھُنہٕ مُصنف کہیں ونان تہٕ پرن وألی ہٕندِس تجربس بزونٛتھ کنہِ چھُ واقع وارٕ وارٕ پس منظرس گژھان۔ م۔ک۔رینہ سُند "ہوألی ہیتھ" چھُ ہاوان زِ واقع چھُنہٕ بعضے مؤلہِ اِنسأنی رِشتن بدلأوِتھ ہبکان۔ یُس تناو

تمِن کٲشرِ منٛز اوس سہٕ روٗد بدستوٗر جوٗم یتھ تہٕ کِردارن تتھے گٔژ چلہٕ وٕن۔ رتن لال جوہر سُند ''وسواس'' وجے مام سُند ''کُہِ کاسن'' ویرندر پٹواری سُند ''وکھ روزِ وُچھان'' وغاَرٕ کٔتی افسانہٕ چھِ یتھ ضمنس منٛز اہم۔ یِمنے افسانن لرِ لوٗر چھِ وادی اَندر شمس الدین شمیم، مشتاق تہٕ رحیم رہبر ہِندی کینٛہہ افسانہٕ غور طلب۔ ''ژھمبن'' افسانہٕ سوٗنبرنہٕ ہِندی افسانہٕ تہٕ ہیکن یِمہِ بحثہٕ کِس تنوظرس منٛز وُچھنہٕ یِتھ۔



کاشُر افسانہٕ یتھن از چھُ تہٕ پتٕمِن دہن وٕہن ؤری ین ووتلان تہٕ ڈُبان، یتھ منٛزلس از ووتمت چھُ تہٕ سمجنہٕ وِزِ چھُ اَسہِ یہِ یاد تھوٗن ضوٗروٗری زِ پتٕمہِ صدی ہِندِس اِٹھِمِس دٔہلس یعنے 1970ٕ تس آس پاس آیہٕ اتھ اَندر کینٛہہ ٹاکارٕ تبدیٖلیہِ۔ یِمہٕ تبدیلیہِ آیہِ اَچھہٕ زبانٕی تہٕ امہِ کِس ہیتس منٛز تہٕ کیاز صرف خارجی حقیقتھ بیانٕی روٗزنہٕ امیُک مقصد۔ لِکھارٕ ؤتھی کِردارن تہٕ تہنٛدِس اَندی پکھس باطنس تہٕ پس منظرس منٛز تہٕ ظاہری رِشتن ہِندی ممکن جواز ژھارکھ۔ یِم جواز مُشخص کرنہٕ خاطرِ ہیوٚت تمو نفسیات تہٕ وِہٲری یتس مدد۔ امہِ سٔتی روٗٹ افسانچہِ زبانٕی تہٕ اثر تہٕ علامت تہٕ اشاریت گٔیہِ غالب۔ بعضے گٔیہِ زبان تہٕ ہیَتھ شاعری ہِندیو وَلو سٔتی نثر نِشہِ (نثرِ کہِ رِوایتی روٗپہ نِشہِ) دوٗران تہٕ شعرس (شعرِ کِس رِوایتی روٗپس یتھ منٛز تشبیہ استعارٕ بیٚترِ سرس آسن) نکھہِ گژھان۔ ہردے کول بھارتی، فاروق مسعودی، شمس الدین شمیم، انیس ہمدانی، اقبال فہیم وغارٕ ہِندی تمہِ دورکی افسانہٕ (مثلن بلترتیب، میہٕ چھُ ونہِ پنڈرایہ ہُند انتظار،

"نرگہٕ ند"، "وُچھس تل مزار"، "نکھہٕ تلک وو پر" تہٕ کُنز ذاتھ) ئلوٚ کہٕ کینژن بُزرگ تہٕ بڑوٚنٹھ پتھٕ بیأنی اسلوٗبس منٛز لیکھن والین افسانہٕ نگارن مثلن اختر محی الدین (ژٕ ے چھکھ ژٕ ے چھکھ)، ہری کرشن کول (پتہٕ لاران پرِ بتھ) اوتار کرِشن رہبر (نروان) غلام نبی بابا (وبہہ) ہُس منٛز تہٕ باسیوٚ ہیٚتی تبدیلیہِ ہُنٛد چار۔ کتھ اُس اسلوٗب بدٕلنٕچ یا ونو زِ اسلوٗبہٕ کہِ تخلیقی استعمالچ تہٕ سأنی افسانہٕ نگار روٗدک نہٕ وقتک یہٕ باشعوٗر اثر پانہٕ ناوٗنس اندر کأنسہِ بیٚیس زبأنی پتھ۔ مگر یتہٕ چھُ پزر زِ اٹھمہِ دٔہلہِ پتہٕ چھنہٕ رِوایتی اسلوٗبس منٛز لیکھنہٕ آمُت افسانہٕ تہٕ خألِص بیأنی *discriptive روزان۔ سُہ چھُ افسانٕچ بیانا (نریٹو) خاصیتھ رٕچھنٕک شعوٗر ہاوان۔ صورتحال چھُ ازیہٕ زِ ووٗنی چھنہٕ کأشرِس افسانس پیٹھ کأنہہ اکوے خاص اسلوٗب غألِب حالانکہِ ہیٚتکی نوٚی اثرن کوٚر افسانہٕ زبأنی ہنٛدِ موٗزوٗن استعمالہٕ کہوٚ نوِو اِمکانو نِشہِ پےٚ پُرٕ۔ یہوے وجہ چھُ زِ یودوٚزن تمہٕ دوشوے (بیانیاتہٕ ہیٚتی یا رِوایتی تہٕ بیأنی) نہجہٕ کأشرِس افسانس اندر تقریبن مُتوٲزی چلان روزٕ، زبأنی تہٕ لفظ ورتاوُک نوٚ وشعوٗر چھُ دوشونی سرشار کران۔

ییم افسانہٕ خصوٗصن 90 ہِکس دٔہلس اندر فنتاسی (fantasy) ہنٛزِ شکلہِ لیکھنہٕ آیہٕ، اگرے رژھاہ سٔو تم چھنہٕ خألِص فنتاسی حالانکہِ امہِ صِنفہٕ ہُنٛد چالاکھ استعمال آو افسانس منٛز کرنہٕ۔ تِتھی کینٛہہ افسانہٕ وُچھتھ چھُ بعضے

* یتھ لیکھس منٛز کوٚر اَسہِ description خأطرٕ بیأنی تہٕ narration خأطرٕ بیانا لفظ استعمال۔ افسانہٕ کٕمن ییمن دوٚن عنصرن چھےٚ فرق یہٕ زِ بیأنی چھُ خأرجی تفصیلس پیٹھ زور دِوان ییلہِ زن بیانیاہس اندر تفصیلہٕ کھوتہٕ لگہٕ ہارعمل ردعملک سِلسِلہٕ برقرار پیہٕ تھونہٕ۔

باسان زِ لِکھأرؠ چھُ یہِ اسلوٗب ورتأوِتھ حقیقتہٕ نِشہِ ژٕلِتھ ورگہٕ بأوٗژ اندر پناہ لبنچ کوٗشِش کران۔ مقصد چھُ تس پٔنٕز کتھ زیادٕ وبہٕوِنؠ (تہٕ موثر) بناوِنؠ آسان۔ بعضے چھُ تِتھس افسانس اندر گوڈ پیٹھہٕ اُخرس تام اکھ مِتھ (myth) آورأوِتھ آسان۔ ووٚں گو جان افسانہٕ چھُ مِتھہٕ ڈٕسؠ صوٗرتحالُک پُر اثر شعور پادٕ کران، تہٕ کمزور افسانہٕ چھُ مِتھس تشری کرنہٕ بِکس یا معأصر حالاتن سٟتؠ تمُچ مُشأبہتھ قأیم کرنہٕ بِکس ژُکروٕہَس اند، راوان۔ ہردے کول بھارتی سٕندؠ زٕ افسانہٕ ''شُرٕ زٕ تہٕ ''سِر یہِ روٗس پگاہ''۔ ہری کرشن کوٗلنۍ زٕ افسانہٕ ''وُزٕمہٕ کتھا'' تہٕ ''پتہٕ لاران پربتھ'' چھِ بلترتیب یمن دوشونی قسمہٕ کِٕبن افسانن ہٕنٛزٕ زٕ زٕ مِثالہٕ۔ مِتھُک تخلیقی استیمال چھُ اِفسانس اندر معنے آفرینی خأطرٕ بطور اکھ مددگار ول ثأبت سپدان۔ سُہ مِتھ یِ تن موٗلہٕ شکلی پیش کٕرِتھ تتھ ہمکال جوأزِتھ بخشنہٕ خأطرٕ یا تمیُک صرف اِشارٕ کرنہٕ خأطرٕ استیمال کرنہٕ۔ بعضے چھُ افسانہٕ نِگار پٔنٕن تہٕ مِتھ (یُس توأرٟیخی یا نیم توأرٟیخی یا دیو مالأیی مِتھہٕ نِشہِ مختلف آسہِ) گران مگر عام پأٹھؠ چھِ معلوٗم مِتھن معاصر معنے ین تانؠ وٕسعت دِنہٕ یِوان۔ معلوٗم مِتھ چھِ ووٗنؠ بے حرکتھ بنے مٟتؠ آسان، مگر تخلیق کار چھُ تمو ڈٕسؠ پننہٕ نِس قاری یَس سٟتؠ (یَس پوٗختہٕ شعور آسان چھُ) برٕوٗنٛسک رِشتہٕ قأیم کٕرِتھ پٔنٕن ولتہٕ نادر موثر بنأوِتھ ہبکان۔ اَمہِ سٟتؠ چھُ سُہ پتھ کالس یہِ ڈٕلِٕزِ تہٕ ''ازکالت'' بخشان۔ سُہ چھُ مِتھ منطبقہٕ سان پیش کران یُتھ یہِ ازکال وبہٕوناوُنک بہتر اوزار یا طریقہٕ بنہِ۔ اگرے وُچھو دیومالا mythology چھِ ساختہٕ حِسابہٕ اکھ مُکمل

اکائی (وحدت) آسان۔ یہ چھےٚ عقیدن امکانن خابن خوفن تہٕ خطرن ہنٛدِس مُکمل سِلسِلس پٮ۪ٹھ مبنی آسنہٕ کِنی مذہبہٕ خاطرٕ اکھ بُنٛیادٕ مویسر کران مگر دیومالا مذہچ مُترادف مانٛنۍ چھُنہٕ صحیح۔ مذہب چھُ عقیدٕ خوف خطرٕ امکان خاب بیترِ یِک اکھ اندرٕوٗن پرور تہٕ اِکنی تجریدی نفسیاتی نِظام آسان ییٚلہِ زن دیومالا امہٕ نظامُک لِسانی اسلیپ پرٕونی اظہار آسان چھےٚ۔ اَوے تہٕ ہیٚکہِ نہٕ مذہب سیٚدِ سیٚوٚد یا خالِص اصوٗل سوٗتھرِس پٮ۪ٹھ ادب بٔنِتھ ییٚلہِ زَن دیومالا یا مِتھ بٔنِتھ ہیکن۔ افسانن اندر خالِص خودکلامی (مِثلن ”پوائنٹ بلینک“: نذیر جہانگیر) یا پانس پٮ۪ٹھ گُذریمتین غار حقیقی صوٗرتحالن (مِثلن جنگ: چمن لال ہکھو) پٮ۪ٹھ مبنی اُسِتھ۔ دوشوٕنی صوٗرتن منٛز چھُ افسانہٕ نِگار مِتھُک تخلیقی اِستیمال کرنٕچ کوٗشِش کران۔ موٗلہِ مِتھ (مِثلن اسمانہٕ خوٗن وُسن: ژٕے چھکھ ژٕے چھکھ: اختر) اوس صرف مِتھہٕ کِس اصلی سیٹ اپس (set-up) منٛز یوٗز ییٚلہِ زَن افسانہٕ نِگارٕ سٕنٛز حقیقتھ اکھ اِنسانی پزر بٔنِتھ گٔنِہ تہٕ دُنیاوی صوٗرتحالس اندر پزٕ آسان چھےٚ تہٕ کیازِ یہ چھےٚ موتس ستی بُتھی لاگیہ ہنٛز آفاقی حقیقتھ تخلیق کار سٕنٛزِ نظرِ پیش کرنٕچ کوٗشِش آسان۔

مِتھ تہٕ امیُک تخلیقی استیمال کوٗر افسانہٕ نِگارو ساخت تہٕ زبان جدید تر بناونہٕ کہِ مقصد خاطرٕ تہٕ۔ امہِ ستی گو کاشرِس نثرِس اظہار کاری منٛز اِضافہٕ۔ مگر یہ وُنن زِ سارٕی سارٕی تمہ افسانہٕ نِگاریم صرِف مِتھس یا فنتاسی پٮ۪ٹھ تکیہِ کران چھِ، کیا چھِ امہِ ستی پنہٕ نِس ترسیلس ہُر بر کران آسہِ مُبالغہٕ۔ پرٕتھ نٔوِس تجربس

چھُ بے معنے تہٕ بے ضوٚرۍ رتھ فأشن بنہٕ نٔک خطرٕ تہٕ آسان تہٕ کأشرِس افسانس تہٕ ژاوِیہ کیوٚم۔ پٔتِمِین ذٔہن پنداہَن وٕری یَن یم یتھی افسانہٕ درژایہٕ تِمن اندر چھُ بعضے کٔڈرِ ہم کالہٕ چھِ حقیقژ نِش فرار نہ کہِ ورگہٕ پأٹھی کتھ ونہٕ نٔک ہٕتر لبنہٕ یِوان۔ مِتھِ تہٕ فنتاسی ہُنٛد جامہِ وٕلِتھ چھِ یتھی افسانہٕ علامتن تہٕ اشارن اندر تجربس نُمایندٕ گی دِنٕچ کوٚشِشِ کران مگر علامتن تہٕ اشارن ہِنٛدِ بأطنی ساختہٕ نِشہِ چھِ تِم انزٕأنی آسان۔ امہِ مُقابلہٕ یِمو افسانہٕ نِگارو زبأنی ہِنٛدبو رِوایتی ذخیرو مٔنزٕ اظہارٕکی وسیلہٕ نِتھ تِمن جدید اِنسأنی صوٗرتحالٕچ باون ہأری دِژ تِم چھِ بہتر افسانہٕ لیٚکھِتھ ہٮ۪کان۔ تہِنٛدِس نٔژرس اندر چھُ گٮ۪بر نہٕ زِ چھونبر لبنہٕ یِوان۔ فنتاسی ہٕنٛز صِرف ہیَٔت ورتاون وأجِس چھُ مفہوٗم یا مقصد افسانہٕ کِس متنس پٮ۪ٹھ حأوی گوٚمُت آسان۔ نتیجہٕ چھُ یہِ نیران زِ تہِنٛدِ نٔژرٕچ ساخت چھنٕے مُتأثر گژھان تہٕ افسانُک متن چھُ افسانہٕ کہِ بیانیا (نرِیشن) ہُک حِصہٕ بنہٕ بدلہٕ تمہِ نِشہِ دوٗران تہٕ پننی الگ شخصیتھ قأیِم کران۔ یعنے افسانہٕ کِس سأرٕلم رؤپس مٔنز چھُ لوٗژر یا چھونبر یا کیٚاہتام نہٕ آسنک باس روزان۔ اگرے کُنہِ یتھِس متنس لِسأنی مُشأہدٕ کروٚ أسی وُچھو تتھ اندر آسن ناوہٕو تہٕ کرٕاوتو کھوتہٕ تہِنٛدی صفت adjective/ adverb زیادٕ۔ امہِ مقابلہٕ چھنہٕ بیانیا(narration) تہٕ افسانوِ یتھ موٗجوٗدٕ تھون وول افسانہٕ لفظن (یا تعریفس ٫ باون ہأرِیہ ) پٮ۪ٹھ زور دِوان۔ بعضے چھُ تمیک مصنف منصوبہٕ بنٛد کم بیأنی تہٕ کأم ہیوان۔ فن چھُ تتھ ہٮ۪تی قأری برابر وأبسطہٕ تھوٚن ینہٕ افسانس مٔنز سیٚدِ سیوٚد وننہٕ آمُت آسہِ مگر یتھ مٔنزِس تام قأری

ولۍ ناوُن افسانک مُدعا آسہِ۔ امہِ باپتھ چھہِ کردارس اَندی اَندی سپیس (space) مُہیا تھوٕنۍ اَزی کہِ افسانہٕ نِگارٕ سٕندِ خاطرٕ ضۆرۆری یِتھ تخلیقی انٹرپرٹیشنہٕ خاطرٕ امکان روزن۔ پرٲنس افسانس مَنز اوس مُصنف ماحول تہٕ پس منظرس ضۆرۆرتہٕ کھوتہٕ زیادٕ سپیس مُہیا دِوان۔ تمہِ سٟتی تہِ اوس افسانک مقصد تیتھے کنہِ دۆران یِتھ گژھان علامت نِگاری یا فنتاسی والین افسانن اندر دۆران چھُ۔ لفظُک حُسن یا قبوح چھُنہٕ بذاتِ خود کہنی اہمیت تھاوان تہٕ بعضے چھِ سانی کینہہ افسانہٕ نِگار لفظہٕ سٟتی نہٕ صرف مُتاثر باسان بلکہِ مرعوب تہِ۔ اہم چھُ متنس اندر تمیک ورتاو یمہِ سٟتی معنہِ ہُک گُبر غاًر شعوری طور افسانٕچ افسانوی خصوصیتھ برقرار تھاوِ:

''باخبری چھےٚ نصف تیاری۔''

بوتلہِ وول وۆتھ پننہِ جایہِ تھۆد تہٕ بیٚوٹھ بیٚیہِ درویشس نکھہ۔ جنگل راٲژ ہنٛدِ خوفکۍ ترٛنۍ شاہ اَسۍ جماژ ساری سے جسمس ترٛی ترٛی گرٛھان۔ جنگل اوس ووٚنۍ تمِن واریاہ نکھہ ووتمُت۔ نکھہ اُستھ تہِ اوس لرٕ بہتھ نفر پانس دۆر باسان۔ زۆنہٕ گاشس مَنز نفر اَسۍ ریوٕد ہوی کلہٕ بون کُن نوٚمبرتھ کُنہِ فاصلہِ کِس انتظارس مَنز۔ ہۆن اوس کُنے زۆن۔ جماتھ اُس غار مۆحسوٗس پاٹھۍ تمِس اَندی اَندی واٲژمٕژ۔

(کھشری لد ہوٕنۍ سٕندِس اردلس مَنز اکھ سفر۔ گُلشن مجید)

حالانکہِ افسانک اکھ اقتباس ہیکہِ نہٕ مفہوٗم یا متن کہِ سالمیتہ لحاظ ساری سے

افسانس نُمایندگی کرِتھ تہٕ کیاژِ غزلہٕ کہٕ شعرٕکی پأٹھی چھُنہٕ یہِ خود کفیل آسان۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ ہکو أسی یہِ مثال پننہِ تمہٕ کتھہِ ہنٛز بُنیاد کھارنہٕ خأطرٕ ہتھ یوسہٕ اسہِ ہیر کنہِ وُنی۔ یہِ افسانہٕ چھُ افسانہٕ کِس علامتی کِرداریس تہٕ زبأنی کیو ہیتہٕ کِس لأزمِ بُنیأدی کِرداریس درمیان توازن برقرار تھونچ اکھ رٕژ مثال۔ اگرے اتھ افسانس فنتاسی ہُند یا علامتی معنے نمو تہٕ نہٕ یہِ چھُ حقیقت [reality نہ کہٕ حقیقت پسندی realism] کِس سوٗتھرِس پیٹھ تہِ مُمکِن صورتحالُک أنہٕ باسان۔ افسانس منٛز چھُ ہوٗن سفر والین پتہٕ پتہٕ پکان۔ اگرے اتھ یہِ معنے دِنہٕ آمُت چھُ زِ دراصل چھہِ سفر وألی ہوٗنی ہنٛز خوامخواہ حأضری ہتی مرعوب گأمتی، معنے یَس چھےٚ وُسعت تہٕ معاصریت یوان۔ تیوٗتے یوت نہٕ، کِردار چھِ بنان اکھِ بے أنتھ گٔتلہِ (vicious) دٔأیرٕکی شِکار۔ تی ونُن چھُ افسانہٕ نِگارٕ سُند مقصد تہٕ۔ کم بیأنی ہنٛدِ ولُک مِثألی استیمال چھُ اتھ افسانس منٛز کرنہٕ آمُت۔ اَمہِ ہتی چھہِ صوٗرتحالچ ابسأڈٹی (absurdity) تیچ صحی تشری کرنہٕ باپتھ موزوٗن ترین طریق کار بنان۔ تقریبن چھُ تتھے کٔنی ہری کرٛشن کولن تہٕ ''ہأل'' افسانس منٛز اکھ ابسأڈٹی بطورِ اکھ کتھانگ (motif) استیمال کوٗرمُت۔ اتھ افسانس منٛز چھُ راوی بڑٕ دبد ہتھ گرِ نیران تہٕ أتی چھس کھرٕ گرٕھان ییمہِ ہتی سہٕ أکِس جایہِ واتان چھُ ''ییتہٕ نبس نار لوٗگمُت اوس تہٕ بنٛم سبکھ بربزی وانکی پأٹھی تونہٕ آمٕژ أس۔'' بس استعارٕ چھُ یوٗتے۔ امہِ پتہٕ چھےٚ ظأہرن اکھ غأر عقلی صوٗرتھ ووتلان:

دیدِ ترٛوو ووش۔ ''اَسہِ نِش کُسو ییہِ؟'' مےٚ ہیوٗت تس فِکرِ

تارُن۔ ’’یتھ اَنتھٕ روٗس سیکہِ مأدانس مَنٛز چھےٚ سأنی حقیقتھ دون سیکہِ دانن ہٕنٛدی پأٹھی نہٕ آسنَس برابر۔ ییٚمہِ سمسارچہِ جامٹری حِسابہٕ چھِ ژٕ تہٕ بہٕ صرف زٕ نوقطہٕ۔‘‘

’’تہٕ کیٛاہ گو؟‘‘ تمہِ پرٛژھنم۔

’’نوقطہٕ گو سُہ نِشانہٕ یتھ زیٚچھر تھزر یا کھجر کہیں چھنہٕ آسان تہٕ ییٚمہِ چہِ پرٛزنتھٕ باپتھ تتھ یورَے ا، ب، یا اے، بی یا ک، کھ ناو دِنہٕ چھِ یِوان۔ یم ناو تہٕ چھِ توتامتھے معنے تھوان یوتام یِہُنٛد رِشتہٕ لرِ سأوتھ تہٕ پیٹھ استادٕ دون رِکھن ہتی آسان چھُ۔ اسہِ ژھیوٚن یمن دون سبزن رِکھن ہتی رِشتے یم سأئنس وجوٗدس بامعنے بناوان أسی۔ گرِ پیٹھ ڈُلہٕ گرٛشھنہٕ ہتی یودوے اَسہِ لرِ کانہہِ پھٕچہِ نہٕ مگر سانۍ کھوروتلہٕ تہٕ اتھو منٛزٕ ژجہِ تمہِ دوشوے لورِ نیرِتھ یمن پیٹھ سون آسُن ڈٕرِتھ اوس۔‘‘

’’گو تیٚلہِ چھنہٕ ییتہٕ تہٕ سون کِہے؟‘‘ دیٚد توٚر میانہِ بکواسہٕ تلہٕ یِلی فِکرِ......

وُچھو راوی یَن کوٚر پنٕنۍ بیان پننہِ نظرِ تہٕ بڈٕ سنجیدگی سان پیش مگر اتھ کیٛاہ معنے چھُ اگرے بوزن واجینٛز ان پَر دبد چھےٚ۔ سو تہٕ چھنہٕ کانٛہہ حأرأنی ظأہر کران تہٕ صورتحال چھُ اسنس لایق بنان۔ پتہٕ چھُ راوی یَس پانَس باسان زِ تٔمی کوٚر بکواس حالانکہِ بکواس چھنہٕ یہٕ تٔمی وُنۍ۔ یہِ چھےٚ سراسر اکھ ابساڈ (absurd) صوٗرتحال۔ پننہِ سنجیدگیہِ چھُ سُہ پانے بکواس وَنتھ غأر سنجیدٕ

بناوان۔ دبد چھےٚ تِتھۍ کٕنہِ جواب دِوان زن تس نیچوٚ سُنٛد کلامہٕ فِکرِ تور۔ تہٕ کتھ چھےٚ بزوٗنٛتھ کٕنہِ پکان۔ افسانوی منطق تہٕ بیانیاہچ ضورٕرتھ تہٕ چھےٚ پوٗرٕ گژھان تہٕ افسانہٕ کِس متنس تہٕ چھنہٕ ہنگہٕ منگٕک فلسفہٕ لاٗرِتھ گژھان۔ اَمہٕ پتہٕ اگرے افسانس اندر سِری یہٕ تہٕ مجبوری تہٕ مُصیبتس اندر پننہِ ہاٗل گژھنچ دلیل ونان چھُ تہٕ دبد لگاتار اتھ ساٗری سے معموٗلکی پاٗٹھۍ ردِعمل دِوان پکان چھےٚ، غاٗر اغلب یا غاٗر منطقی چھنہٕ کہیں روزان۔ أزی کِس افسانس منٛز چھُ استعاٗرٕ علامتھ یا فنتاٗسی ہُنٛد تخلیقی استیمال امی انمانہٕ افسانچ مؤلہٕ افسانو یتھ موٗجوٗدتھاٗوِتھ کرنہٕ یوان۔

کاشُرِ افسانہٕ کِس تواٗریخس منٛز آیہٕ گوڈٕ پتھ أزتام تِتھۍ بسیار افسانہٕ لیکھنہٕ یمن ہُنٛد اسلوٗب خاٗلِص بیاٗنی چھُ۔ یمن منٛز چھُ مُصنِف ماحول تہٕ کِردار بأنہٕ بأنہٕ بیان (describe) کران، یتھ زِ اسہِ چھِ یم افسانہٕ پننہِ کم فہمی کِنۍ حقیقت پسند باسان مگر بیان چھُ اسلوٗبی خاصیتھ تہٕ حقیقت پسندی چھےٚ موضوٗعی خاصیتھ۔ کانٛہہ علامتھ یا کانٛہہ تجریدی تصور تہٕ ہیکہِ بیان کرنہٕ یتھ۔ مگر بیان کرنہٕ کھوتہٕ چھُ افسانس منٛز نریٹ (narrate) کرُن بہتر آسان۔ مثلن ہردے کول بھارتی سٕندِس ''آخری سبق'' افسانس منٛز چھُ پیٚچ اکھ علامتھ۔ ''پیچ سُنٛد سوباو''، فِکرِ تارُن، تسنٛدِ شُسترِ سِکس ٹوپہ دِتھ مویوٗس گژھنہٕ پتہٕ پانسے ٹوپہٕ دِتھ پان مارُن تہٕ راوی یَس ستی کتھ کرن واٗلس کِردارٕ سُنٛد امانتھ دِیُن۔ یہ چھُ افسانٕک بیاٗنی حِصہٕ یتھ بیاکھ ذیلی حصہٕ چھُ خود راٗوی سٕنٛزٕ کیفیتھ تیٚیچ نریشن کُل افسانس پیٹھ غاٗلِب گژھان چھےٚ۔ سُہ چھُ یہِ زِ ہُہ کِردار مران

وُچھتھ گوسہ تہٕ ٹیبلہِ کِس شیشہِ چۄرس تل دفن ییٚتہٕ نس سہ وُنہِ تہٕ شاہ ہوان چھُ (یتھ کنٔی ''جنگ'' افسانس منٛز اَخرس پیٹھ دفترُک کلرک بختاورس فایلہِ منٛز بند گرِتھ ژٔرے منٛز دأرِتھ دِوان چھُ۔) مگر ''پانس ٹوپھ دِنس چھُنہٕ وُنہِ تہٕ ہٕہران۔'' اگرے اتھ افسانس منٛز چابُک دستی تہٕ موزوٗں زبأنی منٛز یہِ علامتھ 'زیٹ' کرنہٕ آسہِ ہے نہٕ آہِش افسانہٕ راوِہے بےبُوج علامتن اندر۔ یہِ افسانہٕ چھُ اسلوٗبی لحاظ غأر روایتی افسانہٕ یتھ منٛز بیٛأنی تہٕ بیانیا دوشوٗنی عنصرن کأم ہینہٕ آمِژ چھےٚ۔ روایتی اسلوٗبہٕ کِمن کینٛژن افسانن اندر تہِ چھِ ماحول یا کِردار شخصیتس افسانہِ کِس مُدعاہَس لرِ لوٗر بِیہہ ناونہٕ خأطرٕ زیشنُک اختصار تہٕ اشاریت شعوری طور استعمال کرنہٕ یا موٗجوٗد تھونہٕ آمِژ۔ شمس الدین شمیم سٕندِس ''کوچھ'' افسانس منٛز چھُ اَکِس زُری پُتری واجنہِ زنانہِ ہُند پننہِ پتھ کالُک لول تس وأراگ انان تہٕ نیتجن چھِ کار تہٕ کارِ ہُند نمبر پلیٹ مکانہٕ تہٕ مکانُک ووپر کِرایہِ دار تسنٛدِ ذیہنی انتشارُک وجہہ بنان۔ مگر نہٕ چھِ کار تہٕ نہَ مکانُک کِرایہِ دار علامتھ مانہٕ نِچ مجبوری۔ تمہِ معنے ورأے تہِ چھِ یمن منٛز گُتھ اِشارٕ مُکمل ترسیل گرِتھ افسانُک مُدعا پرن وألِس تام واتہٕ ناوان۔ یہِ چھِ افسانکِس بیاناہَس (زیشنہِ) اہم خاصیتھ۔

''یہِ چھُ بدلے مکانہٕ۔''

سو ؤُژھ نرِ گلہِ وان پانسے ستی...... تس باسے یہِ کِرایہِ درنٔی یہے سٔرپھِنٔی ہِش۔ کلہٕ ستی دِیُت نَس جواب تہٕ ہیوٗتُن ہیرِ کُن وارٕ

وارِ کھسُن۔ مگر بیٚیہٕ پھیرِ واپس تہٕ گیہِ کارِ گُن۔ کارِ ہٕندِس بانٹس
پھرنوٗن اتھِ تہٕ پھیر بیٚیہٕ مکانس کُن یُس ازتس کھیٚنہٕ یِوان
اوس...... أزچہِ لٹہٕ باسوٗتس زن تہٕ تمِی سُند بأژ کمرِ منٛز امی ساعتہٕ
ؤلی ؤلی نیرِتھ کارِ منٛز بیوٗٹھ......

یِمن دوٚن افسانن ہنٛدِ بیانیاہن چھےٚ یہ فرق زِ یِیلہِ زن ''کوچھ''
افسانس منٛز نریشن کِرداٗرِ ہنٛز حرکژ سام ہیتھ تسُند تشخُص قایم کران چھےٚ ، ''آخری
سبق'' افسانس منٛز چھُ نریشنُک مُدعا صوٗرتحالچ مخصوص کیفیتھ ووتلاوُنی یتھ یہِ
situation گُنہِ تہٕ یژھِ اِنسأنی صوٗرژ پیٹھ لاگو سپدتھ ہیکہِ۔

سوال چھُ ووتھان زِ رِوایتی اسلوٗبُک افسانہٕ نِگار چھا زِندگیہِ زیادٕ
سنجیدگی سان نظرِ تژ اوان کِنہٕ علامتی یا تجریدی اسلوٗبُک۔ پیٹھِی وأنی تہٕ صرف
جُزیٲتی نظرٕ و نقدٕ مُطأبِق باسہِ زِ علامتی تجریدی باڈو کھڈا کُرِتھ کتھِ فلسفس تہٕ
فلسفس کتھ بناوَن وول افسانہٕ نِگار چھُ پرن وألس سنجیدٕ بخشہٕ باپتھ سال کران
یِیلہِ زن رِوایتی زبأنی منٛز کتھِ سہل تہٕ سبزٕ آیہِ پیش کرن وول چھُ غأر سنجیدٕ۔
یہِ دوکھِ ہیکہِ گژھِتھ۔ اتھ سوالس کانٛہہ جواب دِنہٕ وِزِ چھُ اَسہِ بُنیأدی طور یاد
تھوٗن زِ اگرے تجریدی تہٕ استعارأتی افسانُک مُدعا واضِح کانٛہہ متوأزی یا
متبأدِل صورت پیش کُرِتھ پٔتن نظریہِ پیش کرُن آسان چھُ، نام نہاد سیٚدِس
افسانس منٛز تہٕ چھُ واقعہٕک مُتبأدل یا قایمُقام صورتحال پیش کرنہٕ یِوان۔ ووٗن گو
اصلی واقع چھُ دوشوٗنی منٛز مختلف ژوٚی یتھ تہٕ شٔکل پژ اوان۔ اکھ چھنہٕ واقعس زیادٕ

نزدیک تہٕ بیا کھ چھُنہٕ اِمکانس زیادٕ نکھٕ۔ آ۔ حقیقتس چھُ اکھ زیادٕ وہرٕوُن رنگ دِوان تہٕ بیا کھ کم۔ یہِ کرنہٕ خاطرٕ چھِ دوشوے انداز ِن کاًم ہوان۔ دوشوے چھِ ژُکہِ مانان زِ انسانس تہٕ اِنسانس، اِنسانس تہٕ چیزن تہٕ رِشتن درمیان چھُ گفتگو چلہٕ وُن۔ أخری چھُنہٕ کہِیں۔ زبانٕی ہِندِس تہٕ جُملہٕ سأزی ہِندِس فنس چھِ چونکہِ أنتھٕ روٗس امکان اوٚے چھِ اسلوٗب بدلان کینژھا موضوٗع یا تھیٖم یا خیال کہِ فِطرتہٕ مُطأبِق تہٕ کینژ ا لیکھن وألی ہِندِ حِسیتہٕ یا بِترٕ مُطأبِق۔ معأصر حِسیتھ چھُنہٕ لأزمن تجریدی تصور وہرٕ ھناونہٕ ستی ووتلان۔ یہِ تہِ چھُنہٕ ضروٗری زِ سیٚودٕ تہٕ بے ورل محاورس منٛز ووتلہِ نہٕ أزِچ حقیقتھ۔ ئلِکہِ زمانہٕ یوٗ تاہ برٛونٹھ پکان گژھِ دہن تہٕ دُنی یا ہکی زوٗنکی تہٕ مرٕنکی شرٛکی گژھن سرٕ پھُٹجن ہِندی پأٹھی پانٕے یلہٕ۔ اِنسان گژھن تیز بدلوٚنی حقیقتھ ذہن نشین کرنس مجبوٗر۔ تصور تہٕ اندرٕئڈی باونہٕ خاطرٕ تہِ پیٚیہِ نزیشن کہِس نثرس کردار تہٕ تسندِ أندی پٔکھیک رِشتہٕ زیرِ نظر تھوٗن، صورتحالُک ارتقأیی سفر یاد تھوٗن تہٕ کتھِ پھُٹ کڈنہٕ وِزِ عام پرٛن وألی ہِندِ ذہنی دأیریک خیال تھوٗن۔ أزی کہِس افسانہٕ نوٚیسس چھُنہٕ یہِ مُشرُن زِ سُہ اوس تہٕ ہمیشہِ روزِ پرٛن وألِس تہٕ پرٛن وألی ہِندِس أندی پٔکھس درمیان اکھ اہم ہأنکلہِ کوٗر۔ ڈرامہس منٛز تام (ییٚتہٕ کردارن ہِندیو مکالمو ورأے کہِیں تہٕ کنٛہ آسان چھُنہٕ) چھُ مصنف موٗجوٗد آسان تتھے کنٛی۔ یتھ مشہور انگریزی فِکشن نِگار جیمز جوائیس کاینا تس منٛز خودا صأب غأب آسُن ونان چھُ۔ افسانس منٛز چھُ لیکھن وول حقیقتس برابر برخلأفی تہٕ تجوٗز کران (نام نہاد

حقیقت پسند افسانس منٛز تہٕ) تہٕ کیاز ِ تٔسند مقصد چھُ چیزن تہٕ صورتحالن ہنٛز وأجینٛتھ سمجاوٕنی۔ جاں پال سارتر اوس یتہٕ مانان زِ افسانہٕ ییہ کٔنہٕ دوہہٕ دُنیأوی خرأبی خلاف بطور ہتھیار استیمال کرنہٕ۔ اسہِ پزٕ نہٕ مشراوٗن زِ سارتر ییتھ مارکسی فلسفہٕ کہِ اشترأکی نوقطے نظرٕ ستی مُتأثر اوس تتھے اوس وجوٗدیتہٕ کہِ چھیراہ انفرأدی فلسفُک علم بردار تہٕ۔ أسی ہکو یتہٕ ؤنتھ زِ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ سبتھرس پتھ چھُ افسانہٕ اکھ ہلکہٕ پھُلکہٕ پأغام تہٕ واتہٕ نأونچ کوٗشش کران تہٕ کیاز ِ افسانہٕ چھُ بذأتِ اکھ جمالیأتی اکأیی کہیں نہٕ تےٚ سانہٕ مولانکون حبنٛک معیار بڑاونچ چھُ ضوٚروٗر کوٗشش کران۔ پرٛتھ پرن وول چھُ لیکھن وألس نِش اکھ توقع آسنہٕ سببہٕ تٔسند تخلیق پران۔ پرٛتھ لیکھن وألس تہٕ چھُ پرن وألس نِش راے زٕنی کرنٛک توقع آسان۔ دون ہُند یہٕ سِلسلہٕ بڑاوٗن چھُ افسانوییتھ کہِ کلہم عملُک مقصد بنان۔ افسانس مُتلِق نوٚ و سونٛچ چھُ پرٛانین قألب بنٛد فارمُلہن نِشہٕ الگ گرٛھتھ لفظ زبان ورتاو اسلوٗب ساخت تہٕ یمن مُتلِق تنقیدی رٔوییس لگاتار نوٚ سام ہنبس پپٹھ زور دِوان۔ سون کأشُر افسانہٕ نِگار کوتاہ چھُ اتھ سونٛچس نزدیک تہٕ کوتاہ دوٗر یہٕ پرکھاونٛک موزوٗں ترین وَق چھُ یہوے۔



بُنیأدی منصوبہٕ مُطأبق آیہٕ ییتھ سوٚمبرنہٕ منز تیٚمے افسانہٕ نِگار شأمل کرنہٕ، یِمو پتیٚمین دہن وٕہن وٕری ین دوران افسانہٕ لیکھی یا چھاپ گری۔ صرف أکس یا دوٚیوٚ سرکردٕ افسانہٕ نوٚیسوٚ ورأے کوٚر ساریوٚے دوستوٚ تعاوٗن ییٚمہٕ خأطرٕ بہٕ تِہُند شکر گزار چھس۔ گوڈٕ انوٚأری آیہٕ تِہُندی نےٚ منتخب افسانٕن دِنہٕ۔



سوم ناتھ زُتشی

# یم کم دُریودھن؟

ہۆل ہالےَ وُژھ۔

تہٕ ووتھِ ہے نا؟ پڑلےَ اے ہیۆت مُت اوسُن سپُدن، قیامت اے ووتلتھ اُسن ہیرِٕ ہٕ تِنی۔ بَر منڈیاَن اوس ساَری ہے آکاشس کرٕ ہیٔیار پھیٔرمُت۔ زَن اوس کُس تام غیبی طاقت کرٕ ہُن تہٕ موٚٹ پالی تھپین آکاشس واہراوان۔ صرف اُسی اَمہِ طاقژکی بڈی تہٕ جُبٕل اتھٕ ز بوزنہٕ یِوان، یم یہِ کرٕ ہُن پالی تھپین اُچھ ہِٹرایہِ منز واہران گے، ہِری یِس لوٚگ گوڈٕ گرٕون، مُجم گوس وارٕ وارٕ کم پتہٕ ہیٔوتُن وارٕ وارٕ سوتُن۔ پتہٕ روٗد اکھ نوقطہٕ۔ پتہٕ گو سُہ تہِ غاَب۔ زَن ماوسہِ ہِنٛز راتھ تارکو رٕوس۔

ہۆل ہالےَ وُژھ۔ لۆکو ترٛو پرٛاَوی دارِ بَر۔ ''ہے یہے چھا قیامت؟'' انہِ گوٚٹ ژاو کمرن منز۔ بجلی زاجے یکھ، مگر گاش ندارد ...... تہٕ ژاَنگی زاَلکھ تمہِ ڈٕدی نہٕ۔ ترِ گٹہٕ کار ووتھ۔ ماجو رٕڈی شُری وچھن ہتی۔ وَدن کرٕکہٕ ژجکھ نیرِتھ۔ تمہِ آسنہٕ کرٕکہٕ، تمہِ آسہٕ نہٕ چکہٕ تہِ، تمن اوس نہٕ زُوزِ بتے۔

کاو، یم دوہَس ووترٕ پتھٕ دکھیُن گژھتھ کھاہَن تہٕ بیرن منٛز، لبرن تہٕ وُڈرن پتھ پھٔلی ژاران اُسی، تم تہِ گٔے ہے بنگہٕ۔ تمو دِژٕ چکہٕ، مگر تمن ووتلوٕ کُس تام حبس۔ تمن آو نہٕ رأژ ہُند اصلی مُشک۔ اَکِس جایہِ سمٕتھ ٹُل تمو ہُے۔ ''یہِ چھِنہٕ پزٕ راتھ۔'' انہِ گٔتِس منٛز وُچھے یہِ تم ساسہٕ بُدٕ تہٕ لچھ بُدٕ۔ بوزنہٕ آسی نہٕ یِوان کینٛہہ تہِ۔ مگر پکھن ہنٛز آواز سا سا، سا سا، اُس ونان زِ تم پھیرِ نہٕ ووتُرٕ گُن پنہٕ نبن ہٕلبن تہِ چھپن جاین واپس گژھنہٕ خاطرٕ خبر کوٚت لارے یہِ، خبر کتی پییہِ لاران لاران۔

اُتھی منٛز گییہِ آواز ''ہوش خبردار'' در وازن آیہِ ڈنٛڈٕ ٹاس۔ اڈبو لوے لوٗکن ناد۔ تہٕ ژمے متہن لوٗکن ژاو بییہِ زُوہیوٕ زِمنٛش چھِ زِندے تہٕ وژھ بییہِ ہوٗل ہالے۔ کھاہَس منٛز سے یہِ لوٗکھ، اڈبن اُسی بُتھی پھٹٕمتی۔ اڈبن زُو دژامُت۔ کُس تام ووتھ تہٕ دِژٕن کرٕکھ۔ ''ہے لوٗکو، باثبرو مہٕ، یہِ چھِنہٕ پزٕ راتھ۔ کرٕہنٛی ژادر پییہِ وُنی وٹنہٕ، تہِ بییہِ پییہِ گاش۔''

بیاکھ ووتھ ''غلط، سری یہِ تہِ ژوٗل۔ زُوٕ زأژ کوتاہ کال نیرِ؟'' گوڈنکی دِیُت جواب ''مہابھارتہٕ کِس یودس منٛز اُس ناکہِ دوہہ سیٚہ پھرہے راتھ۔ توٚہی مہٕ گابرِوو۔''

دوٚیمی ووٚن ''سو رات اُس برٛژنس کھنڈس بھگوان کرٛشنن اَنٛمٕژ اپُزٕ گالنہٕ خاطرٕ۔ یتھ رأژ ہیٚتین گٔنٹہٕ واد گژھنٕ۔ ووٚنی کتہِ ژھانڈون کرٛشن یُس یتھ رأژ ڈیوٗنگ وٹہٕ؟ یہِ چھے مہابھارتہٕ کھوتہٕ کرٕٹھ راتھ۔''

ترٛیُم وۄتھ ''پۄز چھُ بھگوان کرٛشن یِیہِ نہٕ بیٚیہِ زمنس۔ بیٚیہِ تیا۔ یتھ کل یُگس منٛز، تہٕ پتہٕ نِیہِ ییمہِ راٗژ ہُنٛد ورُق تھۄدٕ تُلتھ۔''

ژۄرِی دِژ کرٛکھ ''ہے بابو، وکھ مہٕ کرٕو ضایہِ۔ زُو سوتن وُنی، اَسی تہِ لارو تۄری، اَسی تہِ رٹو سوٕے وتھ یوسہٕ ییمو جاناوارو ژٹ۔ بۄزِو وُنہِ چھےٚ پکھن ہنٛز آواز ساسا، ساسا گژھان۔ ساسہٕ بُدی تہٕ لچھِ وُپھے یِہِ۔

ساٗرِوے کۄر آنکار تہٕ دژاے۔ بیٚیہِ وُژھ ہۄل ہاے۔ ماجہِ تہِ دژایہِ شُری وَچھس ءتی رٕٹتھ لۄکہٕ ارساتس ءتی۔ تِہنٛز کرٛکہٕ آسہٕ صرف شیچ کھسہٕ وَس۔ سخت ءترِ کھٕ کار کِنی اوس نہٕ تِمن انمانٕے زِ شُری کتھ حالس منٛز چھِ۔ تِمہٕ آسہٕ نہٕ یہِ کتھ سوچنٛز تہِ یژھان زِ شُر بن چھا شہٕس کھسہٕ وس کِنہٕ نہٕ۔

ساٗری اَسی انہِ گٹس منٛز کیاہ تام ءگنٛگراے کران کران تھاہ لایان۔ کیٚنہہ پیےٚ وَتی۔ ''پیٚیےٚ تہٕ پیےٚ، پگو برٛونہہ۔''

''تور واتان واتان کاتیاہ موژو اَسی۔''

اتھ سوالس اوس وُنہِ جواب میلنے زِ برٛونہہ کنہِ گیہِ کیٚرتن کرنچ سۄژ سۄژ آواز اتھو ءتی ساٗرِتھ باسیوٚکھ زِ یہِ چھُ جنٛگل یٚیتہِ گژھِ کانٛہہ مہا پُرش آسُن۔''

''کُس ساٗ چھو یٚیتہِ؟''

''شی۔ ژھوپہٕ۔ تِپہ ریوٚش چھُ یوٚگ سادان'' اوٕر میوٚل جواب۔

''ہے یوٚت تام سنسارس ناش ہیوٚتُن گژھُن، توٚت تام سادیا یوٚگ؟ دپیوٚس

سرشٹی ہیرِن ختم گژھنی۔ پننہِ شکتی ہُند کمال ہاوُنی کبس۔" تپسوی ییٚن بوٗز تہٕ گٔرِن لبہٕ خنٛد۔ ہنا دۄرِ پیٚٹھے وۄنُن۔" کوکرم تہٕ بیٚیہ نہٕ کیٚنٛہہ۔ تمہِنٛے ہُند پھل، أژِو یتھ زیٚچھِ گوپھہِ منٛز پرٛأیشچتھ کٔرِو تہٕ موکھتی پرٛاوِو۔" دۄیمی نفرن وۄن "مہاراج وُنہِ اے اسہِ ییٚمہِ سمسارُک کہنٛی تہِ وُچھنہِ۔ توٚہۍ چھِو دپان سأری زٕنٛدگی لۄکھ چھِ کوکرمی تہٕ پٕنٛن پان دِتھ پرٛاون تم موکھتی؟"

تہٕ تیٚمی ژٕنی وونس: "مہاراج تیٚلہِ کیٛازِ کرِہے برٛہما سرِشٹی پأدٕ؟ تس اوس نہٕ ہرگز زگت اَڈوتی ختم کرنُک کانٛہہ خیال۔ مۄرٕژ گر چھنہٕ خوبصورت مۄرٕژ بنأوِتھ تمہِ پانٕے پھُٹٕراوان۔ ہرِیہ، زۄن، تارکھ، بُترات پأدٕ کٔرِتھ تمن پانٕے ناش کران۔ تہٕ ڈالیا سنسارُک میٛزان؟ اسمبھو۔"

گوڈنِکی ژٕنی لأے کرٕکھ۔ "توٚہۍ چھِو مہاراج دپان اندھکار کرِ پرٛاگاشس پیٹھ راج؟ مہابھارتُک یود سَپد بیٚیہِ، تہٕ دریودھن زینہِ۔ اَپُز پاوِ پزِس ترٛیشہِ۔ مہاراج کوکرمی چھِ آسان تولس منٛز کنہٕ۔ دود کرٛایہِ منٛز مُچھ۔ تمنے دِی تو دنٛڈ، أسی پرٛاوِ ہوٚیتھی زنمس منٛز مُکتی۔" تپہ ریٚشی ترٛوو ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن تہٕ باسوٚتس کھوٚت خشم۔ تٔمی ہیوٚت خُمن تہٕ وۄنُن "مایا زال! مگر روزِ دیہ سُند ناو۔" یورٕ دِیُت کٔمی تام جواب۔ "مگر سُہ ناو ہیٚنہٕ وول نہٕ کانٛہہ۔ ظأہر چھے وَنان ناممکن۔" لۄکو تٔج بیٚیہ ہۄل ہالٕے۔ ماجو تٔج وُلہٕ باکھ۔ أکی وۄن: "دُریودھنس أسی نا تپہ ریٚشی تہٕ مدد کران۔" دۄیم وۄتھ: "ہے یہ چھُ نہٕ تپہٕ ریٚوش۔ یہِ چھُ شاید دُریودھنہٕ سُند شیٚش۔ یا چھُ کانٛہہ وتہٕ ہاوُک أخرس تام

روزِ پیٚتھی وٕنِس منٛز۔ یہِ چھُ پانہٕ مۆکھش یژھان سپدُن، یہِ کیٛاہ اتھِ روٗٹ کرِ اسہِ؟'' ترٛییمی زٔنی وۆن بڑِ ہٹہِ ''چھوے طاقت، آکاشس گٔن کلہٕ گٔرتھ ٹلو گٔنی گژز۔ تژھ زِ کرٕہس آکاشس گژھن چأ کے۔تاپھ نیرِ نوٚن۔ نتہٕ پکو بژوٕنہ یپأری جاناوار وُڑو کران چھِ۔'' تہٕ وٕژھ گٔنی گژز۔ تہٕ ییٚتہٕ پیٹھ تم دژاٮتی اُسی، تتھ کھاہس نکھہٕ مکانس منٛز گیہِ گٔنی کژکھ۔ أکس نوجوانہٕ ہنٛز کژکھ۔ سُہ گو یک قلم چارپایہِ پیٹھ تھوٚد وٕتھِتھ۔تس اُس تھرٕ تھرٕ۔ گانٛہِ ستی لکِس أچھن ٹکر تہٕ تمِن دِژِن مۆرن مۆرن۔ مأج ٹٔر بییہِ کمرٕ پیٹھٕ۔ ''ژٕے کھوزِ دِژِتھ کژکھ؟ یہٕ ہا کھوژِس۔'' نیچوِ وۆنس ''یہِ آسےٚ جبروٗتھٕ دار کژکھ رِنہٕ......؟''

ماجہِ توٚر نہٕ رٕنٛہی فکرِ۔ سُہ وۆتھٕ ہکہٕ تھوٚد، شیشہِ دأرٕ مُژٕرِن، وارِ منٛزٕ ہٕرتھ پیمتی پنہٕ وٕتھر باسے یَس کرٛیہنہٕ پالی تھنیچہٕ لوکچہٕ لوکچہِ تِلمہٕ۔ ییٚلہِ گولاب تھرِ پیٹھ گولاب وُچھن وارِ کارٕ۔ بُتھِس پھشیٚورس رنگ ہیٚو۔ وُنہِ اوس رِندیا وکھ ہینےٚ، تس روٗز منٛس منٛز فکرِ زِ یہٕ وُچھ ہکھ ہِری یہِ لۆستھ کاو پکھن ''شاپ شاپ'' گٔرتھ وۆتٕرگٔن پنہٕ نِبن آلبن واپس گژھان۔

سُہ آو چارپایہِ گٔن واپس۔ تہٕ اوس پانس ستی ونان: ''کاٹیاہ سنا دُریودھن ین زنمس؟''

☆☆☆

امین کامل

# سوال چھُ کلُک

تمۍ وۄنُم ہَنا ژَکھِ سان ہیو: ژٕے ترِنۍ نہٕ یِمہٕ کتھِ فِکرِ۔ یِم چھِ قونٛوٗنی نوقطہٕ، یہ بڑا نازُک مسلہٕ ہے۔ یہِ چھُنہٕ ''وۄتھِ ڈیٚڈی تہٕ شیرِ بَتہٕ۔''

أمۍ زول سِگرٚیٹ۔ پان یَتھ کٔن ترٛأوِتھ پھکرِوۄن تالوس کُن اکھ گوٚن دُہ لومبٕھ، یُس ہَنہِ ہَنہِ تیٚنو و، پھہلیٚو و تہٕ سأری ہےٚ کمرس آو چھکرنہٕ۔ تہٕ أغرس، پَنٕنہِ وجوٗدچ بدبوے پَتھ کٔن ترٛأوِتھ، میٚوٗل واوس ستۍ واو۔

مےٚ أس ژھوپہٕ لٔجمٕژ، اَماپوٚز سوٗنچان اوُسس کینٛہہ منوش کیٚاز چھِ أسہٕ ہِنٛزِ دٕہ پھکرۍ پھکرۍ أنٛدۍ پکھِس بدمُشک بناوان۔ پانہٕ خبر کیٚاہ کیٚاہ سوکھ بۄگان، مگر بیٚیِن پھرٛبکھ تہٕ تَم پُٹٕرِ أوِتھ لُسن بسُن مُشکل بناوان۔ یہٕ اوُسس یِمٕنۍ غوطن زِ أمۍ وۄن بیٚیہٕ: ''بوٗز، کتھ چھُنہٕ ژٕ جِسمچ۔ یہِ دھڑ کی بات نہیں۔ یہِ چھُ کلُک مامِلہٕ۔ میٚےٚ کیٚاہ چھُم تسنٛدِس مُسلس تہٕ مازس کرُن۔ میٚےٚ چھُ مَسلہٕ زِ لاشےٚ کلہٕ اوس تہٕ کور کُن اوس۔'' تمۍ وۄن زور دِتھ: ''یہٕ اصل مسلہ ہے۔''

میٚےٚ گٔر فکرا زِ لَیہِ تہٕ کیٚاہ اِنسان کلہٕ تہٕ کاڈِ روٗس۔ یُس ہر ہر سُہ چھُ أتھۍ

کلہٕ کھاسرِ۔ میےٚ پھُٹرأو پٕنٕز ژھوپہ تہٕ پان سومبرأوِتھ پرُژھمَس ئلی : ''اَہن
حض تو ہہ چھنا خبر اوسس کور کُن کلہٕ؟''

''ہم کو سب معلوم ہے'' تٔمۍ وۄن دنٛد چیرِتھ ہیٔوٚ۔ ''تمن چھےٚ خبر أسۍ
کرو گرٛ برٛ گٹالا تہٕ نمو پٔنن باز زٕپٕنتھ۔ مگر ہم نے کچی گولیاں نہیں کھائی ہیں۔ بہٕ
گوس تتھ کیُتھ پژون مأگن۔ بہٕ چھُس نہٕ راتھ دراس کالجہِ تہٕ أز بنیوس اورِ یور ہارٕ
وارٕ پلناوِتھ تھانددار۔ تہِ گیٚم ووٗنی ترٕہ ؤری پُلسہٕ بتہٕ کھوان۔ میےٚ نِشہِ نہٕ ووڈٕ''

بہٕ کتھ پیٚٹھ مے۔ اِنسان ہیکہِ نہٕ أکِس ماکٕنس نِشہِ ووٗٹھ کڈِتھ، اَدٕ
یُس دون ماکٕنن مَنٛز ہینہٕ بیہِ، تِمَس چھےٚ پانَس لوتہِ پأٹھی کرٛیا کرچ تہٕ لحذ ہٕنٛز
صوٗرتھ تھاوٕنی گرٕتھ۔ مأگن گو ماکٕن۔ یتھ اَنٛگس چیرِتھ گوتتھ ووتھِ نہٕ تھوٚد کوتاہ
تہٕ تچھیٚ توس۔ تی گواتھ لاشہِ یوسہٕ دون ماکٕنن اندر رہینہٕ أس آمٕژ۔

مےٚ أس پیٚٹھی پیٚٹھی کتھا کٔنن گأمٕژ، اَماپوٚز پوٗرٕ أسم نہٕ کیٚنٛہہ تہِ۔ اَدٕ
بٔنی اوسُس محض پننہِ زأنی خأطرٕ قصک ژوٗک زانُن یژھان۔ نتہٕ بہٕ کانٛہہ
فأصلی اوسُس نہٕ زِ نیاے بوٗزِتھ دِمہا تتھ ژھبن۔ تو پتہٕ یوٚد تِتہِ خیال آسہم
دون ماکٕنن مَنٛز پیتھ کھمہٕ ہابےٕ لپر۔ جنٛن ہیکہِ کانٛہہ کو جنے پیٚٹھ ہیتھ۔ کتھِ
داوٗر دیاونا وینہٕ خأطرٕ پرٛژھُس میےٚ بیٚہ : ''توہہِ آسہِ پتہٕ پہن خبر ئژ مٕژ، نتہٕ کتہِ
تُلہِ ہے خام پوریک تھانددار توہہِ نِشہِ ووٗٹھ۔''

مےٚ باسیوٚو أمِس گو پھر۔ تِکیازِ گردن گیس ہنا ہچ، وٕتھن پھولُس
اُسن تہٕ أچھن پھیرس شیطأنی چمک ہش مگر أتھی ستی آیس بُمہٕ چارنہٕ۔'' بہٕ

چھَ سأرے أمِس عمہ کنسٹپلہٕ سٕنٛز غلطی۔ خبر زانہٕ ہَنہٕ؟ أمی پرٛژھُم۔ ''اہَن حض کیاژِ نہٕ۔'' میٚ وۄنُس زانہٕ کرنہٕ روٗستے۔

''أمی احمقن رُکوو سُہ نفر'' یہٕ لوٗگ وَننہٕ: ''میٚ گرٕن نہٕ اند رٕژن خبر۔ نتہٕ لگہِ میٚ دوٗدھ کا دوٗدھ اور پانی کا پانی سأرے خبر۔ توتہٕ نیہِ میٚ پٔنٛز کاکز دُرس گرِتھ۔''

''اہَن حض سُہ اوس کُس نفر؟'' مےٚ پرٛژھُس کتھِ ہَنا واش کڈنا ونکہِ غرضہٕ۔

''تہِ چھمہٕ خبر، عمہ کنسٹپلُن کلہٕ۔'' أمِس کھوٚت جکھ ہیوٗ، گوڈٕ چھُکھ بیچھتھ تہٕ بنان تہٕ گرٛھان چھِم سِپاہ بُرتی۔ یمن چھا کاڈر۔ یہٕ معاملے کی نزاکت نہیں سمجھتے ہیں۔ سُہ گرٛھتھ چھُم ونان، یہٕ حض اوس کُس تام گُری سوار۔ دپان پوشہِ مرگہٕ بونہِ تل چھِ لاش پیمٕژ۔ دِتس جواب۔ ہیوٗ خرا، تم نے اُس آدمی کو چھوڑا کیسے۔ سُہ اوس کُس، کیتھ۔ تمی زن آسہے قتل کوٚرمُت۔ کیوں؟ ہوسکتا ہے! تھاندارس چھُ آسان دٕہن کتھن سٕنٛز۔ کِنہ نہٕ؟''

''توٚت تام حض چھُ پوٚزُے۔ بیٚیہ تہٕ گرِتھ توہہ ہیوٗ اگرنگر مشہوٗر تھاندار۔ ووٗنی کیاہ اتھ چھا کانٛہہ ٹھونٹھ یوان۔''

''ٹھونٹھ؟'' تمی مۄراوِ راتہٕ موغل چالہِ أچھ، کھوورِ اتھہٕ تھأوُن پُلسہٕ ٹوٗپۍ پتھر تہٕ کأر تُلتھ وۄنُم: ''ٹھونٹھہٕ شونٹھ کوئی نہیں ہے۔ اَسہِ چھَ یژھہٕ واریاہ کھیلہِ گنٛزرٕمٕژ۔ سأنی کاکز چھِنہٕ کچ۔ خام پوٗرِچ تھاندأرِل ژانٛس اوٚری۔ کاغذ بول اُٹھیں گے۔'' یہٕ وۄنتھ ترٛووُن ٹھہہ اَسناہ۔ مےٚ تہِ آیوو، مگر سٕتی سوٗنٛچم، پانا یہِ

کتھ تام پیٹھ وِسان، ژیٖنہٕ زَن کیاہ گوٚو۔ أمی ٹُل میز پیٹھ چہِ رکابِہ منز کھنڈ پھوٚلا ہیوٚ کیاہ تام تہٕ ترٛووُن أسُس۔ ستی گرٛن مےٚ تہِ مازرتھ: کھیٚیہ ساٗ، یہِ چھےٚ مزٕدار چیز۔'' میٚیہ ٹُل پھوٚلاہ تہٕ ترٛووُم أسُس۔ پزی کنی لوگُم بڈٕ میوٗٹھ۔ میٚیہ سوٗنچ پتہِ میٹھیوو، دِس ترٛک۔

''اہَن حُض تہٕ خام پوریک تھانہ دار تہِ مابیہ کھوڈپینچہِ روٗس۔ تُہی تہِ آسِہ کیٚنہہ نتہٕ کیٚنہہ سوٗنچتھ تھوٚومُت۔''

''سوچنے دو جی۔ کاڈٕ ی پیٹھس پأنس وٗسی۔ تِمس کر چھُ سوٗنچُن توٚ گمُت زِ أز تگبس''، تُمی کوٚڈ زِر ٹُلتھ واش ہیوٚ تہٕ ٹوٗپۍ دِژن کلس۔ اَمہِ پتہٕ ووٗنُن زامَن ہش کران: ''تِمس یوسہٕ شیطأنی کرٕنی أس، سو گرٛن۔ اَتہِ اور کیاہ کرِ۔ ہم ہر طرح چوکس ہیں''۔ ''شیطأنی کیاہ ہش أسن کرٛمژ؟'' میٚیہ پرٛژھُس جأری آیہِ۔

''آ، بےٚ وَنےٚ'' تُمی گلہٕ نوو کلہٕ اول وانگُن نوٚن کڈنکہِ آیہِ: ''یتھےٚ مےٚ بوٗز زِ پوشہِ مرگہٕ بونہِ تل چھُ لاش پیمژ، مےٚ ٹُل یکدم پُٹن عملہٕ فعلہٕ تہٕ دوریوس۔ اوٗت تام لوٗگےٚ وقتھ۔ سون تھانہٕ ماچھُ خام پوٗرچ واتل پہٕر۔ یتھ چھُ بوٚڈ جیورس ڈِکشن۔ یتھےٚ أسی اور وأتی، سہٕ وُچھم گرٕتام اوٗک کانہٕ کنسٹیبل ہیتہٕ وأتتھ پیوٚمُت۔ لاش بونہِ تل پزٛاہ۔ مگر میں سب بدمعاشی سمجھ گیا۔ اَسیا تارٕنی۔ مُسس تِیا کپس'' أمی ٹُل بیا کھ کھنڈ پھوٚلا تہٕ ووٗلنس کُنے بزٕبکھ۔

بہٕ اوُسس زانُن یژھان زِ أکس لاشہِ کتھ اوس دون تھانہٕ دارن دوٚرُن۔ یمی ہندِس بنس منز لاش أس، سہٕ زانہےٚ تہٕ کار زانہے۔ اَوےٚ پرٛژھمس

حاٲرٲنی سان: ''ٲہَن حض تہٕ لاش کہنٛدِس جیٚوٕرِس ڈکشنَس منٛز ٲس؟''

''لاش ٲس نہٕ کانٛسہِ ہنٛدِس تہٕ جیورس ڈکشنس منٛز۔ لاش دو تھانوں کے درمیان ڈمارکیشن لاین پر تھی۔ اَسہِ اوس لازمی مَن گژھن۔ تمن تہٕ اوس واتُن۔ یہٕ کتہِ وَنہٕ تم کیٛازِ ٲسی آمتی۔ہم کوئی غلط بات نہیں کہیں گے۔'' ٲمۍ تژٲو کاٲر ٹُلتھ دارِ نبر کُن نظر، اَتہِ ٲسی پُلسہٕ جورا سڑکہِ پٹھ کس تام ٹاپہٕ ناوان۔ میٚےٚ تہِ ٲس اورسیٚوٗ دنظر۔

''ہَن حض توتہِ کیٛاہ گیاو، مےٚ پُرٛژھُس سیٚزٕرٕ پٲٹھی۔ اکھا گریز ہو تفتیش''۔

''تہِ کیٛاہ گو اکھا؟'' تمۍ کوٚرُم ہزِل۔ ''تفتیشک حق چھُ صرِف تمِس آسان ییٚمی ہنٛدِس جیٚوٕرِس ڈِکشنَس کُن لاشہٕ رجوٗع آسہِ۔''

''اَہَن حض تہٕ سو ٲس تہنٛدی وَنہٕ، ڈمارکیشن لاینہِ پٹھ'' میٚےٚ ووٗنُس۔

''وہ تو ٹھیک ہے، مگر لاشہِ کور کُن اوس کلہٕ۔ یہِ چھُ ٲنزروٗن۔'' ٲمۍ ووٗن۔

یہٕ روٗدُس۔ کینٛہہ پیوٚم نہٕ پَلہِ۔ ٲمۍ کریایہِ بژونٛہہ تہٕ کلچ کتھ۔ مگر تمہِ وِزِ نیہِ میٚےٚ یہِ سرسری پٲٹھی۔ میٚےٚ پُرٛژھُس: ''اہَن حض تہٕ کلس کیٛاہ چھُ اتھ مالِس سیتی تولُق؟''

''تعلق ہے، ضرٗور ہے'' تمۍ ووٗن زور دِتھ: ''میٚےٚ بژونٛتھے ووٗنے ژٕےٚ ترٕنۍ نہٕ ییمہٕ کتھہِ فِکرِ۔ یہِ چھُ قونوٗنی نوقطہٕ۔ ہرگاہ دون تھانَن ہنٛزِ ڈِمارکیشن لاینہٕ پٹھ کانٛہہ لاش آسہِ، تتھ ہیکہِ صرِف سُے تھانہٕ قبضس منٛز ٲنتھ ییٚمی ہنٛدِس جیٚوٕرِس ڈِکشنَس کُن لاشہِ کلہٕ آسہِ۔''

بہٕ گوس ہےَ بنُگہٕ تہٕ کریمانہٕ کڈانٕے پرٛژھمس ''اہَن حضٕ تہٕ اتھ لاشہِ کورٕکُن اوس کلہٕ؟''

''یہی بدمعاشی ہے'' تمۍ وۄن کلہٕ تہٕ پان ألراوان: ''یہِ خام پوریک لاشہِ واتٕل اوسٕے بڑٕ وٕنٛٹھے پوشہِ مرگہِ اندر روأتتھ پیوٗمُت۔ شیطان کا پرکالا۔ میں سب چالاکی سمجھتا ہوں۔ أمۍ اوسٕے لاشہِ پننس جیوٗرِس ڈکشنس کُن کلہٕ پھرنوومُت۔ لاشہِ اَنہِ ہے پننس قبضس منٛز۔ أسۍ گیہِ پرٛأنۍ کھلاڑی ۔ أما بہٕ دِمہٕ تتھ اتھ وَتھ۔''

مےٚ اوس ووٕنۍ سورُے مامله عیاں سپُدمُت، أماپوٚز اکھ کتھ أس روزان۔ توٚے پرٛژھمس: ''توہہِ کیاہ ہیوٚ کوٚروٕ ہ؟''

''بہٕ دِمہِ لاش قبضس منٛز اَنہٕ۔ تمن پھٕٹۍ فقیر کنسٹپلن کرنٲوٕمس پننہٕ نبن سپہن اَتھِ خوٚب لاٹھۍ۔ وۄتھ نیاے تہٕ وۄتھ۔ کاغذ خود بولیں گے۔ پیوٗمُت چھُ اوٚرۍ مامله۔''

مےٚ سوٚنٛچ ہرگاہ اتھ لاشہِ پرٛکرٕ اَژِ، چھُنا بنان، یہِ وۄتھ تہٕ نیرِ پٔتن گرٕ کُن۔ مگر ستی پیوم ظون تہٕ وۄنمس:

''مگر اتھ لاشہِ...... وُچھ حضٕ سو سَرٕ۔ أخر کوٚت کال...... تمۍ دِژ نہٕ میےٚ پوٗرٕ کتھ کرنہٕ۔'' ''سرٕ نے دو جی۔ سوال چھُ کلگ۔ سُہ کورٕکُن اوسُس۔ یوٚت تام نہٕ سُہ نیاے اَنٛدِ، اوٚرۍ چھُ مامله اویزان۔''

مےٚ گیہِ ژھوپہٕ، وَنہا تہٕ کیاہ!

☆☆☆

اختر محی الدین

# توتن کھامون[1]

مُجہِ ژیٹھس ءتی ژٕرُن بتہٕ کھبتھ ییلہِ سہٕ نیران اوس لۄکن اوس تہند بن ندمن منٛز وُژھ، تہنٛزن کتھن منٛز گزنبر تہٕ شہہ کھسوسہِ منٛز شرٛز پرَن ہنٛز شنٛی تکہِ تار گنڈوٕنی سِرِ ساٰوی آواز باسان۔ تم اُسی تہنٛد وجوٗد معجز زانان تہٕ امہِ معجزکہِ حساسہِ اوسکھ سورُے اۄند پۄکھ سونٛتہٕ سوو باسان...... رنگہٕ رِوٗن تہٕ سونہٕ زٕژل۔

مگر دوہہٕ اکہِ پھُٹ یہٕ طِلسم تِکیٛازِتس آیہٕ عقِل۔ عقلہِ ہنٛدِ زورٕ زوٗن زِ مُجہِ ژیۄٹ چھُ صحتہٕ باپتھ مُضِر۔ ژھونٛڈٕن میٛؤٹھ میٛؤٹھ تہٕ تی بیٛٹھیوس۔ امی ہٕز لۄدٕن مکانہٕ...... مکانہٕ تتھے یتھ لوکچارس گُپکارس منٛز وُچھمت اوسُن۔ اتہِ فارغ سَپدِتھ بناوِن گوڈٕنکس فرزندس، پتہٕ ڈیٛمس تہٕ پتہٕ سارِنی فرزندن گُپگار چالی واریاہ مکانہٕ۔ اتہِ فارغ سَپدِتھ بناوِن فرزندن ہنٛدبن فرزندن تہٕ تہنٛدبن فرزندن یِم اُزی کہِ بڑوٕنہہ کُن ژتجی وہرِ ییتھ سمسارس پیٛہ ہَن لمہِ کھوتہٕ تہٕ

---

ا۔ توتن کھامون(King Tuten Khamun) اُکس قدیم مِصرٕکس بادشاہ سُند ناو۔

تھٲدی محل۔

یہِ سوٗرُے کٔرِتھ تھاوِن پننہِ خاطرٕ، پننہٕ نبن فرزندن تہٕ تہنٛدِن فرزندن ہنٛدِ خاطرٕ بیۆن بیۆن سونہٕ سیرٕ جمع۔

اتہِ موکلِتھ بنووُن پننہِ باپتھ سنگِ مرمرُک مقبرٕ، تمہِ پتہٕ تتھ اندر سرتابہٕ تہٕ أخرس دۆپُس عقلہِ زِ خبر چھا خداصأب ماکرِ کنٛجوٗسی، اوَے بنووُن پاتالے پننہِ خاطرٕ تہٕ پننبن فرزندن تہٕ تہنٛدِن فرزندن ہنٛدِ خاطرٕ الگٕے جنت۔

از ییٚلہِ آرِکیالوجی والو یہِ سوٗرُے کھۄل، اکھ لببکھ سونہِ سیرٕ تہٕ بییٚہ لُبکھ وُستہٕ خان۔ سونہٕ سیرٕ پرٕزناوِ پٕژتھ أکی مگر کرٛزٕ لۆگ نہٕ کأنٛسہِ أکِس تہِ اتھِ زِلتس توٗتن کھاموٗن سُنٛد کُس اکھا چھُ۔



# زٕلہ اپأریُم

ہری کرشن کول

ناتھ جی تہٕ پیارۍ دوشوے آسۍ ٹی وی یَس پیٹھ چھکر وُچھان...... آ وُچھانٕے آسۍ، بوزان نہٕ شاید کینٛہہ تِکیٚازِ آواز آسہِ ہاٚس سبٹھاہ لوتہِ تھوٚمژٕ۔ مگر ہنگہٕ منگہٕ گیہِ اَکی وِزِ زٕ بجہِ آوازٕ یِیمہِ ستۍ دوشوٕیو ووٛٹھ ہِش کٔڈ۔ اکھ دِژ اَپارِ کچنس منٛز پرٛشر کُکرن زورٕ چکھ ییٚہٕ گوَ بُنٛہِمس برٕس زورٕ ٹھس۔ پیٚارۍ وٕژھ تھوٚد تہٕ کچنس منٛز گرٕن گیسچ ریٚہہ لوٚت۔ ناتھ جی پرٛاربو کینٛژٕس کالس مگر ییٚلہِ نہٕ کانٛسہِ ہُنٛد آلوٕے گوَ تہٕ کھوٚتُے کانٛہہ ہیرن سُہ تہِ وۄتھ رسےٚ تھوٚد۔

”کوٚت گوٚھکھ؟“ پیٚاری پرٛژھ نَس۔ سو اُمس کچنہٕ پیٹھٕ واپس ژٕمژٕ۔

”بوٚنہٕ گوَ دروازس ٹھس مگر نوٚنُے زَن دژاو نہٕ کانٛہہ۔“

”اگر کانٛہہ آسہِ ہے پانٕے کھسہِ ہے۔ بیٚہہ پتھر۔“

مگر ناتھ جی بیٛوٚٹھ نہٕ پتھر۔ سُہ گو وارٕ وارٕ دارِ کُن۔ پیٚاری کھۄژ زیٚادے ژکھ تہٕ سوٗنٛچ پانس ستۍ دورٕ دور کرنہِ...... روٗزی تن اُتی نَس دارِ ستۍ دَرٕ لگِتھ۔ لوٗکن چھا کانٛہہ کار زِ یورِپن اُمِس ستۍ سوٗخن کرنہٕ۔ تمہِ ہُرراٗو

ٹی۔وی ہَس آواز۔ چھکرِ گرزن اَس سازو بدلہٕ وَچھ ژیٹان۔ کلہٕ گلناوان گلناوان اَس بڈِ ہٹہِ گبوان۔ یا ٹُلہِ خنجر تہٕ مارے نتہٕ سانہِ شباہ روزے۔

ناتھ جیٖن مُژراو دأر۔ سندیا وَکھ تہٕ اوس ڈلُن ہیوٚتمُت۔ تس گو نہٕ کینٛہہ درٛیٹھ۔ مگر دروازس ہے اوسُس وارٕ کارٕ ٹھس گوٚمُت کِنہٕ یہِ اوس محض نُسند بزم؟ تس پھوٚش اکہِ لٹہِ بیٚیہِ غلہٕ چھانہٕ ہنز تیمی تور تہٕ سپرٕنگ صحی پأٹھی اَگِمتی اَسی نہٕ۔ نیٚبرٕ کنِ اگر اَتھے یوت لاگوس یہِ درواز چھُ پانے مُژراونہٕ یوان تہٕ پتہٕ ٹاس گرِتھ واپس دِنہٕ یوان۔ مُمکن چھُ وُنی کینس تہٕ ما آسہِ کأنسہِ وَتہِ پکوٚنی اتھ زأنتھ مأنتھ دکہٕ دِیتمُت زِ وولا توتہٕ کرون ماسٹر جی پریشان۔

ناتھ جیٖن ترٛأو نیٚبر مہِ کچہِ وَتہِ کُن نظر۔ پتہٕ تتھ بجہِ تِلہٕ سڑکہِ کُن ییتھ بتٕ یہِ کُچ وَتھ رلان اَس۔ اتھ سڑکہِ اَپارِ آسہٕ دوٗر تام وِپرے وِپر۔ اَجہِ خوشکی ہُتھ تہٕ اجہِ آسہٕ آبس منز۔ پتہٕ بیا کھ سڑک تہٕ سوٚتھ تہٕ اَپارِ وبتھ۔ وبتھِ اَپارِ بڈ جرنیلی سڑک تہٕ تتھ بتٕ کوہ دامنس تل فوٗجی ہسپتال، کینٹین تہٕ افسرن ہنزٕ کواٹرن ہنز تندلہٕ۔ مگر یمہٕ کچہِ وتہِ، بجہِ تِلہٕ سڑکہِ، یم وِپروار بیترٕ چھِ تیلی بیٚون بیٚون بدِ نیران ییلہِ دُہلی گاش آسہِ۔ وُنی کینہہ چہِ اَنہٕ گٹہِ منز اوس سورے کینٛہہ یکسان گوٚمُت۔ صرف اَسی تھزرس پیٹھ اِستادٕ، فوٗجی افسرن ہندی کواٹر بجلی گاشہِ کنِ ژٕ نیران۔ یہے اوس اَنہٕ گٹہِ کہِ سُندرٕ اپارِ کیاہتام زوٗل ہیوٚ باسان......

"چھا کانٛہہ؟" پیاری پرٛژھنس۔ ناتھ جیٖن کوٚر کلہٕ گلہٕ نأوِتھ نکار۔

''اِد تیلہِ کونہٕ چھُکھ دأر دِوان؟ ترِ ہے چھِ اژان۔''

مگر ناتھ جیٖن گٔر نہٕ دأر بنٛد۔ سُہ وۆتھ پیاری کُن...... ''خبر ژے چھیہِ پے۔ شامَس چھُ پیأری وُچھن لایکھ نظارٕ آسان۔ دۆر وبتھِ اپارِ چھُ آرمی ایریایٕک بجلی گاش برابر بمبیہِ ہُند بزم دِوان۔''

''یہِ کر چھُکھ ژٕ بمبیہِ گوٚمُت زِ یتیٚک نظارٕ تہٕ چھے تتیٚک بزم دِوان؟'' پیاری پُرٕژھنَس ہزلہِ سان۔

''مےٚ کر وۆن بہٕ چھُس بمبیہِ گوٚمُت؟ ممکن چھُ کُنہٕ فِلمہِ منٛز ما آسم تتیٚک تِتھے نظارٕ وُچھمُت یا پانٕسے ما آسم باسیوٚمُت زِ لنہِ گٔٹس منٛز آسہِ سمندر بٕٹھس پیٹھ میرہن ڈرایوس بجلی گاش تِتھے پأٹھی سجان۔''

''پر ہسکہِ تہٕ پژأری ہسکہِ وَنٛدِ ہے کریٚونےٚ زارٕ پارٕ۔ گژھی زِ ہے۔'' پیاری وۆنُس لوتی۔

ناتھ جیٖن گٔر دأر بنٛد۔ آو تہٕ بیٚوٹھ پننہٕ جایہِ۔ بژنژس کھنڈس گٔرن ژھوپہ تہٕ پتہٕ دِیٚتن سوالہِ ستی پیاری ہنٛدِس سوالس جواب۔ ''رٕکتھِ پأٹھی گژھِ ہأ؟ پژتھ ربتہٕ چھُ مکانہٕ کُے ساس ساس نکھٕ آسان والن۔ وَنٛدِ چن چھٕڈین منٛزٕ ے چھُ اِنسان دون ژون گرٕ پن ٹیوٗشن ہبکان رٔٹتھ۔ بیٚہ ییٚتہٕ گٔس تھوِ ہون؟''

''خأر یہُس آو بونہٕ رٕکرابے دار۔''

''آ۔ آو ہے۔ مگر آو نا یہُس۔'' ناتھ جیٖن ترٛوو وۆش۔ پیاری تہٕ

وۄتھ أندرٕ کیاہتام تچھن ہیٚوٚ۔ سوٗ تُر اَپور کِچنس مَنز تہٕ کوٚرُن گیس ژھبتہٕ۔

ناتھ جین اوس کتابو تلہٕ لوتی اٹلس کوٚڈمُت۔ تتھ مَنز شُمالی امریکہٕ ہُک صفہٕ کڈِتھ ہیٚژون نقشہٕ وُچھنے زِ پیاری ترٚگیس ژھبتہٕ کٔرِتھ واپس۔ ناتھ جین تھوٚو اٹلس رسےَ تخت پوشس نکھہ ریکس پیٹھ أکِس رجسٹرس تل ژوٚرِ۔

''بتہٕ کرٕ بأ گی کھبھ؟'' پیأری پرٚژھنس۔

ناتھ جین دِژ ٹی۔وی ہَس کُن نظر۔ کُستام ماہر اوس کھادِ ہنٛدِ قسم وبژھناوان۔ وُنہ کیاہ گو۔ وُنہِ چھُنہٕ سَتھ تہِ بجیمٕژ۔ ''اِد تیلہِ کرٕ پتہٕ پہن سیٚن گرٕم''۔

''دسیٚن کیاہ چھُ؟''

''یہِ صُبحس اوس۔ دوہلہِ ہے ونیو مےَ گرٕژھ ان پاد کھنڈ۔ ما أنتھ؟''

ناتھ جین ترٚأو پیأری کُن دولہٕ نظر۔ییمہِ ستی سو پرٚزٕ پأٹھی کھوٚژتہٕ کھوژان کھوژانے ووٚنٕس...... ''آہن سأ۔ ژٕ کھےٚ زِ ہے۔ مےٚ چھُنہٕ خوش کران۔ نتہٕ کیاہ کأنسہِ چھمہٕ ٹھاکھ کوٚرمُت؟''

''خوش کیا زِ چھے نہٕ کران۔'' تمیٚک پاپھ تہِ ہے چھے مےٚ۔ اگر نہٕ تمہِ دوہہ نیرِتھ آسہِ ہم ژوٚلمُت زِ پیأری کِنٛز چھِ پأرٕ گامہٕ کاکہٕ پورِ تہٕ دوٚیمِن جایَن ننہِ وانن......''

''تلسأ مہٕ پاوتم بیٚیہٕ یاد۔ مےٚ ہسأ چھے خبر کیاہ گرٕژھان۔'' ناتھ جین وُچھ پیاری أس پرٚزٕ پأٹھی دِنن ہش گأمٕژ۔ بوٚنہٕ گو دروازس بیٚیہٕ ٹھس۔ ناتھ جی

گو ہکہٕ تھوٚد وٲتِھتھ۔

مگر پیاری ییٚہنو وپتھر...... ''یہِ چھُنہٕ سون درواز۔ یہِ چھُ میر صاہبنہن

ہُنٛد درواز۔''

ژےٚ رِکتھ پأٹھی توٚرُے فِکرِ؟''

''اَچھن چھُم گاش سوریٚومُت۔ مگر کن چھِی مےٚ تیز۔ دوٚہی دوٚہَس

چھُس صرف ییٚمنٕے ٹھسہٕ بَرن ہنٛز ٹاسہٕ رائے بوزان آسان۔ ووٚنی تگیم نایٚوٚت

تہِ پزٕزناوُن زِ کُس ٹھس کمہِ برُک چھُ۔ چاُنی پأٹھی ما چھُس دوٚہی دوٚہَس

سوٚکوٗلس منٛز آسان۔''

''اِ سوٚکوٗلس چھُس ترٛٹھ ژھنان۔ یہِ چھُم ہبڈ ماسٹری الٹس کھٕرٛشٕمژ۔

توتہِ چھُس ڈایَن ترٛن بجن تاپے واپس یِوان۔ خبر کر ییٚہِ کانٛہہ مِنسٹر یا افسر

ڈایہِ بجہِ پتہٕ انسپیکشنس تہٕ خبر کرکرن مےٚ نوکری منٛزٕ جواب۔ بِکیٛاہ نوٚ ہفتہٕ چھِ

کارتِک پُنم۔ سأری ماسٹر چھِ ونان زِ تمہِ دوٚہہ روزَو پونٛپرے تہٕ چھاوَو زوٗنہٕ

گاشس منٛز کونگہٕ پھلے۔ مگر بےٚ چھُسکھ پھیش دِوان۔''

''خبر کیٛازِ''

''ژٕ کیٛاہ کرکھ ییٚتہِ کُنی زٲنی؟''

پیاری ڈأج کتھ۔ وٲژھس...... ''ووٚتھ نیٚبرِ مس برس تہٕ أندرِمس

دروازس۔ دوٚشوٚنی تھوٲنکل۔ ووٚنی ییٚہِ نہٕ کانٛہہ۔''

ناتھ جیس اوس پٕزی پأٹھی پنہِ جایہِ بٔہتھ زِ از ییٚہِ تمن نِش کانٛہہ نتہٕ

کانٛہہ۔ کانٛہہ أش ناو، یار، دوس یا پڑانہٕ محلُک کانٛہہ زأنی کار۔ از بٔڑہٕ وارِ دوہہ تہٕ أس چھٹی۔ پگاہ چھِ آتوار۔ یِنہٕ وألی یِن أزی، پگہُک چھُنہٕ سوالے۔ کُس پٔژھ صُبحس مہابھارت سیریل تہٕ دوہلہِ فِلم تژأوِتھ گرِ نیرُن تہٕ یور گأری گاٹھس یُن۔ مگر از تہٕ زن آو نہٕ کٲنٛہہ...... خبر کیاز؟

''دۄپمے ووتھ لو تہٕ دِ دروازن ہأنکل۔''

پیاری ہنٛز آواز؛ زِتھ زن گو ناتھ جی ہُشار۔

''نا ے خبر بۄنیم گپتا جی ما یِیہِ۔ تمٕ اوس مےٚ وۄنمت زِ سُہ ما یِیہِ ہفتس کھنڈس تامے واپس تہٕ جیمہٕ پیٹھٕ کیاہ واتہِ أٹھ نو بجے بڑونٛہہ۔''

پیاری ہیٚتھ ناتھ جینٛز یہِ کتھ بأری تھپھ ہش۔ حالانٛکہِ کتھ أس بلکُل اپُز۔ امرتسر نیرنہٕ بڑونٛہہ اوس گپتا جین ناتھ جیس صاف وۄنمت زِ سُہ یِیہِ بلہٕ بیترِ دُگراونہِ ووٚنی مار چسےٚ منٛز کشیرِ۔

''یِتہِ گو کرا ے دارِ ے۔ کرا ے چھُنہٕ پۄرٕ وٕری ییچ دِوان۔ مگر کُل وٕری یَس منٛز آسہِ تہٕ پنٛژاہو شیٹھو دوہو علاوٕ ییٚتہِ روزان۔''

''سو ے تہٕ چھِ پریشأنی۔'' ناتھ جین اوٚن اخبار تہٕ سُہ بڑونٛہہ کنہِ رٔٹتھ وۄن پیاری ''کرا ے دارتھوٚ امہِ باپتھ زِ رأچھ روزِ مگر ووٚنی چھِ أسی پننہِ گرگرۄبتھ ستی تسندِس سامانس رأچھ کران تہٕ بیٚیہٕ تسندِس مکانس چۄکی ڈٕری کران۔''

بیٚیہٕ تسندِس مکانس چۄکی ڈٕری کران؟ ناتھ جی گو حأران مگر ییٚلہِ کتھ

فِکرِ ترٕس سُہ روٗش پیاریہِ۔'' تِتھ پاٗٹھی پزٕن نہٕ بیوقوٗفی ہنٛز کتھ کرنہِ۔ عقلہِ گرٛ ٹھِ کاٗم ہیٚنٛز۔''

ناتھ جین دِیُت اکہِ طرفہٕ پیاری عقلہِ کاٗم ہنٛگ مشورٕ۔ مگر بیٚیہ طرفہٕ گیس پننہِ اُچھ تہِ اُدرِ۔ عاٗنکھ تھوٚد تُلِتھ ووتھرووٗن لوتی اوش پتہٕ لوٗگُن بیٚیہ عاٗنکھ تہٕ ہیوٗتُن اخبار پرُن۔ پیاری تہِ وُٹھ تہٕ کچنہٕ منٛز آیہ توملہٕ تھال ہتھ سو بیچھے یہ توٗمُل ژارنہِ مگر ٹیوٗب لاٹہِ تل تہِ آلیس نہٕ کنہِ یا کنہٕ بوزنہٕ۔ ناتھ جین ٹُل پننوٕ اُچھو پیٹھٕ عاٗنکھ تھوٚد تہٕ پلنووٗن زنانہِ۔ پیاری لُج ووٗنی عاٗنکھ لاٗگِتھ توٗمُل ژارنہِ۔ ناتھ جین تھوٚو اخبار وُٹھِتھ تہٕ لوٚگ ٹی۔وی وُچھنہِ۔ کُستام ڈاکٹر اوس تمِن بیمارن ہنٛز وبژھنے کران یِہنٛدی شِکار زیادٕ تر بڈٕ چھِ سپدان یمن علامژن کُن ڈاکٹر اِشارٕ اوس کران، تم باسیہِ ناتھ جیس پانس تہِ۔ سُہ ووٗتھ تھوٚد تہٕ کوٚرُن ٹی۔وی بند۔

اخبار وُٹھِتھ تہٕ ٹی وی بند کٔرِتھ باسیوٚ ناتھ جیس پنُن پان بیکار تہٕ بیقرار۔ پیاری ستی کرِ ہے کتھ مگر سو اَس توٗمل ژارنس ستی آورٕ۔ لہٰذا لوٚگ پانسے ستی سوچنہِ زِ یور شہرٕ نِش یوٗت دوٗر مکانہٕ بناوِتھ کوٚر ائمی جان کنہٕ ناکارٕ۔ پزر چھُ زِ تہنٛز پزائی لر اَسنہٕ لرٕ بٔی کہِ آو سیمژن لبن پیٹھ اِستادٕ میٚژ گُجابائیس دیہ ستنٛز دیایہ کنی دٔرِتھ اوس۔ اگر کُنہِ گُٹھس منٛز کانہہ باٗژ تیٚتھے لرِ پھرُن دِیہِ ہے ساٗری ہیے لرِ اوس الہٕ الہٕ گرٛشان اوٚے تہِ بہریو نہٕ سُہ نیٚتھرٕ پتہٕ واریاہس کالس پیاری بزونہہ کُن گرٛھنسے مگر تہِ گٔرِتھ تہِ کڈٕی دوشوٕے باٗژو تھی گُجابس

مَنٛز پنٛژاہ دُوٚنٛزاہ ؤری تِتھۍ زاو بٕٹہٕ، تِتھۍ بڈٕو سُہ۔ مگر یێلہِ سُہ ٹرینِنگ پوٗرٕ کٔرِتھ نێبرٕ نوکری لۄگ تٔمۍ وۄنُکھ صاف زِ یۄتام تِم تتھ پڑانہِ لرِ مَنٛز چھِ، تۄتام ییہِ نہٕ سُہ زانِہہ تہِ کٔشیرِ۔ ناتھ جین تہِ سۄنٛچ پننہِ جایہِ زِ ووٚنی چھُ بٕٹس نێتھر کرُنۍ۔ کأنٛسہِ ہنٛز کوٗر یۄت گُجابس مَنٛز اَنٛز گییہِ پٔزۍ پأٹھۍ مَنٛدچھے۔ یہِ داش نداش اوُسُس تہِ خرٕچ کٔرِتھ تہٕ بییہِ دۄن لچھ روپیہِ قرٕض ہیتھ کوٚرُن اکھ دُپوٗر مکانہٕ اِستادِ تتھ جایہِ یوسہٕ بڑوٗنٛٹھ گام آس یِوان مانہٕ مگر ووٚنی چھِ شہرٕ۔ سے مَنٛز شُمار سَپدان۔ تہٕ بٕٹہٕ؟ نہٕ کوٚر تٔمۍ نێتھرے تہٕ نہ آو کٔشیرِ بسنہِ۔ پڑأریُس آیوو رٕتبس کھنڈُس۔ مگر پرُس رٕوٗدُکل سداہَن دوہَن۔ تہٕ یِہُس؟ ...... یِہُس گأس ووٚنی زٕ رٕبتھ کینڈا گأمِتس۔ زانہِ بھگوان تورٕ کرِ ییہِ واپس؟ ییا کِنہٕ کٔنٛہی نہٕ!

"وُشناوا تیلہِ سیٚنٛ"، پیاری آس تۄملہٕ تھال ژأرِتھ موکلیمٕژ۔ تمہٕ تُل اَچھو پیٹھٕ عأنٛکھ تھۄد تہٕ دِتُن ناتھ جیس واپس۔

یِکیاہ گوڈٕ بوزو خبرٕ! ناتھ جین لوگ اَچھن عأنٛکھ۔ اخبار وَہروون بڑوٗنٛہہ کنہِ بہ یک وقت لۄگ ٹی وی پیٹھٕ خبر بوزنہٕ تہٕ اخبار پیٹھٕ خبرن ہنٛز سُرخی پرنہِ۔ تیمِس کالس سُہ کأشُر تہٕ "اوٚردوٗ" خبرٕ بوٗزِتھ تہٕ اخبارٕ کِس گوڈٕنکس تریٚمِس پأنٛژِمِس نٔوِمِس تہٕ دٔہِمِس صفس پیٹھٕ پیٹھۍ نظر دِتھ موکلو تیٚمِس کالس آس پیاری تہِ تخت پوشس پیٹھ تِسنٛدِ باپتھ تہِ بوٚنہٕ کنہِ پننہِ خأطرٕ بسترٕ ژأرِتھ موکلیمٕژ۔

"دٔبلی چھکھ دۄیِم بسترٕ ژاوان۔" ناتھ جین ووٚنہٕ تس کھۄژی کھۄژی۔

’’ژٕ تہٕ آستہٕ میٲنؠ ہے بِسترس مَنٛز اژان۔‘‘

’’ژےٚ چھےٚ دِوتھ وٕژھمژٕ۔‘‘ پیاری کھوٚت پُزٕ پٲٹھؠ شرارتھ۔

ناتھ جیٖن دِیُت اتھہٕ سٟتؠ ڈبکس ٹاس۔ یوٚہے تہٕ روٗدُم طماہ۔ زانٛہہ آسہِ ہی میٲنؠ کتھ فِکرِ ترٛمژٕ۔ میوٗن مطلب اوس زِ دوہہ دوہے زٕ زٕ بستر تراوُنؠ، تریٚیہٕ تریٚیہٕ ژورِ ژورِ دوہہ زٕزٕ لیفہِ وورِ زٕزٕ شانٛد گنٛڈۍ وورِ زٕ زٕ کرٛژ چھلنؠ!...... ژٕ چھکھہٕ ونؠ یِمژ کٲم ہبکان؟ اگر ژٕ تہٕ آسہِ ہأکھ میٲنہِ ہے بِسترس مَنٛز اژان، کامہِ گژھہِ ہی نصبا نصب فرٛق۔‘‘

’’کروونؠ بوٗز۔‘‘ پیاری دِیُت تتھہٕ پٲٹھؠ یِل زِ ناتھ جیس پیٚیہٕ وُہ پٕژھہ وٕری بڑٕ وٹھم پیاری یاد۔ سُہ ووت خیالن مَنٛز خبر کوٚت۔

’’دوٗ پیمے بہٕ وُشناوے سِیُن، پتہٕ کر کھمو بتہٕ؟

’’وُشناو۔ کھیتھے ژھنو۔‘‘ ناتھ جیٖن دِیُت پیاری جواب تہٕ پتہٕ ووٗنُن پانس سٟتؠ لوتہِ۔ ’’سارے راتھ زن پییہٕ پیٹھہٕ۔ پیےٚ ژَن!‘‘

بتہٕ کھیتھ اوس ناتھ جی دِلہِ ہنٛزِ خبرِ بوزانے زِ پیاری ترٛ کچنہٕ مَنٛزٕ بانہٕ مانٛجتھ۔ ’’ژٕ چھکھہٕ وُنہٕ ہتھے۔‘‘

’’وُنؠ کیاہ کرِ بہٕ شوٚنگتھ؟‘‘

’’توتہٕ أژی زِ ہے بِسترس۔ وُشنیر گژھہِ ہی۔‘‘

ناتھ جی ووٗتھ ٹی۔وی کوٚرُن بند۔ بِسترس مَنٛز ژاو مگر اتھس کیتھ تجُن اکھ رجسٹر۔

''کرا بجلی ژھبتہٕ؟'' پیاری پرٛژھنس۔

''کر۔ بہٕ زالہٕ ٹیبل لمپ۔ مےٚ چھِ سوٚ کوٚل کمن کا کدن نظر دِنۍ۔''

پیاری گٲر ٹیوٗب لایٹ ژھبتہٕ۔ ناتھ جیٖن زول ٹیبل لمپ تہٕ لوٚگ

رجِسٹر ورق پھِرنہٕ۔

''روز ژٕ ہُشار ے۔ بہٕ چھُس ژھیٚنتھ پیمٕژ۔'' پیاری وۄن تہٕ ژلیہِ پنٕنہٕ

نِس سترس منٛز شونگنہِ۔

''گرٕژھکھ نا ژھینۍ؟ زٕ زٕ لیفہٕ دور زٕزٕ کپر ژادرِ تہٕ باقےٚ پلوڈیر چھلنۍ چھا

ٹھبتھ کتھا؟''

پیاری دِیُت لرِ پھِرُن تہٕ تھرگرٕن ناتھ جیٖس گُن۔ ناتھ جیٖس توٚرنہٕ

فِکری زِ تسنٛز کتھ بوٗزی تھےٚ دِیُت امہِ لرِ پھِرُن کِنہٕ پرٛزی اوسُس نیٚنٛدٕر چار

آمُت۔ تٔمۍ تھٲو لوتی اچھ رِجسٹر ؤٹتھ تہٕ بییہٕ اکہِ رِجسٹر تلہٕ کوڈُن سُہ اٹلس یُس

اُوی اوسُن ژوٗرِ تھوٗمُت۔ شُمالی امریکہٕ ہٕک نقشہٕ کڈِتھ لوٚگ تتھ وارٕ پٲٹھی

سنٛنہِ۔ یہٕ گو کنیڈا تہٕ یہِ گیہِ اتھ راز دٲنی۔ اوٹاوا...... تہٕ یہِ گو ہیٚلی فیکس یتہٕ وُنی

کنبس بٹہٕ آسہِ۔ اوٹاوا پیٹھٕ چھنہٕ زیادٕ دوٗر۔ بییہٕ چھُ سمنٛدر بٹھس پیٹھ...... یا

سمنٛدر بٹھِس نکھے اکھ زُدا ہیٚوٗ۔ یِیمہٕ کِنۍ ہیٚوٗر شُمالس منٛز آسنہٕ باوجوٗد تتیٚک

آب و ہوا معتدِل آسہِ یہِ بمبیہِ ہیوٚے۔ اِد سأ جانہے گو۔ بٹہٕ بکپور چھُ ترٕ کٕیت

سبٹھاہ لیوٗژ۔ بییہٕ آسہِ بمبیہِ ہنٛدی پٲٹھی تتہٕ تہٕ سمنٛدر اپارِ زوٗلے زوٗل باسان۔

ہنگہٕ منگہٕ پیوٚ ناتھ جیٖس جبس زِتس چھُ خبر کیاہ گوٚمُت۔ تسنٛدِس منس منٛز چھُ ہر

وِزِ سے اکھ منظر ووتلان یتھ مَنز کزھنہٕ سٕدرٕ اپارٕ زٕول چھُ آسان۔ شاید ما چھُ امیک وجہ یہِ زِ چھُ زٕول، بجلی گاش، ئُنِس آکاشس تل ہِری یہِ سُنٛد گاش، بُترٲژ پیٹھ خوشیٚون وُشن وُشن تاپھ...... سوٗرے کینٛہہ خوش کران۔ شاید چھُ سُہ یہِ سوٗرے کینٛہہ چھاوُن یژھان مگر چھاوے تہٕ چھاوٕ ہِتھ پٲٹھی؟ یہِ سوٗرے کینٛہہ چھُ اپارِ۔ سُہ چھُ پانہٕ یپارِ تہٕ مَنز چھُ انہِ گٹہِ ہُنٛد اَنٛتھ روٗستے سمنٛدر......

"بیٚہِ نیٚنٛدرِ؟ دپان ہے اوسکھ وُنی کیاہ کرٕ شوٗنگتھ؟" پیاری ہنٛز آواز بوٗزِتھ گو ناتھ جی ہُشیار۔ تس اَش یٔزی زِ پھ گاٮ۪ش۔

"ووتھ کُمی تام مُشرٕوو درواز۔ ذٕہی دوٚہس تہٕ راتی راتس چھکھ ہانکلہٕ وژھے تژ اُوتھ خبر کمن دردِلن پژاران آسان۔ لوٚکن چھُنہٕ کار کینٛہہ زِ ژٕے نِش یِنہٕ یور مسایہِ ژٹنہِ۔ ووتھ ووتھان کونہٕ چھُکھ۔ یوٗ تام کانٛہہ لوٚٹھ کٔرِتھ گژھِ۔" پیاری اَس بسترِ مَنز نبر نیرِتھ دورٕ دور کران۔

گُپتا جی ما آو یٔزی پٲٹھی؟ ناتھ جین تُج ٹارچ تہٕ ووتھ بون۔

پیاری کٔر ہمتھ دٲر مُشراوِتھ دِژن ژٕرنہِ ہِکی بون کُن نظر۔ کیاہتام ژھایہِ جوراٮ۪یس دژ ہیٚنٛٹھی۔ اکھ ژھوٚٹ مگر وَہراوِتھ ہش۔ بیٚا کھ تھٕز مگر شژ وکیمٕژ زن۔ مگر ییلہِ ناتھ جی نہٕ زیوٗ "ہُدی ہُدی، ہے ژٕے چراغ بیگ پیوٚن"۔ بوٗزن تمہِ تژ وو پھژ کھ تہٕ دٲر بند کٔرِتھ ژایہِ واپس بسترس مَنز۔

گاو کٔڈتھ نیبر مِس برس تہٕ بٔنٛمِس دروازس ہانٛکل دِتھ ییلہِ ناتھ جی واپس کھوٚت، پیاری پُرژھنس...... "یمن چھنا پرژھانے۔ راتس تہٕ چھِ ہٹرٕ

ہٹرِ آسان پھیران۔ یُس گۆر یمن صُبحس دود چھُ ہوان۔ سُہ چھُنا شامس وُچھان زِ تلایم ہے گیہِ تہٕ کوٚت گیہِ۔"

"تیلہِ کیاہ گیٚو ییلہِ دود آسہن دِوان۔" ناتھ جیس ژۆل ووٚش نیٖرتھ۔

"یِم چھےٚ ہوٚچھمٕژ گاوٕ تہٕ توٚے چھِہ تِتھ پأٹھۍ حالہِ حأران تہٕ پرٛژھینہِ۔"

پیاری تہِ ترٛو ووٚش۔

"توٚتہِ پیٚیہ یہُس جان بأرِش۔" ناتھ جین تھوٚو پنٕن کلامہٕ جأری۔ "ننہٕ پرٛس یوسہٕ ہوکھے وُژھ تمہِ کِنۍ دروگیوو گاسہٕ تیوٚت زِ گوربو تہٕ گرٛیستو ژھنۍ یسلہٕ ہوٚچھمٕژ گاوٕ تہٕ بڑٕ دانٛد پکِن ہِکتھ تنے کیاہ چھِہ پأرۍ گامہٕ کاکہ پوٗرٕ، کیلر ننہِ ولنہٕ یہِ بلاے آسان ہِنٛز۔"

ناتھ جین رُٹ زبو دنٛدس تل مگر کتھ اُس تیٚنٛدِ موکھہٕ منٛزٕ نیٖرتھ ژُجمٕژ۔ تمۍ دِژ کھوٚژی کھوٚژی پیاری ہٕنز نظر مگر خبر کیاز زِ اُس وُنی کبس تہِ تس دِہِن گأمٕژ تہٕ موتُن پھیوٚ رمُت۔ تمہِ دیُت تیٚنٛزٕ کتھِ شأنتی سان جواب...... "پکِن حوالہٕ گرِتھ چھکھ کھش کرِناوان۔ یہِ چھِہ تمِن پتٕھ ووپکاٗرے کران۔ بوٚڈ ووپکار۔ پرٛژھیوٚن اُستھ پتھ کُن ڈولنہٕ کھوتہٕ چھُنا شرٛاکہِ ستۍ ہوٚٹ ژٹہٕ ناوُنے جان۔"

ناتھ جیس باسیوٚ زِ پیاری چھُ لیفہِ تلۍ اُندرۍ اُندرۍ وَدان۔ سُہ ژاو لوتی بِسترس منٛز۔ ٹیبل لیمپ کوٚرُن ژھیتہٕ تہٕ کلہٕ نلہٕ ہیٚژن لیف۔

☆☆☆

غلام نبی شاکر

# رٲوِمتؠ بٲتھ

سو زن ٲس وُنۍ دِوان...... یاد پاوان...... پننِس شعوٗرس ییتھٕ پٲٹھۍ ژھاںٹھ دِوان ییتھٕ پٲٹھۍ سو پننہٕ نِس بانہٕ کُٹھِس کانٛہہ چیز ژھانڈانہٕ وِزِ گرا ییتھ تھپھ تہٕ گرا ہُتھ تھپھ دِوان ٲس...... تس اوس یقین یہِ بٲتھ چھُ مےٚ لوکہٕ چارس منٛز بوٗزمُت۔ پتہٕ ٲسس بہٕ واریاہَس کالس یہِ بٲتھ ہِگنگہٕ راوان تہِ...... یِہوے بٲتھ اوس تس رووُمت۔ سو ٲس یاد پاوان۔ شعوٗرس زٲلۍ دِوان...... تس اوس یقین تہٕنٛدِس جِگرس یُس زخم لوٚگمُت چھُ سُہ تہِ بلہِ نہٕ زانٛہہ۔ اماپوٚز سُہ بٲتھ یُس مےٚ لوکہٕ چارس بوٗزمُت چھُ، چھُ اَمہِ جِگرٕ کہِ زخمٕچ ٹاکارٕ باوتھ۔

تِکیازِ تس اوس احساس زِ یہِ کیٛژھاہ مےٚ گدریومُت چھُ مےٚ کس توگ وُنن۔ گدرُن چھَ اکھ کتھ، تہٕ تمٕچ باوتھ چھےٚ بیٛاکھ کتھ۔

اوَے چھُ سُہ بٲتھ ازمےٚ پننہِ دادِچ باوتھ باسان...... مگر یاد چھُم نہٕ پیوان۔

دارِ ہنٛدِ شیشہِ کِنۍ پیٛیہٕ تس نظر۔ رٲژ ہُنٛد گٹہٕ زوٗل اوس زن کانٛسہِ

خوبصوٗرت پیکر نقابس تل۔ اوٚکن پہن ہنا ڈٲلتھ اُس تسنٛز ماری منٛز کوٚر ماٹزٕ اتھٕ دأرِتھ کھر وکھ کڈان۔

تمہِ سوٗنٛچ۔ کٔہ تان پییٚس از نیٚنٛدٕر۔ ووں گژھ نہٕ میانہِ ستیٖ ہُشیار گژھنی۔

تمہِ ہیٚژ پانس ہیٚرِ بون لیف تہٕ اکِس پُر سکون ماحولس منٛز ہیٚژن پیٚہٕ پننس بأطنس سام، اما یہِ بأتھ کیاہ اوس مےٚ بۄزمُت۔

بأتھ سو اُس سوٗنچان...... بہٕ اُسس وارِیاہ لوٚکٹ وارِیاہ لوٚکٹ تہِ کیاہ...... مےٚ اوس خاندر وُنہِ کرنے مگر...... خاندرٕچہِ کتھِ آسہٕ چلان...... وارِیاہن جاین آیہِ مےٚ کتھٕ...... اٰخر تہٕ سپدٕ تی یہِ میٚون تقدیر اوس......تس آیہِ پنہٕ نِس مرحوم خاوند سنٛز سو صوٗرت نظرِ تل ییٚلہِ سُہ تس وَٹھج دوہہٕ گوڈنچہِ لٹہِ برٛنٛٹھ کُن آو......

...... تمہِ اُسی یِم خاب وُچھمتیٖ...... از اُس سو یِمن خابن ہُنٛد تعبیر وُچھان۔

سو سنے یہِ پنہٕ نِس خاوند سنٛدِس صوٗرتس۔ نوجوٲنی ہُنٛد عالم اوس تہنٛدِس بُتھس پیٹھ ٹاکارٕ...... اُتھی ستیٖ گوتس لرٕز ہیٚو......تس آو نظرن تل سُہ منظر ییٚلہِ تسنٛدِس خاوند سنٛز لاش خونس منٛز لتھٕ نأوِتھ ہیٚرِ پیٹھ اُڈ بون تہٕ اَڈ ہیوٚر بے کسی ہنٛدِس عالمس منٛز پیٚمژ اُس...... تس آسہٕ اُچھ بلیے۔ مگر وُچھان اوس نہٕ کینٛہہ۔ اُتھی ستیٖ اُس بیٚکِس کُٹھس منٛز اَہنٛدِس کُنس پوترٕ سنٛز لاش دُبہٕ اُڈ ننگے

تہٕ أڈِس پلو۔

سو أس گرانچوس کُن دوران تہٕ گھے خاوندٕ ہندبن أخری شِہن استقامت دِنچ ناکام کوشش کران۔ وُنی کینْہہ کال برٛونٹھ أسی یم سأری اتھ گرس منٛز أکس مأنزِ اتھ دأرِتھ مہرینہِ ہنٛدِ خانٛدرٕچ کتھ کران۔ اِسبنٛد تہٕ شرٛہن سونٛر تہٕ وازٕ بیٛترِ مگر کوٗتاہ کم فأصلہٕ چھُ زندگی تہٕ موتس درمیان یہِ چھنہٕ أزی۔ یہِ چنٛز پتہٕ وَتھ اوسمُت مگر ووٚنی چھُ یہِ فأصلہٕ زیادے کم۔

خاب دأیِران چھَ اِنسانس وأنس گژھان۔ مگر یمن خابن چھُ ژٕہس منٛز ژس گژھان...... تس پیٚو ووٚنی یہِ بیٚیہٕ یاد...... ییٚلہِ تِم دوشوے بأژ پننہٕ نِس نیچوی ہنٛدی موکھہٕ مُدأے مِزازس ٹھرِ روزِتھ نارس زن آب ترٛاوان آسی اماپوٚز حالات أسی زن بے قابو...... وُچھان وُچھان گوگولہِ ہُنٛد صدا تہٕ تُسنٛد زِتووٚہہ وُہرنیچو پیٚو تتہٕ پأٹھی زِ زن پیٚو سرسبزٕ گُل پھٔر......

تِسنٛدِس مألس روٚدنہٕ آب تاب تِمُی ژھٔنی گوٚلی لگاون وألِس چیٚنچھِ۔ کیاہ کرِ سُہ مول یُسنٛد جوان نیچوٚتس برٛونٹھ کنہِ زندگی ہنٛدی أخری شاہ آسہِ کھالان۔ زن أسی اتھ گرس منٛز یم دوکھ لد ژھیپہٕ ژھاین گنٛدان۔ تُسنٛد مول کھوٚت ہیوٚر رخبر کیاہ سوٚنچتھ ظأہرا پننہٕ نِس نیچوی ہنٛدِ خأطرِ کانْہہ بچاوٕچ تدٛبیر کرنہِ...... وُنہِ اوس سُہ ہیرِ کھسأنی تہٕ دوٚیم ٹاس گو...... سُہ پیٚو ہیرِ پیٹھ اوٚڈ ہیوٚر تہٕ اوٚڈ بون۔

تمہِ ژٔٹ کتھ تہٕ اوٚنگج رٔٹن دنٛدس تل...... یہِ سوٚرے پأنس برٛونٹھ کنہٕ

اوٗسس اتھ کٔرِن اورٕ یور ڈال دِنٕچ کوٗشش مأنٔز مہرٕنٕز اَسس مأنٔز اتھ دأرتھ
ہور کُن کھرِ وکھ کڈان۔

بأتھ چھُم نہٕ یاد پوان کیٛنہہ ...... مگر یہِ گُدرِیوٗم تہِ کتہِ مشم پٔنٕنی یم
چھوکھ تہٕ دأدی باوٕ کس، آسمانس کُن اَچھ ژٕتلتھ گیہِ سو اَتی زن تھامہِ۔

لتس آو ہنا قرار......

دوہَ، ترٕ دُنی یا ہَس منٛز ہے میٛے یوٗت گُدرِ ہے تیٛلہِ کتہِ لبہِ ہَن بأتھ
زنم۔ تیٛلہِ کتہِ گرٕشہِ ہن کعن وبداکھ...... تیٛلہِ کتہِ وُزٕہن دِلن منٛز نغمہٕ...... تیٛلہِ
کُس ودِہے۔

دادِ چانہِ موٗیَس کس زانہٕ ؤنتھ۔ میٛون ہیٛوٗ بٔنتھ بیٛیہِ کس آو
لول چون اوٗسم پوٗترو کھٔنتھ۔ تامتھ پھُیرِنم ورزُن واو
کھنجہِ کھنجہِ پیٛیہِ پوٗترو ژھٔنتھ۔ میٛون ہیٛوٗ بٔنتھ بیٛیہِ، کس آو

سو اَس نِصف شبس لوکچارس منٛز بوٗزمُت یہِ بأتھ از بیٛیہِ گنگہٕ راوان۔ از اوس
لتس یہِ بأتھ ٹھیک پأٹھی منٛز موجوٗد سرٕیٛہہ تہٕ دِنٕچ دَگ اَس امہِ بأتکی ساز تہٕ
آہنگ......

اتھ انہِ گٹہِ گُٹھس منٛز اوس ووٗنی یِہوے گاش......

☆☆☆

ہردے کول بھارتی

# جۆٹھ گوٚ پادشاہ

اکہِ دوہہِ آو دٲیس ہنگہٕ منگہٕ خیال زِ اسنٛس گوٚ واریاہ کال، دٲیس چھُ پانٛس اسُن خوش کران، اِو ٚکنہٕ گوس ہنا تشویش ہیٚو۔ ہنا کوٚرُن سونٛچ تہٕ بنوُن اِنسان۔ اِو سُہ دوہ تہٕ یہِ دوہ۔ تنہٕ ووٚتُس برابر اسان۔ ییٚلہِ تہِ ہنا تھکھ چھس گژھان، ہیٚرِ پیٹھے چھُ بون زمینہِ پیٹھ نظر تژاوان کیٛنٛہہ نتہٕ کیٛنٛہہ چھُ اسُن لایکھ ضوٚرۆر چلان آسان۔ نیلہٕ چھس گژھان أسی أسی ...... پانٛس چھُ پانےٚ مٹھ مٹھِ دِوان۔ انسان ذٟتھ کیاہ چیز چھُم تخلیق کوٚرمت۔

یِمنے تخلیقاتن منٛز وژاو اکھا، یٔس دپان اکبر۔ اکبر ذٟتھ گو موغُل یہِ ذٟلۍ زِ تہِ موغلہِ اعظم۔ دپان، چھنا موغُل ڈٟشتھ گژھِ فارسی پھوٚرُن، یہِ اوس تموٚے منٛزٕ اکھ، یٔس ڈٟشتھ یہِ پھوران اوس نہٕ۔ ووٚن گو آسان کانٛہہ پر بلا یٔس پھوران چھُ تہٕ یہے چھُ حقیقتن راج تہِ کران، مگر سو دلیل چھےٚ وکھٕ!

یتھہِ پاٹھی دٲیس اکہِ دوہہِ ہنگہٕ منگہٕ خیال آو، بلکل تتھے پاٹھی آو اکہِ دوہہِ موغلہِ اعظمس تہِ اچانک خیال تہٕ پُرژھُن پر بلس:

''بیٖربل دِیان جۆٹھ گو پادشاہ''!

بیٖربلن بۄز تہٕ دُیٖتِن کنہٕ دول، جواب آٗسِس پےٚ پۄز ماملہٕ اوس ہَنا نوٗزُک پہِن اوٚ۔کنہٕ زوٗنن کُلِس ڈیٖول لاگنے جان...... کتھ ڈٲلِتھ ووٚتھس:

''جہاں پناہ، مےٚ زن باسان یہِ تان سیٖن چھُ ووٗنی بےسوٗر گوٚوان۔ کروس نا وظیفہٕ بنٛد؟''

کتھ بۄزِتھ آو سٔتمہِ اسمانہٕ دَیس ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن، پۄز دِیہِ سُنٛد اُسن، صرف بۄز دِتاہو تہٕ موغلہِ اعظمن نہٕ کیٛنہہ...... موموٗلی راجواڑ تہٕ چھہِ ترٛکی آسان تہٕ موغلہِ اعظمہٕ سٕنٛز چھےٚ نہٕ کتھے۔ تس تۄر فکرِ زِ بیٖربل چھُ کتھ ڈالان، تس رۄد کانہِ تل تہٕ ہَنا بُتھ ترٛگرٲرِتھ ووٚتھس:

''بیٖربل زٕ چھُکھ کتھ ڈالان تہٕ یہِ چھُ نہٕ شاہی آداب''۔ بیٖربلن زٔھن موغلہٕ سُنٛد موٗڑ وُچھِتھ کلہٕ بوٗن مگر موغلہٕ اعظمن پھیوٗر پٔتِن سوال دُبارٕ......

''بیٖربل دِیان جۆٹھ گو پادشاہ؟''

''جناب گواَے تہٕ تتھ چھا کیٛنہہ شکھ زِ۔'' بیٖربلس ژۄل ہکہٕ نیٖرِتھ کینژھا زُولرٕ تہٕ کینژھا نوکری ہنٛدِ امارٕ!

''اچھا''؟ اکبرن کۆر بیٖربلہٕ سٕنٛدِس جوابس پیٹھ حأرأنی ظأہر......

''یٔیلہِ جۆٹھ پادشاہ گو تیٚلہِ کم چھِہ اَسی، موغلہٕ اعظم کُس کیاہ چھُ تیٚلہِ؟''

''حضور توٚہی تہِ چھِوٕ پادشاہے۔ تاجدارِ ہِنٛد'' بیٖربلن کۆر نار ژھیوٚ راوٕنچ

کوٗشِش۔

''نہ کِتھ پاٹھی بنہٕ؟'' اکبرن کوٚر بییہِ سوال تہٕ ہیٚرِ آوٗسمہِ اسمانہٕ دیَس بییہِ ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن، سُہ اوسا پرِ بلہٕ ہشِرٕ بے بسی پیٹھ اسان، کِنہٕ اکبرٕ ہشِرِ بیوقوٗفی پیٹھ کِنہٕ دوشوٕنی پیٹھ، اتھ مُتلق سکہٕ وُنِ چھُ ناممکن، دَیہ سُند اُسن، دَیی ہیکہِ جواب دِتھ!

-اَمہِ پتہٕ گر بیربلن گردن تہٕ نوکری بچاوٕ بچاوٕ تہٕ شاہی آ ابن ہنِدِس دآیرِس اندر اندر روٗزِتھ وُلتھ مُلتھ تس یہ سمجاونچ پوٗر پوٗر کوٗشش زِ جوٚٹھ کِتھہٕ پاٹھی گو پادشاہ تہٕ بییہِ یہ زِ جوٚٹھس تہٕ موغلس چھنہٕ پانہٕ وٲنی کانٛہہ تقاد۔

-پوٚز موغلہِ اعظم، شکھ گڑھِ نہٕ گنجایش روزِنی۔ تس یوٚت تام نہٕ سکہٕ ثبوٗت آسہے توٚت تام ما مانہے سُہ۔ کأنی خوشکھبتھ کھسنہٕ پتہٕ گر بیربلن ہأرِتھ ہیوٗ ژھوپہ تہٕ موغلہٕ اعظم ووٗتھس ہنا سختی سان...... ''بیر بل ہفتٕچ چھے موحلت۔ ہفتس اندر اندر چھے ژےٚ ییمہِ سوالُک ٹھوس جواب ہیتھ دربارس منٛز پیش سَپدُن زِ اگر جوٚٹھ پادشاہ گوتیلہِ کم چھِ اَسی''!

موغلہِ اعظمہٕ سُند حُکم بوٗزِتھ آوٗسمہِ اسمانہٕ دَیَس ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن، نیلہٕ گٔیس اسان اسان...... مگر بونہٕ گٔیہِ بیربلس فرمان بوٗزِتھ گلہِ زیوٚ تہٕ ٹان ٹان دژاو کورٕنِش بجاوِتھ گرٕمن۔

ترٲوِتون یہ سوٗنچس ہتی یپأری آوٗسمہِ اسمانہٕ دَیَس بییہِ اچانک

خیال...... دَے گو دِیِ مُشِتھ چھُس نہٕ کینٛہہ گژھان۔ سوٗنچا کوٗرُن، دۄپُن:
''ہتا یہِ اِنسان بچارٕ پۄت چھُم اسناوان، اسٕنز یہِ صلاحیت پزٕ تسلیم کرٕنی، کینٛہہ
حوصلہٕ افزأیی پزٕ اَمِس کرٕنی...... دیہٕ سٕنز دِیہٕ گژھ تسُند خیال یِتے یوت زِ
زبردست جلسک اہتمام سپُد۔ اَتھی منٛز سپُد اِنسانس فرمان جأری زِ اشرف
المخلوٗقات چھُکھ! پوٗز ژکہِ اِنسان دیَن پننہِ اَسنہٕ خأطرٕ بنوومُت۔ ہیہِ ہے تتان
نہٕ دیَہِ ہے ترٛان۔ میۄنٛڈ کھنڈ گوس زیادٕ تہٕ پھٕٹنس یِوان۔ اشرف المخلوٗقات
آسنچ سنَد وُچھتے زَن آس مژر، موٗجن تھوٗن نہٕ میٛژ گُنہِ، گرا دۄپُن پٔنٛزی سُنٛد
اولاد چھُس تہٕ گرا دۄپُن دَے کیاہ تہٕ بہٕ کیاہ، سُے گوس بہٕ تہٕ بےٚ گوس سُہ!
-زِنٛدٕ باد تہِ کوٗرُن پانٔے تہٕ موردٕ باد تہِ۔ زِنٛدٕ روزنچہِ ییٚژ سبیلہٕ کٔجن تمہٕ کھوتہٕ
زیادٕ کٔجن مرنچہِ۔ یِتھے ترٛیم عالمی جنگ لگہٕ مرن والێن ہُنٛد تعداد روزِ فی منٹ
اکھ کرور۔ یِ ییٚلہِ دیَن بوٗز تہٕ اَسی اَسی گیَس نیلہٕ۔ پأنی پانس کوٗرُن مرحبا زِ
نموٗناہ بنووُم!

یمہٕ وِے نموٗنو منٛز اکھ نموناہ موغلہِ اعظم، یہٕ موغلہِ اعظم کرتہٕ رٕتھٕ
پأٹھی سپُد رحمتِ حق تہِ چھُ سارنٕے پتاہ مگر ہر بل رٕتھٕ پأٹھی سپُد سورگہٕ واس تہٕ
چھےٚ خالے کأنٛسہِ ترٛکس خبر۔ سپُد یہٕ زِ ہر بل یِتھے کلہٕ نوٗمرأوِتھ گرٕگن دزاو یہٕ
فکر لٔجس اَتھرِ ہنٛدی پأٹھی اَندری کۄرنہٕ زِ ہفتہٕ ختم گژھتھ کیاہ دِمہٕ سُتمہِ
دوہہ پادشاہَس جواب۔ نہَ اوسُس ژلنس وار تہٕ نہَ گلنس وار...... اَمی فکرِ
کوٗرُس سکوٗت، نہٕ رۄدُس کھٔبٕس رغبتھ تہٕ نہٕ چنٔبس، اصلی نا آبہٕ وانہٕ موٗکلیٚمتی۔

کھیٚیہٕ ہے کِسنٛدِ مالہٕ پیٹھٕ۔ بیربلس موٗژیاو یہِ ڈیٛپِ زِ تہٕ کوٗنڈٕ ے یوت۔ رسہٕ رسہٕ گیہِ دوہہٕ نکھٕ یِوان تہٕ ستی گو رسہٕ رسہٕ بیربل تہٕ زوٗ ژنگی پتھ پتھ گژھان......

اٚخرس آو سُہ دوہہ تہٕ ییمہِ دوہہ بیربلس جواب ہیتھ دربارس منٛز پیش اوس سپدُن۔ ساٚری دربارٚی ءکھو اُمرا گیہِ سُلہِ صُبحے ییمہِ چاو دربارس منٛز حاضر زِ از ہا نیرِ بیربلس ساٚرے کاٚکل تہٕ بیربلن تہِ کوٚر پننہِ جایہِ فاٚصلہٕ زِ ژلنہٕ کھوتہٕ چھُ گلہٕ نُے بہتر. سیٚدِ سیوٚد دِمہٕ پادشاہس جواب اِدٕ پتہٕ الہٕ گژھن یا وانگن۔ اٚمی اِرادٕ کٔرن پلنگہٕ پیٹھٕ وتھنچ کوٗشش، مگر فاقو اٚسہس نہٕ سامرتھ تھوٚہمژ، کُنی گتہٕ آس تیُتھ زِ دژس کٔرتھ آو پتھر لاینہٕ تہٕ اٚتھی ستی دیُتُن امانت! پادشاہَس یہِ وُنُن اوٗسُس تہِ روٗدُس اٚندرے۔

اتھ مقامس پیٹھ چھےٚ سونچنچ کتھ یہِ زِ اتھ واقعس پیٹھ آسیا ئتمہِ اسمانہٕ وٚیِس اسُن آمُت کِنہٕ نہٕ؟ عام خلقن کیاہ راے چھےٚ اتھ متعلق، تتھ چھُنہٕ کانہہ معانہِ دیکھ تُرکبن ہُنٛد خیال چھُ زِ تس آو تیوٚت اسُن زِ ئلی کانبن گوس گُرس! تس کیاز زِ آو اسُن، تی گو سیرِ مولا! تتھ ما ووت کانہہ؟

ہُپاٚری ییٚلہِ بیربل یمہٕ دِتو ژِتر گُپتہٕ سنٛدِس دربارس منٛز پیش کوٚر، اٚمہِ بژوٗنہہ زِ ژِترگُپت کھوٚلہے تسنٛز کرٛمہٕ بٔہی، بیربلن کوٚرُس گلوٗ زِ گنٛڈِتھ عرض: ''رازن! موغلہِ اعظمہٕ سُنٛد چھس نمک خار روٗدمُت۔ تہنٛدِس اٚکِس سوالس روٗدُم جواب دِنٕے اِدٕ موکھ گوٚژھ توٚت تام مےٚ متعلق پرٛتھ کانہہ فاٚصلہٕ ملتوی کرنہٕ یِن، یوٚت تام نہٕ بہٕ تِہنٛدِس سوالس جواب دِتھ نمک حلاٚلی ہُنٛد ثبوٗت

دِمہٕ۔'' عرض بۄزِتھ رُکوو ژِتر گُپتن اتھ۔ بیربلس گرٕن ہیٖرِ بونہٕ نظرا، تسنٛز حالتھ ڈیشِتھ آس عارٕ ے تہٕ پھِی واپس تھوان وۄننس : ''تھا استو۔ تی سپد۔''

یپارٕ گو موغلہٕ اعظم تہٕ بیربلہٕ سٟندِ ہیہہٕ کینٛژ کالکی رحمتِ حق۔ شایانِ شان طریقس منٛز آو ماتم کرنہٕ تہٕ شاہی اعزازٕ سان آو موغُل ؤڈراونہٕ۔ نکیٖر منکرِ سپدی موغلہٕ اعظمہٕ سٟنٛزِ شاہی قبرِ منٛز ظاہر۔ ملائک ڈیشِتھ گو موغلس بڑٕ ژس کھنڈِس پانس تہٕ فارسی بوٗلن مُشتھ۔ پۄز اُخرس مہ غلہِ اعظم موردے زن اوس شاہی تیہہ کوٗت گرٕ ھِ ہَس۔ جُرتس کام ہیتھ بوزناوِن بیربلن سورے قصہٕ وبستارٕ سان۔ کتھ بۄزِتھ سوٗنچ ملائکو تہٕ زِ پۄزے چھُ یوٗت تام نہٕ موغلس سوالس جواب میلہِ توٗت تام روزِ بس رُح در عذاب۔ پۄز بیربلہٕ سُند ماملہِ اوس ژِتر گُپتس نِش، اِ موکھ لوٗگ کاروائی ہنا زیٛچھر پہن۔ چھیکرس آیہِ دوشوے اکھ أکِس سمکھاونہٕ یُتھ سیٖنہٕ صفائی تہٕ سپدِ تہٕ نمک حلالی ہُند ثبوٗت تہِ فراہم۔

یہِ مُلاقات ؤچھِتھ آو دیٖس ٹھاہ ٹھاہ کران اسُن!

رسمی خاطر پاٹھ پتہٕ وۄتھ موغُل بیربلس ''بیربل! اسہٕ اوس نہٕ ژےٚ نِش یہِ توقع۔ سوالس جواب دِنہٕ بغارٕ ے تھٕوتھ لوتہٕ پاٹھی لٹ...... یہِ تہِ سوٗنچتھ نہٕ أسی ما روزٕ و پیاران!''

بیربلن. وۄنس ہنا پشیمان ہِیو سپدِتھ'' تہِ چھنہٕ دلیل عالم پناہ۔ پزر بوزِ و یِنہٕ یور آس تنہٕ وۄتُم توہی پزاران، تہُند سوال چھُم وچھس پیٹھ زن پہاڑ......

''تیٚلہٕ دِ جواب۔'' موغلن وۄنِنس تنگ ہیٚو یتھ۔ ''وَن ہرگاہ جوٗٹھ گوٚ پادشاہ تیٚلہٕ کم چھِ اَسی؟''

دپان رُح چھِ زمانہٕ مکانچہِ بنٛدشہِ نِشہِ آزاد آسان۔ یوٗت یٚیمہِ ساتہٕ مرضی گژھ‍ِ‍ہکھ، توٗت تَمہِ ساتہٕ ہیٚکن گژھِتھ۔ تہٕ واتنٛس چھُکھ نہٕ بُرٛژُن تہِ لگان۔

''عالم پناہ وٗلو مےٚ ستی۔'' ونان ونان گٔر پیر بلن وُمبر منٛز گوڈنکہِ پھرِ شاہی آدابہٕ نبر نیرِتھ موغلہٕ اعظمس نرِ تھچھ تہٕ پکنوۄن پانس ستی۔ موغلن تہِ کوٚرُس نہٕ واد، زَن اَس تس خبر زِ کوٚت نیم...... پیر بلن کوٚر جایہِ ہُنٛد خیالے یوت زِ اَچھ ٹِٹہٕ وارِ منٛز واتی اۄبرِ لنگو پیٹھی دوشوے فلسطین، موغل زِ بے...... اکی نظرِ توٚرُس نقشہِ فکری، پیر بلن گٔر بیٛاکھ ٹِٹہٕ وارے زِ عراق...... موغلس ہیٚوٚتُن منشا سمجھس یُن۔ بیٛاکھ ٹِٹہٕ وارے تہٕ کشیرِ...... قدم ٹھہراۄتھ ہیٚرٕ وو پیر بلن کیٛاہتام وُنن زِ موغلن وۄنُس ژٕٹوٚنی گٔرتھ: ''بس سوالس میٛوٚلُم جواب...... وژلیہِ پھٹ کتھِ......'' ونان ونان آیہِ موغلس مرنہٕ پتہٕ اَش ٹارٕی!

یہِ وُچھِتھ آو دَیِس تیٛوٗت زورِ اُسن زِ آواز بوٗز موغلن تہِ۔

☆☆☆

# مُیٛژ

رتن لعل شانت

"مونڈٕ دار مونڈٕ دار کونٹھٕ ژویو۔"

امہِ وۄ ہوو شارُک دۄیُم مِصرٕ* گبونٛگ ضوٗرتھے پےٚ یوٗونہٕ مےٚ۔

بۄزی تھے پےٚ ییہِ بنہٕ تہٕ جوٗلؔ دڈ دڈ کران مےٚ برٛونٛٹھ کُن وأتتھ۔

تِہنٛزن ہیرن ہُنٛد کھسُن وسُن آسی أسی پننہِ لرِ اندر تہِ بۄزِتھ ہبکان۔

زورٕ ے وژھوو کھسوو کانٛہہ تہٕ مےٚ اوس باسان سانہِ کأنی ہُنٛد ژری کوٗٹ الان۔

"ژلو تھوٚ پوٚٹأج گتہِ پٔٹھ جل۔ پتہٕ ہا لگی کرفیوٚ۔" أتھی کجہ ہبتھ تہٕ

ماٹھس پٔٹھ کھڈا روٗزِتھ وۄن ژلتیٚ۔ سُہ اوس مونڈٕ دارنہٕ خأطرٕ تیار۔

سوٗکوٗل أسِکھ تمہِ دوہہ دۄیی بجہِ بند گرٕی متیٚ۔ گرِ یوان أس مےٚ

دۄشوٚنۍ ژینہٕ ون دِژہٕمژ۔

"ہیَو راتنٛگ مونڈٕ ہا دأرِو مےٚ۔"

---

* دۄیُم مِصرٕ چھُ: ڈاین ڈٔری ینٛن بِلہٕ گوِیو۔

مےٚ اوس پننہٕ جلیہِ حساب کوٚرمُت۔ یہٕ موکلاوِ پٔژن بازتہٕ اوٚلگٕتن کرفیو۔

لُکھ آسی تیز تیز گرن گٔن دَوان۔ ٹانگہٕ آسی گوڈَے بند گأمتی۔ مٔژی اوس کانٛہہ سایکلا پکان۔ سڑکھ آس خألی گرٛھان۔

جلنٛی مأج پھرٛ یڑٛ دبد وڑایہِ نچوٗس پتےٚ کرٛکہٕ دِوان:-

"یِڑھ کڈنیا کل أمی ننہٕ ٹھوٗلن یُتھ ڈُلے گیوکھ ہیرن...... یم کمیٚو دِتی پوٗنسہٕ...... کمی سوٗ اوسکھ دود ترٛاونہِ گومُت؟" وٕنتھ ؟ آوتمہِ مےٚ گٔن دولہٕ نظر۔

"ہرٛد کاکنہِ زنانہِ...... پتہٕ ہے ونے موجی۔" جُلی وِڑس اَتیٚے پٔتھ کرٛکھ تہٕ دوربو لُٹھی کجہِ پتےٚ یتھ مےٚ ٹھِل آس کڈٕمرٛ۔

"وولو مُٹھ کڈو۔ آسی کھمبوتھ نا؟" ہرٛد کاکنہِ زنانہِ ہُنٛد بوٗزِتھ ہیٚو بٔتھ جُلِس چندن دوٗنرٛھ دِژ۔

"نالہٕ چھے دَز۔ موکلیوکھ ہا ننا!" جُلی وِڑتی پٔتھ کرٛکھ۔ گوڈٕ مےٚ گٔن پتہٕ وۄنُن بٔنس عأجزی سان:-

"مأنلی سُند مرٛن ہا از وُیتہٕ نے نہٕ۔ مےٚ تہِ آس نا باثبرٕ۔"

"وٕنیو مےَ نا پتھ یہان روزو وودنی۔ کیچ آسہِ ہے تھس روٗٹ مُت۔" بٔتھ وۄنُس شرارتہٕ سان۔

مےٚ چھُ کالُک بتہٕ یاد۔ مےٚ دوٗپ أمی کوٚرٹڈ۔ یہٕ دوریٚوس وُچھنہِ مےٚ لوٚگ کھوٗنت۔ نیوٹھس دڑایہِ رتہٕ پھموار۔ یہٕ گوس تٔتی ہِتھ۔ سڑکہِ آس میٚژ زیادٕ کنہِ کم۔ بےٚ سوٚنبرٕ ہوٚچھ میٚژ تہٕ ترٛاوِم زخمس۔

"اِمتھر کرسٕ جل۔" جوٗلؔ آو دَوان۔ مےٚ رٕوٹ نیوٗٹھ موچھِ مَنٛز چیرِ تہٕ کوٗب کڑٕتھ لنگان لنگان گوٚس لبہِ کُن اِمتھر کرنہٕ۔ "مےٚون بازٕ چھُو پےٚرس حوالہٕ۔" وٕنِتھ ترٛاو مےٚ پوٗٹاج پتھر۔

خبر پھرٕ یژ دبدِ کپأرکۍ پییہِ نظر۔ تمہِ دِیُت دارِ کنۍ میأنہِ ماجہِ آلو:۔

"ارندتی! ولاے اوٗنہ نئے ہے اٚمۍ رابہٕ رند کن پوگ۔" پتہٕ وٕنُن مےٚ کُن لوتی۔ "ژےٚ جان!"

میأنۍ مأج آیہِ وچھ ژیٹان تہٕ بہٕ نیوٗنس پأجامہٕ ڈٔور گنڈانےٚ لِتھِ وان۔ سڑکہِ اُج خوٗنہٕ رِکھ۔

"یِیلہِ نہٕ گنڈٕ روٗٹہٕ تھن۔ پھٹہٕ رُس بیا کھ نیوٗٹھ تہٕ اٚتی بیٚہی قرارِ۔" پھرٕ یژ دیدِ وٕونہٕ نٔس۔

پتہٕ اُج جٔلس ژھانڈنہِ۔ "اٚتی اٚتی ہا کڈٕتھس جلئیا! لجۍ یا ہٕلس گوٗلی ...... مےٚ چھےٚ خبر ژیےٚ آسِتھس بانہِر پأوہٕ یوتانۍ دب لوٚگس ...... رتہٕ دأوی کوٚرتھن نہٕ بچور......"

کرفیوٗچہِ ژھوپہ مَنٛز پھرٕ یژ دیدِ ہنٛز کرٕکہ ...... ہٕنٛزٕ مأج تہٕ کینٛہہ محلہٕ وألی دزٕلیہِ دارو کنۍ۔ بنہٕ ژوٗل مکانہٕ نڈ بوٹۍ ٹٔلی تہٕ سانہِ آنگن برٕ کنۍ ہیرٕون نِبھ......

وۍنی آٚس سڑکھ خأ لی تہٕ خاموش۔

اٚتی گیہِ کرٕکھ تہٕ لُکن ہنٛز دِٕو دَو۔ میأنہِ ماجہِ تھوٚوۍ سارِنٕے دار بٕن اٚندرٕ تأرِ تہٕ ہأنکلہٕ۔ دگ للہٕ وانٕے وژھوس بہٕ وُچھنہِ تہٕ پٹھےٚ وول نم کلس

پڑتھ زِ ژ کوٚت وۄتھکھ؟

سانہِ گرِکی سأری بأژ أسی ژرنو تہٕ شیٚشو منٛزی وُچھان۔ بہٕ کوٚت بیٚہمہٕ ہأ۔ لُکہٕ جماتھا اکھ آیہِ ژلان ژلان تہٕ گٔے۔ پتہٕ گٔے ژھوپہٕ۔ أتی گٔیہِ دۄرِ ودَن کرٛکہٕ۔ وأے! ماجأے۔ موٚدُس ہأے......!

اکھ زۄن اوس سایکل پکہٕ ناوان۔ پتہٕ کنہِ اوُسس کیریرس پیٹھ اڑ ورٕ نفرُس تام تیٚمِس کھورس رتھ پشپان ادَس۔ سُے اوس ودان تہٕ کرٛکہٕ دِوان۔

پھریژ دبد دژلیہِ دارِ کنِٛ۔ تمہِ آسہِ ہے سایکل وول پرٕز نوومُت تِکیٛاز سُہ ٹھٕہر بو۔ کِنہٕ تھکھ کڈنہٕ خأطرٕ ٹھٕہر بو۔ تس اوس پأڈلی لٔمی لٔمی پھرٛبکھ کھوٚت مُت۔

"گوڈس چھس بچارس گوٗلی لٔج ہٕش۔ مےٚ دۄپ......" سایکل وألی وۄن پھریژ دیٚدِ۔

أتی دژاوشی گٔرِتھ جلہٕ گُنی دَوِ تہٕ سایکلس ژھٕین پٔتی کنِٛ تھچھ۔ نتہٕ اوس باسان چھوکہٕ لدنفرس یِیہِ غش تہٕ سُہ یِیہِ وُنی نتہٕ وُنی پتھر لاینہٕ۔ سُہ اوس ژرنگہٕ دِنان تہٕ سایکل وألِس ونان یکھ تہٕ ودنِٛ۔

"موجی یِہ ہے چھُ ہرٛدِ کاکھ۔ بہٕ کرَے أمِس گرٕ تام تھچھ۔"

"اژُو اندر۔ گرٕ تام کربس تھچھ!" پھرٛیژِ گٔرِس گگراے۔

"گٔرِن دی تھچھ۔ مےٚ چھُ واپس یپأری یُن۔ بہٕ انن سایکلس پیٹھ۔ دٔستی۔"

پھرٛیژ دبد ژایہِ اندر۔ سون ژٔری کوٗٹ ہیوٚتُن الُن۔ سو آسہِ ہے

دَوان ہیرِ وُزھمِٕ۔ وُچھان وُچھان گیہِ سایکلس بڑونٹھ کنہِ کھڈا۔ تمہِ اوس پیالس کیتھ دود وول مُت۔ اکہِ اتھِ لوگُن پیالہٕ زخمی نفرس چائنٹس۔ بییہِ اتھِ تُسُند کلہٕ رٔٹتھ۔

"دٔستی گوٚیہِ ہضں بیزار...... ثواب چھُے مٔٹہِ تہٕ واتہٕ ناوُن...... جُلس ورأے اوے نا کانٛہہ بوزنہٕ؟" پھژ یژِ اَسی نکہٕ وأری ہُنے ہِتی۔

سایکل وألی دِژ ژووپأری نظر۔ کُنہِ اوس نہٕ کانٛہہ۔ تس گیہِ زن گلہِ زیو۔ دوٗرِ گیہِ پُلپچ شِرنی تہٕ بوٚٹہٕ پکہٕ نچ آواز۔ سایکل وألی ہیوٚت قدم دیُن تہٕ لُمن۔ پھژ یژ دبد تہِ ژلیہِ جل اندر۔ پتےٚ ژاو جوٚل مگر اڈ وتھی برِ کنٕی روٗد وُچھان۔

"وٕنی کتھٕ لوٚگھ اَتی درٕ؟" وٕنتھ ہیٕژ پھژ یژ دیٚدِ دأر بند کرٕنی۔ بند کران کران وونُن زن تہٕ پانس ستی:-

"......گولی چلے یہِ! اِدِ کہو گژھِ ہے؟ کھورس لوٚگس۔ اِدِ کیاہ گژھِ ہیس؟ اَمِس اَکس تہِ زن لوٚگ۔ پتہٕ کیا گوٚ؟"

مےٚ بوٗز یہِ۔ خبر میأنہِ ماجہِ بوزِ یوا...... صرف چھُم ییتےٚ یادٕ تمہِ کرَییہِ کھژ ٹاکھ کرِتھ دأر بند تہٕ مےٚ کجے ین دُدرٕ چپاتھ۔ بہٕ گیوس ہے بنگہٕ ہیوٚ روٗزِتھ۔ خبر یہِ اوسا مےٚ اَدیٚگ مار بقایا کنہٕ پھژ یژ دیٚد ہنٛزِ کتھِ دِژس زیر۔

نبرٕ اوس پُلسہِ سڈکہِ لورِ ٹاس لایان تہٕ اَندرٕ اَسی اَسی سأری بأژ کلہٕ بون کُن ژھنتھ خبر کیاہ سوٚنچان۔

جٲلِس آسہِ ہے شلکھ پھوان۔ بہٕ اوٚسُس مٔدے گٔنڈِتھ وٚچھان۔
سون ژری کوٚٹ اوس ہلان۔



"بٔۄزتھا؟ تمہِ دوہہ ہا؟ ماجہِ ہنٛزِ چپاٗژ ستی گیوٚم نہٕ کیٛہہ کیٛہہ تہٕ مگر چانہِ
شلکہٕ چھہِ ژنجہِ آسہٕ میٚہ تہِ ژمہِ ترِتھ گژھان...... بہٕ اوٚسُس نا یپارِ سورٕے ژہتہٕ
ران...... تہٕ وہتہٕ ران...... مےٚ تہِ آسہٕ ہن لاہہ کھٕژ ہٕژ......" بہٕ ووٚتھُس جلہٕ
صاٗبس۔ کیٛاہ تام ذِکرِ اوس ووٚتھمُت۔
جلہٕ صاٗبن واہراوِ زنگہٕ...... میٛانہِ نوشہِ اوٚن بیٛاکھ تکیہِ تہٕ پلہٕ نوونس۔
سہٕ تھووٗنس کھونہِ وٕٹس تل۔ سہٕ اوس مٔدے گٔنڈِتھ میٛانِس کھورس کُن وٚچھان۔
کلہٕ بون کُن ژہلتھ۔ رٔژی گھنڈی ووٚتھ زن تہٕ پانٛس ستی بولان اوس۔
" ژٕنمتٕک وٕنٛدِ کوتاہ کٔڈ ر اوس...... اسہِ آس دیٛدِ ہنٛز بسارٕے ووٚمید
تراٗوہٕژ۔ پٔتمہِ گرِمُژ راوبن اٚچھ......" ونان ونان گو جلہٕ صاٗبس بٔتھس زن تہٕ
ہایہِ رنگ۔ مُنہِ پھٕلی گیس روڈٕ پھٕلی ہوی ہےٚ زٕ...... "یُتھ نا دوشونی لربن
قُلف دِیُن مشی زانہہ...... نظر ......نظر اٗزبکھ دِوان"...... بس یِ
زن اوٚسُن زٕ موچھہِ منٛز روٗٹ مُت۔"
مےٚ چھنہٕ خبرٕے بہٕ کر پیٚٹھہ اوٚسُس وُٹھ ژاپان تہٕ اتھہِ موٗران۔
پھٕرِ یژ دیٛدِ ہُند مرٕن بٔوزِتھ تہٕ اوٚسُس نہٕ گٔشیرِ ترٕنس اہر یوٗمُت۔ تمہِ وٗری یہٕ۔
سہٕ اوس میٛانِس کھورس کُن مٔدے گٔنڈِتھ لگاتار بولان زن تہٕ لوتہِ
لوتہِ سبق ڈٕرراوان اوس۔

"ژٕ ے کیأرِ سوزہٕ اٰے شٲنٛچھ؟ پے پتاہ اوسمہٕ کیٛنٛہہ؟"

"مےٚ اوسا؟" دپیوم وٕنس تٔر ن ژٕ ون ؤری یَن کتھ یرِ ونہٕ ناوِ اوٗسس بانہٕ ٹھیلہٕ ہتھ ڈیر ڈیر پھیران۔ مگر سمٚیوٕ مے نہٕ تس کیٛنٛہہ ونہٕ نٔس روے۔ تسٕنزن اَچھن ہندی ربہٕ کھوڈ وٕچھتھ گرٕم وٕٹھن پٹھ اسہٕ نٛچ ژھاے انہٕ نٛچ سبٹھاہ کوٗشِش۔ وٕونہٕ مس......:-

"ہٕ، زٕ تھاجلہٕ صأبا! ییتہٕ نہٕ کلس پٹھ ٹرٕ کوٗٹے نہ کھورن تل میٔژٕ ے!!"

وٕنتھ ترٛووٕ مےٚ زورٕ اٰسن۔

مگر سُہ اوس سنجید۔ کمہٕ کشالہٕ کڈٕن ییم لفظ ژور دہانہٕ:-

"میٔژ؟ آ تتہٕ چھےٚ ووٕنی زیادٕ ے ووٗفوٗر...... سڑکہِ نا۔ سڑکھ چھِ برابر بُلوارڈو* بنے ہٕش۔ ووٕن گوٗبتھِس پٹھ چھِس شِشلی آکھ زٕ...... تتھ کیاہ بننٕس؟"

شِشلی آکھ زٕ؟ ہٕ اوٗسس انداز ے کران زِ تٔمی کڈٕ کتھِ گیٛنٛز......" چانہٕ تہٕ بنسی نہِ لرِ ہندی میٔژِ بنٛی زٕ۔ ؤریہِ پتھ ؤریہِ بون بون وسان...... تمٕنے پٹھ چھ ووٕنی میٲنٛز...... ییم ہا پرویز احمدنی تہٕ الطافنی شُرٕ گندان......"

ونان ونان تٔج تٔمی نظر تہٕ تالوس پٹھ نژٕونس پنکھس پٹھ ٹھہرٲوِن۔

پنکھہِ اوس واریاہ کالہٕ پٹھٕ اورٕ یور گرم ہوا سوٗنبراوان تہٕ بون اسہِ پٹھٕ چھکان۔



---

* بُلوا روڈ (Boulevard Road) : ڈلس اَندرٕ اَندی کھُلہٕ ڈُلہٕ تہٕ زیٛٹھ سڑکھ۔

مکھن لال پنڈتا

# مےٚ نو ماے مشاٮ۪نی

بڑج ناتھ ژوٗل بیٚین واریاہَن لُکن ہِندی پاٚٹھۍ 1990ہٕ تس منٛز کٲشِرِ نہٕ ووت جوٚم۔ جمہِ ٹھہروو تٔمۍ قدم۔ سُہ ہیکہِ ہے جمہِ برٛوٗنٹھ تہِ گژھِتھ، دِلہِ یا بیٚیس کُنہِ جایہِ، تیٚوٗتاہ بٔڑ اوسُس، مگر کٲشِرِ ہٕنٛزٕ پوٚت کلہِ دُِتُس نہٕ دوٗر گژھنہٕ۔ یِیہِ اُس بانہٕ ہال ٹنل جمِس تہِ کٲشِرِ منٛزس تس داٚر ہِش باسان، یِپاٚرکۍ سُہ کٲشِر بٹھ سیوٚد نظر ہیکہِ ہے ترٛاٛوِتھ۔ تیتھے تس باسہِ ہے حالاتھ سیٚدے یِہ، سُہ دِیہِ ہے زچِن تھٔچِھ تہٕ تھکھ کڈِ ہے پننہِ گامہٕ۔ یِہ اوس جمہِ روٗزتھے مُمکِن۔ حالاتھ سبدٕنۍ اُس کتھِ ہٕنٛز کتھ، فِلحال اُس نہٕ تس پٔژھ یِوان زِ سُہ دڑاوا سرِ ثوبوٗتھ، نمہِ بےٚ قوبوٗ ہولہٕ ہولہٕ منٛز، یِیمہِ ستی اکہِ طرفہٕ گولہٕ باٚری تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ اغوا کاٚری تہٕ اغوا گٔرِتھ ماٚرِتھ ژھِنٛچ شکل رٔٹ۔ رٔتبس روٗد گرا سِول گٔری فیو، گرا سرکاٚرۍ گٔری فیٚو۔ دوہَس اوس نبرٕ خوف، راتس أندرٕ۔ مگر تس اُس پکہٕ وومید، کیٚنٛہہ دَق گژھِتھ سبدن حالاتھ، پژٕون میچھر یُس کٲشِر، ہٕنٛز میٚوٗ منٛز بٔستھ اوس پھیرِ بیٚیہِ۔ زٕ رٔتھ گژھِتھ تہِ یِیٚلہِ حالاتھ وورٕوٗنۍ روٗدۍ، تس ہیٚوٗتُن ناٚجن پٔٹھ

اثر واتُن۔ ژٕے أیہِ صُبحٕ چاے چینہٕ زِ پولاوُک ٹھس ٹھنٕز تہٕ أہریزُک دبر دِنٕز اوسُے سلام کران زن اوس چانہٕ دارِ تل گژھان۔ ژٕ اوسُکھ دأر دِتھ تھوان، درواز٘س ہأنکل کران۔ ژٕے أیہِ خبر اتھ چھُنہٕ مانہِ مطلبا کانٛہہ، مگر پنٕنہِ بچاوُک حبس اوسُے گوڈنتھ یی کرناوان۔ ژٕ رنوٕ کنٕز اوسُکھ نبر نظر دِوان۔ اور اوس یا تہٕ دِہہ نظرِ گژھان، نتہٕ وتہِ پیٹھ ووزُل داغ، یُس پھہلتھ اوس وَتھ آوراوان۔ ژٕے أیہِ وَتھ ژٕنٕز اِدٕ نیرُن، یوٚتانٕز یہِ نالہِ منٛز وٕستھ غأب گژھِ ہے۔ اَتھ اکہِ طرفہٕ گژھِ ہے بُہری ہشِ نظرِ زَن اوس کانٛہہ شونگتھ۔ یہِ تہِ اوس واہ وبلا تہٕ شورشرٕ بغأر غأب گژھان۔

برج ناتھن یِم حالاتھ پننوٕ أچھو وُچھ، تمہِ تلہٕ اوُسُس اندیشہِ، یِم ہیکِن نہٕ کأنسہِ ہنٛدی دٕسی ییل یِتھ، خاصکرِتھ تِہنٛدِ دٕسی، یِمن اتھِ امیُک تدوُرکھ اوس۔ تِم أسی سیأسی نفر زیادٕ ژٕویہِ گرٕی یِتھ تِمن کانٛہہ جورٕ اوس نہٕ۔ ہُہ کتھٕ کنٕز پاوون، ہُمِس کتھٕ کنٕز دِمو ووٹہٕ کھوٕر، دون کتھٕ کنٕز گژھِ ہر، یِہٕے أس تِہنٛز کأم تِہنٛدی کنٕز أس پرٕتھ مسلس ژٕوے یلاج۔ تھدبن مسلن تھٕز ژٕوے۔ لیہاذا أسی وُتِش دِتھ دوٕر روٕزِتھ تماشہِ وُچھان۔ اتھ أسی اتھس کیتھ نتیجہ۔ وارِیاہ أسی پان مارنہٕ خأطرٕ تیار۔ لیہاذا اوس یہِ آسان طریقہِ۔ نتہٕ گیہِ جہالتھ ژٕلراوٕنی، سڑک بناوٕنی، ہسپتال کھوٕلنٕز صاف پوٕنٕز تہٕ بجلی موہیا کرٕنی، بییہِ خبر کیٛاہ کیٛاہ، ژٕکہِ روٕبس کرٕیرِس برٕژر کرُن۔ یِیمہِ خأطرٕ ٹاکارٕ مقصد، مظبوٗط یراد، تہٕ بڈٕ پایہِ فراست تہٕ خلوص آسُن گوٚژھ، مگر یِمن ہُنٛد چھُ کہِ کاس۔ اَسہِ کیٛاہ گوٚ یہِ

زٕتھ وَتھ پانہٕ ناوون، ییٚلہِ ژھوچہِ وتہِ کاٗم نیرِ۔ کاٗژاہ لٹہٕ کوٚر اسہِ یِی، لٗکھ دِتھ چھیٚپہٕ، مگر یہِ گییہِ بُتھس رَب کھٔسِنۍ، پھَش ڈُنس تہٕ گو صاف۔ کیٚژٕن چھُ فاۓید لاٗنس لیکھِتھ، تہٕ کیٚژٕن اِذا اذلس۔ یہِ روزِ تیٚتھے کُنۍ چلوٗن۔ اسہِ چھُ یتے وُچھن امہِ ستۍ آوا کانٛہہ نوٚو تہذیب بارسس۔ اگر آو سوے چھےٚ بُڈ کتھ۔ شُکُر چھُ سہٕ چھُ آمُت تہٕ اسہِ چھُ پانہٕ نو مُت۔

بزٕج ناتھن اوس نہٕ ژکہِ نفرتُک تہٕ تشدُدُک بُتھ زانٛہہ وُچھمُت۔ سنہٕ ستہٕ تاجی ہَس منٛز آیہِ یژھ لہر۔ مگر سہٕ اوس سبٹھاہ لوکُٹ تہٕ تس اوس نہٕ ساٗنٛگت عملی کیٛاہ سپُد۔ دوٚییم اوس سہٕ مردِ مجاہِد بُتھ، ییٚمۍ سینہٕ دِیُت تہٕ کٔشیرِ بلخصوص مرازس ہرے یہِ نہٕ ہام تہٕ۔ مگر 1990ہٕ تس منٛز پھٔٹ یم آتش قشان پہاڑ کر پاٗٹھۍ، کھادن یار پیٹھ کھنہٕ بل تام، زَن اوس واٗدی نفرتُک تہٕ تشدُدُک پیٹرول چھٔکِتھ تہٕ اُتھی ہاٗو کُمۍ تام ژٕج۔ نارن کڈ ووٚتھ تہٕ اَکی ہے ووٹہِ منٛز پھہلیو سارِسے کٔشیرِ۔ اُتھی ژھوٹس وقتس منٛز پیو تسنٛدِس وٗطیرس پیٹھ سبٹھاہ سوٚن اثر، ییٚمِچ تس پانس خبر روٗز نہٕ۔ تمنا، جُستجو تہٕ وُدیوٗگ گییس کم۔ خاٗلص اوس دوہَس گرِ بِہِتھ سگریٹ تہٕ چایہِ چوان۔ تَس اوس باسان زمین، اسمان، کُلۍ کٔٹ، لٗکھ چھِ تمن خاصکٔرِتھ لس حقارتھ کران۔

یہِ پتاہ اُستھ یہِ چھےٚ گُمژ کتھا، توتہِ وول سہٕ مایہِ تہٕ خود غرضی تہٕ سہٕ لوٗگ سوٗچن وُچھنہٕ زِ حالاتھ سُدرَن تہٕ سہٕ گرٛژھِ پنُن گام واپس، تمن نفرن نِشہِ یمن ستۍ سہٕ پرٛژھیوٚو تہٕ بڈیوٚو، یمن سہٕ اتھکی پاٗٹھۍ زانان اوس۔ یہِ اُس نہٕ کانٛہہ

کتھ زِ تِم اَسی لمہِ نفرَت تہٕ ووٚلہرشہِ بیہر ناوی مِتی۔ تِمن اوس تہِ گژھُن۔ بِدوٚن ہیکہٕ ہَن نہٕ رۄزِتھ۔ مگر یہِ آس اکھ کجروی یوسہٕ زیادٕ کالس چھےٚ نہٕ رۄزِتھ ہیکان۔

بزج ناتھس آس لر جاے، کُلی کٹ، زمین زِراتھ مَنس پیٹھ کھنِتھ۔ گامُک پرتھ کانہہ سۄن ووٚگن، کولہِ ہندی موڈ، رگژ یہِ تہٕ ڈوپنھ اَسِس ذٚیہنس منز گراییہِ ماران۔ اوے اوس سُہ بےٚ قراری سان تَتھ دوہَس پرٛاران ییٚلہِ حالاتھ سُدرن تہٕ سُہ کڈِ ہے پَتُن گام دَو۔ تِمن ونہِ ہے یہِ رگژھ اندھیری وُژھ تیٚمی دوہلی گاشہِ گژھ گر، تِم دوٚراوِن، دونوے گرن گیر، سُہ ٹُلُن تہٕ دِتِن سکہِ شاٹن منز دأرِتھ۔ سُہ آو واپس، اَندھیری موکلے یہِ، گاشہِ گژھ زٔج، تِم رلے یہِ بییہِ۔ اتھ اوس یی سپدن۔ مگر یہِ آس خالِص خوش فہمی۔

دوہے اوس سُہ اخبار پران، ریڈیو بوزان، ٹی وی وُچھان۔ سُہ اوس تتھ گرِ پرٛاران ییٚلہِ، سُہ بوٚزِ ہے زِ تتھ اوٚرٕ دیوس یُس سوکھٕ موکھ کشیر اگادِ گوٚ، تہٕ سأرے اسمانس کوٚرن گرٛاس گوٚ شِگاف۔ مگر اکہِ خبرِ پیٹھ بییس خبرِ تانی اوس یہِ زیادٕ کاڈ کڈان، زیادٕ کرٛہنان، زیادٕ گرزان، تہٕ نارٕ دِو ہندی پأٹھی نار چھکان۔ زَن نَبس کرِہے زٕ چھلہٕ۔ سُہ اوس اَندری اَندری مویوٚس گژھان۔

خبرِ بوزان گیہ وُری واد نیرِتھ۔ سُہ اوس توتہِ خوش فہمی منز مُبتلا۔ اکہِ دوہہ اوس ریڈیوہَس ستی کن دِتھ، خانہٕ دارنہِ ووٚنُس۔ ''کأژاہ خبرٕ بوزکھ، وقس چھےٚ چاے بتہٕ مُشتِھ گژھان'' بزج ناتھن گرِس اسنہٕ ہناتہٕ گن تھوٚوُن ریڈیوہَس کن، تِکیاز تسندِس کامس منز آس مِلٹنن تہٕ سی۔آر۔پی ہَس جرٕپ گمُژ۔

''لتہِ کیاہ چھُ بوزُن لایق'' خانہٕ دارنہِ وۄنُس بیٚیہِ۔ سو اُس کتھ تانۍ ٹیب دِوان۔ ''ہُہ موُرکھ، ہُہ کوٚرُکھ غآب۔ یِمہٕ خبر بوٗزِتھ چھِ وأنِجہِ ترٛسی لگان۔ نسأ تژاو، ژھنُس بلاے۔ تِمہٕ کتھہٕ موکلے یِہ تتہِ کیاہ سبدن حالاتھ۔ مِلٹنٹ سوٗنچان کُس مارون، گورنمنٹ سوٗنچان سون وق ،کتھہٕ کٔنز نیرِ۔ اتھ یِم ناخوش تِم چھِ پریشان، یِم خوش تِم تتہِ پراکنٕدِ۔ مگر ژےٚ یوت چھُکھ سوٗنچان تالوِ ماپیٚیہِ ٹنگا''

''وونۍ کیاہ زن کرِ؟'' بزِج ناتھن وۄنُس۔

''شام سوٗندرس چھُ سن سڑوک گوٚمُت، سُہ چھُکھ ہسپتال نٔمت۔ دیپوٗےلتس ہیٚیہِ تہِ خبر۔ ژےٚ چھےٚ نہٕ یِمو خبرو تلہٕ موہلتھ میلان۔ دپہِ اِنسان اگر نہٕ ژٕ خبر بوزکھ، کٔشیرِ ما گژھِ اتھہٕ تلہٕ۔'' تِمہِ وۄنُس ٹٔوٗن پنہٕ گوٹہٕ وٹان۔ شام سوٗندر اوس لتس بنٛتھر۔

''تاپھ وٗسن ہمس خبر'' تٔمۍ وۄنُس۔ ''لتس ما تژاوِ سن سٹڑوک، مےٚ اگر گوٚ مےٚ ما تژاوِ نہٕ۔''

''دُنیاہ چھُ وتہِ پکان، تِمن گوٚ نہٕ کینٛہہ۔ تہِ گُرتھ لیس یہِ کپالس لیکھِتھ آسہِ لتس تہِ واتہ،، سُہ بیٚہہ تن ستن ڈیڈبن پتھ۔ اسہِ اوس قسمتس چھمبن چھارن تہِ گزٕپشمہِ نہِ ژنجہِ لگُن أسی لگی۔ دَپھ ژےٚ چھےٚ نہٕ خبرو تلہٕ فُرصتھ میلان۔ سن سِٹڑوک چھُ بہانہٕ۔''

''پوٚز چھُ'' تٔمۍ وۄنُس۔ ''یوٚت کال ووت مےٚ خبرِ بوزان، اکہِ دوہہ تہِ بوٗزِم نہٕ واپس ترٛیٚچ خبر۔ یِمن تانۍ خالِص سلیوٗٹ رٹنۍ تہِ رِبن ژٔٹنۍ چھِ

تمے چھہِ ونان بٹن بغاَرِ چھےٚ کٔشیر اِڈ لیچ تہٕ تمن چھہُ واپس ترُن۔ ژکہِ اوس اسہِ مرکزُک پٹھ تہٕ تمن اُس اپاَرِم شرنی، دونوے وزِ ایہِ آبہٕ ڈبےَ۔ مگر تاجب چھہُ، یم چھہِ نہٕ وُنہٕ کنہِ رنگہٕ پھٹان۔ عام لکھن بچار بن گیہِ اُدرِ کھل۔''

''اِو گیٔکھ اُدرِ کھل۔ ترٕ کتھ آسہِ ہے تم ہہن نا پۆت۔ تمے چھہِ وُتش وُتش دِوان۔ یہ تہٕ چھبس اخبار دوہے پران۔ مےٚ چھےٚ خبر تمن چھہُ دراصل امی منزٕ درٕ امت۔ بچہِ لۆب کچہِ تاں۔''

''تمن چھہِ ملِٹنٹ تہِ پتےَ تہٕ سی آر پی تہٕ'' تٔمی وونُس۔

''تمن اُسی اُسی کڈنی تہِ کڈکھ۔'' تمہِ وونُس ژکہِ سان۔ ''وونی گوٚ ژھ سی آر پی نیرُن تم گژھن خوش۔ تم چھہِ ساٗری ملِٹنٹ۔ خورشہِ ہُند نیچو چھیا یاد، سون اوس یِوان، بُسہٕ کٹھ ہیوٚ اوس۔ سُہ گوَ اپور ٹریننگہِ۔ پتہٕ وُچھ تھنا زانٕہہ۔ خبرٕ کتی موصوم آسن تٔمی گاٗلتھ ژھنیٕ متی۔ اگر تمن پزی وگ آسہِ ہے تم سوزہنا شُربن ٹریننگہِ۔''

''یہِ چھےٚ تہنز مجبوٗری، ژےٚ تری نہٕ فکرِ'' تٔمی وونُس۔

''کمہٕ پھچہِ مزٕ کتھہِ چھکھ کران'' تمہِ وونُس چونٹھ ژُکراوتھ۔ ''مجبوٗری ہوٚنہہ۔ پنس کلس گژھہِ رأچھ کرٕنی۔ اتھ کوسہٕ مجبوٗری چھےٚ۔ تمن چھنا یہ خبر...... گورنمنٹ مہٕ کر کتھے۔ تم کتھ اُنی تھکھ منزس۔ تم چھہِ لاچار بنے متی۔ اندرکُن بہِتھ بیان جاری کران۔ دوہلہِ اکھ کتھ ونان روتلہِ بیاکھ۔ ژےٚ چھےٚ دون کھرٕ اون پٹھ لتھ تھوٗمزٕ۔ بہتر گوٚ یہِ ربل ژٹنی نو بیٚہہ وٗدی سونچنی۔ اسہِ نہٕ چھہُ

گیس، نہٕ کوٗلر، نہٕ پوٚنی۔ میون طاقتھ چھُنہٕ چوٗلہٕ تپاوُن۔ عاٗرقہٕ تھرٕ سہٕ چھےٚ وسان۔ ہیکیا بٕنِیوٚم یُتھ گرم چھُنہٕ مےٚ زانٛہہ وُچھمُت۔ اوٗترٕ گیٖس پوٗشہٕ کُجہٕ ہُنٛد شُربو چھبس کمرس مَنٛز کوٗلر ہَنا تھوٗمُت۔ پہرس کھنٛڈس اٗسس تتہٕ، بدن شیٚہلیوٚم۔ دوٚپُم تتی ترٛاوٕ ہانٛبدٕ رزول۔ ترٛیش دِژکھ سوتہٕ ٹھنٛڈ زَن اٗس چشمہٕ شاٗہی ہنٛز ترٛیش۔ ژٕ ےٚ چھسےَ ونان، ژٕ چھُکھ اورٕ ونان گرٕ چھُنا ترُن، یم چیز کتہٕ للہٕ ناووکھ۔ یم چھا سانہٕ کھوتہٕ۔ گرٕ ترٛو بیٚلہٕ زِنٛدٕ روزو، نتےٚ گیٖہ ہوگاٚٹرن ہنٛدی پاٗٹھی لاٗرِتھ، واپس ترٛن روزِ اتی۔ دپان چھہِ ناوٗہراٗژ مَنٛز چھُ شیٚہجار پھیران، گوڈٕ چھُ مےٚ باسان یہٕ سرٛوٗنٹےٚ ٹرٛ، مگر سہٕ شیٚہجار چھاوِ سُے یُس ییمہٕ نارٕ صحراوٕ مَنٛزٕ زِنٛدٕ نیرِ......"



یہٕ پوٚنی اٗسی تم وُنہٕ منٛدان، زِ نبرِی کِنی گوٚ آلو "پنٛڈت جی"۔ کتھن ستی مَس آسنہٕ سبہٕ بوٗزکھ نہٕ آلوٚ وارٕ۔ دوشوٕے گرٕ ژھوپہٕ تہٕ نبر دِتھکن یوٚ تانی بیا کھ آلوٚ گوٚ "پنٛڈت جی"۔ برٛج ناتھ ووتھ تھوٚد وُچھنہٕ کُس چھُ۔ درواز، یُس گرم ہوا سبہٕ دِتھ اوس مُژروٗن۔ نبرِی اٗس لوٗہہ چلان، تہٕ اتھ مَنٛز اوس بنٛدوٗ لال نبرٕ کنہٕ کھڑا۔ سُہ اوس کُرتہٕ پاٗجامہٕ لاٗگِتھ یُس تاپہٕ ستی چھیٚتوٗمُت اوس تہٕ عاٗرقہٕ ستی اٗسِس نقشہِ بنے مِتی۔ کلس اٗسس مل بُرٕژ کپر چھلا گنٛڈِتھ۔ اکھ کھور اوٗسُس ہوٚل۔ سُہ اوس بٹہٕ وارِ بومواریٕ ببکھیٖا منگنہٕ یِوان، دروازس تل کبیرٕ ہنٛدی اکھ زٕ دوہے گِنوان یا بدل اکھ زٕ لاٗنہٕ بوزناوان ییمیٚک مانہِ تس اوس نہٕ فِکرِ ترٛان۔ برٛج

ناٹھنۍ گرٕ واجنۍ آسس توملہٕ موٹھا کڈان۔ سُہ اوس کمنڈلسٕ منٛز رٕٹتھ ہٹہٕ دِوان نیران۔ ووٚنی اوس سُہ تمِن ویوٚد۔ مگر تس أسی از زٕ رتھ غآب گمتِس گمتۍ۔ از ییٚلہِ بٔرج ناتھن دروازس تل کھڑا اوٚچھ، تمۍ پرٛژھس ہندی پآٹھی۔

''ژٕ کتہِ گوکھ از پآدٕ۔ مےٚ سوٚنٛچ خبر زِندے چھُکھا کِنہٕ نہٕ۔ دوٚیہِ رتۍ گوکھ از بوٚد۔''

''بہٕ اوسُس دیشِ گوٚمُت'' تمۍ ووٚنُس ہندی پآٹھی۔

''دیش؟''

''پٔنُن گام۔''

''ژٕ چھُکھ نا ییٚتیُک؟''

''بہٕ چھُس بہارُک۔''

''او۔ بہارُک۔ تتہِ پٹھٕ چھُکھا ژٕ یور بیٚکھیٚیاہہِ یِوان۔''

''آں۔''

''بچہِ تہِ چھِیا ییٚتی؟''

''نہٕ تم چھِ گرِ۔''

''تم کیٛازِ ترٛاوی تھکھ تتیٚ؟''

''تتہِ چھےٚ زمینہِ رژھابیٚنہِ کوٹھٕ رژھا۔''

''کاژاہ زمین؟''

''یےٚ ژور کوٚچھِ تھونٛھکھ نظرِ تل'' تمۍ ووٚنُس تسنٛدِس کرلہِ مکانس کُن ہاوان۔

''گوَ لگ بگ ژٕ کنال۔''

''بابو جی۔ مےٚ کتہِ چھُ حِساب۔ ژٕ چھکھ ونان ژٕ کنال تی آسن۔''

''تمہِ زمینہِ ژٕپہٕ خاطرِ چھُکھ توٚت یِتہٕ گژھ گرِتھ پانس کھکھر دِوان۔''

''سو چھےٚ زہنہٕ جاے۔''

''مگر تَتھ پیٹھ پلن نہٕ ساأری بأژ۔''

''تہِ چھُ پوٚز۔ توَے چھُس یہٕ یور یِوان۔ یێتہِ چھِ کاشُر بیکھیا دِوان۔''

''گُذارٕ چھےٚ سَپدان؟''

''زَڈ چھس نیران۔''

برٛج ناتھ گوَ حأران کوسہٕ زڈ آسبس نیران۔ مگر تمٕی زون نہٕ مُنأسِب اتھ مالس زیادٕ تچھُن۔ کأنسہِ ہنزٕ مِسکینی حدٕ کھوتہٕ علاوٕ سنُن گیہ سو گرٕ انٕی۔ کُنہِ نتہٕ کُنہِ وِزِ چھِ حالاتھ تِتھی بنان زِ ژےٚ چھےٚ پننہِ یڈٕ ہچو ژوٹ دِتھ تھونٕی تہٕ سہٕ کھیاوُن۔

''تتہِ چھِ موموٗلی کتھن پیٹھ قتل و غارتھ گژھان۔ ژےٚ بغأر ما چھےٚ شُری کھوژان۔''

''کھوژن کیازِ؟ سوے پنُن گام چھُ۔''

''جھوپُھرٕ ہیککھ ژٕ یێتہِ تہِ بنأوِتھ۔ چون زمین آسُن چھُ نہٕ آسنس برابر۔ شُری آسنے یێتی، یُن گژھُن خرچہِ تیی بچتھ۔''

''یێتہِ چھےٚ مےٚ جھوپُھرِ بنأوٕمژ۔ اکہِ لٹہِ أنم شُری تہِ یور۔ تمن آیہ نہٕ یہِ جاے پسند۔ دوٚیکھ أسی گژھو واپس۔ تہُند وَنُن چھُ پوٚز یہِ ما چھےٚ پنٕنہ

جاے۔ یِگاہ ؤنی تن ؤٹو سائنٹِز، تمہِ وِزِ کوٚت گرٛھو۔ نظر چھےٚ اَخرس تتھۍ پٹھ۔ سُہ چھُ پَنٕن زمینہٕ ژُکل۔ تتھۍ پٹھ رۄزی تہٕ مۄدی میاَنی زِٹھی۔ سُہ چھُ ماَلی میرٕ اشہٕ۔ سُہ کتہِ پیہِ ووٚنڈ تراونس۔

''تتہِ چھِ زمینہٕ نیالیس پٹھ درجن وادن گاَلتھ ژھنان۔ اخبار چھِ آسان بارٕ و دِوان'' بڑج ناتھن ووٚنس۔

''یم نیاے چھِ'' تمۍ ووٚنس۔ ''مگر یم کتہِ چھِنہٕ۔ ییتہٕ اِنسان چھُ تتہِ چھِ نیاے تہٕ۔ یم آیہٕ پتہٕ وَتھ پٹھے۔ بڑونٹھ اکہِ قسمکۍ از بیہٕ قسمکۍ۔ مہابھارتس منز اَسی بیٚۓ جگرٕ۔ بڑونٹھ اَسی راز کرناوان، از چھِ نیتا۔ یمن اَسی لُکھ تلٕنی تھوٚد، یمو تلۍ اَشناو ؤشناو تہٕ پَنٕن پان۔ لُکھ رۄزی فاقے۔ تم لاَ گِکھ مار گنڈس کُن۔ یہِ تہٕ چھُ اکھ چسکہٕ۔ اَسی ما چھِ اتھ لگان۔ اَسی چھِ پننس زمینہٕ ژُپس تھچھ گرتھ۔ یہِ چھےٚ ووٚنی یِژہٕ ہے کتھا۔ ژٕ ے چھےٚ ووٚنی خبرٕ ے یم چھِنہٕ سانہِ خاَطرٕ کینٛہہ کران، مہٕ دِکھ کرنہٕ۔ ژٕ ے چھےٚ اَتھی منز زِنڈٕ روزُن، یتھِ نے ستیٚ زُوٚن۔ پان ما مارکھُ۔ مگر زبنہٕ جاے چھےٚ نہٕ تراونی۔ تمہِ خاَطرٕ گرٛھی تن کلہٕ۔ سو چھےٚ ساَنی اِدٕ یِژٕ ہے چھے تتہٕ ے۔ اگر مےٚ تتھ پٹھ کلہِ گوٚھ بہٕ گرٛھ سوٚرگس۔''

''ووٹ چھوا تراوان؟''

''اَں تراون چھِ۔''

''کس چھو تراوان؟''

''لیس غرض آسہِ۔ ساَنی کاَم چھےٚ تراوُن۔ تسٕنز کاَم چھےٚ تمن رٕاَچھ

کرٕنی۔"

"کانٛہہ چھا نِوان ژٕرٕ؟"

"کیٛنٛہہ مہٕ پرٛژھ۔ تِمن دوہَن چھِ بوٗندٕقہٕ وألی آسان پھیران۔"

"تیٚلہِ مارٕز مرضی؟"

"سو چھےٚ نہٕ سأنی کأم۔ سو چھےٚ تِہنٛز کأم۔ یہِ چھےٚ نیتاہَن ہنٛز مرضی۔ ییٚمس ووٹ آسن ضوٗرٕرتھ، سُہ تہِ تھوِ بوٗندٕق۔"

بٔرج ناتھس باسیوٚ وزیادٕ بحث کرنٕک چھُنہٕ ضوٗرٕرتھ۔ ییٚتس کالس آیہٕ تسنٛز خانہٕ دارٕنی توملہٕ موٗٹھا ہیتھ، بندٕ لالن رٕٹ توملہٕ موٗٹھ۔

"یہٕ ووٗتُس از صُبحن یور" تمیٚ ووٗنُس۔ "جگی منٛز کیاہ کرٕ ہا بہِتھ۔ تمہِ کھوتہٕ بہتر اوس بیٚکھیا سوٗمبراوٕنی۔ دوہہ تہِ نیرِ یِڈٕ، ہنٛدٕ رونہٕ زونہٕ تہِ بنہِ۔ اَوے آس ژٕپرٕی" تمیٚ تُل کمنڈلہ تہٕ ہیٚٹہٕ دِی دِی دراو۔

بٔرج ناتھ رٕودتو تانی تس نظرِ تھٲوِتھ یوٚتانی سُہ آنگنہٕ منٛز نیبر دراو۔ تس اُس نہٕ یہِ کتھ سمجھ یِوان، زِ سُہ اوسا ٹھیکھ سوٗنچان کِنہٕ تسنٛز خانہٕ دارٕنی۔ اُکِس کتھِ ہُند بڈیوٗس رشک زِ ییٚمہِ وقتہٕ بندو لالس گرٕ گرٕ وُھنک منشہٕ اوسُس بنان، تمہِ وِزِ اوس تور گرٕ وُھان، یوٚ دوٚے تتہٕ ہانٛژھ ہنٛز زمین اُسٕس۔ بندو لال نظرِ ڈٕلِتھ پیوٗس یاد مےٚ اوس ہسپتال خبرِ گرٕھُن۔ تمیٚ دِژ اسمانس کُن نظر۔ سِری یہِ اوس کلس پیٹھ ووتمت۔ جاناوارن آسہٕ پکھٕ دزان۔ تمیٚ لاج چینٛی کھوٗرن تہٕ دراو ہسپتال خبرِ۔

☆☆☆

امر مالموہی

# ییٚلہِ پژھے راٗو

رویندرس باسیوٚ و مائلی سُند وُنن ویکٚھت! سُہ لوٚگ سوٗنچنہِ زِ یہٕ ت اَپُز تہِ چھا وَننہٕ یِوان! تمیٚ وۄن مائلس ''یہٕ ت ویوٚٹھ اَپُز وُنن مہرا چھُنہٕ میٚہ جان باسان!''

مائلی پوشکر ناتھن گرٚس خشمہٕ سان نظر تہٕ وۄنہٕ نس ''جان تہٕ ناکارٕ کیاہ گو؟ جان گوتی یہِ اَسہِ خاطرٕ جان چھُ۔''

''میٚہ مہرا تگہِ نہٕ پگاہ کانٛسہِ کُن بُتھ تہِ دِیُن'' رویندرن وۄنُس۔

''اتھ منٛز چھنہٕ بُتھ نہٕ دِنٛچ کانٛہہ کتھ۔ ژٕ وَنتہٕ ژٕ چھکھنا اِنجینر۔ یہِ کُس اَپُز چھُ!''

''یہِ مہرا چھُنہٕ اَپُز مگر بہٕ چھُس نہٕ کُنہِ نوکری کران!''

''ژٕ ہیکلکھ نا زاہ تہِ مصلحتٕ کاٗم ہیتھ؟''

''اِنسانس چھُنا مہرا ضمیر تہِ آسان۔''

''میٚہ چھُنہٕ چانہِ یِم ذہنی ووتل بُجہِ خوش کران۔ اگر اَسہِ وۄن زِ ژٕ

چھُکھ نوکری کران یہِ کُس اَپز چھُ۔ ییٚتہِ چھِ نوکری واَلکی تہِ گرِ موٚنڈُس کڈان تہٕ بیکار تہِ۔"

"کورِ وول کرِ نا مہرا مولوٗم تہٕ ییٚلہِ تس پےٚ لگہِ زِ اَسہِ وۄن اَپز توہہِ کُس عزت روزِ؟"

"ژےٚ چھےٚ نہٕ مولوٗم زِ ساَری کاشرِی چھِ اپارِ یپارِ راَووٕمتی۔ الہٕ شہرن منٛز نہِ چھُ کانٛہہ چیز مولوٗم سپدان تہٕ نہٕ پےٚ لگان۔ عاَقل ییٚلہِ از کل تہٕ رنگہٕ رنگہٕ ژھلن ورتاَوِتھ پننی گرِ بران تہٕ بیٚقل چھِ چاَنی پاَٹھی ضمیرس تھپھ کرِتھ دوہس تہٕ راتس حالاتن ماتم کران۔"

رویندرن دِتُس نہٕ کانٛہہ جواب۔ سُہ لوٗگ نبر نیرنہِ تہٕ ماجہِ وۄنُس "مول ہا چھےٚ پوٚز ونان، از نتہٕ پگاہ للکھ ژٕ نوکری۔"

"وونی گےٚ ژےٚ ستھ وری انجنیری کرِ ہمِتِس۔ کم کم رایہِ آسم۔ سوٗنچان اوسُس زِ ژٕ نوکری لگِتھ بناوو اَسی چھانہٕ پورِ مکانہٕ، کار انٛو مگر قسمت زِ پڑون مکانہٕ تہٕ گو اتھِ، ژور وٕری گاَس ڈٕدی ہمِتِس مگر وُنہِ چھُنہِ انشورنس کلیم انٛدان۔ شکر چھُ زِ ژلنہٕ بروٚنٛہہ واجیم کورِ نکھِ نتہٕ آسہا یہِ بُرباد گوٚمت۔ ژےٚ آسی یاد زِ کمہِ شانہٕ سان واجہِ میٚہ چانہِ ییٚنہٕ نکھِ تہٕ وونی چھُنا میٚہ نوکری پیشہِ نوش انہٕ تک تہِ حق؟ ماَلی پرژھُس۔

"حق کیاز چھُنہٕ مگر اَپز کیاز وَنو۔" رویندرن وۄن۔

"حالات چھِ پرتھ چیزس ذِمہٕ وار۔ میٚہ چھُ مولوٗم زِ بیکار انجنیرس بنہٕ

نہٕ بینکس مَنز نوکری کرن واجنی کوٗر اَپُز وننہٕ بغاٗر۔‘‘

’’مگر امیُک نتیجہ کیاہ نیر؟‘‘

’’نتیجہ نیرِ رُتے، بس لگِن گرٕ ھِ سپدن۔ ژِ دِتہٕ تس کورِ فِل حال ہنجاری پاٗٹھی نظر، وُچھتہٕ شکل صوٗرت کرٕ ھ چھس‘‘ ماٗلی ووٗنس۔

’’مَنز م یور اوس ونان زِ کٔشیرِ اَسی اننت ناگہٕ روزان‘‘، ماجہِ ووٗنس

’’تتہِ چھُکھا مکانہٕ وُنہٕ رِنہٕ دوٗ دُکھ تتھ کیاہ چھُ اَسہِ کرُن مگر ییٚتہٕ چھُکھ مکانہٕ بنوومُت۔ دیاپان خاندلنہٕ چھِ جان۔ کورِ چھِ ساٗری بٲے نبرٕ نوکری کران۔ مول چھُس تجارت پیشہِ اوسمُت۔ میٚہ چھُ باسان دِن کرن جان۔‘‘

’’اوے تہٕ اوننہٕ میٚہ یمن ژون وٕری ین فرِج‘‘ پوشکر ناتھن ووٗن زنانہِ کُن ’’سونچُم زِ صاٗبس واتہِ ہوٕرِ۔‘‘

رویندر دژاو تہٕ زنانہِ ووٗن رٕنس کُن۔

’’فرِج کوسہٕ کتھ چھےٚ، زامترٕس دِن نا کار تہِ۔ اَخر کیاہ گرٕ ھِ کورِ ماٗلِس آسُن۔ ژھوٚٹ گرٕ، کُن لڑکہٕ، نہٕ ییٚنہٕ تہٕ نَہ کانٛہہ ذِمہٕ واٗری۔ انجنیر، عقلہِ شکلہٕ کامدٕ ہو ہیوٚ۔ ووں گو وانٛگجِ وورُسہ کوسہٕ پام چھےٚ ییٚتہٕ۔‘‘

’’ییٚتہِ روزٕ نہٕ تم منْدورٕ تہٕ سو کشیرٕ، ووٗنی روزیایہٕ واٗنگجِ وور ...... پکان دورِ فلک!‘‘

رویندرن آس ماگیریشنہٕ بژونہہ زٕ وٕری انجنیری کرٕمژ۔ تِمن دوہن آسنہٕ سرکاٗری محکمہٕ کٔبن انجنیر بن بلہٕ کٔڈنہٕ، کیمشن رٹنہٕ، ہوٹلن پھیرنہٕ تہٕ گرٕ

بناونہِ بغاَر کانہہ کاَم آسان، مگر سرکاَرِ نوکری آسہٕ فقط سرکاَرِ نوجوانن میلان تہٕ امہِ کِنۍ گو رویندرُن مول مایوٗس۔ تمۍ ہنٛدی ساَری خاب گےٚ چھلہِ چھانگرٕ تہٕ وُچھان وُچھان دَم پھُٹۍ۔ میلہِ پچہِ لبجہِ ژلن واللبن ہنٛزٕ داستانہٕ وَننہٕ تہٕ شبنمۍ جوین ہنٛزِ ترٛیشہِ چینہٕ واَلی لگۍ تاپٕرۍ سنگستانن منٛز آبہٕ قطرٕن کرٛیشنہٕ۔

پوشکر ناتھ اوس تمو لکو منٛز یمو جوٗم واَتتھ کرایہِ کمرٕ کرۍ۔ تس بنے یہِ ساس روپیہِ کرایس پیٹھ زٕ کمرٕ۔ اَکِس کمرس منٛز اوس چوکہٕ، سامانہٕ سٹور تہٕ بیاکھ اوس شونٛگنہٕ تہٕ ووتھنہٕ بیہنہٕ خاطرٕ۔ سرکاَرِ مُلاَزِم مایگرنٹن چھُ گرِ بہتھ تنخاہ میلان تہِ ووٚنۍ چھُ یمن شکلہِ لاوٕ تہٕ دماغس کھےٚ اُلجہٕ۔ ساَری راَو ویٚتۍ، فقط نفسانفسی ہنٛدِس عالمس منٛز پٮ۪ن غاَرتھ مُشرِتھ تس گاَو ژھانڈان یوسہٕ یہنٛزن لوسمٕژن ژھاین دوٗر ژلان چھےٚ۔ رویندرس بنے یہِ بمبیہِ نوکری مگر تنخاہ اوُسس تیوٗت زِ پانس تہِ گییس بتہٕ کامن۔ پوشکر ناتھ اوس تس خاطرٕ نوکری واجنۍ کوٗر ژھاران مگر بیکارس اَس یژھ کوٗر ژینٛنۍ ہنا مُشکل۔

اَسٹنٹ انجنیر تان بٕنِن اَسنہٕ مایگریشنہِ منٛز لوکٹ کتھ تِکیٛازِ مایگریشنہٕ پتہٕ نہ اَسی کاَشرِ بتہٕ لارِ کرٕ دٕ ریٚتۍ نہٕ دارٕ کرٕ۔

اوٗشہِ اَس کٔشیرِ ےٚ کتھ تام بینکس اُلجہٕ۔ تمۍ سُند مول ہری کرشن اوس اکھ روایتی شریف کاَشر۔ تس اوس دِل تہِ بوٚڈ تہٕ نظر تہِ وٕژھ تہٕ کٔشیرِ اَسی تمۍ سُند گرٕ ساد سنت تہٕ پیر فقیر یِوان گژھان۔ تجارت پیشہِ آسنہٕ باوجود اوس تس دُنیاہ کاو بینہِ وول باسان تہٕ امہِ کِنۍ گونہٕ تس مایگریشنگ سُہ روحانی صدمہٕ ییمۍ

باقین ژلن والِبن نال وۄل۔ تس اوس کشیرِ ہُند پھیران، پننہِ ہمسایہِ یاد پیوان تہٕ پننہِ میژِ ہنزٕ مشک رُمن رُمن مگر کانٛہہ رۄحأنی ابتری أسس نہٕ باسان تکیازِ سُہ اوس پرٛتھ چیزس مایایہِ ہُند اکھ رنگ زانان۔ اتھ ماحولس منٛز أس اۄشہِ کأفی حساس تہٕ سنجیدٕ بنے مژ۔ امیر کوربن منٛز یُس لوٚزر آسان چھُ اۄشہِ أس تمہِ نِشہِ دوٗر۔ واراہ دوٗر۔

رویندرن دِژ کورِ ہنجأری نظرٕ تہٕ کتھ آیہِ بڑوٚنہہ پکہٕ ناوُنہٕ۔ ہری کرشن کوٗر باین تہٕ ہہرن ستی مشورٕ تہٕ ٹیچوبن فون، سارِنے ہُند ونُن اوس زِ لڑکہٕ پزنہٕ گُنہِ صورتس منٛز تژاوُن۔

یہِ چھُ سون المیہ زِ سون معیار چھُ ہمیشہِ ٹریڈ مارک تہٕ لیبل آسان تہٕ یہِ ٹریڈ مارک چھُ عام پأٹھی ووٚنی نقلی آسان۔

اۄشن ووٚن مأنِس زِ تس چھُنہٕ وُچھن رٛنٛہی، مگر یَیِلہِ مأنٛی موٚنس نہٕ اۄشن ووٚنُس، ''ٹھیک مہرا چھُ، یہٕ ونہٕ تمن پانس مُتلِق۔ ووٚنی گو میٚہ چھُ احساس زِ adjust چھُ پیوان زنانی کرُن تہٕ اوے چھُ بٹہٕ کورِ ہُند خاندرٕ تمِہ سُند بیاکھ زنم مانہٕ یوان۔''

''میٚہ چھےٚ چأنٛز خوشی بکارٕ تہٕ چون فأصلہٕ آسہِ میٚہ منظور'' مأنٛی ووٚنُس۔

''فأصلہٕ مہرا چھُ تی یہ توہہِ کوٚرمُت چھُ۔ یہٕ وِنہٕ تس فقط پانس مُتلِق۔''

تہٕ اۄشن یٚیمہِ آیہِ رویندرس ستی کتھ گرٕ سُہ گو کأفی مُتاثرٕ تہٕ پریشان تہٕ۔

''تہٕ وُچھِ تھےٲج مےٚ یہ دِلس تھپھ'' رویندرن وۄنُس۔

''یعنے لو ایٹ فرسٹ سایٹ؟'' اۄشن پرٛژھُس، ''مگر میٚون کُس چیز چھُ توہہِ زیادٕ پسند۔ میانٛی نوکری، میانٛی شکل کِنہٕ میانِٛس مالی سُند ہیوٚت دیُت؟''

''یہ...... یہ کیاہ چھِو توٚہۍ ونان؟''

''میٚون مطلب اوس زِ یمو ترٛیو منٛزٕ کتھ ہتی گوتوہہِ محبت؟''

''مےٚ یہ تور نہٕ فِکرِ؟''

''یہ ونہِ یتھٕ پاٹھۍ زِ نوکری، شکلہِ تہٕ ہیٚتہٕ دِتہٕ بغار چھُ میانہِ شخصیژ ہیٚیہِ تہِ اکھ پہلو۔ سُہ گومیٚون ووٚنہٕ، میانٛی انفرادیت، میٚون سونٛچ تہٕ میانہِ خاطرٕ چھےٚ اِنسانی قدرن اکھ اہمیت۔ زبانٛی لول ورتاوٗن گیہ اکھ کتھ مگر حقیقی لول چھُ تمہِ وِزِ وۄپدان ییلہِ یژھ تہٕ پژھ برقرار روزِ۔ دون باژن منٛز پیٚہٕ ہ نظریاتی ہم آہنگی ضرۄری چھےٚ تیٚژے چھےٚ اَمہِ کتھِ ہنٛزٕ ضۄرۄرت زِ اکھ أکی ہنٛز انفرآدیژ تہٕ گژھہ قدرٕ سپدٕنی۔''

''توٚہۍ چھِو میانہِ دِلچ کتھ کران۔''

یتھٕ پاٹھۍ پیچ کتھ بڑوٚنہہ تہٕ یوٚتاہ خانٛدرُک تاریخ نزدیک یوان گو رویندرس باسیوٚ و پٔنٕ پان آوٕلنس منٛز ہنہٕ یوان۔ اۄشن اوسنہٕ تس زانٛہہ کُنہِ مُتلِق پرٛژھمت۔

خانٛدر سپُد تہٕ پھِرٕ سالُک دوہ لوٚگ پوشکرناتھ رویندرس کیاہتام ونہٕ۔

اۄشہٕ اُس دارِ کِنی وُچھان تہٕ ییلہِ تمہِ مُلحقہٕ کمرِ منز یہِ بوٗزس وپییہٕ ہرتھ تہٕ ببڈس پیٹھ ڈاپھ ترٲوِتھ اُنج سوچنہِ۔ امہِ پتہٕ ژاو روِیندر اندر۔ تٔمی ووٗن تس میٚہ چھے آفسہِ کیاہ تام ضۆرۄری شیچھ وأژمژ۔ یہِ ییمہٕ ترٕبن بجن تام واپس۔''

''ساری شُری آسن پکان تہٕ اَسہِ چھُ کہہ بجہِ واتُن'' اۄشن ووٗنس۔

''کرِ کیاہ۔ دفترِ چھُم ضۆرۄری گژھُن، ژٕ گژھتہٕ شُری ہیتھ بزوٗٹھے مالیُن، بہٕ ولتہٕ پانئے۔'' تمہٕ ووٗنس نہٕ کِنہہ تہٕ روِیندر دژاو پلو لٲگتھ۔

ہری کرشن اوس کأفی پریشان تِکیازِ دون بجن تام تہِ اوسنہٕ کانہہ آمُت۔ جمہِ کِس گرمس منز چھُ سیُن رٕنتھ تھوٗن کافی مُشکل۔ کلو واد ماز اوسنہٕ فرِجس منز تھوٗن ممکِن تہٕ اوے اوس پھرِ سالک وَق کہہِ بجہِ تھونہٕ آمُت۔ ماز دیکچن تہٕ دبگلین آیہِ أندی پکھی شینہٕ ژلہِ تھونہٕ۔ ترٕییہِ بجہِ آیہِ اۄشہِ شُری پلٹنا ہیتھ۔ تمہِ کۆر مأسِس ماجہِ تہٕ باقی نزدیکی اُشناون نالہٕ موٚت تہٕ مأکی پرٛژھس

''روِیندر جی کتہِ چھُ؟''

''خبر مہرا، صُبحن وأژکھ دفترِ کیاہتام شیچھ، دپیوکھ ترٕبن بجن تام واتہٕ مگر آے نہٕ کینٛہہ۔''

''دلیل کیاہ آس؟''

''میٚہ مہرا وونکھ نہٕ کینٛہہ......''

''مگر گوڈٕنچہِ لٹہِ کورِ ہُند گنی زنہ مالیُن ییٚن گو نہٕ جان۔''

''کینٛہہ مہرا چھنہٕ فکرِ۔ تم تہِ آسن پکان۔''

''خار پکھ۔ یم وأرِ و شُری کھیاؤ کھ چاؤ کھ جان پأ ٹھۍ۔ رویندر جی نہٕ خأطرٕ گیہِ نا بےمزٕگی۔

جمہٕ چھُ مایگرنٹن ہُند بوڈ تعداد یَس تاپہٕ ڈزِتھ واہرأ ژ منز مُسلہٕ چھُ وسان تہٕ ییتہِ ہاکھ تہٕ دال تہٕ مُشکلن میلان چھےٚ مگر کینٛہہ بٹہٕ چھِ کونٹل واد ماز رٕنتھ ووٚنی نہٕ صرف کُلیہ، روغن جوش، مژھ، کبرگاہ تہٕ پولاو بناوان ئلکہِ یخنی، گوشتابہٕ تہٕ رِستہٕ تہٕ۔ ہری کرٛشنن تہٕ اوس پھرِ سالس پٹھ یہِ سورٕے بنومُت تہٕ ییلہِ شُری کانٛہہ ضابطہٕ نہٕ آسنہٕ کِنۍ کم کینژھا کھبتھ تہٕ زیادٕ پہن ضایہِ گرِتھ موکلیہِ رویندر تہِ ژاو اندر...... سُہ اوس تھوٚ کمُت تہٕ پریشان باسان۔ کولڈ ڈرٛنک ترٛےٚ ژور بوتلہٕ آو سُہ زامترٕ یزتہٕ چاونہٕ تہٕ پتہٕ آلیس کریم کھیاونہٕ۔ تمۍ گر پانہٕ تہِ پننہٕ نبن اٗشناوشُربن مازرتھ تہٕ یہِ اوس ہوٕ وِری گرس منز تمۍ سُند فرض تہِ۔

شُری آے پأنسہٕ دِتھ روخصت کرنہٕ تہٕ امہٕ پتہٕ پرٛژھ ہری کرٛشنس زامترٕس۔ ''کیاہ مہرا دفترٕ کیاہ دلیل اٗس۔''

''خاص نہٕ مہرا کینٛہہ...... وون گو میٛہ گرٕکھ تبدیلی!''

''تبدیلی......؟'' ہیہرن پرٛژھس حأران سَپدِتھ۔

''آہن مہرا...... کشیرٕ!'' رویندرن ووٚن تہٕ سارنٕے باسو دِل رُکان ہیوٗ۔ ہری کرٛشنن ووٚن ''ک......شی......رِ......''

''آہن مہرا پکاہ چھُم رپورٹ کرٕن......'' رویندرن ووٚن تہٕ ہری کرٛشنس باسیوٚ و سورٕے نژان۔ اوٚشن وُچھ تس کُن تہٕ آلیس ترٛیشہِ گلاسہٕ ہیتھ تمۍ

چیٖیہِ ترٛیشہِ ہَنا سنبوٗلن مگر پھِرِ ساپٕچ سارٕمی خوٗشی گیہِ اَکِس ماتمس مَنٛز تبدیل تہٕ کیٛنٛہہ زنانہٕ لچہٕ اوشس گن یتھٕ کنٛ وُچھنہِ زنتہٕ تس پگاہ موٗنڈ گژھن اوس۔

''توہہ میلہِ نا سیکیورٹی......'' کٔر تام پرٛژھ رویندرس۔

''میٛہ مہرا چھُنہٕ سیکٹریٹہٕ روزُن۔ زانہِ کوٚت سوزِ چیف انجنیر، تتہٕ کتہٕ گیہِ سیکیورٹی پأدٕ......''

ہری کرشن لوٚگ رویندرس گن وُچھنہٕ تہٕ وۄنہٕ نس ''یہٕ ٹرانسفر گژھِ نا کینسل۔''

''نہٕ مہرا اتھ بنہِ نہٕ کیٛنٛہہ۔''

''کأنٛسہِ دِیو مہرا روپیس دٔہ دٔہ ساس۔ یہٕ کرِ امیک انتظام'' ہری کرشنن وۄنُس۔

''ڈیڈی ییٚن مہرا ونیاو میٛہ پنٛژاہ ساس دِنہٕ خأطرِ تہٕ بہٕ اوسُس از دوہَس اَتھی در بدریہِ مگر آرڈر چھُ پیٚٹھے۔ اتھ چھُنہٕ کِنٛہہ بنان۔''

''میٛہ چھُ اکھ دوس تس چھےٚ کُستام یتہٕ زان تہٕ بہٕ گژھہٕ تس دوستس وُنی سمکھنہِ'' ہیٚمرن وۄنُس۔

''اتھ مہرا بنہِ نہٕ کِنٛہہ۔ میٛہ چھُ پگاہ رپورٹ کرُن تہٕ پگاہ خأطرِ اَنِم ایرِ ٹکٹ تہِ۔''

''یہٕ مہرا گو نہٕ جان'' ہری کرشنن وۄنُس ''یُس اپور توٚر سُہ تور نہٕ واپس۔''

''اتھ کیاہ مہرا بنہٕ۔ پس از گدائی چاکری''

زنانہٕ لجہِ اۆشس نالہٕ ہتی کرنہٕ۔ اجہِ آسہٕ لۆت لۆت ودان تہٕ اُجہِ سوٗنچان ''وٗچھتہٕ اُمِس ماژِ مہرنہٕ کیاہ اوس تقدیرس۔''

مگر اۆشس اوس نہٕ گمہٕ تہٕ ڈۆلمت تہٕ امہِ کِنۍ اُس اکھ زنانہٕ سوٗنچان ''اۆشس چھا برداش کِنہٕ سپنس منز بِلہٕ وتھ۔ کِچہٕ کِچہٕ تہٕ چھس نہٕ گژھان۔''

تہِ بیٚاکھ اُس سوٗنچان ''اُمِس کیاہ چھُ۔ اُمِس بنہِ نابیٚاکھ۔ اِدٕ مارٕ گژھ بچور یہٕ لُکہٕ ہُنٛد بٹہٕ کۆٹ!''

''اَسہِ مہرا گو ہینہٕ آس تہٕ میٚہ نہٕ راہ'' ہری کرشنن وۆن زامترس ''میٚہ زَن چھنہٕ پانس سوٗنچہِ نُے کینٛہہ تگان۔''

''ڈیڈی مہرا چھنہٕ میٚون کشیرِ ترٛن مانان۔ تم چھِ ونان نوکری ترٛاونہٕ خاطرٕ'' روِیندرن وۆن تہٕ ہری کرشنس زنتہٕ مۆژن اُچھن گاش آو۔ تس گو یک بیک لیۆدر بُتھ ووزُل تہٕ وۆنہٕ نس ''تی مہرا گو جان...... بہٕ اوسُس پانہٕ یی وَنن یژھان۔ مگر ونہٕ نس اوسُس نہٕ بہران۔''

''کیاہ مہرا چھےٚ توٚہۍ ونان۔ یو آر مائی سیکنڈ فادر۔''

''بھگوان تھاوِ نو صد بی سال وأنس......'' ہیٚمرن وۆنس ''وٗچھو گوڈٕ گیہِ زِندگی پتہٕ گیہِ نوکری۔''

''تہِ مہرا چھُ ٹھیک'' مگرشن ؤہری ین ہنٛز سُروِس چھےٚ ضایہِ گژھان''

''اَسہِ مہرا گیہِ وُمبرن ہنٛز ارزتھ ضایہِ، یہِ سُروِس کوسہٕ کتھ چھےٚ۔''

ہیٚہرن ووٚنس ''تۄہۍ آو مہرا فکر...... توٚہۍ کیاہ ان پڑ چھِوٚ زِ نوکری بنہٕ نہٕ۔''

''تہِ مہرا چھُ ٹھیک مگر میٚہ چھےٚ ووٚنۍ ذمہٕ وآریہِ تہِ......''

''تۄہۍ آو سارِے پریشانی۔ سورُے چھُ زِندگیہِ ستی......''

''یہِ مہرا تہُندِ حکم آسہِ......''

''میٚہ چھُ احساس زِ مردس چھُ روزگارٕ ستی وقار، مگر یم حالات اَسہِ باگہِ آے تِہندِ تقاضہٕ تہٕ چھُنہٕ نظر انداز کرُن۔ نوکری چھنہٕ تہندِ خاطرٕ کانٛہہ بوٚڈ مسلہٕ، بیٚیہٕ کیاہ بند چھِوٚ توٚہۍ، اوٚشہِ چھنا نوکری کران۔ اِہاک بتہٕ روزِ چلہٕ وُن۔ پرٛانوٚ چھُ ووٚنمت زِ کم گژھِ کھیوٚن تہٕ غم نہٕ ہیوٚن۔''

ییٚلہِ رویندرن کشیرِ ترنہٕ بجایہِ نوکری تژاوِنۍ مأنۍ تمۍ سۭنزن ہووِرۍ باین تہٕ ہشہِ باسیاو زنتہٕ تمۍ نوٚو زنم ہیوٚت تہٕ تہنٛزِ کوٗر مونڈ گژھان گژھان سہاگن بنے یہِ...... سأرِے گرس منٛز لٔج زِندگی زنتہٕ امر بتہٕ ورشن کرنہِ۔

یوٚدوَے خاندرس تژےٚ دوہ گأمتۍ أسۍ مگر از أس گوڈنچ راتھ ییٚلہِ رویندرس تمن سارِنے ارمانن ہنٛز تژلیش ہمیہِ یم انہرین پریشان تہٕ ہُرشی متین پشمیان کران چھِ۔ صُبحٕ پانٛژِ بجہِ کوٚر سہٕ اوٚشن ہُشیار تہٕ ووٚنہٕ نس شرٛان شیو کرنہٕ خاطرٕ یتھ نہٕ ژیر گژھس۔ سہٕ گو حاران تہٕ پرٛژھ نس ''میٚہ کوٚت چھُ گژھُن یوٚت ژیر گژھم۔''

''کیاز زِ از چھنا توٚہہِ کشیرِ گژھُن رپورٹ کرنہِ؟''

''پےَ چھے نا زِ چاۄنۍ مالۍ کیٛاہ وۄن۔ دۄ پُن موتس چھُنہٕ بُتھِ گژھُن۔''

''موت چھُ کُنہِ جاییہِ تہِ واتان یہِ گوسوٗرُے دَپیٚس تام۔''

''ژٕ کیٛاہ ونان......!''

''میٚہ چھِ پلو کالے اٹیچی بٕرۍمژ۔ توٚہۍ نیرِو از۔ پگاہ کالۍ کبتھ ژٕ بن

ژون دوٚہن تام ترٕ بہ تہِ۔''

''ژٕے ماچھی کاژ ڈلۍمژ۔'' رویندرن وۄنُس۔ ''ژٕ ترکھِ کشیرِ؟''

''توہِ پتہٕ پتہٕ گژھ بہ کُن تہِ۔''

''مگر ژٕے بۄزُتھ نا زِ چاۄنۍ مالۍ کیٛاہ وۄن۔''

''میٚون مول ہیکہِ نہٕ میانہِ زِندٕگی واٹھ دِتھ'' اۄشن وۄنُس۔

''مگر ژٕے گرٕتھ نہٕ راتھ کتھ تہِ۔''

''سُہ اوسنہٕ میانہِ کتھ کرنُک موقہٕ۔''

''میٚہ ترٕاۄ راتھ شامہٕ نےٚ نوکری۔''

''نوکری چھا کانٛہہ ترٕاوان۔ بتہٕ بانس کُس چھُ لتھ کڈان۔''

''یہِ چھُ میانہِ زِندٕگی ہُند سوال۔''

''فلائٹ کرچھے...... بہ انہٕ بیڈ ٹی بناۄتھ۔''

''میٚہ چھنہٕ بیڈ ٹی چیٚنۍ، میٚہ چھُ شونگُن۔''

اۄشہِ درٛاییہِ تہٕ رویندر گو پریشان۔ سُہ لوٚگ سونچنہِ۔

''خبر اَمِس کُس تصرُف گوُصجاےُ۔ سوٗرُے منصوٗبہٕ واژٕاو جان پاٹھۍ

انٛد تہٕ راتھ شامہِ پیٹھٕ ترٛاوِیاو میٚیہ سوٗرے پھرٛٹھ مگر اَمِس ہوٗن خبر کیٛاہ"۔

اُشہِ آیہِ چاے ہیتھ تہٕ وۄنہٕ نس۔

"ژٕ ٹو چایہِ کپ۔ پتہٕ گژھو فلائٹ مِس۔"

"ژٕ کتھ گیٛکھ میٚیہ اگادِ، دوپُے نامیٚیہ چھُنہٕ کُن گژھُن۔"

"نوکری چھٕو ترٛاوِنۍ......؟"

"سُہ مسلہٕ موکلیٛاو راتھے۔"

"نہ...... یہِ چھُ اَسہِ دوٚن ہُنٛد مسلہٕ تہٕ اتھ مُتلِق چھُ اَسی فاصلہٕ کرُن!"

"گو ژٕ چھکھ یژھان زِ نوکری خاطرٕ گژھہٕ بہٕ زُوس رٕنٛدُن۔"

"زُوس تہِ چھےٚ قدر نوکری ہٕتۍ۔ میٚیہ زن کرن ٹرانسفر پتہٕ ترٛاوا بہٕ نوکری۔"

"ژےٚ چھےٚ نوکری ہنٛز مجبوری میٚیہ چھنہٕ۔"

"زنانہِ ہنٛز نوکری گیِہ وُگہٕ ووٚنۍ، روزگار گژھِہ مردس آسُن۔"

"ژٕ چھکھ یژھان زِ بہِ گژھہٕ کشیٖرٕ مرنہِ گژھُن؟"

"فلائٹ کُرِ بجہِ چھےٚ......؟"

"میٚیہ چھُ ژےٚ مُتلِق خبر کیٛاہ باسان...... ژےٚ، ژےٚ ماچھے......"

"کیٛاہ ماچھُ میٚیہ......"

"ژےٚ ما چھے بیٚیہِ کانٛسہِ ہٕتۍ واٹھ تہٕ توٚے چھکھ میٚیہ نِش موکلُن

یڑھان۔''

''اَزی کہِ زمانہٕ چھُ یہ چلہٕ وُن ؤصا...... وۄتھ چیٚیہ چاے۔''

''تڑٕھ چانہٕ چایہِ......'' تٔمی دیُت کپ داُرِتھ۔ ''ژےٚ بنی بیٚاکھ مگر تاوَن پیٚیہٕ میٲنِس مأجِس ماجہِ۔''

''شور مہٕ لاگ، بہٕ چھس نہٕ یڑھان ژٕ پنہٕ نبن مالنبن مَنٛز ذٔلیل کرُن...... ووں گو ایکٹنگ چھکھ جان کران۔

''میٚہ بۄز راتھ الغاٮ۪ہ زِ ژےٚ کیٚاہ اوسُے مول ونان تہٕ تمہِ تلہٕ باسیوٚو میٚہ زِ تہٕ سآری کأتیاہ ذٔلیل چھِو...... ووٚنی گو میٚہ وۄنُے نہٕ کیٚنٛہہ تِکیٚازِ بہٕ اَٮ۪سس اتھ ڈرامہس ڈراپ پانہٕ لیکھُن یڑھان۔''

روینٛدرن دِژٕ تس کُن نظر، اکھ پشیمان نظر تہٕ وۄنہٕ نس ''اَسہِ گیہِ غلطی مگر ژٕ چھکھ حدٕ نیران۔''

''میٚہ چھُ مولوٗم زِ توہہِ چھِو ہتھ بُتھی چنٛدس تہٕ اکھ بٹہٕ کوٗر آسنہٕ موٗجوٗب چھُ میٚہ پنہٕ حدُک تہِ احساس مگر میٚہ چھُنے ژےٚ بڑوٚنٛٹھے وۄنمت زِ محبت چھنہٕ ہنگہٕ منگہٕ بارسس یِوان۔ یہِ چھُ تمہِ کُلیک مۄ ـتھ پڑھ چھِ ونان۔ فأصلہٕ چھے ژےٚ کرُن زِ ژےٚ چھیہِ میٚہ پٹھ پڑھ۔''

''چۄن کیٚاہ حال چھُ۔ ژےٚ چھیہِ میٚہ پٹھ پڑھ؟''

''نہَ، میٚہ چھنہٕ توہہِ کأنٛسہِ پٹھ پڑھ۔ یَس اِنسأنی قدرن تہٕ پزرس ستی کانٛہہ لوے خوے آسِنہٕ تس پٹھ کس روزِ پڑھ۔''

''یہٕ چھُسنےَ ژےٚ مأفی منگان۔''

''چأنٛی مأفی ہیٚکہِ نہٕ میٲنہِ احساسکی چھوکھ بُلہٕ رأوِتھ...... ووٚن گو اگر ژٕ میٚہ ستیٚ روزکھ یہٕ رٕچھتھ ژٕ تہٕ اکھ نافہم شُر زأنٛتھ چأنٛی تربیت...... یہٕ گرٕشھنہٕ چأنٛس مأنٛلِس ماجہِ رٕنش، مکاری تہٕ جالسازی ستیٚ چھےٚ میٚہ نفرت۔''

''مگر لُکھ کیاہ ونن؟''

''لُکن ہنٛز فِکر چھےٚ مکارن آسان۔ ووٚن گو اگر ژٕ میٚہ ستیٚ روزکھنہٕ تیٚلہِ کرو أسی دوشوے طلاقہٕ خأطرٕ درخاس۔''

''یہِ کیاہ چھکھ ژٕ ونان......''

''اگر ژٕ زانٛہہ نوکری للکھ ژٕ دِژِ سورٕے تنخاہ مأنٛلِس ماجہِ، تِکیازِ اتھ پیٹھ چھُ تمن حق مگر یہٕ ہیٚکہِ نہٕ تمن ستیٚ وارِ یتھ۔ اگر ژےٚ یہِ سورٕے منظوٗر آسی تیٚلہِ کر گُنہِ جایہِ کمرٕ بیٚتہِ أسی زِ روزو تہٕ اگر چأنٛس مأنٛلِس ماجہِ شرافتھ کانٛہہ لیٚش تہِ موجوٗد آسہِ تیٚلہِ بڑراوَن نہٕ تم یہِ کتھ......!''

''یہِ ژٕ کران چھکھ تہِ چھُنہِ از تانی زانٛہہ سپدٕمُت؟''

''یٚیلہِ پٔرٕ راوان چھےٚ تیٚلہِ چھُنہٕ کُن رٕنٛشی تہِ روزان! ووٚن گو، فأصلہٕ چھُ ژےٚ تام......''

اۆشہِ دژٕ لیہِ نبر تہٕ رویندر رۆد درواز کِس پَردس وُچھان یتھ وُنہِ تمٕی ہِندِ دِلکی پأٹھی اکھ ڈلہٕ گرٕشھان اوس......!

☆☆☆

سید رسول پوٗمپُر

# ووٗنی کور گوٗژھ

یێلہِ کامریڈ جیلاَنی بیدار گوٚو، حبسہٕ ہیوٚ پھیوٚر۔ أچھن مُرن دِنہٕ موکھ ہێتِن اَتھ تھوٚد تُلنۍ۔ اَما یہِ کیاہ؟ مےٚ چھا یمہٕ بیٚڑ گرِتھ۔ کھارٕ نا بہٕ زَنگہٕ ہیوٚر پٮ۪ہن۔ مےٚ زَن چھُ پانس ٹوٚکہٕ سوٗر گوٚمُت ہَتہٕ سأیمہٕ تیٚثے بَنٛد چھَ تہٕ۔ تٔمۍ ٹُل گُلہٕ ہَنا تھوٚد تہٕ اتہِ وُچھن پانَس پٮ۪زۍ پأٹھۍ گنٛڈ پھرِتھ چارپایہِ کھورَن ستۍ۔ سُہ گوٚو روٗبوٚد ہیوٚ۔ دوٗپُن کٔڑ نا بہٕ تِتھہ کاڑٕ ہَنا زِ انٛگ انٛگ گژھِ بیٚون بیٚون تہٕ یتہِ موکلہٕ عذابہٕ نِشہِ۔ مَنہٕ أنٛدری وَوٗنُن بہٕ چھُسہٕ متیوٚمُت؟ بہٕ چھُسہٕ پاگل؟ نَرَن زَنٛگن چھِم گنٛڈ پھرِتھ تہٕ دَپان چھِنا زِ متٮ۪ن چھِ گنٛڈ ژھنان۔ خبر کیازِ؟

تٔمۍ تام ژُھن بیڑِ گنٛڈ یَلہٕ۔ سُہ بیوٚٹھ پان ٹھیکہٕ [illegible]

پیٹھ پَتھ گٔن ڈوٗکھ دِتھ اوٗش وٗتھُس ددرایہِ۔ تَس باسیوو خیال [illegible] دُنیاہ کترِ وٕرزن چھَلہِ چھَلہِ وٕستھ پیوان۔ سُہ لوٚگ سوٗنٛچنہِ اِنسان چھُ ہلہ [illegible] ہوٗن گوٚمُت۔ یہِ پژٕ گرِژ کنٕ حیوان۔ مگرِس پیٚیہِ تہٕ یہِ ناوُک بنِ تہٕ چھُنہٕ گنہِ روزان۔ تَس پیوٚو یاد زِ یێلہِ تٔمۍ اوٗترِ ہسپتالہٕ کِہن مُلازِمَن خلاف ڈاکٹرس نِش

بِداد دِتی زِ اَسہِ چھنہٕ پۆر ژۆٹ دِنہٕ یِوان۔ سبزی ماز تہٕ ساری ضۆرۆری چیز چھِ بأگن لۂدی لۂدی پۆت بُری کۂڈتھ خبر کوت کوت واتہٕ ناوَنہٕ یِوان۔ تمۍ تھۆو کچھِ نِگرأنی ہنز کأم میٚ مَتہِ۔ تہِ گیو جانٕہ۔ یہٕ شالہٕ جما دأری تہِ پھٔر پوتُس مےٚ۔ دوہأگر یمو ژبڈ۔ سبٹھاہ ژبڈ۔ مگرِس پیٚمی تس بوٚچھ ہنز زبردستی ژبڈ تہٕ گوو بوٚڈ بارِ ایحسان۔ سُہ یۆتے آسہِ تہٕ تیوتے۔ یمو وۆن أکھی تھیے راتھ ڈاکٹر زِ تیٚمس چھِ کأڈی ہنا اَ۔ بییہٕ گرہٕمتی۔ نبدرِ ہُند انجکشن کوٚرہم تہٕ وُنیگ تام تھوٚو ہَس سأوِتھ۔ پَتہٕ چھنہٕ پتا زِ گنڈ کر آم پھِرنہٕ۔ یہٕ خوش گوکھ تہِ کوٚرُکھ۔ یہٕ کران أسی تی کوٚرُکھ از تہِ۔ بنہٕ زدٕ ہنزِ ژوچہٕ تہٕ چھُ زاگنہٕ یِوان۔

یہِ گوٚو گٹہٕ کار۔ گوٚو تہٕ بوزِ کُس؟ وۆپاے کُس کرِ؟

تَس باسیو پنُن وجوٗد پۆرِ حبس منز۔ سُہ لوٚگ وارِ پأٹھی پانٕسے وۂنی دِنہٕ۔ تَس باسیوو پنُن پان وُنہِ تہِ ییتھی دُنیا ہَس منز۔ پنہٕ نبہٕ اِنسان بایَن منز یم أکِس اکھ زاگہِ چھِ۔

تَس پیوٚو اَز بڑوٗنہہ ترٚے رِبتھ سُہ دوہ یاد ییٚلہِ سُہ باپُتھرِ ہندِس کھاندرس کیُتھ دَپنہِ دزایوو۔ گرِ نیرِتھ واژو سُہ حسن پۆر ببہِ نِش۔ تتہٕ پٹھ بیٚیس ببہِ ہُند راتس پٹھ شپین۔ روتلہِ بسترِ منزے نیوو تمۍ فأصلہٕ پانہٕ مور کرنک۔ خود کشی۔ تس آو اُسن۔ بُزدِلی، خبر کیازِ؟ تہٕ کمۍ وۆن۔ پننِس زوٗس گنڈن چھا بُزدِلی۔ اَپُز۔ چھرا اَپُز۔ اتھ نہٕ پزرچ مِلہِ مِش تہٕ۔ مگر یہٕ مارٕ نہٕ پنُن پان ییتہٕ۔ ئُلی کھسہٕ مَتہِ کأنسہٕ۔ یہٕ ژلہِ دوٗر۔ پننوٕ تہٕ پردوٕ نِشہِ دوٗر۔ یوٚت

نہٕ کاٗہہ واتہِ۔ ییٚتہِ نہٕ مےٚ سُر بنہِ کاو تہِ ووتھِ۔ ییٚتہِ نہٕ میوٗن کاٗنسہِ تہٕ پھیرِ۔ نتہٕ کس پھیرِ ییٚتہِ۔ ساٗری پاٗنس پاٗنس۔ زنانہٕ، شُری، باژ سوٗرے اَپزٕ۔ یار دوس انگ اَشناو پٔنٕنی ژھاے یوسہٕ اَنہِ گِٹس منٛز راٗستے تژاٗوِتھ چھِ ژلان۔ مےٚ کیٛاز وَچھ گوبیوٚمُت ہیوٚ۔ دَم چھُم گژھان۔ دِمہٕ نابہٕ زَچن پچن تژٕ تہٕ نیرٕ نہٕ نیرتھ گژھِ۔ راتھ تہٕ نیرن گوڈٕ۔ اَدِ بوزَو۔ یہِ کوسہٕ چھَ ووِدنہٕ! سارٕ! ڈاٗن! پٔژٕ! میاٗنی آشیٚنی۔ میاٗنی اَڈ زِندگی۔ خبر کُوٚہ؟ تہٕ کُس ونان۔ اَڈ بہتر زندگی۔ اَنس بلاے۔ یتھ اَنہِ گٹہِ گُٹھس منٛز تہٕ چھُم پتے۔ مےٚ وچہِ اَچھ۔ گوڈٕ گژھِ زِندگی تہِ آسنی اَدِ بوزٕ ہو اَڈ تہٕ پوٗرٕ۔

یہِ کُس؟ میوٗن اَچھ گاش۔ لالہٕ پھوٚل۔ کوٗٹھبن ہُند ہوش۔ جگر کھوٚنٹ۔ مگر پٔچ ہیوٚ۔ اَمِس چھُ اَسی زَنم دیتمُت۔ یہِ چھُ اَسی داوس لوٚگمُت۔ پوشہٕ ٹوٗر پھولنے ہَر یومُت۔ وولہٕ لگے چیرُم ہوٚٹ۔ بےٕ چھُس سزا وار۔ ژٕیےٚ چھُکھ عاٗولِ۔ گوڈٕ میاٗنہِ مرنہٕ کم بانہٕ یِنےٚ بَرنہٕ۔ ژٕ للکھ توتہٕ تاوَنس۔ پتہٕ کُنی بہٕ چھُس لوٚگمُت۔ نہ زُو۔ نہَ کار نہَ بار ئِلی چھُس زِندٕ۔ مےٚ کیٛازِ نہٕ ننبدر یِوان۔

یہِ کوسہٕ چھےٚ! حلیمہٕ! پٔزی پاٗٹھی زرم تہٕ حلیم۔ جگر پارچہِ۔ کلس پٔتھ نارٕ ٹوک۔ وُچھ کِتھٕ پاٗٹھی چھُم وُچھان۔ گژھِ بی وَٹھی گژھ۔ دیٛوٕ نہٕ پام روزبم۔ بُچھوٚن اوٗری پٔنٕنی ماٗج۔ پٔژٕ! رانٛس! یژھ چھوٕ تہٕ تژھ۔ چھوٕ ماٗج۔ بہٕ کیٛاہ کرَوٕ۔ تژاٗووِ مےٚ ووٛنی۔ نیرو۔ دِیو مےٚ روخصتھ۔ نیرو خُداَیس...... نہ ......

موتس حوالہٕ۔ سُے چھُہ یاوَر۔ سُے پوٚتُس ساٚری نیاے أنزراوان۔ خبر کتہِ چھُہ ژھیپھ دِتھ۔ تاوَن زد۔

مےٚ کیاژِ نہٕ ننبدر یِوان؟ گاش ما آو! وُنہِ تہِ نہٕ۔ یہِ راتھ زتٕھے ہش۔ ہیٚر چھم ہوٚکھمُت۔ کُس دِیم ترٛیش۔ کس وَنہٕ۔ یمن تہِ کیاژِ پھٔر ننبدٕر۔ لوٚکُس تہٕ لوٚکُس بےٚ۔ یمن کُس راہ کھوٚت۔

صُبحس دژاس۔ سُلی تہٕ ہیٚرِم جوٚپچ وَتھ۔ خبر بہٕ اوسُس تیٚیا تمہِ وقتہٕ پننِس جامن منٛز کِنہٕ نہٕ۔ دِمہٕ نا بہٕ یِیٚتہِ نٕے بون ووٚتھ تہٕ أڈی جہٕ ینٛم نہٕ اتھِ۔ گوڈٕ وُچھتہٕ تیٚمی سکن اوٚنس تیٚتھے گاڑِ منٛز تُلتھ۔ یہِ زوٚنن نہٕ زِ مٹہٕ ما کھسُس۔ مےٚ ما چھُہ جارِس پیٹھ آمُت۔ مےٚ ما چھُہ پٔنٕن پانٕے کھران۔ یِیمیک نیاے أنزراونہٕ بہٕ یور دژامُت چھُس۔ یِیٚتتھ پان مارُن گوٚو نہٕ جان۔ نچاٚری اکھ اوٚن نس یوٚت تُلتھ بیٚیہٕ دِمہٕ ساٚ دستی موٚزوٚری۔ پٹھان کوٹہٕ پیٹھہٕ ووٚتُس لُدی یانہٕ۔ سِکن ہنٛدی گپٕن تہِ رٔچھم۔ تمو زانیا وز رُت خدمتھ گار بنیِو یُس مالس تہِ واتہٕ۔ کھمہٕ نا بہٕ زٔہر تہٕ بنہِ کتہٕ؟ أنتھ کُس دِیہٕ۔ ووٚنی چھمہٕ نومن پان منٛتہِ کھارُن۔ تراوِو ساٚمےٚ۔

تمن تہِ ییٚلہِ جان منٛس پیٹھ ووت، گاڈِ لودہٕس تہٕ کوٚرہٕس یوٚت روانہٕ۔ دَپان چھِہ زِ بہٕ اوسُس وُبالی پھیران۔ پاگل بےٚ پےٚ تہِ بےٚ پتاہ۔ ہری کرشنن ولتہٕ نوووٚس یوٚت۔ یِتھ چھِہ وَنان مینٹل ہسپتال۔ پاگل خانہٕ۔ دَپان مےٚ گوٚو ربتھ ہُرے مانٕے یِیٚتہِ۔ گوڈٕ کیاہ۔ یہِ دُنیا چھنا بوٚڈ بارٕ پاگل خانہٕ؟ بہٕ

واتہٕ نوو ہَس یور۔ مےٚ اَسہِ پزٕی پاٚٹھی کاڈی ڈلٕ متی؟ بہٕ اوسسہٕ پزٕی پاٚٹھی پاگل؟ کھاندر آسیا کرنہٕ آمُت؟ اٚہن ساٚ مےٚ وراٚے پکِیا دُنی یاہ۔ شُری ما آسنَم پزاران۔ ماجہِ کیاہ آسکھ کوٚرمُت۔ دانہِ آسہِ کھالوٚنمُت! وَنہٕ تہٕ ہیوٚتُن واتُن۔ وُچھتہٕ بہٕ کیاہ چھُس وُنہِ تہٕ سوٚنچان؟ خبر کمن تتہٕ پتربن آسن لگٕمتی۔ نتہٕ چھُکھ تمن نوٚو دِین۔ اَسی چھِ ساٚری ہلکاٚے۔ اَسی چھِ ساٚری پاگل۔ اکھ اَکِس زاگان۔ ژٕپس لاران۔ دَپان چھُس باکہِ وَدِہا۔ نوم دَپَن ییمِس کیاہ گوٚو تہٕ تھوٚنَم بیٚیہ پیٚتھی گنڈ پھرِتھ۔

ووتھ ساٚ نیر، ژٕ آکھ اَز ڈِسچارج کرنہٕ۔ گوکھ ٹھیکھ۔ بلکُل ٹھیکھ......

مےٚ کھیٚیہِ ووٹھ ہش زَن گوس مَژ منٛبنٛدرِ بیدار۔ بہٕ اوسُس خبر کوٚت کوٚت ووتمُت۔ کلہٕ تھوٚد تلِتھ گرٕم نظراہ۔ یہٕ اوس میانہِ بڈُک داروغہٕ بیٚیہ ظاٚہرا ڈاکٹر۔ ووٚنی آسہٕ شامچہِ پانژھ بجے مژٕ۔ مےٚ ترٚوو زیٹھِ زیوٚٹھ ووشاہ...... زِنامہٕ کار پانا کرساٚ تیاٚری...... بہٕ ووتھُس یاشا گرِتھ بڈٕ پیٹھہِ تھوٚد تہٕ دژاس تَس پتہٕ پتہٕ...... اَچھوِے اَچھوِے ہیوٚتُم برٕ بگہٕ اَش ٹارو ہسپتالہٕ چَن لبن تہٕ [illegible] تہِ روٚھتھ زِ بہٕ دژاسو......! مَرُن تہِ گوٚو پوٚزٕے...... مگر ییٚتہٕ [illegible] نہٕ...... یہوِ خودایس حوالہٕ......!

☆☆☆

اوتار کرشن رازدان

# ژٔس

مےٚ اُس نہٕ پتاہ یہِ سپدِ مگر سپد یوو تہِ تیٚچ نہٕ مےٚ آش اُس۔ بہٕ پھسیوس تتھ گٔنز یتھ گٔنز کانہہ سِپاہ ژوشوٕے طرفو گولہٕ باری آسنہٕ کنز ہیٚنہٕ چھُ یِوان یا ناو ژلوِنس آبس منٛز ڈٔری یاوس پھٹان چھےٚ۔ بہٕ آس نخٕس پیٛٹھ آوٕلنس منٛز ہیٚنہٕ۔ مےٚ پیوٚو اَخرس نارِ چاَژن سٟتی مُقابلہٕ کرُن۔ ترٛیشہِ دادِ پھیاہ پھیاہ کرُن۔ تاپہٕ کژاے ژالنی۔ نوِسرِ چیٚنڈی کڈٕنی تہٕ ریلیف پوٚنسو باپتھ لٲنہِ منٛز کھڑا روٗزِتھ پننِس ناوس پژارُن۔ پوٚنسس پوٚنسس حِساب تھاوُن۔ اَکی ہیٚے کمرس منٛز وۄتھُن، بہُن، کھیوٚن، چوٚن۔ اَکس نوٗس دُنی یاہس منٛز روزُن ییٚتہِ زَن بدلیٚ آدم چھِ، بدلے بۄلی چھےٚ تہٕ بدلےٚ ووتھ بیٹھ چھےٚ۔ یہِ اوسنہٕ مےٚ زانہہ وۄچھمُت تہٕ نَہ اوسُس وۄچھن یژھان۔ مگر کرِ کیاہ، تقسیر چھم پانٔس۔

مگر مےٚ کیاہ گوٚو یہِ۔ بہٕ ہےٚ اوسُس عاٚش کران۔ ترٛکھ اوسُس شوٗنگان تہٕ کھار ووتھان۔ کتھ چھےٚ کانٛسہِ ہنٛز سفارِش کرٕنی۔ از کل چھا کانٛسہِ پننٛز سُند ضوٗرروٗرتھ۔ پنُن چھُ باسان سارِنے شہمار تہٕ ووپر پیٚش کار۔ اِنسانی قدرَن

چھےٚ گاٹٕھ موچھِ مرٗن۔ گوڈٕ چھُ سارِنے پنٕن پنٕن نصیبہٕ۔ اکھ کھوان ژوٗٹ تہٕ بیٛا کھ پولاو۔ ژکہٕ ساری پریشان تہٕ حالہٕ حٲران۔ بہٕ اوسُس یہٕ سورٕے زانان مگر مےٚ چھُنہٕ تران فِکرِ یہٕ کیاہ گوٚو مےٚ تمہٕ دوہہٕ۔ مےٚ کیازِ پھٔرزیوٚ۔

دراصل چھُ پزانو پوٚز ووٗنمت زِ اِنسانس چھُنہٕ شیٹھِ وہرِ پتہٕ اُس بیٛہان۔ ونان چھُ سُہ پزٕ کتھ تِکیازِ تٔمی چھِ دوہ ژور وُچھِمتی آسان، ژوٗک موٚدُر ژولُمت آسان زندگی منٛز پزتھ کانٛہہ تجربہٕ کوٚرمت آسان۔ مگر اَز کل چہٕ نوٚ پیٖہ چھِنہٕ تسنٛز کتھ سہل راس یوان۔ توٚے چھُ گنہٕ وِزِ سُہ وق تہٕ یوان ییلہٕ زَن تس کوکربن بابہٕ جوٚ چھُ یوان وٕنن یا تیٚمس نہٕ وُمرِ بُتھِس گُن آسِن وُچھمت، تٔسی چھُ کھورن تھچھ کرنس مجبور گژھان۔ زِندگی چھےٚ زیٛٹھ تہٕ تہٕ کزیٛٹھ تہٕ۔ یہٕ چھُنہٕ اُمس جوٲنی منٛز فِکرِ تران۔ سُہ چھُ نفسس ہتی گاڈٕ بُزان۔ پتہٕ یتھےٚ کار چھٕبس دوٕ گنٛی گژھان، کتھ چھٕبس فِکرِ تران۔

وَیسے اُس نہٕ کتھ کیٛنہہ، مگر مےٚ چھُنہٕ تران فِکرِ، کتھِ کتھِ آیہٕ کوتھ بناونہٕ۔ بہٕ چھُس سوچان کیاہ اِنسٲنی قدرَن چھا پیٛٹھ موچھِ مرٗن گاٹٕھ۔ کیاہ اَمہٕ کھوتہٕ تہٕ پیا سائنس قومس۔ یتھ موقس اگر نہٕ بوے بٲیس بکار پیہٕ، پتہٕ پیہٕ مرِتھ ہا۔ یِ سوچان دیُت مےٚ بڈس لڑکس مشورٕ زِ لوٚٹ بوے تہٕ اُتھن یوٗری یُس زَن پٔتی موٚ اِرداہو ؤری یو پیٛٹھ کیمپس منٛز زنانہٕ تہٕ شُری ہتھ تاپہٕ کزایہ دزان چھُ۔ اَسہٕ نِش چھٕبس پزتھ گنہٕ قسمٕچ آسایش، بیٚتہٕ چھُ فرِج تہٕ تہٕ پنکھ تہٕ۔ ایرکنڈشنڈ کمرٕ تہٕ چھُ میسر۔ یتھ منٛز بیٛہنہٕ وِزِ باسان چھُ زنتہٕ چھِ گشیرِ

گُلمر گہِ سرِ وُگلس تل بہتھ۔ یِیلہِ زن اٲسی یمن گرمہٕ چیاڑن منٛز آسایِش کرو تہٕ سہ کیاژِ زالون گرمہٕ کزایہِ۔ اٲخر سہ چھُنا اِنسان۔ سہ چھُنا سون خٲن، سہ چھُنا سون نم تہٕ ماز۔ گرِ اٲسی ساری اٲکی ہے مکانس منٛز روزان۔ اِدِ الگ الگ زن اٲسی رنان مگر یہِ تاون ما اوس۔ دوہَس اٲسی لٹہِ دہہِ اکھ اٲکی سُند بُتھ وُچھان۔ دادِ دگہِ وِزِ اٲسی اکھ اٲکس پلزان۔ بڈِس دوہَس پیٹھ اٲسی اکھ اٲکس پرٛ ژھان، مگر ییٚتہِ کُس تاون پیوٚ اَسہِ۔ نہَ چھےٚ بٲیس بٲے ہنٛز پتاہ نہَ چھےٚ مٲلِس نچوِی ہنٛز خبر، تہٕ نہِ چھُ ماجہِ کورِ ہُند پےٚ۔ ساری چھِ پانس پانس بُتھ پھِرِ وِتھ۔ لرِ تہٕ جایہِ روزان ییٚتی۔ یِتھ وقت تہِ روزِنہٕ۔ کیاہ پتاہ سون یگاہ ما آسہِ گاشہٕ دار۔ وُنی کمِن اگر روزِ کتھ تہٕ نیکی بُڈی ہنٛز۔ اگر یہِ بوے وُنی کمِن یور لنہٕ ہَن، اٲمِس روزِ یہِ اَحسان وُمرِ یاد۔‘‘

میٚون بۄز ساریٚوے۔ جواب دِیُت نہٕ کانٛسہِ۔ مےٚ باسیوٚو گرِس منٛز گوٚو ماتم۔ وُنیک تام اٲسی طوطہٕ ہنٛدی پاٹھی بولان ساری مگر میانہِ یمہٕ کتھہِ بوزنہٕ گوٚو سارِنےٚ دم۔ مےٚ ما وۄن غلط، مےٚ ما پھُر زیوٚ۔ بہٕ زن گوس اٲندری دم پھٔٹ۔ شیٖشہِ خانہٕ ہِوس سرِ دکمرس منٛز گوٗنڈنم اٲندری نار۔ اٲندری لوٚگُس وَننہِ، کوسہٕ دنٛدٕ دگ گُرنےٚ۔ کتھ چھےٚ اٲمِس لوکٹہِ سُند ناو ہیوٚن۔ سہ تہِ بہتھ پننہٕ جایہِ تہٕ ژٕ تہِ۔ سارِنےٚ چھُ پنُن پنُن نصیبہٕ۔ ییٚتہِ چھُ کاو تہِ پانس تہٕ کاوٕ بچہ تہِ پانس۔ بہتھ ہےٚ چھُکھ پانس مزس منٛز تہٕ کتھ چھُکھ پٲنی پانہٕ کتھَن زوٕ ژانان۔ کتھ چھُکھ من نکھس پیٹھ شِشھُراوان۔ چھُس نہٕ مرضی بٲیس ستی بیہنس، ژٕ کیاہ کرٕ

ہَس۔ دراصل چھےٚ ژٕے یہِ پنٕنۍ شفقت ونہٕ ناوان، تتہٕ چھیےٚ پتاہ یم اَسۍ سرینگرٕ
تہِ الگ بٕہتھ تہٕ ییٚتہِ کُس وار ییکھ یِکہٕ وٹہٕ۔ ژٕ کٔڈ پٔنُن دوہ دوہ۔ ژٕ مہٕ تژاو
پگاہ پیٚٹھ۔ از دوہ کوٚڈ تہٕ پگاہ چھا پتاہ کیٛاہ آسہِ۔ ژٕ چھُکھ ناوُچھان راتھ تام
اَسۍ عرشس پیٚٹھ تہٕ از چھِ فرشس پیٚٹھ۔ پنٕنۍ وُمراہ وٲنسا کٔڈ، اِدٕ پوٚتُس اوس
گرٕ تژاوُن، سُہ تژوو۔ شُکُر دَیس گژھ، ییٚتہِ اَس اَمۍ بُڈۍ پنٕنۍ پینٛڈ پرٕن بناوٕمٕژ۔
یہِ وُچھتھ آس بہٕ تہِ یور لاران لاران۔ یاد چھم ژوان تمہِ وِزِ دِیُتمس مےٚ کنہٕ
ڈول ییٚتہِ مکانہٕ بناوٕنس منٛز۔ مےٚ وۄنمس چھُ کیٛاہ ییٚتہِ۔ ییٚتہِ چھُ گرم۔ ژٕے کیٛاہ
پان بُزنہٕ باپتھ چھُیہِ یور ییٚن۔ سٲنۍ کٔشیرِ چھےٚ جنت۔ نیٚبرم دپان اَسۍ لسہٕ ہو
ییٚتہِ تہٕ ژٕ ییٚتیٚک آبأیی بسکین اَستھ تہِ ییٚتہِ وگوٕ وٹان، مگر میانوٕ کھوتہٕ ستی گوٚونہٕ
یہِ موم۔ یہِ آو وُٹھنہٕ۔ دراصل پوٚنسن ہُند دگہٕ دگہٕ۔ مےٚ دۄپ اِدٕ کیٛاہ بناوِن۔
یُتھےٚ دزِ تیٚتھے ییہِ پانے واپس، مگر اَکٕٹہٕ زولنٛس اَمۍ بےٚ۔ کٔشیرِ منٛز نےٚ کٔڈرٕی
حالات آسہٕن گاٮ۪تی، بہٕ کتہٕ یمہٕ ہا یور۔ دپھ بنوومتےٚ اوسن، اِدٕ مےٚ تہِ کوٚر
وُنس تام راحت۔ بنوومُت نےٚ آسہِ ہَن، تیٚلہِ آسہٕ ہا بہٕ تہِ اَمس لوکٕ [illegible]
پٲٹھۍ کُنہِ کیمپس منٛز سڑان۔ جاے اَس اَمہِ کنۍ دژاو مےٚ تہِ گنٛداہ۔ مر [illegible]
گئیہِ کالہٕ کاجہِ وٕہ وٕری، مےٚ تہِ وشیو واو کنۍ زِ یتھ کٔڈرس وقتس منٛز کرِ نہٕ بوے
بأیس مدد تہٕ اِدٕ گس۔

مگر مےٚ پھُر زبو۔ یہِ زن مےٚ وُنن اوس تی گوس بہٕ وٕنتھ۔ ویسے
گوس بہٕ خوش زِ کتھ ژٕ آپ اَندری سارِوٕے تہٕ کانٛسہِ وۄن نہٕ کینٛہہ۔ تژھ تہِ

اَس نہٕ کتھ۔ از زَن آیہِ بڈِس گوڈنچہِ لٹہِ زیوٚ۔ سُہ وۄتھ بڈِتھ تہٕ بۄلِتھ تہٕ وۄنُم۔ ''مہرا! مےٚ چھےٚ پتاہ توہہِ گژھہِ تکلیف۔ مگر ......''

''اۄڈے کیازِ چھُکھ ونان۔ کیاہ دلیل؟'' مےٚ پرٛژھمس۔

''مہرا توہہِ گژھہِ تکلیف۔ مگر کرٕ کیاہ بہٕ تہِ چھُس مجبۄر۔'' تمۍ وۄن۔

''اگر ژٕ مجبۄر چھُکھ تیٚلہِ گژھہِ نہٕ مےٚ کانٛہہ تکلیف۔'' مےٚ وۄنُس۔

''مہرا توہۍ اگر پانٛژن شبن رتبن کیمپس منٛز گاشس نِش قیام کرِہو تہِ روزِ ہے جان۔'' تمۍ وۄن۔

''کیازِ؟'' مےٚ گۄو اَچھن انہِ گوٚٹ۔

''مہرا۔ یور ہِن نایم مُمبیہِ پیٚٹھہٕ۔'' تمۍ وۄن۔

''کمۄ؟'' مےٚ پرٛژھمس۔

''مہرا، تیٚمۍ سُند مول موج تہٕ بوے۔ پیٚتر نفر واتن نہٕ یتھ ژھوچہِ جایہِ۔ پیٚٹھہٕ چھُ گرم، نلکن نہٕ پوٚنی، بجلی چھیٚنہٕ کُنی۔ توتہِ اگر اکھ نفر نیرِ، مےٚ ییہِ راحت۔'' تمۍ وۄن۔

یہِ بۄزِتھ ژٕج زنتہٕ مےٚ کھورَو تلہٕ میٛژ نیرِتھ۔ مےٚ گوٚو ژس۔ مےٚ دۄپ چاہ گژھہِ نا زمینس تہٕ بہٕ وسہٕ تتھۍ منٛز۔ یہِ کُس تاوِن پیوٚو مےٚ بُڈِتھ۔ یم گیہِ ناہتھ تہٕ بہانہٕ۔ دراصل پھٔر مےٚ زیوٚ۔ مےٚ دۄپ یکہٕ وٹہٕ ہمو سأری۔ تورٕ آو جواب ژٕے نیر تہٕ اَسہِ تژاو یلہٕ۔ مےٚ ہیوٚک نہٕ کیٛنٛہہ وٕنتھ۔ یتھ مکانس پیٹھ ما چھم سردأری پننۍ۔ اگر یُتھ واقعہٕ سرینگرٕ پننِس مکانس منٛز گوٚمت

آسِہیم، کنہٕ رٔژتھ آسہِم دارِ کنٔ دِیتمُت دأرِتھ۔ مگر یِیتہٕ کیاہ کرِ۔ مکانہٕ ما چھُم پننہٕ ناوِ۔ نِیک تیلہٕ تہٕ چھُم نہٕ اتھ پیٹھ خرچ کوٗرمُت۔ یم تہٕ آسن دپان لاکھا لاکھا چھہٕ کھوان تہٕ اَسہِ گُس سوچھ چھُ کران۔ اسہِ رؤٹ وُنس تام، وونی کُری تنس یہِ لوٗکُٹ تہٕ خدمت۔ اَسی کھوتا۔ یہِ اگر ہٕیتھ گوٚو، یہِ لنہِ اُمس لوکٹِس تہِ یور۔ تس چھُ ونہٕ نُے یوت تہٕ دؤیمہِ دوہہٕ ترٛاوِ سُہ سامانہٕ۔ اُتھی ستی گرٛ ھِ یتھ گرس منٛز مہابھارت شوٗرُو۔

گُس چھُ ترٛاوان ازکل پٔنن عاش تہٕ آرام دؤیمہِ ہِندِ باپتھ، چاہے سُہ مول آسہِ، بوے آسہِ یا بیٚنہ آسہِ۔ مگر کتھن منٛز رتھ وندان تتھ کُنہٕ زنتہٕ چھکھ سارِنے ہُند وسہِ آسان۔ ژکہِ چھُ سورُے اپزٕ۔ ازکل گرٛ ھِ نہٕ کانٛسہِ پیٹھ پرٛ ھ کرِنی۔ رتھ چھِ وندان سأری مگر پچ وانٛک۔

مےٚ دِژ ژبتھ تہٕ ووٚنس اُتھی تٔچس پیٹھ زِ مےٚ چھُنہٕ یتھ گرس منٛز روزنک کانٛہہ حق۔ بہٕ آس کٔشیرِ پیٹھ ژٔلتھ محض زوٗ بچاونہٕ باپتھ پتھ گٔن سورُے ترٛأوِتھ۔ کرایہِ مکانس منٛز بیہنٛچ تہٕ چھم نہٕ توژھ۔ لہٰذا روزِ جان چیٚنڈی کڈٔنی تہٕ الگ کُنہِ رِلیف کیمپس منٛز بہُن۔

مےٚ کٔر پننس سوچس پیٹھ عمل۔ اِدِ وُنی کٔبن چھُ [illegible]

تہٕ الگ۔

☆☆☆

بشیر اختر

# ہیٚرٕ گام رٕیہٕ تہٕ بوٚنہٕ گام رانٹسہٕ

شاید اوس تُرٛ وٕنزاہ ؤری چھُم نہٕ وارٕ زٕتبس۔ دَپھ یہِ کتھ چھم کالُک بتہٕ یاد زِ ربتہٕ کالچہِ چھُٹی پتہٕ آس بہٕ پنداہہِ دۄہی ماتامالہٕ۔ سکول گرٕھنگ اوس گوڈنیک دوہ۔ گیٹہٕ اندر اژنہٕ باپتھ اوس مےٚ وُنہِ ہیرٕ پأوِس پیٹھ قدم ترٛاونےٚ زِ ہنگہٕ منگہٕ دِتُھ مےٚ أچھن تھوٚپ۔ شانن کوٚرہم دَرٕ تہٕ برٛوٕنہہ پکنہٕ بدل کھورہَس پتھ۔ اِدٕ پتہٕ دِژٕ کھ لوتی زیرٕ۔ مےٚ وُچھ أنٛی سارِ اتھوٚ سٕتی اتھٕ تہٕ وۄنُم ناو۔ میٚأنٛی حسابہٕ أسی سکوٗلس اندر أکی ہے نفرس پھُہر اتھٕ۔ قأدرِ پاچس۔

میٚانہِ زیوٚ پٕٹُن ناو بوٗزِتھ نہَ صرف ترٛاوِ تٕمی أچھ ئلِکہِ پھیُرنس بہٕ اکی درٛسہٕ پتھ ژُن تہٕ روٗٹنس نالہٕ متہٕ۔

''ہُمر ا۔ وارے اوسکھا؟'' یہِ ونان ژایہِ تس وُٹھن تھرٕ تھرٕ۔ چاٹنس زن گوس نار ژِکی پأٹھی کوو۔

''ماجہِ ہٕنز درٛے ہا اوسُے مےٚ چوٗنے یوت پھیران۔'' تٕمی وۄن ہیٚیہٕ تہٕ مےٚ آیہِ یکدم تہٕنز ناٗنی أچھن تل۔ یہِ خرن ہُند اوس بُڑ نانہِ ''موج'' ونان۔

نتہٕ کتہٕ آسہٕ ہَس اصلی موج تیز بُڈ تہٕ شکلہٕ بدزیب۔ سفید شین ہیوٗ مَس۔ عاٗن
تہٕ غاٗن ژاٗرِتھ کڈٕی متی وٕتھی وٕتھی پھم وال۔ بُتھس گینہٕ، کمبرس ڈوچر، مگر
یوٗت اَستھ تہٕ تیز رٔذیلہٕ زٕلگہٕ ساسس اَنہٕ ہا پھینہٕ۔ محلہٕ واٗلی اَسی تس ریٚشہٕ
پاٗٹھی ''مبہرٕ باجرٕ'' ونان۔ شاید اوے زِ سو اَس مَنز بازرس بیہان تہٕ کتھ کران
اوٗسس شُری ہٕندی پاٗٹھی اڈٕ کوٗل گژھان۔ دند ما اَسس بچارٕ۔ سو اَس
توٗے بازرس ونان باجر تہٕ گازرٕ ونان گاجرٕ۔

کتھ کتھ کران وۆن ماٗلی اکہٕ دوہہٕ۔ ''ییٚلہٕ مہراجس خلاف اجی ٹیشن
تُلکھ، مہرٕ اَس جوان۔ لۆکھ چھکناونہٕ باپتھ سۆزی سرکارن رِسالہٕ۔ یُتھے تم رِسالہٕ
کٔدلس نزدیکھ واٗتی، مبہرٕ کوٗڈ گانہٕ مَنزٕ کنستر ٹین۔ سُے وویُن چُمٹہٕ ہتی۔ تیوٗ تاہ
زورٕ وویُن زِ گُربو کھیٚیہٕ کھرٕکھ۔ نہٕ صرف لاٗیکھ گُری سوار پتھر، بلکہ پھٹٕی واریاہ
آبس تہٕ۔ لۆکو ووے ژرٕ پۆپ تہٕ مہرٕ سۆزٕکھ اڈٕ پتہٕ رتبس کھنڈس مالیُن۔

ماٗلی وۆن زِتس اَسی تِمن دوہَن ماٗلنی بارسہٕ۔ مگر پتہٕ کھیٚیہٕ تم موتن تہٕ
از چھُنہٕ تمو اَندرٕ اکھ تہٕ نوٗن۔

دپان اَمی دوہہٕ پیٹھ گیہ سو مشہوٗر۔ سرکاٗری کاکدن کھوٗرکھ توٗہُند ناو۔
جلوسہٕ ییٚلہٕ نیرٕ ہا، مہرٕ اَس برٕونٹھ برٕونٹھ۔ کھاندر آسہٕ ہاتہٕ سوے اَس پیٹھ کنٕ
کھٔستھ تُمبکھ نارٕ وایان۔

قاٗدرٕ پاچہ اوس مےٚ برٕونٹھ خبر گژھ ؤری پنژمہٕ کھوٗتمت۔ مےٚ اوس نہٕ
واریاہ کالہٕ پیٹھ وَنہٕ تہٕ اکہٕ حسابہٕ بۆزِو تہٕ اولہٕ پیٹھے۔ خاص کٔرتھ ییٚلہٕ اسہٕ

اکسکرشن باپتھ لال منڈی اَسی نِوان، ماشٹرن بڑوُنٹھ اوس پاچھ آسان لوُر گِلہٕ ناوان۔ سُہ اوس لڑکن وَتہٕ لُہی لُہی پکہٕ ناوان۔ رہتہٕ کالہِ اوس سُہ کاپی تہٕ پینسل ہتھ ماراَنٹھس پھیران تہٕ تِمن لڑکن ہندی ناو لیکھان یِمن سُہ کولہِ منٛز سرٛان کران چھِ۔ ہادوٗیمہِ دوہہٕ اوس یِم ناو پڑٕ یِہ منٛز پَران تہٕ پتہٕ اَسی تِمن لڑکن اَتُس کھاَلتھ ژوتہٕ بچھِ دگان۔ اکھتے اَسِکھ لنگس پیٹھ موہرتراوان یِتھنہٕ تِم دُبارٕ یارٕ بل وَ یہٕ ہن۔

پنٛژمہِ ہنٛدِس کلاس یِتھے بہٕ کھوٗتُس پاچس دِژکھ مےٚ ستی جاے۔ کِنہٕ میےٚ دِتٕھ رولنمبر حسابہٕ تُمی سے ستی بینچ، تہٕ ہکہٕ نہٕ وُنتھ۔ بحرحال اَسی اَسی اَکی سے ڈیسکس پیٹھ کلاس منٛز بیہان تہٕ پاچہ اوس اکثر میٛانی کاپی پیٹھٕ نقل تاران۔

اردو تہٕ انگریزی کھوتہٕ اوس تس حساب تگان۔ خاص کرِتھ سوُد تہٕ تجارتکی سوال۔ ہسٹری ہنٛدی سوال اَسی نہٕ تس کتابہِ پیٹھ پرٕنی تگان۔ مگر کُنہِ ساتہٕ منٛزی سوال پرٕژھ ہن، پاچس اوس سورے یاد۔ وزیرِ اعظم تہٕ صدر سُند ناو۔ فلاَنی مُلکُک قومی جھنڈٕ۔ یِتھی ہوی سوال اَسی نہٕ کتابہِ منٛز۔ مگر پاچس اَسی یِم زبانٛی یاد۔ میٛانی کِنی اوس سُہ اوے موکھ فیل تہٕ گژھان۔ تس اوس تی یاد یِہ نہٕ کتابہِ منٛز اوسے۔

اکہِ دوہہٕ یِیلہِ سارنے لڑکن اکہِ اکہِ پرٕژھ زِ ''زندگی منٛز کُس چیز چھُو توہہِ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ پسند۔'' اَکی وَوٗن جواب زِ رازماہ دال، کینٛژو وَوٗن مول تہٕ موج تہٕ کینٛژو علم۔ یوہے سوال یِیلہِ پاچس پرٕژھکھ۔ منٛد چھنہٕ

ورأے ووٗتھ سُہ ماشٹرس:

”رحمان شیخنٕز ژورِ بجہِ ہنٛز گاٗنٹی۔“ لڑکو ترٛوو اُسن۔ مےٚ گیہِ اَمی وِزِ پاژتہِ زیر۔ رحمان شیخ اوس سکوٗلُک چپرأسی تہٕ ژورِ بجہِ اوس سُہ چھٹی ہنٛز زِیٹھ گھنٹی وایان۔

یہِ جواب بوٗزِتھ دِژ مےٚ تٔلی ٹارِ پاچس کُن نظر۔ تٔمی ہٲو مےٚ أچھ ناٹھ تہٕ مےٚ آو اُسُن۔ اَمہِ وِزِ کوٗر مےٚ سُہ زیادے خوش۔

پاچہِ اوس قدٕ کِنی میانہِ کھوتہٕ زیوٗٹھ۔ اکھتٕے ویوٗٹھ تہِ۔ حبیب اللہ صأبنہِ کتھِ أس پاچس تہٕ مےٚ یِہأے یأژ قودرتی تفاوتھ۔ ”نتہٕ أسی أسی دوشوے تہندی کِنی ”کھری فہٕ“۔

پاچس أسی خاص گٔرتھ وردی نہٕ آسنس پیٹھ دوہے لِتھٕ وان۔ اکہِ دوہہٕ ییٚلہِ اُلٹس کھأتھ تاس تالوکس تل بیزارے ژوٗٹھ پاچس گو ہتکھ۔ بڑٕ بأکہِ ہندی پٲٹھی لوٗگن وَدُن۔ اوٗشِس ہتی ؤژھس نستہِ کِنی کھٕنی۔ مگر دوٗیمہِ دوہہ ییٚلہِ حسب مومول اوس سُہ سفید قمیض لٲگِتھ مےٚ گٔرس پٔنٕز کِنی بأے پٲٹھی نصیحتھ تہٕ ووٗنمس: ”ژٕ کونا أخر وردی لاگان۔ یاگو چھے نہٕ؟“

میأنی کتھ بوٗزِتھ ژوٗ کروو پاچن أس۔ زن لٔجس کسٹریل تہٕ ووٗنُن:

”مےٚ گرٕ ھان خبر کیاہ ووزٕلی پلو لٲگتھ۔ مےٚ پھیران من۔“ گروٗٹھ ہیوٗ وألِتھ ہوٗون میانہِ قمیضہِ کُن۔ ”اتھ زَن چھکھ روٗسُل پُجنہِ وانہِ پیٹھ خوٗنہٕ تگارِ مٔنٛز غوطہِ کوٗ ڈُمت۔“

بیٚیہٕ کتھ تام کتھِ پیٹھ پرٛژھ مےٚ اکِہ دوہہٕ پاچن۔

''ژےٚ رٕکھو ہٕہرا پوٗرٕ ناو؟''

مےٚ ووٗنس: ''عادِل جہانگیر ولد سکندر بٹ'' پاچن کوٚڈ زیوٗٹھ بڑوڈ۔

امہِ پتہٕ ووٗنن ماشٹر آیہِ ''جہانگیر اور بٹ کے الگ الگ معنی بتاو۔''

مےٚ اُس نہٕ خبرٕ ےتہٕ ووٗنمس سیوٚدے زِ یم ناو آسنم مالی ماجہِ گرٕیمتی۔ مگر ستی پیوم یاد تہٕ پھرٕم زبان۔

''بٹ ہاچھے اَسِہ ذات۔ دپان اُسی اُسی پتھ کالہِ بٹہٕ۔''

میأنی کتھ بوٗزِتھ گوٚنڈنُس اَندری نار۔ زن لجس رٕنیہِ تہٕ گو ہنگہٕ منگہٕ وٕتھتھ۔

''توٚے تہٕ اوسُے پوشہِ کالہٕ سوال ہاوان۔''

مےٚ کھوٚت اپزٕس پیٹھ سخ شرارتھ۔ مےٚ کڈٕس لکھ تہٕ ووٗنمس:

''کروٗ ہٕہرا''

''یٚیلہِ ہا بنسی ژھوٚٹس ستی امتحان دِتھ۔''

''ہٕہر اسہٕ ہاہاوِی نے تمُہ ہے۔ زٕ سوال گرٕینس تہٕ اکھ لکھٕ نوٗ ن۔''

''ژےٚ ستی تہٕ ہے کتھ کرٕبن؟''

''مےٚ ووٗنن فارمولا $(A+B)^2$ '' میأنی کتھ ژٹان ٹُل پاچن اتھٕ۔

''تھوٚو ہیا شُرٕیا۔ مےٚ ہاچھُ یہِ سوال ٹھیکھ گومُت'' پھرٕکھ ہیٚو ترٕاُوتھ بیوٗٹھ سُہ دژمنس پیٹھ رٕپہ تہٕ ووٗنن زٕھی آیہِ ''بٹہٕ بوے چھس نا۔ اَسہِ تہِ کرٕ نہٕ

خوداصاَب بنٛد۔'' اَدٕ پتہٕ کوٚرُن مےٚ بیٚیہٕ تہٕ بیٚیہٕ ءکتہٕ ءکتہٕ۔ تیوٚت کال تژ وونس نہٕ یوٚت کال نہٕ مےٚ اُسن آو۔

امتحان موٚکلنس اَسی وُنہٕ کہے دوہ گاٚمتی زِ رِسہٕ بڑ وٚنٹھے واٚیکھ ژورِ بجہٕ ہنٛزٕ چھُٹی ہنٛزٕ گنٛتی۔ تمہٕ وِزٕ اَسی اَسی مشقہٕ لیکھان۔ گنٛتی بوٚزِتھ ژھنہٕ اَسہٕ سیٚپہٕ وارِ پھرِتھ۔ مشقن دِیُت پھٔش۔ کُنی دَوِ دڑاے کلاسہٕ منٛزٕ تہٕ پچہٕ وبن ہیرن مِلہٕ ناٚو اَکھِتھ دُبہٕ رارے۔

آنگن انٛدر کوٚرُکھ اعلان زِ بٹہٕ وارِ تام چھےٚ سارِنے چھُٹی۔ تیار اوس زِ لڑکہٕ تلہٕ ہَن کُنے گرٛز زِ ہیڈ ماشٹرن تُل ءتی اتھہٕ ووٚتُن بڈٕ زِ ''خاموش رہو'' یہٕ بوٚزِتھے گولڑکن دَم۔ شاید کھوٚژی ہرگاہ شور تُل تہٕ ہیڈ ماشٹرنی تن چھُٹی واپس۔ سٹیج گو خاٚلی تہٕ ساٚری پیٹھی پتھر۔ سکوٗل گیٹس تل اَسی واریاہ نفر۔ مرد کنٛیو زنانہٕ۔ ماشٹر اَسی بامبرِ ہٕتی اورِ یور دوان۔

''اوٚبلہٕ کنہٕ موٗدا!'' یہٕ ووٚن پاچن کنس تل لوتہٕ۔ سُہ اوس اَمہٕ وِزٕ مےٚ پتہٕ کنہٕ کھڑا۔

نبر یتھُے دڑاے تہٕ پاچہٕ ووٚتھ بیٚیہٕ۔ ''تس چھےٚ کلس گوٚلی آمژ۔ ساٚری ءہے گو ہرتال تہٕ چوکس منٛزٕ چھُ جلوسہٕ۔''

مےٚ تُل کلہٕ۔ اَسانٛس اوس اَمہٕ وِزٕ کرٛہُن اوٚبُر۔ مےٚ زن باسیوو ساٚری ءہے کرٕ بھنیار۔ مکانن آسہٕ سیرِ لبن ہنٛزٕ ڈاٚٹھ زیادے پھن ننہٕ۔ روٗدٕ ءتی چھلِتھ۔ سڑکھ اَس گاٚمژ بڑوٚنٹھی مہٕ کھوتہٕ زہِتھ۔ کولہٕ بُٹھس یم پھرٕس اَسی،

تمِن زن اوس وارے ہجر۔

''موج اُس ونان'' پاچن تُج وَتہٕ پکان کتھ ''ییٚلہِ مار چھُ گژھان، زمینہٕ ستی چھُ اَسمان تہٕ وَدان۔'' یہٕ اوس پوٚز تکیازِ اُسی اُسی وُنہٕ کٔدلس ترنےٚ زِ رٔد وولِن۔

کٔدلس تژان ییٚلہِ مےٚ ڈٔچھن گن وُچھ، دوٗر تام باسیوٚم اسمان ووزُل یوٗہے ووزجار زن آبس تہٕ توٚرمُت۔ اتھ تہٕ زن پھرِمژ روٗسل پُچ وانہٕ پچھِ خوٗنہٕ تگاٚرِ دُبہٕ۔ اَمہِ وِزِ کھوٚر مےٚ کٔدلہِ پیٹھہٕ آبس ہبڈ لانگ تژاوِنی۔ مےٚ تُج تھوکھ تہٕ چلاوِم کولہِ۔

اوٗبلہٕ کنہٕ اوس اَسہِ دوشوٚنی ہمسایہٕ۔ پاچس تہٕ تہٕ مےٚ تہٕ۔ سُہ اوس نہٕ اَسہِ ستی سکوٗلہِ پران ئلزِ کہِ اوس سانہِ کھوتہٕ واریاہ بوٚڈ۔ تس اوس ٹانگہٕ اڈس نبرٕ کنہِ سِگریٹھ دُکان۔ تِہنِدس وانِس بژونٹھ کنہِ یوسہٕ تارکول تژاوِتھ سڑکھ اُس۔ اتھوارِ دوہہِ اُسی اُتی نَس سزِ لٔنگس گِندان۔ اوٗبلہٕ کنہٕ اوسنہٕ پوٚرمُت کِنھی۔ مگر عام چیزن ہنز ییژاہ تس خبر اُس شایدے آسہِ کانٛسہِ پرِیدس۔

''فلانی دوہہٕ ووتھِ فلانی مُلکن پانہٕ وأنی جنگ۔''

''فلانی جایہِ تارن سیمٹوٗ کٔدِل۔''

حأرانگی ہنز کتھ اُس زِ یہِ سُہ وَنہٕ ہا، تی اوس سپدان۔ شاید اوٗے زِ تس اوس گوس پیٹھ وان۔ اوٗت نس اُسی امیر لٔکھ یِوان۔ سگریٹھ چوان تہٕ کتھٕ کران۔ تہٕ اوٗبلہٕ کنہٕ اوس یِمے کتھہِ بوٗزِتھ اَسہِ گن تاران۔

چھٹیو بڑونٹھ یوسہٕ آتھوار گیہِ ئوبلہٕ کنن ڈِژئمی دوہہٕ دُردی زِ "جلوسہٕ نیرن"۔

گرِ وأتتھ اوس مےٚ وُنہٕ بتہٕ کھنہٕ باپتھ اتھہٕ پُٹھر اونے زِ مول ژاو لارِ

ہوٚتےٚ اندر۔ اژان اژأنی وۄن تٔمۍ ماجہِ زِ "جہانگیر آوا؟"

ماجہِ کوٚرُس "اِں" تہٕ ہوونس مےٚ کُن۔ تٔمۍ کوٚڈ بوٗٹھ تہٕ بیوٚٹھ پتھر۔

ماجہِ أنۍ جچیر تہٕ مول وۄتھ چلمہِ تموکھ بران زِ چوکس مٔنز زولکھ جنگلاتُک دفتر۔

پُلسن چلاو گولی تہٕ دپان أٹھ ژٔنۍ نیکھ گاڈ بٔن لدِتھ ہسپتال۔

ماجہِ وُنس اوٚبلہِ کنۍ شیٚچھ تہٕ سُہ دڑاو پوٚت کھوری جتازس۔ وَتہِ مٔنزِ

پھیوٚرسہ بیٚیہِ واپس تہٕ وۄنُن مےٚ شرارتہٕ ہوٚتےٚ:

"ینا بڑاندِ بون قدم تڑاوکھ۔ یاد تھوٚو زِ زنگہٕ ٹلےٚ۔" امہِ دوہہٕ دڑاس

نہٕ بہٕ بلکل ہے نبر۔ صرف اوٚسُس مٔنزۍ مٔنزۍ دارِ کنۍ وُچھان۔ سڑکہِ پٹھ

أسۍ نہٕ ہۄنۍ تہِ کُنۍ۔ صرف أسۍ مٔنزۍ مٔنزۍ ٹینہٕ ٹوپہِ دی دی مِلٹری وألۍ پکان۔

تِمن أس سارِنی چھٹل وردی تہٕ وردی اوس رنگ نہٕ سبز تہٕ نہٕ کرِہُن۔ یہِ نہٕ

اوس پنہٕ وُتھرن ستی رلان تہٕ نہٕ سگریٹھ دٕہس ستی۔ مأنی تو اوٚبرِ کٹھکارس اندر

یُتھ رنگ گُلو گِنزس چھُ آسان۔ بومہٕ لد تہٕ بیم ناکھ۔ پٹھہٕ أسۍ تِمن سارِنی

بندوٗق۔ تِم تہٕ نہٕ ہوی ئلی کہِ واریاہہ قسمہٕ...... مےٚ یوٚت نہٕ یِمن بندوقن ہُنٛد

خوف ژاو، تیوٚت اوٚسُس بہٕ تِہنزِ وردی کھوژان۔ مےٚ پھِر لوتہٕ پأٹھۍ دأرِ ے

واپس تہٕ آہستہٕ گرمس أندرِ کنۍ ہأنکل۔

دِگرن بأگی آو مول واپس۔ تٔمۍ وۄن ماجہِ زِ "اوٚبلہِ کنہٕ آسہٕ ہاوانس تمہِ

وِزِ پھالو گنڈان، أتھی اندر آیہٕ گۄلی تہٕ سیّدے یَس کلس۔ ڈٕچھنہٕ پاسہٕ لٲجس کنس پتہٕ کنہٕ۔ کیٛژِ کالی ییٚلہِ لاش تُجھ، اۄبلس وُچھکھ اتھس مَنٛز سرتلہِ قُلف"۔

مأزی وۄن یہِ تہٕ زِ "سرانہٕ وِزِ نیوٚہَس زبردستی کڈِتھ۔ پھری پھری دِتی ہَس امام زادن ہندی سوال"۔

مأزی وۄن زِ "گۄلی ییٚلہِ کأنسہِ یوان چھےٚ، یہِ چھےٚ ہرٛنہٕ پھٔی کنہٕ جسمس اژان تہٕ ییٚلہِ یہِ نیرِ ہٕسی بَرَن کرِتھ چھےٚ بدنہٕ مَنٛزٕ نیران۔ اۄبلہٕ کنس أس ڈٕچھنس کنس تل لوکٹ گڈی رژھ۔ دپھ کھوورِ پاسہٕ یپأری گۄلی دزایَس، پتلس سۄمب اوسنس گۄد کۄرمُت۔ کاڈی أسس سرکہِ پٹھ چھکِتھ۔

ماجہِ ییٚلہِ بۄز تمہِ کرِ لبلہٕ۔ مول اوس مےٚ کُن دولہٕ وُچھان۔ دۄیمہِ دوہہٕ تۄرُس بہٕ ٹُچہِ ہندِ پشہِ پیٹھی تہٕ تژاأوم سُلہٕ گورِنس آنگنس مَنٛز ووٹھ۔ ژیرِتام أسی أسی تتی نس ٚگندان۔

اَمہِ دوہہٕ پگاہ اوسُس بہٕ وَتھرُنہِ مَنٛزٕ نیرنے زِ نیٚبری ٚکنہِ گو زبردس شور۔ کڈلہٕ اپارِ اوس بون شہرٕ پٹھ جلوسہٕ کھسان۔ أنتھ رۄستے لُکھ أسی نارٕ دِوان۔ ماجہِ دِژنہٕ ہرگز تہٕ دأرمژراونہٕ نہٕ دِتُن کأنسہِ درواز نیبر نیرنہٕ۔ سأری شُری أکہِ ہے جایہِ بیہناوِتھ لۄگ تمہِ اۄکژأرِس پٹھ قہوٕ بیٚہہٕ کۄڈُن المارِ مَنٛز سۄت۔ اَمی لالچہِ پیٹھی أسی واریاہس کالس رَسے یۄ تام قہوس تہٕ گژھ آیہٕ۔

قہوٕ چتھ ییٚلہِ زیادے شور گوٚ مےٚ لٲگی پھرنی۔ موج ژلیہٕ اندر تہٕ مےٚ کھأج کُنی ٹکھ کأنی پٹھ، کانی آسہٕ سرکہِ اندٕ زأنی پنجرٕ کرِتھ دارِ تہٕ اندر کُن

اوٚسُس کھیٚے پیٚہن گاش۔ میانہِ حسلہٕ اوسنہٕ اَتہٕ أندرٕ پٮ۪ٹھ تماشہِ وُچھنس کُنہِ رنگہٕ خطرٕ۔ یہِ اُس مےٚ خبر زِ پنجردار دارِ منٛزی ہرگاہ ڈٔہلی گاشہِ وُچھو لندریم نفریہِ نہٕ نیٚبری کِنی اتھِ۔ راتھ کیٚت ہرگاہ بجلی زالو أندری طاقچ تہِ اُسی سرٛکہِ پٮ۪ٹھ بوزنہٕ یِوان۔

جلوٗسہٕ اوس ووٚنی کٔڈلس پٮ۪ٹھ ووٗتمُت۔ یپار کدلہٕ یم سپاہ اُسی تم تہِ اُسی نہٕ کُنہِ کِنی ٲنی۔ وارٕ وارٕ تور جلوٗسہٕ کٔڈلس۔ برٛونٛٹھ اُسس مےٚ سوٚمب لڑکہٕ۔ تمن پتہٕ پتہٕ نِچہِ نِچہِ کورِ پوٗتُس مرٕد۔ کوربن کیٚو لڑکن اتھن کبتھ جنٛڈٕ۔ جلوٗسس اُس منٛز باگ خبر کٔہنٛز بس تہٕ بسہٕ ہنٛدِس پشس پٮ۪ٹھ وارِیاہ جوان کھڑا۔ تم اُسی مگافونہٕ منٛزی نارٕ دِوان۔

''شہیدانِ قوم'' تہٕ ساری کران ''زِنٛدٕ باد''

یہِ جلوٗسہٕ اوس وارِیاہ بوٚڈ۔ اتھ لوٚگ گاٹہٕ کھنٛڈ سانہِ مکانہٕ برٛونٛٹھی کِنی نیٚرنس۔ یوٗت کال، اُسی کأنی لندر تہِ وارِیاہ نفر سیمٮ۪تی۔ موج اُس کھٔڑٕ مٔژ۔ بیٚنہٕ اُس پیچھٮ۪نی۔ عشہِ دبد اُس، نبہٕ لالٕنی فٔض، مِسرٕ، سارٕبل تہٕ یمو علاوہ وارِیاہ شُری جلوٗسہٕ ہیوٗتن لنڈن تہٕ زنانو تہِ ہیوٗت کأنی منٛز نیٚرُن۔ اُتھی لندر گو ٹاس۔ کدلہٕ اَپارِ گیہِ بجلی گرس چھگ۔ اِو پتہٕ گو بیٚاکھ تہٕ یکدم زَن دِتھکھ ستہٕ ٹاسن ژٕکھ۔ مےٚ ہیٚوو پنجرِ منٛزی نبر کُن وُچھن زِ ماجہٕ لوٗم پٔتہٕ کِنی تہٕ شوٗنگہِ نوونس پتھر۔

چھیکرس یِیلہِ ٹاس بنٛد گیہِ۔ کأنی منٛز اُس صرف موج تہٕ بہٕ۔ اَسہٕ تُلی لگ بگ اکی ساتہٕ کلہٕ۔ پنجرٕ منٛزی یِیلہِ مےٚ نبر کُن وُچھ، کدلہٕ یپارِ وُچھم زٕ نفر درِحتہٕ۔ اٮ۪کس نفرس اوس سفید رنگہٕ قمیض بیزار۔ دوٚیمس ژٔنس اُس مَولہِ رنگہٕ

سدٕرِ۔ کٔدلہٕ پیٹھہٕ تل یُس ژھنہٕ طرفُک ڈنٛگہٕ چھُ تتھ ہتی کوٗڈ مےٚ گنٛج بانہٕ نظرِ۔ منٛز باگ سڑکہِ اوس لوٗکٹ ترٛوڑ یُس اکثر چھانٛن ڈٔسلن ہتی چھُ آسان۔

أتھی اندر آیہِ چوکہٕ طرفہٕ ملٹری گاڈٕ۔ سو رُکیہ کٔدلہٕ پیٹھہٕ نکھے۔ رُکان رُکأنی ترٛاوِ امہِ منٛز ٹیٛنہٕ ٹوپہِ والیو ووٚتھہٕ۔ أکی نفرن گرٕ سفید قمیض پیزار وأرلِس کھوورِس تھِس تہٕ نیٛون گاڈٕ تام ربہٕ منٛزی کھکھرِ۔ گاڈِ تل واتناوِتھ رچس بیےٚ زأنٛ نرِ۔ او پتہٕ بٕلہِ نوٗکھ سہٕ ژٕنہٕ بوہرِ ہندی پأٹھی تہٕ دِتہٕ یاشاہ گرِتھ گاڈِ منٛز دأرِتھ۔ گاڈِ منٛز تجہٕ تمی أکی پھرِ نرِ۔ زنٛگن لوٗگُس گنٛے وزٕسہٕ تہٕ ہتی گوکھش گرِتھ کٹہِ ہندی پأٹھی نبتہٕ سوتھ۔ تتھے گٔنی کوٗڈُن زنٛگن تہٕ واش۔

بہٕ وُچھ ہا امہِ اور تہٕ دوٚیمہِ سُند تماشہِ زِ پانس پتہٕ کٔنی گوم بڈٕ دروٚپھ۔ موج أس وٕگوِس پیٹھ درختہٕ پٹھ۔ تس اوس لاہوٗدی گأیلہٕ گوٗمت۔

امی دوہہٕ شامن وُچھم مےٚ برابر تتھی جایہِ ہوٗنی لوان پیٛتہٕ نس سدرِ وول درختہٕ اوس پیوٗمت۔ ماجہٕ ووٗن زِ ہوٗنی چھِ مورِد سُند خوٗن لوان۔ خوٗنٛک ناوٕ بوٗزِتھ پھیوٗرمےٚ پاچہِ نی پأٹھی من۔ مےٚ گیہ امہِ وِزِ ہوٗنین ہنٛز کھرٕ۔ ظاہرا چھِ ہوٗنی اوٚے موکھ ژوٗپس یوان تکیازِ تِمن چھےٚ خوٗن لبوٗنس ہال۔

جُمعہ دوہہٕ اوس اوٗبلہٕ کنٛس فاتحہ۔ پارکہِ منٛز اوس ژمہٕ تہٕ لوٗکہٕ ارساتھ اوس ژٔستھ آمُت۔ زنانہٕ کوشُرِ أسی نبر کنہٕ سڑکہِ ہنٛز پڑٕ پیٹھ بہتھ تہٕ ژمس تلہِ کنہِ یم ڈنٛڈٕ کھڑا أسی سارنٕی أسی لاوڈ سپیکر لاگتھ۔ أکِس پتہٕ اوس بیا کھ زوٗن ووتھان تہٕ تقریر کران۔ بوزن وألی أسی وٕتھی گرٛشان تہٕ پرٛتھ جُملس

پیٹھ ''ضرور'' کران۔

اَمہِ دوہہٕ وُچھ مےٚ قاۤدر پاچہِ بوولہٕ ہیٚوٗ ہہتھ۔ نہٕ کران کتھ نہٕ باتھ۔ حالانکہِ تیزٕ قندٕ شربتھ اُس زِ مےٚ رۄدنہٕ شامنس بتس تہِ ماَل۔ دَپھ پاچہِ ہیے یوت اُسِکھ بِکلی زَن دِتیٖ متیٖ، سُہ وۄتھ نہٕ اکہِ لٹہِ تہِ تھوٚد۔ جیرٕ ہیٚوٗ تہٕ ییٚلہٕ مےٚ کُھنی کُرمس تمیٚ کوٚڈ بییہٕ منٛزٕ اخبار تہٕ پلنوۄن مےٚ۔

اخبارس اوس گوڈنکس صفس اۄبلہٕ کیٚن فوٹو۔ تس اوس کلس پھمبہٕ دستار گنٛڈِتھ۔ اُچھ آسس وُٹِتھ۔ زن اوس مس ہِندرٕ۔ فوٹوس تلہٕ کنہِ اوس توہُند ناو وۄزجہِ میلہِ ستیٖ لیکھِتھ۔ عبدالمجید خان ولد لسہٕ خان عمر 21 سال۔ اتھ تلہِ کنہِ اوس شہیدان قوم تہٕ تلہٕ کنہِ اُسیٚ خانن اندر درجن پیٹھی ناو، سکوٗنت تہٕ ولدیت، عبدالرشید کا وہ ولد مرحوم غلام رسول، عمر 13 سال۔ محمد عبداللہ ولد اسد صوفی عمر 8 سال۔ مےٚ پرٕی یِم ناو تہٕ پلہٕ نووٗم پاچس اخبار واپس۔ تمیٚ تُل اتھہٕ تہٕ ہوۄن اۄنگجہِ ستیٖ مےٚ اُکِس جایہِ لفظ مرحوم، اتھ اُس تلہٕ کنہِ پینسل رِکھ۔ مےٚ ییٚلہِ وارٕ وُچھ یمہِ رِکھہٕ وُچھم پانژن جاین تہٕ یمن سارنے جاین اوس ولدیت جایہِ مرحوم لیکھِتھ۔

مےٚ تۄر یکدم پاچُن مطلب فِکرِ۔ تس اُسیٚ پانس تہِ ماَلی ہِندِس ناوس ستیٖ مرحوٗم لیکھان۔ نےٚ پیوو اُتی پتُن مول یاد۔ اُچھن منٛزٕ آیم اُش ہکہٕ۔ خودا صاَبا میوٗن مول تھوٚوی زبن ہمیشہِ زِندٕ۔ مےٚ زن رۄدنہٕ ماَلی سُند ہیم اَمہِ وِزِ یادٕے تہٕ کوٚرمس یڈٕ برِتھ دُعاے خاَر۔

اکھ زٕ دوہ گٔیہٕ تہٕ سڑکن ژٔج ربہ۔ رۄد تہٕ گو بنٔد تہٕ دوہَے ہیوٚتُن

ووٚنۍ تاپھ تہٕ کرُن۔ مِلٹری تہٕ درلِیہ تہٕ سڑکن لوٚگ رش۔ اَسہٕ کھوٚلُکھ ژٔندرِوارِ

دوہہ سکوٗل۔ گوڑنکہٕ دوہہٕ آو نہٕ پاچہٕ کُنہِ۔ مےٚ نوِ دوہَس تو سُنٔد غأر حأضر

روزُن ہنجٲری، وپھ ژورِ بجہ بیٚلہٕ کُنے زۄن دڑاس، مےٚ اوس تو ہُنٔد پھیران۔

دۄیمہٕ دوہہٕ تہٕ آو نہٕ سُہ کُنہِ۔ امہٕ دوہہٕ آم نہٕ دوہَس قرار۔ چھُٹی

بیٚلہٕ گٔیہٕ گرِ کس کوچس پچھم نہٕ زِنگے۔ بہٕ پھیوٚرس واپس تہٕ ژاس قأدر پاچہٕ نِس

لوکٹس کوچس۔ وان وُچھمکھ دۄری بنٔد۔ شاید ما آسبس نانۍ بمار۔ بہٕ پوٚژُس

بیٚیہٕ ہَن تہٕ اتہٕ وُچھُم مکانس تہٕ قُلف۔ محلہٕ وٲلۍ أسۍ اورِ یور پکان۔ مگر مےٚ

کوٚر نہٕ جورتھے کانٔسہٕ پرژھنس۔ ہاے ہے وۄنۍ تن پتہٕ کانہہ میٲنِس مٲلِس۔

بہٕ دڑاس سیوٚدے تہٕ ووٚتس گرِ۔ موج أس امہٕ وِزِ پتھرِ وٲنۍ لِوان۔ چنانچہٕ

کھوٚتس بہٕ سیوٚدے ہیوٚر۔ مےٚ آیہٕ نہٕ امہٕ وِزِ کأم تہٕ کرنہٕ۔ چھرا اوسُم

تو ہنٔدے پھیران۔

ژیرِ بیٚلہٕ مول آو مےٚ کوٚرُکھ بونہٕ پیٹھے بتہٕ کھینہٕ باپتھ آلو۔ مألۍ وُچھنس

بہٕ تہٕ بیہنونس پتھر۔ مستس دِیُت نم پھش تہٕ وۄتھ مےٚ کُن بڈٕ نرمی سان۔

"وُچھ ساگوٚبرا۔ ہفتس کھنٔدس گرٕ ھکھ ژٕ بیٚیہٕ ماتامال۔ سکوٗلہٕ تڑاوے

بہٕ پانے درخاص۔" ماجہٕ بیٚلہٕ پُرژھس تہٕ درجواب وۄنۍ تمۍ تتھہ کتھ زِ مےٚ

ژلِیہ دوشونۍ زنگن ننٛژ۔ اتھن پھوٚٹُم عأرق۔ بجلی گاشس آیم گُٹھس اندرِ ژن

ہی نژان بوزنہٕ ییم دپان نیوٚلے ماز چھےٚ کھوان۔

مالہِ وۄن زِ جُمعہ دوہہِ راتھ گُتہِ اوس پاچہِ نبن پُلسہِ آمت۔ تمو کوٚڈ پاچہِ وُرنہِ تلہٕ تہٕ واتنووکھ خبر کتھ شایہِ۔ تھانس منز یُس مُنشی اوس، سہٕ زانہِ ہا مائلس تہٕ تمی اوس وۄنمت زِ لڑکہٕ گرٕژھہِ تام اوٚرِ یور ڈالُن۔ خبر چھا یتھ کتہِ ووتھہِ یا بیہہِ۔

مالہِ کجہِ اَمہِ وزِ پاچنہِ بدل تہنز بُڈ نانہِ لبکہٕ۔ سہٕ اوس تس بار بار موٗنڈ تہٕ موٗنڈ ونان۔ میہہِ باجرِ گرِتھ وَنہِ تمی تس مُتلق تیرواہ کتھہِ یِیہِ نہٕ مے اوٗ تام بۄزمہٕ آسہِ۔ مالہِ ہنٛدی کنہِ اُس سو پانے خودراہ۔ یاوٗن اوٗسُس تہٕ بزوٗنھ اُس نیران۔ از ییلہِ تتھی کارس زُر تہٕ لوگھس بالہِ پانہٕ لوٗوُن تپالہِ۔ یہِ وۄن مالہِ تہٕ ماجہِ دوٗگ سپنہِ۔ تس بچارِ آو پاچس پیٹھ عار تہٕ وۄنُن مائلس کمہِ تام چائنٹہِ۔

"اَہنٛ سا تہٕ یہِ ہے وُنہِ موصُمے چھتہٕ۔ یمن چھنا اُزر عقل؟" مائلس کھوٚت اتھ پیٹھ تہٕ جکھ۔ تمیٚ واُج چلم تہٕ دِنن پتھر۔ تماٗ کی ڈبہٕ لُبتھ وۄن تمیٚ بیٹہٕ۔

"سیاست ہی۔ پنٕز چھکھ۔ خوداِیس منگ پیٚٹھی منز برکتھ۔ پنہٕ نی ڈیرٕ سپری۔" مالہِ ترٛوو وش تہٕ وۄنُن تالوس کُن اُچھ تُلتھ۔

"اَسہِ مہِ ییٚژھن پنٕز گرِ کھالنہٕ باپتھ لوٗکہٕ ہنٛدی شُری ووٚٹہِ انٛی۔ تم بیقل زانٛی تہٕ پتو لاکن ہونمن تہٕ ہاپتن اتھ کھیاونی۔"

دوہہِ ریٚتی آس بہٕ ماتامالہِ واپس۔ گرٕ وأتتھ باسیوٚم سورُے کینژہہ

ٹھیکھ۔ مگر پاچھہِ ننن اوس وان مستقل پاٹھی بنْد۔ مکانس آسکھ لبہٕ تہٕ یلے، آنگنس اوسکھ کاٹھکر پتھر تہٕ تتھ منٛز اُسی محلکی شُری واژ وانس گنْدان۔

سکوٗل تام یوسہٕ سڑکھ چھےٚ جایہِ جایہ اُسی تتھ تارِ کوٗٹین پیٹھ پوسٹر یمن منٛز اوس اُکی ہے نفرِ سُنْد فوٹو۔ یہ اوس سوٗٹھ لاگتھ، نیک ٹےٚ گنْڈِتھ تہٕ ٹوٗپۍ دِتھ، دٔچھنہِ نر اٚسس آسمانس یاٗژ زیٛٹھ تہٕ اونگجہِ ستی اوس ہیوٗرکُن خبر کیاہ ہاوان۔

اوٗبلہٕ کنہٕ تہٕ اوس سارنٕے موٗٹھمُت۔ ووٗنی اوسنہٕ کُنہِ جایہ توہنْد ناو۔ اٚڈی اُسی دپان زِ تہنٛزِ ماجہِ رٔٹی خبر گژھ ساس۔ سو اُس ووٗنی محلہِ واجبن تہٕ ہنگہٕ منگہٕ کھران۔ صرف اُس لڑلیہِ کران تہٕ زنانہٕ آسس پھوشنہٕ کِنہِ "غزٕ پھپھر" ونان۔

اکہِ دوہہٕ ییٚلہِ شامن باگی گرٕ توہنْد ذِکر ووٗتھ شُر بو لوگ باربار اُسن۔ ماجہِ کھوٚت اتھ پیٹھ سخت شرارتھ۔ سو متیہِ سارنٕے تہٕ ووٗنُن۔

"وولہِ نہٕ تہٕ وولسیا اِد۔ نیچو اوسُس، سُہ نیٚوس گانٹہِ، وان کھیٚوس گلی فقیرو تہٕ پاٚنسہِ ہے کاتھہٕ ناوس کھوٚتُس سُہ شرۄپس سورے دزِیَن۔ حال چھس دزِ کاکنہِ راج تاج کران۔"

☆☆☆

گُلشن مجید

# ٹنگہٕ ڈوٗلمُت بر

یِم أسی تِمہٕنے جلوٗسن ہٕنڑی دوہ یِہنٛزٕ راُژ اِنتہائی گرم چھےٚ آسان تہٕ گُنہٕ تہٕ وولہٕ ہٕرشہٕ تہٕ تناز باپتھ چھِ بہانہٕ دَر بدر پھیران روزان۔ تھٔج کاد موکلِتھ چھِ یِتھ تہٕ گرٕ ہیٚسی یلے آسان مگر بازٕرکی توتمہٕ تہٕ فند چھِ یِمن ورائے یأغی کران۔ شایِد یہُنٛد یِہوے موکجار تہٕ ناکاریہٕ رٹنہٕ موکھٕ أسی نبض شناس سرین تہٕ گامن منٛز قومی تہٕ مُقامی مسلن دَل دِنہٕ لگہٕ متی۔ تہٕ یِہنٛدِ اَمی گہرِ دِلچسپی تہٕ توجہ کِنٛز أسی لوٗکھ پنٛنہٕ زور تہٕ مژھ بل یٔژھلہٕ خرچنہٕ لگہٕ متی ۔ یِم أسی انتہائی آزادی ہٕنڑی دوہ۔

یَتھ لوکچہٕ سریہٕ منٛز أسی زِ شخص ہوٚہچ یہٕ تبدیلی ژٕینتھ تہٕ اَمہِ ووسہٕ دژ وسہٕ نبرٕ ے۔ اکھ اَسد صأب پنہٕ پانے اختیار کرِمژ لاتعلقی کِنٛز تہٕ دۆیِم موٗنگہٕ شاہ۔ یُس پَسرٕ اوس اوٗنمُت پنٛنہٕ ٹانگن۔ ٹانگن کہٕے تہٕ گُری زیٛادٕ۔ اسد صأب اوس حسبِ عادتھ آنگنس منٛز دِگر پٕرتھ چکر دِوان تہٕ موٗنگہٕ شاہ ژاو نأر دُودے بڈٕ بَرٕ ٹانگس پانے لمان لمان۔

''رٹھ ہَض پپر یہِ گوے ٹانگہٕ۔ تہٕ یہِ گو چون تأویز'' مونگہٕ شبن تھوٚو آنگنہٕ کِس اَنٹھس پپٹھ اَکِس کوٚنس منٛز ٹانگہٕ کھڑا کٔرتھ تہٕ آو تأویز ہیتھ اَسد صائبس کُن۔

اسد صائبس نہٕ اُس اَزکل کمن کراماتی پیرن پپٹھے پژھ تہٕ نہ اوسُس تصرُفن تہٕ تأویزن پپٹھے یقین۔ مگر مُریدن ہنٛز یژھ تہٕ پژھ ڈنٛجہِ تھاونہٕ موکھ تہٕ رزاق سٕنز رزاقی ہٕنٛزِ درواز پانس پپٹھ ؤتھی تھاونہٕ باپتھ اوس تصرُف تہٕ کڈان تہٕ تأویز تہٕ لیکھان۔

''پیٚر میےٚ گوڈے ونیاوِ ے۔ نیاز رٹنہٕ ورأے نہٕ ہَض چلہِ تہٕ تأویزے۔'' اسد صائبن ٹھہرو وکھور ''یہِ ہَض کُمہلو وارے۔ از ہَض بچوس اتھن پھوکھ دِوان۔''

اسد صائبن وُچھ ٹانگس کُن۔ اتھ اُسی انجر پنجر ڈیٖلیے ژتی۔ ''مونگا پیرن اوسے گوڈے وۄنمُت۔ یہِ تأویز تراوِ ژ پانس نالِکی تہٕ گرِس کر چھٹی۔ ٹانگہٕ تہِ بچی تہٕ ٹانگ (زنگ) تہِ'' اسد صائبن وونس مُزید کہلاونہٕ باپتھ تمِس اُس مونگنیٚ شُرل تہٕ خوش کران تہٕ بےٚ زرر کھٔرِل تہِ۔ ''حمد ذاتہِ پاکس کُن تہٕ کوٚرُم نہٕ۔ یہٕ ہَض آسہا لبن کھوٚتمُت۔ ٹانگہٕ تہٕ گُر اوس پانہٕ وأنی بے جوڑ۔ گُر راہدار۔ تازٕ دَم۔ ترٗک تہٕ کھربکل۔ ٹانگہٕ تانہٕ تانہٕ بگریومُت۔ نہٕ ہگُر سلامت تہٕ نہٕ پایدان۔ سیٹہ سلأمی دار نہ یمہِ لرِ بیہنس وار تہٕ نہٕ ہُمہِ لرِ۔ یمِس بدقسمت سوارِ یہِ ٹانگہٕ باگہِ تییہے سُہ اوس منٛزلس واتان واتان سارنٕے حضراتن ہُنٛد ختم کران

تہِ دوبارٕ کُنہِ ٹانگُک بُتھ نہٕ وُچھنُک قسم کران۔

"تیٖلہِ ہَبا گوٗو یہِ پنجاَبٕ گُر کٔتھن۔ ژٕ ے شوٗبی پاٚنس ہُوے گُر۔ ڈٕتھم تہٕ پکے۔"

"پیر وچھان گژھ۔ یہِ گُر لاگن بہٕ تتھ وانہِ یتہِ اُمِس سارے مستی مُشتھ گژھِ۔ مثلاً ن اَز کل چھے سارنے مستی آمژ۔ چار سوٗ چھِ یا تہِ کھانْدر نتہٕ جلسہِ جلوس۔ یتھ جماژ جلوس آسہِ تمہِ جماژ ہنٛدی رنگ دار جامہِ لاگتھ چھُ میٚنے یہِ گُر بڑ وٕنہہ بڑ وٕنہہ پکناوان۔ پوٚنسہِ چھِ ڈبل تہٕ محنت سِتگل۔ پٹھ افراتفری وِز مژ لیٚنچ تہِ ژری سہولیتھ شامَس گو یہِ مہرازٕ گُر۔"

"ہتا جلوسَک چھُ سہلے ینہٕ کاٚنسہِ مہرنہِ تاوَن ژھنکھ۔" "ہتہٕ حض یہِ تیٚہہ کمس روٗز۔ گُری ہنٛدی تہِ دوہِ پوٚنشہِ۔ وون گو تیٚتِس کالس گُر نیرِ تیٚتِس کالس روز یہِ ٹانگہِ اُتھی کوٚنس منٛز۔ میاٚنے پاٚٹھی بےٚ پُرسان۔"

موٗنگہِ شاہ نہِ نیرنہِ پتہٕ تہِ روٗدسہ وار یاہَس کالس ٹانگس وُچھان۔ گُر روٗستے ٹانگہِ باسیو تِمس تیر بو روٗستے ٹیچھنہٕ ہیوٗ۔ تِرٕ ستی آوسیوٗمُت زنتہِ درس لوٗگمُت۔ تس تہِ آسہِ منٛز گژھمس تِرٕ پٹھان سُہ تہِ اوس تِر ستی آوسیوٗمُت۔ اَکِس کوٚنس منٛز یہِ ٹانگہِ تہٕ بیٚیِس کوٚنس منٛز یہِ گُر روٗستے ٹانگہِ۔

اسد صاٚبن وُچھ آفتابس کُن سُہ تہِ اوس ووٚنی درس لوٗگمُت۔ اَمہِ کفیٖرٕ منٛز پٹُن پان نبر کڈنچہِ کوٗشِش منٛز ناکام سپدِتھ گو ملوٗل۔ پتہٕ مبن دوہَن سَپُد تیز تیز تِتھ کیٚنہہ واقعہ زِ اسد صاٚبس باسیو پاٚنس ووٗلمُت خرقہِ یِہوے تنگ۔

ہیوٗ سپدان۔ یم درواز تمی زنان مرنہٕ پتہٕ پانس پیٹھ بند اَسی گرۍ متۍ تم روٗدی بندے۔ سُہ اوس ووٗنی پانس منٛزٕ ے ژمیومُت۔ موٗنگہٕ شاہ تہٕ باقٕے مُریدن ہنٛدی بار بار اصرارٕ باوجوٗد تہٕ پھیوٗر نہٕ تَس مأل۔ اسد صأبن آسہِ پننہٕ ضروٗرژٕ وارِیاہ محدوٗد کرِمژٕ تہٕ اَمی ہنٛدی خاص مُرید اَسی اَمی ہنٛز یمہٕ لوکچہِ لوکچہِ ضروٗرژٕ پننہِ فرصتھ تہٕ حاجتہٕ حِسابہٕ لگاتار پوٗرٕ کرِتھے۔

موٗنگہٕ شاہس وژاءمتس آسہِ ہَن کینٛہہ ژِہی گاءمتۍ ییلہِ ہ'ٔ نی جوراہ الگ الگ وَتو آنٛگنس منٛز اَژِتھ سیوٗدُے ٹانگس تل زمینہٕ تھوٗتھنی دِتھ پیٹھ۔ اسد صأبَس پھوٗل یِزِ کالی دِلس تچھن ٹلن ووٗل اُسن۔ چھیکرس چھین جاے۔ تَس پیو بے وایہِ راتھ شامُک حال یاد۔ تمِس لارے یہِ عجیبے بے قرارے ہِش تہٕ وُتاولی منٛز ژاو سُہ اندر۔ چھین جاے۔ اکھ بے جان ٹانگہٕ۔ گُر ہنٛدِس بھروٗسس پیٹھ۔ اَمہِ کھوتہٕ بہتر چھنا گُرُ ے۔ چاہے سُہ کھر بکل آسہِ۔ بے راہ آسہٕ ٹیپل آسہِ مگر پانہِ آسہٕ۔ راتہٕ کِس واقعس ستۍ کُس سَنا رِشتہٕ چھُ میٛے۔ زِ ہوٗنی ٹانگس تل۔ یانے یہٕ چھُس فقط اکھ موقعہ۔ اکھ بہانہٕ تہٕ بَس۔

''میٛے پَزِ یِہندٕ بن مالِکن ستۍ کتھ کرٕنی۔'' شام نزدیک زأنِتھ کھوٗت سُہ عادتن جایہِ نمازِ پیٹھ۔ مگر ذہن روٗدُس تتھ متوقع کتھ باتھِ کُن یوسہٕ پتۍ موٗ دوٗہو تژیوٗ دوہو پیٹھ شام کیٛوٗت پیر تل سَپدان اُس۔ تمِس گنے یہ بدٕلے کل ہِش تہٕ سُہ وُژتھ لوتہٕ کھورو ہیرِ برس تام۔ تمۍ دیُت وار کُن مگر اَز نہٕ اَس بوٗنہٕ کانٛہہ تہٕ دار سوٗر سورے تہٕ نہ ژھوٗٹی زٕاٹھی شہے۔ جایہِ نمازٕ کُن واپس

پھیران پھران آو اسد صأبس خیال زِ خبر بوٗنم بَر ماروٗد بنٛد۔ بے اختیار سپد تھ ووت سُہ بے خبر پأٹھی بٕمس بَرس تام۔ بَر اوس ٹنگہٕ ٹنگہٕ یلے۔ مکانک وُزِ بَر اوس تمی ینہٕ گوڑن والنِن ہنٛدِ سہولیژ باپتھ بنٛد کرنے تژ وومُت۔

استغفر اللہ۔ اسد صأبن دِژ پانس دٕنن ہش۔ یہِ کیاہ سَنا اَثر چھس بہٕ کران۔ استغفر اللہ استغفر اللہ۔ پنٛنے میٛون مزاجے چھُ۔ اسد صأبن کر بڑِ بڑِ ژاکھر جوراہ تہٕ اعوذ شریف پَران پَران کھوٚت بے معنی پأٹھی خلاف، عادتھ زور زور ہیٛر۔ پنٛنہِ آنگنہِ پیٹھ اُس موٗنگہٕ شہنہٕ آوازِ دأر بنٛد آسنہٕ باوجوٗد......

سأرسے مکانس مَنٛز زژھو زژھو کران۔ سُہ اوس اَکے پراژِ گرس تہٕ پنٛنہِ زنانہٕ وعظ پَران۔ اسد صأبس اُس پوٚز پتاہ زِ زنان آسہِ وُنہٕ کِنس استان کھٔر ہژ تہٕ گر آسہِ موٗنگہٕ شاہ نَہ کھر کھرک مژ ٹلان۔ سأرے مستی گے یہِ گرس مَنٛزے۔ گرٕ کیاہ اند مزار چھا۔ بہٕ رٹہِ اکھ کوٚن تہٕ زِ بیاکھ۔ مگر تہٕ مگر خبردار۔ گرٕ نبر گو مالکہِ سُنٛد اِشارٕ رُٹن۔"

اسد صأبن گلنو وکلہٕ تہٕ تژاوِن پنٛنِس کمرس لنٛدٕ ونٛدٕ نظراہ۔ ہر انٛدٕ آسہٕ زلرزأج تہٕ وأرأنی ٹنٛژ تہٕ ٹاکارٕ۔ لبہٕ پیٹھ آویزان پژأنِس کلنڈرس اُس اُتھر اَنج ہژ۔ اسد صأبس باسیو زِ بوٗنہِ گووُٹھس ہیو۔ صرف پنُن شک گالنہٕ موٗجوب ووت سُہ بے شوٗنکی پأٹھی۔ ہیٛنہٕ گولوتی بَرس تام مگر بوٗنہٕ کانٛہہ وُیزِ یا اُویزِ حرکت نَہ ژیٛنتھ گو پانس ہتی کوٗپتھ ہیو۔ یہِ چھے بدلے احمقأزی۔ میٛے پَزِ صُبحأے بٕنِہ مِس بَرس ٹنگ تہٕ شیرناوُن تہٕ اتھ تارِ بدلہِ ہأنکل تہٕ لاگناوٕنی۔ نتہٕ لگہِ پپر

ہنگہٕ منگہٕ ترٛشہ ہأنژہ یتنہٕ پتہٕ موکلن پایے آسہٕ۔

از زَن اوسنہٕ اسد صأبس نماز ہُنٛد سکوٗنے نصیبس۔ سُہ ووٗتھ گوٗبٕ گوٗبٕ پدٕ ترٛاوان بون تہٕ یژکال تان چھوٚلن نِو سرٕ نمازِ بتھِ۔ وضوٗنِش فارغ سپدِتھ آو نہٕ تَس ہیوٚر کھنسک ہیٚمے۔ تمِس باسیو سورٕے گرٕ ہیٚے ووٗ نگان ہیوٚ۔ تس اُس شام نماز تہِ قضا سپز مٕژ یِیلہِ سُہ وُتاولی منٛز نبر دژاو۔ کینٛہہ دوٗر گژھتھ پھیوٚر سُہ پتھ تہٕ کوٚرن وٕلی درواز نبرٕ کنہِ ہأنکل دِتھ بنٛد۔

بازر اوس شام سَپدنس ستی وولسنس آمُت۔ وانن پیٹھ اُس خریدارن گربکھ لٔج مٕژ۔ پرٛتھ شخص آور۔ ژلہٕ لار منٛز تہٕ ہمبس تہٕ بِنس منٛز گرفتار۔ فقط شُری لازی اسد صأبس آو بیٚیہٕ اکہِ لٹہِ یہوے جملہٕ زیوٚ پیٹھ۔ اَما سَنا تمو کیاہ آسہٕ سوٗنچمت بَر بنٛد وُچھِتھ۔ اسد صأبن دباو واپس نیرنٛچ کل مُشکلنٕے۔ خبر میٚے مُتلق کیاہ آسن وَنان۔ ٹانگس تل کنہٕ زٕ ہوٗنی۔ اسد صأبن وُچھ خیالنٕے منٛز اکھ ہوٗن ٹانگس اُنٛدی اُنٛدی پھیرِتھ کھوورِس، ہگرس زنگ تھوٚد تُلِتھ زَل چھکان۔

استغفر اللہ۔ تمِس ژوٚل ہکہٕ زیوٚ نیرِتھ۔ دَکہٕ دَکہٕ ستی اکی ہِنٛدِس کرٛھس تل ژاٹتی جوانن وُچھ اُمِس کُن تہٕ معأفی منٛگِتھ دژاو ولی ولی اُمِس برٛونٛہہ۔ گنبز یِسے شوٗبہٕ تہٕ تَس۔ گنبز چھُ بہرحال گنبزٕے۔ از ورباہہ کالٕی لوٗکو منٛزی شُربو تہٕ زنانو منٛزی لمی لمی تہٕ دکہٕ دکہٕ یِکِتھ آو اُمِس اکھ الگے سرٛوٗداہ۔ زِندگی کرٛاہ وُشنٕی چھِ۔ یہ کأژاہ رنٛگا رنگ چھےٚ۔ ییم سانہٕ لوکچہٕ لوکچہٕ حرکژ۔ ییم سانہِ بے زرر سیٚز کأژاہ خوش آسن کران پانہٕ بےٚ رنٛگس، کینٛہہ مستی منٛز تہٕ کینٛہہ زأنِتھ مأنِتھ

وۄتھ اسد صأب لۆکہ ہیُوٚمس مستی دورتاں وِر ہیوٚ۔ اکھ عجیب سپری ہُند ایٚحساس سپدِتھ پرٕانی دریا وبٔٹھس پیٹھ ژٕیر تاں تہٕ قران ساں خفتن جلوٗسن ہُند نارِ چرٕگش تہٕ اکھ اَکس مُقابلہٕ وأتتھ افراتفری ہُند کزٕبکہٕ ناد باسیو اسد صأبس زِندگی ہُند وُشنیرُک اکھ اژھن پوٚت منظر۔

موٗنگہٕ شاہ باسیو اُمس پننس تھدِس گرس پیٹھ اَکس عظیم فاتح ہِندی پأٹھی صفن درمیان اطیمنان سان کھڑا۔ ییٚمہٕ وِزِ سُہ گرِ ووٚت تہٕ موٗنگہٕ شِہنی کوٗر اُس اورِ نیران۔ اَز وُچھ اسد صأبن ڈٕرِتھ اُمس بٔتھس کُن۔ سو تہٕ روزٕس اورِ سُوی ہرنہٕ چشمو موصوٗم پأٹھی وُچھان۔ میٚ اوس بلی شک زِ راتِچ کوٗر چھےٚ یہٕ موٗنگہٕ شِہنی کوٗر۔ اَمہِ کتھِ ستی سپُد اسد صأبس بڈٕ اطمینان۔ یہٕ بتہٕ میٔٹ ہِش کوٗر ہسکیاہ وٕنتھ۔

''یہٕ پیر ہا چھےٚ کھوکھر۔ لوتہٕ روٗزٕو۔ اُمس ناو پِیی نہٕ آبہٕ پھیوٚرتہٕ۔ یہٕ چھنہٕ اُمی سُند بترٕے۔ تیٚمس میانہٕ روٗس کچہِ ہُند انہارے۔'' اسد صأب ووٚت بےٚ شوٗنکی پأٹھی بیہہٕ رات چی ہیٚرِتل سپدن واجنہٕ پھسرارٕے نِش۔ یہٕ کوٗر اُس اُمس کینٛہہ تاں ونان۔ اسد صأبن بوٗز چھرا یتِے۔ ''بتہٕ حض تھوٚومو ہیٚر صندوٗقس پیٹھ۔'' اہنو کوٗریا کُنی سُند خیال نے تھو تھأیوٗ گنبر کتہِ نیٚرِ۔''

عام پأٹھی اوس اسد صأب شامس جایہٕ نماز پیٹھ بہِتھ خفتن نماز موکلاوِتھ تمہِ وِزِ ووتھان ییلہِ یہٕ کوٗرتس بتہٕ ہیتھ واتہٕ ہے۔ یہٕ کوٗر سو راتِچ کوٗر نہٕ آسنہٕ کِنس خیالس منٛز آوٗر آسنہٕ کِنی روٗد نہٕ اسد صأبس اُمس ماٗلس مُتلق

پٕژٕژھن باوٕہے سُہ سپُد اَز اُمِس کوٚر ہَنہِ ہنگہِ منگہِ یہِ ایزا دِنِس پیٹھ اندری شرمندٕ ہیوٚ۔ ''یہِ سیوٚن ھَض نمہِ بہٕ واپس بہٕ انہواتھ بیٚیہِ وُشنیر دِتھ۔''

سُہ کھوٚت از پٕژاٚنی پاٚٹھی وبقارٕ تہٕ ٹھہراو سان ہیرٕ۔ مگر کمرس منٛز اژان اژانٕے موکلیوٚ اُمی سُند سورُے جوش تہٕ اطمینان۔ لبن ہنٛز ترٕ زَن تہٕ اُمی ہے پٕژاران اُمِس۔ یہِ ترٕ آیہِ اُمِس چھُکی لاٚیتھ الِنہٕ تہٕ ولنہٕ۔ تمِس لجہِ ترٕ ہنٛزٕ اکھ زٕ دٕنہِ یِم لبہِ ءکرٕاہ بدرنگ تہٕ ہنٛدرِ چھے۔ نبرِ ءکرٕاہ تازگی تہِ وُشنیر چھُ۔ یَتہِ چھِ فقط ترٕ موکل۔ تَس باسیوٚ پنُن پان ترِ ستی ہانومُت مونگہِ شاہ نہِ ٹانٛگکی پاٚٹھی اَکِس کوٚنس منٛز کھڑا۔ اسد صاٚبس تورٕ نہٕ فِکرے زِ تسِندِس لاٚنس کُس وَر چھُ۔ تمِس کیٛاہ چھُ باگہِ آمُت۔ یوہَے ترِ کُنبر تہٕ بےٚ پُرساں آسُن۔ سُہ کمہِ جایہِ سپُد نبرِ مہِ وُشنیرِ نِش الگ۔ یہِ بیوٚن کُمی چیزٕن کوٚڈ سُہ تمِس پیٹھ سپد اکہِ نوِ حقیقژ ہنٛد انکِشاف۔ اَسد صاٚبس آیہِ صاف صاف زٕ پٕزر بژونہہ گَن۔ اکھ نبرِم وو‌سہٕ دٕژوس۔ رنٛگا رنٛگ تہٕ وُشن پَزر۔ ساٚرِے آوٕری۔ اکھ اَکی ہِندِ ستی مشغول تہٕ بیاکھ یہِ اَندرِم پَزر۔ تسندِ کمرُک ہُندریر۔ بےٚ رنٛگی تہٕ رٕہتھ گمُت پَزر۔ دون درمیان روٗٹہٕ گرٕھتھ آو نہٕ اَسد صاٚبس پنُن تھوٕہے اتھِ۔

بٕ اَندرِم پَزر تہٕ بٕ نبرِم پَزر تہٕ یمن دون پَزرن درمیان اَسد صاٚب ٹنٛگہٕ ڈوٚلمُت بٕ ہیوٚ۔ بہٕ کُمی چیزٕن کوٚرِس بنٛد۔ یہِ بنٛد کُمی چیزٕن کرِس۔ اَسد صاٚبن وون بڈٕ ہَٹہِ تہٕ تُلن تیز تیز قدم برس کُن۔

اَمی وِزِ ژٲلیہِ اور موٗنگہٕ شِہنی کوٗر سیوٗن ہیتھ۔ ''رِکھو کوریٛا۔ موٗل ودتیا گرٕ۔'' اَسد صأبن پرٛوٗژھنس بڑوٚنٛہہ بڑوٚنٛہہ پکان۔ ''اَمی شامٕژ لدن ھَض کریوٗنس فِتنہٕ از۔ مطلب جلسس منٛز چھِنہٕ ھَض بنگولہٕ بیٚتر ژ اوان۔ اکھ بنگولہٕ پیوٚس گُرِس نکھٕ۔ اَمی کھیس کھربکھ تہٕ مُتھِن خبر ہٕ کرٕ رضاکار۔ اتھ پتہٕ ھَض ڈٲژھ ہول ہانگے تہٕ گوفساد۔ مأٹِس ھَض چھِ اتھ کھوٚر زٕلتھ۔'' اسد صأبس موٚٹھ مأٹِہے۔ تِمی سوٗزبتہٕ سُتین واپس۔ پوٗرٕ و ہٕندبو ہُسی تہو اُس پٔننی لشکرٕ مُژھمژ تہٕ عظیم فاتح اوس زنانہٕ ہِنٛدِس قصابس تل اُژِتھ رگ شہلاوان۔ اسد صأبن کھوٚج رِکتاب مقدس تہٕ جایہِ نماز پیٹھ ہِتھ کُرن ژٕپر تاں تِلاوتھ۔ اَمہِ پتہٕ نوٗفلس ژور رکاژ پرِتھ زوٗنُن پٔنُن پان لوٚت۔ تِمی کوٚر اکھ اہم تہٕ مُستقِل فأصلہٕ۔ برٕ نبر نیرِتھ یہِ پٔنُن ہٕندربر تہٕ پٔنٕز بے رٕنگی نبرمہِ وُشنیر تہٕ رنٛگا رٕنگی ستی وٕلنی۔ اُزیک حال چھُ مولوٗم۔ کتھٕ حال وَنٛدٕ راژن ہنٛز تیر کنہٕ ظأہری بہانہٕ باسہٕ کڈٕنی اُس مُشکل۔ زُدٕ سنبھالنہٕ باپتھ چھُ بعضے بدٕیرٕ پرہیزی تہٕ علاجٕ۔ اسد صأبس آیہِ اُنٛدری وٕتلن والبن سوالن واریاہ بَر وقت تہٕ مُنأسِب جواب ذہنس منٛز۔ صُبحس کھوٚت اسد صأب بڑٕ اہتمامہٕ سان اَستان۔ از اوس تسنٛزٕ آوازِ منٛز اکھ قرار اکھ نوٚ رکیفیتھ۔ اُچھن منٛز اُس اکھ ڈٕیتھ یژھایہِ ہنٛز باوتھ کرن واجی چمک۔ مُریدو تہٕ خأر خاہو ژیوٗن اِشارٕ۔ اسد صأبن اوس اکوے شرط۔ دَجہِ ڈٕج تہٕ بَس۔

گُر رُوٗد ژُوٗپنجہِ دَوان۔ سُہ مدٕ والنکی موٗنگہٕ شِہنی ساٗرِے حربہٕ گٔے ناکام۔ مگر موٗنگہٕ شِہن ہمت ہاٗرِ نہٕ ہر گز۔ بقول اَسد تِمَس اوس ووٗنی گُری ہِنزِ اٗتھی مَستی ہِتی عشق گُمت۔ جلسہٕ تہٕ رُوٗدی جاری۔ لُوٗکن ہُنٛد جوش اوس وُنہِ تہٕ طیس پیٹھ۔ مگر پانہٕ اسد صاٗبنہِ باپتھ رُوٗز یہٕ اکھ اوٗیز صوٗرت حال۔ تِمَس آو نہٕ تازٕ تازے حاصِل سَپدیمِتِس اتھ وُشنیرس ہِتی ہشرُک کانٛہہ اند شانٛدے لبنہٕ۔ تِمَس باسیوٗ گوڈنکہِ پھِرِ پنہٕ نِسے گرس مَنٛز پٔژن پان ووپُر تہٕ ساٗری گرٕ ینٛز نبر۔ گوٗو زِ نبرس بَرس آو ٹنگ تہِ شیرنہٕ تہٕ اتھ لٔج تارِ بدلہٕ ہانٛکل تہِ۔ مگر تمہِ ژاوِ گرٕ سنیھاٗلتھے سارِے دارِ وَژھٕ یِم اسد صاٗبن ہِتر ہنٛدی کانٛہہ بنٛد آسہٕ کرمٕژ۔

نوس گاٗشس مَنٛز آو سُہ زِنتہٕ ننٛگے چھلنہٕ۔ گرچہ دارِ یلہٕ گرٕشھنہٕ پتہٕ ییٚلہٕ سُہ نبنٛدرِ ووٗتھ تِمَس اوس اکھ اکھ تان ووکان۔ کمال کھاٗلتھ سان پُرٕ اٗمی صحیح نِماز۔ اَستان گُن درایس نہٕ کوٗھی بِسترس گُن واپس پھیرنک آس نہٕ شِہپہٕ۔ سو اٗس کنہِ وُہِتھ گاٗمٕژ قبرٕ ہنٛدی پاٗٹھی کوٗٹھی زمینس دِتھ دُبنگہٕ شوٗنگِتھ۔ سُہ گوو مَنٛز کمرس گُنے زوٗنِ رِہتھ۔ موٗنگہٕ شِہن گُر اوس بستی نکھے کھاہ بیرن گھاسہِ کھیتھ گرٕ ژامُت تہٕ ووٗنی اوس نستہِ رٕکی آواز کٔڑتھ پننہِ یِنک اعلان کران۔ اسد صاٗبن سوٗنچ اَنٛدری یُتھ گُر کیٛاہ کرِ یتھ بگرٕیمتس ٹانگس۔ ٹانٛگ سلامتی چھے اٗتھی مَنٛز زِ سُہ روزِ آنگنہٕ رِکس اَکِس کوٗنس مَنٛز کھڑا۔ گُر ہِنٛدِس مَدٕ وَسنس تہٕ لیہِ یِنَس پژارُون۔ اَسد صاٗبس باسیو پننس کمرس تالو ضوٗرورتہٕ کھوتہٕ ژوٗرتھوٗد۔ تِمی وُچھ بے اختیار پاٗٹھی یلہٕ داربن گُن۔ امہِ ہِتی لٔج اَمِس وارِے ہِتر۔ دوہلہِ سپدی

اَسد صاًبس پیٹھ ژٕرے فرمان ناًزِل:

یَم زالہٕ ژٕراو دوٚنی۔

آنگنہٕ مَنٛز کرُن ٹانگہٕ دفع۔

پُنُن پان پڑنبرناو تہٕ اَستان کھَس۔

مگر اسد صاًبس نہ ژٕجہِ زالہٕ۔ نہٕ دژاو ٹانگہٕ آنگنہٕ مَنٛزٕ تہٕ نہَ کھوٚت سُہ استان۔ سُہ روٗد بیٚیہِ دون پَژ۪ن درمیان ٹنگہٕ ڈلہِ متہِ پرانہِ بڑکی پاًٹھی اِستادٕ۔ گُر روٗد کمال لاتوٗلقی سان ژُھنجہِ دوان تہٕ انتہاًیی پان نیارٕ سان بستی نکھہٕ کھاہ بیرن گاسہٕ کھوان۔



م-ک- رینہ

# تبدیلی

مہِ کاکس ووت برابر اوڈ گنٹہٕ اتھ کاکدٕس وُچھان۔ بُتھِچ رونق أسِس ختم گأمٕژ تہٕ اتھن اوسُس نہٕ جیبے۔ امہِ کاکدُک اکھ اکھ لفظ پۄر تمۍ کم از کم پانژٕ لٹہِ، مگر باسان اوس زِ پرٕی پرٕی تہِ اوسُس نہٕ کینٛہہ سمجھ یِوان۔ تس باسیوٚ کلہِ نژان۔ کاکد پیوٚس اتھہِ منٛزٕ پتھر تہٕ أچھن گوس وُچھان وُچھان انہِ گوٚٹ۔ علی میرن تھوٚو چایہِ ٹرے پتھر تہٕ لوٚگ مہِ کاکس جلدٕ پتہِ ہتی ہوا کرنہِ۔ مگر مہِ کاک اوس نہٕ یورٕ کس عالمس ہتی کینٛہہ۔ عأنکہِ منٛزی تہِ اوس تیسٕژن أچھن ہُنٛد اوٚش صاف یِوان لبنہٕ۔

کاکد کیاہ اوس؟ یہِ اوس چیف صأبنہِ دفترٕ پیٹھٕ آمت تبدیلی ہُنٛد آڈر۔ آڈرس منٛز أسی شُر ہان نفرن ہُنٛد ناو، یم اکہِ جایہِ پیٹھٕ بیٛیس جایہِ تبدیل أسی کرنہٕ آمتی۔ مہِ کاکن یوٚدوے پننہِ زِندگی منٛز تیتھی ہتہٕ بدٕی آڈر أسی وُچھیمتی، مگر أزیُک تسُنٛد آڈر اوس بلکُل بیوٚن۔ أزی کس آڈرس منٛز اوس تسُنٛد ناو تہِ شأمِل تہٕ سہٕ اوسک ورٕمُل تبدیل کوٚرمُت۔ آڈرٕ مُطابق اوس تس

سارۍ وے بڑ وٹھ رلیوے گژھن، امہِ کٔنی اوس صاحبن تس پٔنن چارج سپنٕر
کلارک روشن لالس دِنہٕ خاطرٕ لیٔو کھمٕت۔ مہہِ کاکس أسی اتھ دفترس منٛز وارٕ کارٕ
ووٚنی ستہٕ ترٕ ؤری گأمتی نوکری کران مگر مجال اوسا زِ کانٛہہ کرِ ہے تس تبدیلی کرنٕچ
ہمتھ۔ یہِ ترٕٹھ پیٚیہ أز گوڈٕنچہ لٹہِ۔

مہہِ کاکن دیُت کلس اتھ۔ دفترٕکی باقی مُلأزِم تہِ أسی ہے بنٛگہٕ۔
کأنٛسہِ اوس نہٕ کینٛہہ رٕژ یوان زِ یہِ قصہٕ ہے سپدٕبو تہٕ کٔتھ گٔنی؟ روشن لالن ییٚلہِ
صاحبس ستی اتھ مُتلق کتھ کٔر، تٔمی کوٚرنس کورٕ جواب۔ صاحب اوس پانہٕ تہِ اتھ
کتھِ پیٹھ سخٹھاہ دِل مولوٗل۔ مگر کیٚاہ کرِ ہے؟ نارس دِیہِ ہے نرِ؟ تٔمی وۄن روشن
لالس وبتأرِتھ زِ یہِ فأصلہٕ چھُ ہیٚرِ سپدمُت۔ چیف صابن اوس واضیع حُکم
دِتُمت زِ پرٕتھ کانٛہہ سُہ مُلأزِم گژھہِ تبدیٖل کرنہٕ یُن، یٚیمِس نہٕ پٕتی ممبن پندہَن
ؤرین تبدیلی أس گأمٕژ۔ تہٕ مہہِ کاکن أس نہٕ پوٗرٕ زِندٕگی زانٛہہ تبدیلی
وُچھمٕژ ے۔ مگر توتہِ اوس تس پوٗرٕ ہتھ زِ صاحبن کوٚر نہٕ تِسٔند تبدیلی رُکاونس منٛز
کانٛہہ کوٗشِش۔

برابر ستہٕ ترٕ ؤری بڑ وٚنہہ اوس مہہِ کاک أتھی دفترس منٛز مِستری سٕنٛزٕ
جایہِ لوٚگمُت۔ اَفسرن ستی تھوٚو تٔمی گوڈٕ پیٹھے رٕژھرِتھ تہٕ کأنٛسہِ ہِنٛدِس حوٗکمس
دُتُن نہٕ پھیش۔ کأتیاہ افسر آیہِ تہٕ کأتیاہ گٔیہِ، مگر مہہِ کاک روٗد أتھی دفترس منٛز
ڈٕٹِتھ۔ اتھ مالس منٛز کوٚرتس پرٕتھ کأنٛسہِ افسرن مدد، تِکیازِ پرٕتھ أکِس اوس یہِ
کتھ پوٗرٕ پأٹھی ہتھ زِ مہہِ کاکس ورأے ہیٚکہِ نہٕ سُہ دفتر چلأوِتھ۔ واتان واتان

ووت مہہِ کاک ہیڈ کلارک ہنٛدِس اوہدس پیٹھ تہِ، مگر جایہِ پھیر سپُد نہٕ تَس زانٛہہ۔ ووٗنی روٗدس رِیٹائر گژھنَس مَساہ تژے وٗری زِ یہِ حادِثہٕ سپُد۔

اَز سپز نہٕ دفترس منز کانٛہہ کام۔ سپدہے تہِ کتھ پأٹھی؟ سأری اَسی پریشان۔ مہہِ کاک اوس سارنٕے مأہلس برابر تہٕ مالیٔ سُنٛد دوٗر گژھُن کُس اکھاہ کرِہے برداش؟ مہہِ کاٗنٛزِ حالت وُچھِتھ ووت سارنٕے ہنٛدِس دِلس دداِر۔ آرِ منڈٕل گرِتھ پیٹھی تم سأری تَس أندی أندی۔ اَڈی گرسِن پیٹھ، تہٕ اَڈی میزس پیٹھ۔ یَس نہٕ کٔنٛہی اتھِ توگ، سُہ روٗد ووٕدنی۔ سأری اَسی دم پھٕٹی۔ کانٛسہِ اوس نہٕ کینٛہہ پھیران۔ مہہِ کاک اوس مُدے گنٛڈِتھ پننہِ میزُک سُہ کوٗن وُچھان یتھ بلیز رژھیوٗنت اوس، تہٕ یتھ تٔمی پننہِ گرِ ہیوٗن پَن أنٛتھ تژوٗپ اوس دِتُمت۔

نوکری لگنہٕ پیٹھ وٕنس تاپچ اکھ اکھ کتھ پیٚیہِ مہہِ کاکس یاد۔ سُہ اوس مَساہ پنٛداہ وُہر ییٚلہِ سُہ پننی مالیٔ اَتھس تھپھ گرِتھ خان صأبن گرِ اوس نیوٗمُت۔ مہہِ کاکن، یَس اصلی ناو مہیشر ناتھ اوس، اوس اینٹرس پاس کوٗرمُت، تہٕ یہِ کتھ اَس تس نوکری لاگہٕ ناوُنہٕ خاطرِ کأفی۔ تس آو سُہ سوٗرے سیٖن اَچھن تل، زَن تہٕ کالُک بتہٕ۔



پنٛداہ وٕہرِ مہیشرن ییٚلہِ تازٕ گنٛدی گرِتھ کوٹ پتلوٗن لوگ، سُہ گو پوٗرٕ مہاراز ہیٚو۔ یہِ کوٹ پتلوٗن اوس در اصل تِہنٛدی مالیٔ لالہٕ صأبن پُنٛن پرٛوٗن کوٹ پتلوٗن أندریم نبر گرِتھ رمضانہٕ ہیٚنٛزس اتھِ نوِ سرِ سُونومُت۔ مگر مہیشرِ نہٕ

خاطرٕ اوس یہِ کوٗر نوٚو، تہٕ سُہ اوس نہٕ کُنہِ وڈان۔ صُبحچہٕ اُٹھ آسہٕ بجے مژ۔ لالہٕ صأبُن آلو بۄٗزتھے لٲج مہیشرن ژٕ گاندھی ٹوٗپی کلس تہٕ ووت آنگنس منٛز۔ مأنٛی کٔرنیچوس اتھس تھف تہٕ ہیوٚتکھ خان صأبُن گرٕ کُن قدم دیُن۔

خان صأب اوس رانی مندرٕ روزان۔ مہیشر گوگوتن زِ مُسلمان اُستھ کِتھہٕ پأٹھی چھُ خان صأب مندرس منٛز روزان، مگر مأنٛس پرژھنک جُرتھ سپُدس نہٕ۔ اکھ منٛزلاہ کڈِتھ وأتۍ تم تقریبن نوِ بجہِ خان صأبُن گرٕ۔ گرٕ اوس محلہٕ خانہٕ مگر مندر اوس نہٕ کُنی۔ مہیشرن زون نہٕ وُنہِ تہِ مأنٛس سوال کرُن مُناسِب۔ ٹھسہٕ دروازس نیبرٕ کُنہِ دُبت لالہٕ صأبن تھکھ۔ اندر اُژنہٕ بڈونٹھ ہیچھنو تمۍ مہیشر وارٕ پأٹھی زِ بوٚٹ کتھ چھُ کڈُن تہٕ بُہن کِتھہٕ پأٹھی چھُ۔

اندر اُژِتھے بیٹھو لالہٕ صابن نیچو دیوان خانس منٛز تہٕ پانہٕ ژاو کُٹھس منٛز خان صأبس سلام کرنہِ۔ خان صأب اوس تحصیلدار تہٕ لالہٕ صأب اوس تسنزِ نأیبی پیٹھے تس ستۍ۔ نوکری ہندِس سِلسِلس منٛز یوٚت یوٚت خان صأب گو، توٚت توٚت نیوٚن لالہٕ صأب تہِ ستۍ۔ لالہٕ صأبن اوس پننہِ میٚجنتہٕ ستۍ تُنٛد دِل زیوٗنمت۔ پزر اوس یہِ زِ خان صأب تہِ اوس لالہٕ صأبس سبٹھاہ یزتھ کران تہٕ خاص پٹھُن بوے ہیوٗ زانان۔

لالہٕ صابن کٔر خان صأبس تہٕ بیگم صأبہِ سلام۔ خان صأبس اوس اُکِس اتھس منٛز چایہِ پیالہٕ تہٕ بیٚیہٕ اتھہٕ اوس سُہ کالہٕ کِس انگریزی اخبارس ورق پھیران۔ لالہٕ صأبس وُچھتھے کوٚر تمۍ تس بتھر بیہنک اِشارٕ۔ بیگم صأب اُس

چاپہِ سماوار ہیتھ أ ِکتھ گُن یِہتھ تہٕ اکھ موہٕنیو اوس ژوچہِ وربن تھٲنٛز لاٚ ِگتھ پلیٹس مَنٛز سجاوِتھ تھاوان۔ اَز أس آتھوار تہٕ دفترس أس چھُٹی۔ لالہٕ صأب بیوٚٹھ پتھر۔ یوٚ دوے تمیٚ خان صأبس ہتی گوڈے أس کتھ گرِتھ تھوٚہمٕژ، توتہِ أس تس ونی کیٚبس دِلس دُبہٕ راے۔ خان صأب روٗد چاے چوان۔ لالہٕ صأبس پرٕژھ نہٕ کأنٛسہِ چاپہِ تِکیاز تمن أس پتاہ زِ سُہ چھُنہٕ مسلمان گرِ کھوان چوان۔ اتھ کتھِ پٹھ اوس نہٕ خان صأب تس ناراض کیٚنٛہہ۔ تسٕنٛد ونُن اوس زِ سُہ نفر گو پزی پأٹھی تھوٚ دیُس پنہٕ نِس دینس پٹھ پکہِ۔

مہیشر ییٚلہِ دٔہمہِ جمأژ کھوٚت، تمہِ وقتہٕ اوس خان صأبن لالہٕ صأبس وٗنمُت زِ دٔہمہِ جماعت پاس گرتھے لاگہِ سُہ تس نوکری۔ از أس نہٕ خان صأبس پنہٕ نِس دفترس مَنٛز کانٛہہ جاے خألی۔ مگر لالہٕ صأبس دِژمٕژ زبان گرٕ تمیٚ برابر۔ تمیٚ أس لالہٕ صأبنہِ پنہٕ بڑونٛھُے پنٛنِس دوستس حمید صأبس ہتی کتھ گرٕمژ تہٕ مہیشرنہِ خأطرٕ نوکری ہُنٛد اِنتظام کوٚرمُت۔ حمید صأب اوس آبپأشی محکمُک اکھ بوٚڑ افسر۔

خان صأبن موکلاو چاے چیتھ تہٕ دژاو دیوان خانس مَنٛز۔ مہیشرن گرٕ تس تھوٚد وٕتِھتھ سلام۔ خان صأب بیوٚٹھ تختہٕ پوشس پٹھ تہٕ لالہٕ صأبن پلہٕ نوٗوس نیچوٕ سُنٛد درخاس۔ خان صأبن لیوٚکھ تتھ پٹھ کیٛاہتام تہٕ تھوٚوُن چنٛدس مَنٛز۔ لالہٕ صأبس دوٗپُن دوٗیمہِ دوہہ حمید صأبُن دفتر واتُن۔ حمید صأب زانہِ ہے لالہٕ صأبس ٹھیکھ پأٹھی۔

گرٕ گُن واپس یِوان اوس لالہٕ صأب بڑٕ خوش، مگر مہیشرس اوس

زبردست کینہہ۔ تمیٚ اُسی اُکِس بیٚیس پٔرٕ ژھتھ تمن سارنے سوالن ہنٛدی جواب انگریزبس منٛز یاد کٔرِمتی، یم سوال یمن موقن پیٹھ پٔرٕ ژھنہٕ اُسی یِوان۔ مہیشر اوس سأری جواب پھِری پھِری کران یاد۔ مگر خان صأبن نہٕ وُچھ تسنٛز گانٛدھی ٹوٗپۍ تہٕ نہ تسنٛد نوٚو کوٹ پتلوٗن وارٕ پأٹھی۔ اگر وُچھمُت آسہِ ہن، سُہ پٔرٕ ژھِ ہے نا لالہٕ صأبس یہِ کوٹ پتلون کٔتِس گو تیار؟ مہیشر روٗ دگرٕ واتنس تام دِل موٚلوٗل۔

بیٚیہِ دوٚہہ ووت لالہٕ صأب حمید صأبُن تہٕ کوٚرُن مہیشر تس حوالہٕ۔ حمید صأبن بُلوو پنُن ہیڈ کلأرک تہٕ مہیشرس کُن ہأوِتھ ووٚنُنس، ''یہِ گو لال چنٛدُن لڑکہٕ مہیشر ناتھ۔ یہِ چھُ خان صأبن سوٗزمُت۔ یِتِس کالس کلأرکہٕ سنٛز کانٛہہ جاے نیرِ، تِتِس کالس لگاؤی توٚہۍ مِستری پوسٹس پیٹھ۔'' یہِ وٕنِتھ پلنوو حمید صأبن سُہ درخاس ہیڈ کلأرکس کُن، یُس لالہٕ صأبن خان صأبس دِتمُت اوس۔ ہیڈ کلأرکن ہلوو کلہٕ تہٕ دژاو واپس۔ حمید صأبن دیُت لالہٕ صأبس دِلاسہٕ زِ مہیشر چھُ تس پننہٕ نِس بچس برابر، امہِ کِنی چھنہٕ تس فِکر کرنٕچ کانٛہہ ضروٗرتھ۔ لالہٕ صأبس بیوٚٹھ دِل ڈنجہِ تہٕ حمید صأبس شُکریہ کٔرِتھ دژاو تسنٛدِ کمرٕ منٛزٕ نیبر۔ مہیشر تہٕ دژاو تس پتہٕ پتہٕ۔ لالہٕ صأبن کوٚر نیچو ہیڈ کلأرکس حوالہٕ تہٕ دژاو گرٕ کُن واپس۔

مہیشرس توٚر دفترس منٛز بیٚہان بیٚہانے فِکرِ زِ اتھ ماحول اوس گوٚب۔ تٔرے ژور کلأرک اُسی ڈِفرٕ کٔرِتھ کیاہتام کنہٕ پھُس کران۔ مہیشرس وُچھتھے کٔر تمو ژھوپہٕ تہٕ پیٚٹھی پننہٕ نہِ جایہِ پیٹھ۔ ہیڈ کلأرک تہِ اوس یہِ سورُے وُچھان مگر تمیٚ دِژ نہٕ اتھ کانٛہہ اہمیتھ۔

ہیڈ کلارکس اوس ناو بشیر صاب۔ تمیٚ تاری مہیشرس دفترِکی طور طریقہٕ فِکرِ۔ اکہِ اکہِ نیوٚن سارنےٚ ٹیبلن پیٹھ تہٕ کرنٲوِنس سارنےٚ مُلازِمن سِتیٚ زان۔ امہِ پتہٕ آو مہیشرِنہٕ بیہنہِ جایہِ ہُند اِنتظام کرنہٕ۔ اَکِس کوٗنس منٛز اوس اکھ پژون پھوٹمُت میز۔ سُہ آو دروازس نِشہِ لاگنہٕ۔ کُرسی اَس نہٕ کانٛہہ۔ چپرٲسی اوٗن اکھ سٹوٗل تہٕ تھووُن سُہ میزس پتہٕ کنہِ۔ امہِ پتہٕ بیٚہنووُکھ مہیشر اتھ سٹوٗلس پیٹھ تہٕ کوٗرہَس سارِوے مُبارک۔ مگر مُبارک کرن والین منٛز اوس نہٕ منظوٗر احمد ٹاپیسٹ شامِل کینٛہہ۔ رژِ کھٔنڈی بنوو بشیر صابن آرڈر تہٕ تژووُن صاحبس دسخط باپتھ۔ تیٚتِس کالس آیہِ مہیشرِنس کھاتِس چاے تہٕ پیسٹری انہٕ ناونہٕ، یوسہٕ منظوٗر احمدس ورٲے سارِوے چیٚیہِ۔ گلہٕ میرِنہٕ زور کرنہٕ باوجوٗد تہٕ موٗن نہٕ منظوٗر احمدن چاے چیٚنۍ۔ سُہ باسیوٚکھ تام پیٹھ مہیشرِنہٕ دزان۔ مگر اتھ مامِلس پیٹھ کُر نہٕ کانٛسہِ کانٛہہ کتھ۔

صاحبہٕ سُند دسخط کوٚرمُت آڈر تہٕ چایہِ ہنٛز بل آیہِ یکہٕ وٹہٕ مہیشرس دِنہٕ۔ مہیشرن کُر آرڈر پرنہٕ بژونٛتھ بلہِ نظر۔ رقم اوس جان۔ مہیشرس اوس چندٕ خٲلی مگر گلہٕ میرن دتُس دِلاسہٕ دوٗپنس چایہِ وٲلِس چھےٚ آسان ربتہٕ پتہٕ پٲنٛسہِ دِنۍ۔ تیٚتِس کالس آسی ژےٚ وارٕ کارٕ تنخاہ تہٕ توٗرمُت۔ مہیشرس کھوٚژ وٲنٛجِ بوٚتھ تہٕ ہیوٚتُن آرڈر پھرُن۔

آڈر اوس ژھوٚٹ تہٕ صاف۔ مہیشرِنہٕ عقلہِ اَس نہٕ اتھ منٛز کُنہِ قسمٕچ کمی۔ اَزی کہِ دوہہٕ پیٹھے اوس مہیشر ناتھ کول اتھ دفترس منٛز بحثیتہٕ مِستری نوکری

آمُت لاگنہٕ۔ یِہ دوٚے مِستری ناو مہیشرس پسند اوس نہٕ، مگر صاحبن اُس گوڈٕے یہِ کتھ صاف کرمٕژ زِ یُتھے کلاٗرک ہِنز جاے نیرِ، تمی وقتہٕ پیِیہ سو جاے تس دِنہٕ۔ ہرگاہ صاحبن اتھ منٛز کینٛہہ وقت لگٕنٛج کتھ تہِ اُس وٕنۍ مٕژ۔ مگر مہیشرس اوس صاحبہٕ ہنٛزِ کتھِ پٹھ پوٚر بروٚسہٕ۔ ویسے تہِ اُس تس شوٗرۍ پٹھٕ کلاٗرکہٕ ہنٛزٕے کاٗم کرٕنۍ۔ ووٚنۍ گو یہِ اُس الگ کتھ زِ دفتری زبانۍ منٛز اوس 'کینٛہہ' لفظ تہِ بڈٕ نیوٚٹھ مانے تھوان۔

آڈر پرنہٕ پتہٕ دِژ مہیشر ناتھن اوٚر یوٚر نظر۔ ساٗری اُسۍ پننہٕ نِس پننہٕ نِس کارس ہتی آورۍ۔ اُتھی اثناہس منٛز کوٚر بشیر صاٗبن تس آلو۔ مہیشر گو تس نِشہِ تہٕ تمۍ دِژٕس اکھ فائل پرنہٕ خاطرٕ۔ مہیشر ناتھ روٗد بوولہٕ ہیوٚ تس وُچھان۔ تس آو نہٕ کینٛہہ سمجھ زِ فائل پرٕتھ کیاہ چھُ کرُن۔ بشیر صاٗبن سمجھوو وارٕ پاٗٹھۍ "کانٛہہ کیس سمجھنہٕ خاطرٕ چھِ تمہِ کیسچ فائل آسان ضروٗری پرٕنۍ۔ تمہِ پتہٕ چھِ آسان تمکۍ خاص خاص پوٚائنٹ نوٹ کرٕنۍ۔ تہٕ اگر اتھ کیسس مُتلِق کانٛہہ چِٹھۍ آسہِ آمٕژ، تتھ جواب دِنہٕ خاطرٕ چھُ یِمے پوٚائنٹ وُچھِتھ آسان جوابک ڈرافٹ لیکھُن......" مہیشر ناتھ اوس سوٗرٕے بوزان مگر پلہِ اوسُس نہٕ پیوان کینٛہہ۔ سُہ روٗد امہِ دوہہ اتھۍ رہیٚ سارِنے وُچھان۔

دوٚیمہِ دوہہ توٚر مہیشرِ ناتھس فِکری زِ منظوٗر احمد کتھ پٹھ اوس دزان۔ تمۍ اُس در اصل اتھ جایہِ پٹھ پٹُن بوٚے لگاونچ ووٚمید تھوٚمٕژ، مگر تسُند کانٛہہ قدم تلنہٕ برٕ وٕنھے پو مہیشر ناتھ وأتِتھ۔ منظوٗر احمدٕنۍ ووٚمید گیِہ چھلہٕ تہٕ پھلہٕ۔

منظوٗر احمدٕنی یہِ کتھ ننیے یہِ مہیشر ناتھس غلہٕ میرس نِشہِ۔ غُلہٕ میر اوس امہِ دفترُک چپراٗسی تہٕ سُہ اوس پزِتھ کاٗنسہِ ہنٛز کتھِ ہُنٛد رازدار۔ پزر اوس یہِ زِ سُہ اوس دفترچو کتھو علاوٕ تہٕ واریاہَس واٗقِف۔ صاٗحبہٕ سنٛز لوکچہِ ساٗج کتہِ کوٗرکھ خانٛدر تہٕ بٔشیر صاٗبس کیاہ کیاہ ووت نچوٗ سنٛزِ نِشانہِ پیٹھ، سلام پیر کیاژِ کوٗر ماٗلی جاپدادِ نِشہِ بے دخل تہٕ ہیرِ بان کتھ پیٹھ دژاو گرِ بیوٗن، امہِ سارچے خبر اُس غُلہٕ میرس پوٗرٕ پوٗر۔ دفترُک بوٚڈ افسر اٗسی تن یا لوٗکٹ مُلاٗزِم، غُلہٕ میر اوس کُنہِ نتہٕ کُنہِ بڑ دوہہٕ اکہِ ہیتہٕ پزِتھ کاٗنسہِ ہُنٛد گرٕ واتان تہٕ پنُن پان تہنٛد ٹوٹھ بناوان۔ امہِ کنٛی اوس تس پزِتھ گرُک سوٗن ووٗگُن تہِ پےٚ لگان۔ مگر غُلہٕ میرس اوس اکھ وصف تہِ۔ سُہ اوس پزِتھ اٗکی سنٛدِس دٲدِس دگہِ منٛز شریک سَپدان تہٕ حاجتہٕ وقتہٕ پزِتھ اٗکس اکار بکار یِوان۔

مہیشر ناتھس پیوٚ نہٕ زیادٕ کالس پزاُرُن کینٛہہ۔ دوٕیی وٕہری بنیوو سُہ جونیئر کلاٗرک۔ پزاٗنی جاے بدلے یہِ۔ نٔوِ جایہِ آو نوٚو میز تہٕ نٔو کُرسی لاگنہٕ۔ مہیشر ناتھس بڑیوٚ مرتبہٕ۔ حالانٛکہِ امہِ وِزِ پوٚت صاٗحبس سان دفترکین سارنٕے مُلاٗزِمن ہُنٛد خاٗطرٕ بتہٕ ڈنٛگک اِنتظام تہِ کرُن۔ امہِ پتہٕ روٗد نہٕ کانٛہہ شُمارٕے زِ تمی کُر میزتہٕ کُر کُرسیہٕ بدلاوٕ۔

اٗخرس ووت وارٕ کارٕ سُہ وق ییلہِ مہیشر ناتھ پانہٕ ہیڈ کلاٗرک سنٛز کُرسی پیٹھ بیوٗٹھ۔ امہِ دوہہ اوس نہٕ مہیشر ناتھے یوت خوش کینٛہہ، بٔلکہِ اوس دفترُک دفتر خوش۔ پزٕ ژن ہیڈ کلاٗرک زِنٛدٕ لال اوس رِیٹاٸر گوٚمُت تہٕ تسنٛزِ جایہِ یُس نوٚو

نفرِ پتہٕ وول اوس، تٔمۍ اُس پنٕنۍ تبدیٖلی رد کرناوٕمٕژ۔ دپان مہیشر ناتھنۍ پاٹھۍ اوس نہٕ تس پتُن افسر تژ اونہٕ خاطرٕ تیار۔ ژون رتبن جاے خالی روزنہٕ پتہٕ آو مہیشر ناتھ، یُس کلارکن منٛز سارِوٕے کھوتہٕ سینیر اوس، عارضی طور اتھ جایہِ لاگنہٕ۔ اکی وٕہرِ گوٚ سہٕ اُتھی جایہِ مُستقل۔ امہِ پتہٕ بڈٕو مہیشر ناتھس وارے یِژتھ تہٕ وۅنۍ بنیوٚ سہٕ مہیشر ناتھنہِ بدلہٕ مہہِ کاک۔

مُلازِمن ییٚلہِ ییٚلہِ تبدیٖلی اُس گژھان، آڈر اوس تمن مہہِ کاکنہِ اتھے میلان۔ پژتھ وٕرِیہٕ اُسۍ کینٛہہ پژٲنۍ نیران تہٕ نٔوۍ یِوان۔ مگر مہہِ کاکس اوس از تہٕ سہٕ دہہ وارِ پاٹھۍ یاد ییٚلہِ سالِگرٛامس تبدیٖلی گٔیہٕ۔ اتھ قصس گٔیہٕ وۅنۍ اُٹھ وٕرِی مگر تمہِ وقتٕک سین اوس از تہٕ مہہِ کاکس برابر اَچھن تل۔

سالِگرٛامس اوس چپرٲسۍ تہٕ سہٕ اوس مٹنک روزن وول۔ خاص پوٚرمُت نہٕ آسنہٕ کِنۍ اوس نہٕ تس انگن اُشناون منٛز زیادٕ یِژتھ۔ سالِگرٛامس اوس نہٕ بویاہ بیٚیاہ کانٛہہ تہٕ مول اوسُس لوکچارس گذریومُت۔ تِہندۍ کینٛہہ اُشناو اُسۍ پوٚنسہٕ رٔنگی جان، مگر سالِگرٛامس مدد کرنس منٛز ہیوٚت سارِوٕے لوٚب۔ تِمنٛز ماجِ کاکنٛز جگر رٕوز بچار لۆکن ہندۍ پلو دلو سُتھ گزارٕ کران۔ نتیجہ دژاو زِ سالِگرٛام روٚد مِڈل فیل۔ نوکری لگی تھے کرناوتمۍ اَکس بیٛنس زارٕ پارٕ کٔرتھ سرینگر تبدیٖلی، تِکیازِ سہٕ اوس نہٕ یژھان پنہٕ نِس علاقس منٛز روزُن۔ مہہِ کاکنس دفترس منٛز وٲتتھ میوٚل تس سبٹھاہ پانہٕ یار۔ روزنہٕ خاطرٕ اُسس سرکٲرۍ جاے۔ اکھتے کرنووس اتکی اَکی مُلازِمن پنہٕ نِس گامس منٛز اَکس کوٗرِ ستۍ نیٚتھر تہٕ۔

سالگرام اوس بڑٕ خوش۔ مأج تہٕ اَءسس خوش تہٕ زنانہٕ تہٕ۔ سالگرامس ییلہِ نِکہِ زاو، پۆر دفتر ووت تس مُبارکس۔ مہہ کاک اوس بڑونٹھ بڑونٹھ۔ ینہٕ سُہ ہیڈ کلارک بنیو، تنہٕ اَسی تس ساری مُلأزِم پننی سنتان ہوی باسان۔

وقتہٕ تہٕ ساتہٕ مُطابق اَسی سالے گژاءمنس نِکس تھدی گژہدی۔ گۄرۄ چین وۄن زینہٕ وقتہٕ وُچھتھے سالگرامس زِ تسندی دوہہ چھہِ جلدٕے پھیرن وألی۔ سالگرامس تہٕ تسندی گرِکی اَسی نہٕ وبژان کُنہِ۔ مگر یہِ خۄشی رۄز نہٕ زیادٕ کالس کینْہہ۔ سالگرامس گرِکھ واپس مٹن تبدیلی۔ یہِ کتھ بۄزتھے زردبوتس بُتھ۔ تس اوس نہٕ پانس واپس گژھنس منز تیۆت عۄزُر کینْہہ، یۆت کاکنہِ جگرِ اوس۔ سو اَس نہٕ کُنہِ صۄرتس منز واپس گژھنس تیار۔ تس اوس سُہ وق پھیری پھیری پیوان یاد ییلہِ تسندی پننی انگ اَشناو تہٕ سالگرامس نچہ نظرِ وُچھان اَسی۔

سالگرامس تہٕ تسندِ بن گرِکِین یوسہٕ خۄشی نِکہٕ زینہٕ سپز، سو موٕکلییہ۔ حد اوس یہِ زِ تسُند تبدیلی ہُند آرڈر تہٕ اوس بڑٕ دفترٕ تمی دوہہ دژامُت، ییمہِ دوہہ نِکہِ زامُت اوس۔ سالگرامس آسہٕ وۄن باکہٕ یوان۔ تس گو پۆر یقین زِ نِکہٕ آسہٕ ہے مۄلہٕ پٹھ زامُت، مگر گۄرۄ چین وۄن تس زانتھ مانتھ اپز۔ کاکنہِ جگرٕ اَس دبہٕ لۆر ہش پیمٕژ۔ مہہ کاکنہِ کۆشش کرنہٕ باوجۄد تہٕ ہیکہِ نہٕ سالگرامن آڈر رد گژھتھ۔ اَخر پیو تس اکھ ربتھ گژھتھ مٹن نیرُن۔ مگر نیرنہٕ وقتہٕ اَس نہٕ تس کاکنی جگرٕ ستی کینْہہ۔ تمہِ بچارِ وچھ نیرنہٕ بڑونٹھے اَچھ۔ دپان تس گو ہیہہ۔ مہہ کاکس اوس پۆر پأٹھی یاد زِ نیران نیران ییلہِ تمی سالگرامس نالہٕ مۆت کۆر، تمہِ

ہیوٚت ٹوٗنگہِ وُٛن۔ کینٛژھا پڑٲنۍ جاے تڑاونہٕ کٔنہٕ تہٕ کینٛژھا مٲج مرنہٕ کٔنہٕ۔
میہ ِ کاکس تہٕ آونہٕ پانس اوٗش۔

میہ ِ کاکن ییلہٕ نہٕ وارِیاہَس کالس کِلے تھوٚد تُل، یوسُف صٲبن وژ
تس زیٛر۔ میہ ِ کاکس اوس نہٕ وُنہٕ تہٕ حبس برابر۔ مُلازِمو دِتھس دِلاسہٕ، ٹھیک
تِتھے پٲٹھۍ، یِتھہٕ پٲٹھۍ سُہ تبدٕلی گژھن والین دِوان اوس۔ میہ ِ کاکن تڑوو
زیوٚٹھ ووٚش۔ عٲنکھ کوٚرُن دجہِ ستۍ صاف۔ پنہٕ نِس پانس چھنہٕ لوٚڑ ر دِیُن، یہِ
سوٗنچتھ تھوٚو تمۍ تبدٕلی ہُند آرڈر کوٗٹھکس أندرِمس چندس تہٕ ہیٚژن اکھ فائل
پرٕنۍ۔ مگر من اوسُس نہٕ یوٗرِ کُس عالمس ستۍ کینٛہہ۔ باقے مُلازِم گیہِ واپس پنہٕ
پنہٕ جایہِ پیٹھ۔

أکِس دوہَس منٛز لٔج میہ ِ کاکہٕ نبن أنکن أشناون پتاہ زِ تِمس چھِ
تبدٕلی گٲمٕژ۔ مگر آرڈر وُچھنہٕ ورٲے آونہٕ تِمن تہٕ یقین۔ آتھوارِ ڈٕے دوہہ رٕوٗد
تہٕندِس گرس منٛز کٲنٛی آو گو۔ ژیٚرِ شامس آو میہ ِ کاکُن بوٚڈ ہُہر گوکُل ناتھ۔ تہٕندِ
پنہٕ ستۍ بڈٕیہِ میہ ِ کاکس ہمتھ۔ تِکیازِ گوکُل ناتھس اوس اکھ پانس تہٕ کٲنٛی روسوٗخ،
تہٕ بیٛیہِ اوس سُہ پانہٕ نوکری ہٕندِس سِلسِلس منٛز وارِیاہَس کالس ورٕملہِ رٕوٗدمُت۔

میہ ِ کاکُن نیچو شِبن جی تہٕ نوش آشا جی أسۍ یہِ آڈر وُچھِتھ کینٛژھا
خوش تہٕ کینٛژھا ووداٚسۍ۔ خوش امہِ کٔنہٕ زِ پنہٕ نہٕ وبستارِ مُطابِق کرٕہَن وونۍ پنٕن
گرٕ بار، تِکیازِ آشاجی أس نہٕ ہشہِ ہنٛز ووتھ ژٕنڈ تہٕ بیٛہہ ژٕنڈ پسند۔ ووداٚسۍ
امہِ کٔنہٕ زِ گرِچ آمدنی گژھہے سبٹھاہ کم، تِکیازِ ورٕمُل وٕستھ اوس نہٕ ضروٗری زِ

مہہِ کاک دِیہِ ہے گرٕ خرٕچ کیٚت کانٛہہ پوٚنسہٕ۔ شبن جیٖس اوس پٔنُن نصب تنخاہ پینٛس انشورنس تہٕ شُربن ہنٛزٕ پڑایہِ خرٕچ گرٕشھان۔

گوٗکل ناتھن رسوٗخ چلیوو نہٕ کینٛہہ۔ أخرس گیہِ یہِ کتھ سیٚکہٕ زِ مہہِ کاکس پییہِ ورٕمُل گرٕشھنے۔ گوٗکل ناتھ نِس ونہٕ نس پیٹھ تھوٚو مہہِ کاکن پانٛژن دوٚہن دفترٕ روخصت۔ گوٗکل ناتھن سوٗنٛچ پنہٕ نہٕ جایہِ زِ مہہِ کاک پییہِ امہِ پھرٛٹہٕ منٛزٕ کڈُن تہٕ امہِ خأطرٕ چھُ ضرٛوری سُہ اکہِ لٹہِ ورٕمُل جکر کرٕناوُن۔ ژٔندروارٕ دوٚہہ نیٚوٗ تِمۍ سُہ پانس سٟتۍ پٔنن گرٕ، یتھ گوڈٕ جایہِ بدلی سٟتۍ تس کینٛہہ سکوٗن میلہِ۔ امہِ پتہٕ روٗد گوٗکل ناتھ واریاہس کالس تس تبدیٖلی مُتلق درس دِوان تہٕ پٔنن تجرُبہ ونان۔ مہہِ کاکس ہیٚژن وارٕ وارٕ دگ کم گرٕشھنۍ۔ امہِ پتہٕ دیُت گوٗکل ناتھن تس صلاح زِ سام ہینہٕ خأطرٕ یمو ورٕمُل چکراہ گرِتھ۔ مہہِ کاک گوٚو برٕ ساہنے تیار۔

بوٚموارٕ دوٚہہ وٗتھۍ تِم دوشوٕے ورٕمُل تہٕ گٔیہِ گوٗکل ناتھ نِس أکِس یارٕ سُنٛد گرٕ۔ أمِس اوس ناو کأشی ناتھ۔ کأشی ناتھ اوس تٔتھۍ دفترس منٛز نوکری کران یوٚت مہہِ کاک سوٗزمُت اوسکھ۔ شامس بٔاگی دژایہِ سٲری بازرس چکراہ کرنہِ۔ گوٗکل ناتھ اوس کُنہٕ طرٟیقہٕ یژھان مہہِ کاکنہِ دِلہٕ منٛزٕ سُہ وسواس کڈُن، یُس اِنسانس کُنہٕ نوِ جایہِ گژھنہٕ بڑونٛٹھ آسان چھُ۔ یوٚدوٕے مہہِ کاکس کُنہٕ سٟتۍ تہٕ اوس نہٕ دِل لگان، مگر تِمۍ گرٕ نہٕ کُنہٕ کتھِ مزاحمتھ۔

بییہِ دوٚہہ نیٚوٗ کأشی ناتھن مہہِ کاک پٔنن دفتر۔ اتہِ اُس سارِنے مُلازِمن تسنٛزٕ تبدیٖلی ہنٛزٕ گوڈے خبر، تِکیاز زِ آرڈر اوس اوٚت تہٕ وٚوتمت۔ مہہِ کاکس

کرِنوُکھ سارنے ۂتی تعارُف۔ مُلاٗزمن منٛز اٰسی ژ نفر تم تہٕ، یم مہہ کاکس گوڈے زانان اٰسی۔ تمو اٰس بڑوٹھ تس ۂتی کاٗم کرٕمژ۔ مہہ کاکس وُچھتھ گیہ تم سبٹھاہ خوش۔ مہہ کاکس تہٕ گیہ تمن وُچھتھ خوشی، مگر تیژ نہٕ کیٛنٛہہ یژتس صاحب وُچھتھ گیہ۔ صاحبس اوس ناو جلال صاٗب تہٕ تمیٚ اٰس پننی نوکری مہہ کاکنہِ دفترٕ پیٹھے شورُو کرٕمژ۔ جلال صاٗب وۄتھ مہہ کاکس وُچھتھے پننہِ کرسی پیٹھ تھٕ دِ تہٕ کرن تس ۂتی ڈٔسی بۄسی۔ مہہ کاکس آیہ نہٕ پژھ زِ جلال صاٗبس چھس بہ وُنہِ تہٕ پۄرٕ پاٗٹھی یاد۔

یتھ دفترس منٛز اٰس اکھ نۆکتھ تہٕ۔ لتہٕ یکس ہیڈ کلاٗرکس اوس صاحبس ۂتی اکھ الگ کیبن ییٚتہٕ جان فرنیچرس علاوٕ ٹیلیفون تہٕ اوس۔ یتھ قصہٕ اوس نہٕ مہہ کاکن ییٚنہِ کُنہِ جایہِ وُچھمت۔ وونی ہیوٚتُن پژی پاٗٹھی تس اور ییٚنہٕ خاطرٕ دِل برمُن۔

شامس لۆگ کاٗشی ناتھنہِ گرِ درباراہ۔ دفترٕکی مُلاٗزِم تہٕ آیہ۔ مہہ کاکس ۂتی لۆگ تمو سارِوے دوستانہٕ۔ تَس باسیوٚ وونی زِ نۆ جاے چھنہٕ ناکارٕ کیٛنٛہہ ئلکہِ چھِ پرٛانہِ جایہِ کھوتہٕ ہتھ درجہٕ بیٛہتر۔ اٰکی کلاٗرکن کۆر تَس تہٕ گوکل ناتھس پننہٕ گرِ سال تہٕ۔

کاٗشی ناتھن دیُت نہٕ بڑسوارٕ دوہہ تہٕ مہہ کاکس تہٕ گوکل ناتھس واپس گژھنہٕ۔ جلال صاٗبن یتھے بوٗز زِ مہہ کاک چھنہٕ وُنہِ گرٕ گومت، تمیٚ بُلووُسہ پننہٕ نِس دفترس منٛز۔ پژون ہیڈ کلاٗرک اوس یژھان جلد از جلد نیرُن۔ امہ یکنی کر جلال صاٗبن مہہ کاکس گزاٗرِش زِ سُہ گژھِ جلدٕ ے ڈوٗٹی پیٹھ حاضر سپدُن۔

جلال صابن بُلاو اکھُتے اکھ میٹنگ تہٕ، یتھ منٛز کینٛہن ضرۆری کیسن آیہ سام ہیٚنہٕ، تہٕ مہہ کاٗشن مشورٕ آو حاصِل کرنہٕ۔ مہہٕ کاکس باسوٚ امہٕ پتہٕ سُہ پۆرٕ پاٹھی پنُن دفتر۔ نیران نیران دیُت جلال صابن تس پنُن نوٚو پارکر قلم، یُس تٕہندِ مُطابق سبٹھاہ پھرۆژ اوس، تہٕ ییٚمہٕ ستی مہہٕ کاک اوٚت واٗتتھ کاٗم کرِ ہے۔ مہہٕ کاکس آو دفترس ستی ستی پارکر قلم تہٕ بڈٕ پسند۔

یُس ہیڈ کلاٗرکہٕ سنٛزٕ جایہٕ مہہٕ کاکس یُس اوس، تس اوس ناو گاشہٕ لال۔ تَس اٚسکھ اننت ناگ تبدیلی گرمژ۔ تس اوس شیٚیہٕ وٕہرٕ پنہٕ نِس علاقس واپس گژھن مگر توتہٕ اوس تس امہٕ دفترُک پھیرن۔ تمیٚ ہاٚو مہہٕ کاکس پننی روزنچ سرکاٗری جاے۔ اٚتھی جایہٕ اوس مہہٕ کاکس اوٚت یتھ روزُن۔ جاے اُس جان بڈٕ تہٕ صاف سُتھرٕ۔ خاص گرِتھ اوس نلکہٕ چوکس منٛزٕ ے، تہٕ یہٕ کتھ آیہ مہہ کاکس بڈٕ پسند۔ تٕہنزِ زنانہٕ اوس وندِ راٚژن منٛز نیبر مہٕ نلکہٕ پیٚٹھٕ پوٚنی اٚنن سخ کرٛۆٹھ گژھان۔ گاشہٕ لالن اُسی پننی شُری باٚژ تہٕ لگ بگ پنُن سورُے ضرۆری سامانہٕ گوڈے گرِ سۆزمُت۔ مسلہٕ اوس وونی صِرف تمہٕ ڈۆنی لگرٕ ہنٛدِ فرنیچرُک، یُس تمیٚ یمن اٚٹھن ۆرین لتہٕ بنومُت اوس۔ تخت پوشہٕ علاوٕ اُسی زٕ ڈبل بیڈ تہٕ اکھ الماٗری۔ یہٕ سامانہٕ تھونس اُس نہٕ گاشہٕ لالس گرِ جاے۔ مگر مہہٕ کاکنہٕ اوٚت یِنہٕ ستی گو تٕہنٛد مسلہٕ حل۔ مہہٕ کاکس آو فرنیچر بیڈ پسند۔ اے وقتہٕ سپُد سوداتہٕ ییٚمے پونٛسہٕ مہہٕ کاکس پرٕ پیٚیہٕ، تم دِتی باسکر ناتھن وۆزم۔ اکھُتے آو یہٕ فرنیچر مہہٕ کاکنہٕ منشاہ مُطابق نوِ آیہ لگاونہٕ۔

گرٕ واپس یِنہٕ برٛونٹھ کرٕ نوو گوٗکل ناتھن تہٕ شام لالن مہہِ کاک دیٖوی بل تہِ چکراہ۔ مہہِ کاکس آو اتہِ منس بڈٕ سکوٗن۔ پنہٕ نِس پانس ستیٖ کوٗرُن اسناہ۔ سوٗنچُن، وُچھ کتھ رٕژِ جایہِ تہٕ کمن رٕتہن اِنسانن اوٗسُس یہٕ دکہٕ دِوان۔

ییٚلہِ مہہِ کاک واپس گرٕ کھوٚت، تس اوس من شانت۔ زنانہٕ تہِ وٕنن ساآرٕے دلیٖل۔ سو گیہِ یہِ بوٗزِتھ سبٹھاہ خوش زِ مہہکاک اوس ووٗنی ورٕمُل گرٕھنٛس پوٗرٕ پاٗٹھی تیار۔ مگر امہِ علاوٕ اُسی تِسٕندِس ذٕش گرٕھنٛس بییہِ زِ وجہہ۔ اکھ یہِ زِ مہہِ کاکنِس آمادٕ گرٕھنٛس منٛز اوس تِسٕندِس بأے سُند سبٹھاہ اتھ، ییٚمہِ کِنی مہہِ کاکنہِ نظرِ منٛز باسکر ناتھن مرتبہٕ کأفی بڈٕیو۔ بییہِ یہِ زِ شبن چھیس تہٕ آشا جی ترِہے فِکرِ، کأنسہِ زٕیٹھ سِندِ ستیٖ کأژاہ شوٗب چھِ گرس آسان۔ تَس اُسی نہٕ کتھِ کتھِ پیٹھ آشاجی ہنٛزنٛس تالہِ پیٹھ کھارٕنی ووٗنی پسند۔

بٹہٕ وارِ دوہہ صُبہس گو وارٕ کارٕ مہہِ کاک پنٕنِ دفتر۔ رِلیو گرٕھنہٕ خأطرٕ اوس امہِ دوہہ باہہ بجے تاہٕ ساتھ۔ دفتر نیرنہٕ برٛونٹھ گرٕی مہہِ کاکن پنٕنی زنانہٕ، باسکرناتھ، نیٚچو وتہٕ نوش کیٚنہہ ضروٗری سامانہٕ ہیتھ، یتھ منٛز مسنٛد، سٹوٗ، کھینہٕ چینہٕکی ضروٗری بانہٕ بیترِ شأمِل اُسی، ورٕمُل روانہٕ۔ اَز اوس نٔوِس گرس اژنٛس تہٕ نوٚو چۆلہِ زالنٛس تہِ باہہ بجے تاہٕ ساتھ۔ فأصلہٕ سپُد زِ مہہِ کاک واتہِ رِلیو گرٕھنہٕ پتہٕ سیوٗدٕے ورٕمُل۔

دفتر وأتِتھ بُلو و مہہِ کاکن روشن لال تہٕ پرٕژھنٛس صأحبس مُتلق۔ تمۍ ووٚنُس زِ صاحب چھُ ژیٖری یِنہٕ وول، تِکیاز سُہ چھُ میٹنگ منٛز گوٚمت۔ مہہِ کاک

گۆو یہِ بۆزِتھ پریشان۔ خبر صاحب واتیاہ باہہ بجے تانٛی واپس؟ توتہٕ زون نہٕ
مہہِ کاکن وق زایہِ کرُن مُناسِب۔ تمۍ ہیۆت پٹن ہینڈنِگ اور نوٹ بناوُن۔ از
اوس نہٕ تس اتہ دفترس منٛز بلکلٕے دِل لگان۔ باقٕین مُلازمبن ؤنۍ نہٕ تمۍ پٹنٛی ورمُل
گرٛہنچ شیٚچھ کیٛنہہ۔ باہ بجے تاہٕے جان ساتھ آسنچ کتھ ؤنۍ تمۍ لوتہٕ پاٹھی روشن
لالس، مگر سُہ کیٛاہ کرِ ہے؟ صاحب ہٕندِ یِنہٕ ورٲے ما ہیکہِ کٕنٛہی سپدِتھ؟ توتہٕ
تھوٚو تمۍ تیتیس کالس مہہِ کاکُن رِلیوِنگ آرڈر بناوِتھ۔

صاحب آو برابر دۆنہِ باہ بجے۔ مہہِ کاک اوس رِلیو گرٛہنہٕ خاطرٕ
بیتاب۔ باقٕے سارۍ مُلازِم اُسۍ دِل مولۆل۔ تِم اُسۍ نہٕ تس برٛونٛہہ کُن بیہرانٕے
ییٚنس۔ تہنٛدِ مُطابِق اوس مہہِ کاک بُتھ ترٛگرٕتھ نیرٕنچ جلدی ہاوان، مگر ژکہِ
آسہِ ہے سُہ اَندرٕی اَندرٕی ژٕندرگام ووتمت۔

مہہِ کاک ژاو نہٕ پانہٕ صاحبس نِشہِ کیٛنہہ۔ تس اوس ووٚنۍ صاحبہٕ سُنٛد بُتھ
تہٕ کھران۔ مہہِ کاکٕنہِ مُطابِق اگر صاحبن یوٚژھمت آسہِ ہے، تسنٛز تبدیلی رُکاوِنۍ
اوس نہٕ کیٛنہہ مُشکِل۔ اگر یہِ اُس ووٚنۍ پژٲنۍ کتھ۔ مہہِ کاک اوس نہٕ اتھ دفترس
منٛز مزید اکھ دوہہ تہٕ یژھان روزُن۔ سُہ اوس امہِ دفترٕ منٛزٕ جلد کھوتہٕ جلد نیرُن
تہٕ ورِمُل گرٛہنس بیتاب۔ تس اوس نہٕ یہِ دفتر ووٚنۍ نوِ دفترُک پہہ تہٕ باسان۔

مہہِ کاکن کوٚر روشن لالس آلو تہٕ کوٚرنس پٹن ہینڈنگ آرڈر نوٹ
حوالہٕ۔ اتھ نوٹس اوس تمۍ جلال صابنہِ پھرٛۆژ پارکر قلمہٕ ستۍ دسخط کوٚرمت۔
روشن لالن تہٕ کوٚر اتھ پٹن دسخط تہٕ ژاو صاحبس نِشہِ۔ مہہِ کاکُن رلیونگ آڈر تہٕ

نیٚوٗن ستی۔ اندر گییہ کیاہتام کتھ کتھ۔ شاید اوس روشن لال صاجس باہ بجنہٕ بڑوٚنٹھے رلیوِنگ آرڈرس دستخط کرنہٕ خاطرٕ اسرار کران۔ امہٕ پتہٕ بوٗز مہہ کاکن وارٕ، صاحب تہٕ روشن لال اَسی اکھ اَکس وژھہِ وأنجہٕ مُبارک کران۔ مہہِ کاکس آو پوٗر پأٹھی سمج زِ صاحب تہٕ روشن لال اَسی دوشوے تِسنٛدِس نیرنس خوش۔ مگر مہہِ کاکس تہٕ اَسی نہٕ کم خوشی کینٛہہ، تِکیازِ اندازٕ مُطابِق سپُد اَندرٕ باہ بجے بڑوٚنٹھے کاکدس دستخط۔

کینٛہہ کالہٕ پتہٕ دژاو روشن لال صاجبہٕ ہنٛدِ کمرٕ منٛز نبر۔ مہہِ کاکُن ہینڈنگ آرڈر نوٹ اوُسس کھووٕرِ اتھس منٛز۔ ژھنہِ اتھ کوٚڈ تِمی چنٛدٕ منٛزٕ بیاکھ کاکد تہٕ تژ وُون مہہِ کاکس بڑوٚنٹھ کنہٕ۔ مہہِ کاکس پھولے یہ بوٚکہٕ۔ باہ بجنس اَسی وُنہِ تہِ زِ منٹ باقٕی۔ روشن لالن روٚٹ مہہِ کاکُن اتھ زورٕ تہٕ کوٚرنس مُبارک۔ تس وُچھتھ آیہ باقے مُلأزِم تہِ بڑوٚنٹھ کُن تہٕ کوٚرہَس مُبارک، تِکیازِ باہ بجے بڑوٚنٹھے رلیو گژھنٕچ کتھ اَسی نہٕ تِمن نِشہِ تہِ ژوٗرِ کینٛہہ روٗزمژ۔ مہہِ کاک اوس نہٕ کأنٛسہِ ہُنٛد کینٛہہ بوٗزان۔ سُہ اوس نصب ورٕمُل ووتمُت۔

مہہِ کاکن لوٚگ عأنکھ۔ خوش گژھتھ مژروو تِمی روشن لالُن کاکد تہٕ ہیوٚتُن پرُن۔ کاکد پرِتھے گوٚتس ہیرٕم شاہ ہیوٚر تہٕ بُنم شاہ بوٚن۔ دم پھٹٕی گژھتھ روٗد سُہ گرا اتھ کاکدس وُچھان تہٕ گرا جلال صأبنس پھٹر وٗژ پارکر قلمس۔

صاحبن اوس زبردست رسوٗخ لٲگِتھ مہہِ کاکُن تبدیلی ہُنٛد آڈر رد کرنوومُت۔

☆☆☆

# بلا عنوان

نذیر جہانگیر

''تیلہِ کوٚت گو؟'' پریشأنی منٛز أسی اَکھ أکِس پرٛژھان۔

''آسہِ کتہِ؟''۔ تمہ أسی زَن ہلکأری گأمتۍ۔

''فرشتس نِش کیٚاہ تأجُب...... اسمان ما کھوٚت!'' پٔزی أس تِمن وُنہٕ

وٕژھمٕژ۔ ''اسمان گُس واتہِ!''

ووٚش ترٛأوِتھ وونُکھ۔ ''وارے، وُپھ آسہِ ہے!''

ہُپأری اوسِ سُہ دوٗر أکِس وَنس منٛز تھدبن پلنن منٛز باگ ژوٗرِ

روٗزِتھ۔ بے چارٕ ترٛہریوٚمُت۔ جایہِ جایہِ اوٚسُس بدنس رَتھ پرٛیڈان۔ وورِیا

ننگے۔ پَنہٕ برگن ہنٛز پھِسرارے تہِ أس تَس خوفُک غلبہٕ کران۔ باسان اوٚسُس

زِ روٗٹھَس ما!

وارے! یہِ زِنٛدگی! محض ترٛ تہٕ ژھرٛٹہٕ ژھرٛٹھ! دَگ تہٕ پھٕھ! ویسے

موتُک پھرٛٹھ چھُ زِنٛدگی مقصد دِوان۔ توٚے تہِ اوسِ سُہ خدایَس زارٕ پارٕ

کران۔

کتھ اُس نہٕ کہنی۔ مگر...... اَمی کہنہٕ پتھ وۄتلے یہِ تِتھ کُنہ زِ وونی اوس نہٕ کہنی مگر یہے کتھ۔

ہنگہٕ منگہٕ گیہِ تُہلی زِ یہِ چھُ ملکھ۔

دراُمت تہِ اوس سُہ گرِنۆنس زِ خیال وۄتلیوس۔

''کاش یہِ بہٕ ونہٕ ہاتی بنہِ ہے......! ......'' کئن گیس کربکھ۔ ''ظون گوٚے قبوٗل مگر پننہِ باپتھ نہِ کینہہ...... حأرتہٕ سان دِژن تمن سارِنے طرفن کُن نظر یم افسانن بدِ چھِ کڈی متی مگر سوٗرے اوس تِتھے یِتھ کرٛبکھ گوٚھنہٕ برٛونہہ اوس۔ تس اوس ژی باسان۔

''اَما کُس اوس؟ یہِ کربکھ کیاہ اُس؟'' فِکرِ تورُس نہٕ کینہہ تہٕ پۆک برٛونہہ۔

بازرس منٛز وأتتھ ییلہِ دُکاندارس نۆن ہیوٚتُن تہٕ ترٛووُن چندس اتھ۔ یہِ اوس خألی۔ کھورِ تلہٕ ژٕجس میژ نیرِتھ۔ یوہے گونجل ہیوٚ۔ ژۆر اوسُس نہٕ پھوٚرمُت ئلی کہِ پیوٚس یاد زِ یم پوٚنسہٕ تمی نونس باپتھ تھوٚومتی اُسی تمن چھِن رات کالچنس سِگریٹ اأنی متی۔ مشرف تہِ چھنہٕ اِنسانس باضے کُنہِ لایق تھوان۔ سُہ اوس وونی ئلی پنہٕ نِبن چندن دوٚنژھ دِوان۔ یِتھ دُکاندار ووٚتھِ پیہِ تہٕ پرٛژھبس زِ حضرت کیاہ حض دلیل؟ دُکاندارَن کوٚرتی یہِ اَمی سُند مُدعا اوس۔

''کیاہ حض دلیل؟'' دُکاندارن پرٛژھنس۔

''خبر حض کوٚت گیہِ!''

''کیاہ پوٗنسہٕ راٛویا؟''

''فِکری چھُم نہٕ تران!'' عقل اَس مکرُک بَر پوٗر مُظاہرٕ کران۔

''کینٛہہ پرواے چھُنہٕ پگاہ ترٛاوِو'' دُکاندارس اوس مولوی صاٖبُن سُہ وعظ یاد پیوٚمُت یُس تَمی پَتِمہِ جمعہ بوٗزمُت اوس تہٕ مولوی صاٖبن اوس لوٗکن اکھ اَکِس پیٹھ رحم کرنُک باند باند کوٚرمُت۔

دُکاندار ہِندی اَمی دِلاسن اَنی تَس وانٛگ پننہٕ جایہِ۔ اوٗتام اوس سُہ پننہٕ نبن وُستہٕ خانن ببن اژان۔

وانٛجہِ کوٚر قرار مگر نفس ما ژَلِہ پننہٕ ہَن۔ تَمی وٲج ابلیس تام وُکرٕ۔ سُہ روٗد نہٕ پتھ تہٕ باوُن پننہٕ خصلت۔ ''نہٕ حض تہٕ سوٗنچان چھُس اَخرس گیہ کوٚت؟'' یہ اوس محض اپزٕ تکیاِ زِتس اَس پےٚ زِگیہ کوٚت۔

''کینٛہہ پرواے چھُنہٕ پگاہ ترٛاوِو۔'' دُکاندارَن دوہراٛو پننہٕ کتھ مگر امیک ٹون اوس نہٕ گوڈنکی پاٹھی پُر جوش۔ دُکاندارس اَس نتھ ژامرٕ تہٕ سونچان اوس زِ ووٗنی گوٚژھ یہ تھپے ٹُلن۔ بیٚیہِ کُنہِ چیزس گوٚژھ نہٕ ووزمس پیٹھ تھپھ ترٛاوُن۔ ''شامتھ پننہٕ۔ رحمس تہِ چھُنہٕ وار۔'' دُکاندار لوٚگ دماغی چغلہِ کھیٚنہٕ۔

سُہ دراو تہٕ نیران نیران ووٗتھ دُکاندارس کُن ''گرٛھ یمن نُنہٕ کنبن بنٛی نے سونہٕ کنہِ!''

دُکاندار آو پتھرِس لاینہٕ۔ سارے نُنہٕ کنہِ آسہٕ سونہٕ ہِشرٕ بنیمرٕ۔ باقے دُکاندار تہٕ وتہِ پکہٕ وِنی گیہ جمع تہٕ پرژھکھ نُنہٕ وانٛلِس: ''کیاہ ساٛ دلیل؟''

تمٕی ہوو نٹان اُمس کُن اِشارٕ تہٕ اَڈٕ کجہٕ زیوٚ دراس......

''ملکھ ......'' تہٕ گو بے ہوش۔

''ملکھ؟'' لۆکن ژٕج کربکھ نیرِتھ۔ ساَری رٕتی تہٕ ناکارٕ آرزوٗ آکھ ژٕسِتھ۔ یوٚہے چھُ موقہٕ...... پرٕتھ اکھا روٗد سوٗنچان۔

تِمن روٗد نہٕ آب تاب۔ وُتاولی کرٕکھ گرٕکھ۔ گوڈٕ گوٚژھ میوٗنے بوزُن۔ میوٚ۔ نٕے بوزُن۔ میوٗنے بوزُن۔

لۆکہٕ ارساتھا سمیوٗ وتمٕس اُندی اُندی۔ تس روٗز نہٕ قدم کڈنٕس تہٕ وتھ۔ یپاَری وُچھان تپاَری لۆکہٕ ہجوٗم۔ تس گو دم۔ عارکھ ہیوٚتنس دِگنہٕ وَسُن۔ سہٕ اوس ترٕیش منگان۔ زیوٚ اُسس پھٕٹِتھ دزاہو۔ مگر تس سُند اوس نہٕ کانہہ بوزان۔ شور اوس ہُران۔ لۆکھ اُسی تَس زارٕ پارٕ کران تہٕ پننہٕ آرزوٗ باوان۔ ہجوٗم ہیوٚتُن وارٕ وارٕ تنگ گرٕھُن۔ سہٕ آو ژٕبلنہٕ۔ سہٕ باشعر یوٗو۔ سہٕ اوس ووڈی وَدان۔

لۆکھ اُسی تَس دامنَس لمٕی لمٕی منگان۔ رٕیشس تھپھ کرِتھ زارٕ پارٕ کران۔ مانہٕ راونہٕ باپتھ کھورَن اتھٕ لاگان۔ لۆکن اُسی زَن تہٕ ہوش حواس راَوی متی۔ زنانہٕ مرد اُسی ژٕبلہٕ ژٕبلہٕ منٛز اکھ اُکِس مانڈان۔ شرم و حیا اوس لِتھٕ وَنہٕ پیوان۔ رٕنِس اُس نہٕ زنانہٕ ہنٛز پےَ تہٕ ماجہٕ اُس نہٕ کورِ ہنٛز فکر۔ بوے اوس نہٕ بینہٕ سنان۔ پرٕتھ اکھ اوس پنہٕ نِس غرضس پتہٕ۔ بس ''ملکس'' زارٕ پار کران۔ غاَرتھ اوس نہناونہٕ آمُت۔

لمہٕ لم تیزے پۓ۔ ''ملکھ'' آو پتھرِس وِکراونہٕ۔ کستام آو تسُند بُٹن اکھ

اَتھس مَنٛز تہٕ تٔمی وِژ کرِتھ...... ''تبرُک ہا!'' پتہٕ رٗو دنہٕ اِد کاٗنسہِ ہوش ہالے۔ سُہ بے چارٕ نیوٗکھ نیٚتھ۔ ریشس ستی ستی اوسُکھ تس مَس تہِ کوٚڑمُت۔ پلون ترٕ پچہٕ گُرِتھ تبرُک براٗنٛژ نیمٕژ۔ اتھ گرِدابس مَنٛز اَسی لوٗکھ تہِ لہولہان گاٚمتی۔ پلہٕ اَسِکھ ژھینٛیمتی تہٕ پان رتہٕ کھلہِ گاٚمتی۔ کانٛہہ اوس نہٕ کاٗنسہِ پہچاننہٕ یِوان۔ چھوکو کِنہِ اَس سارِنٕے گُنی شکل گاٚمٕژ۔ اتھ ''ہشرس'' مَنٛز اوس ملکھ رٗودمُت۔ توٚے اَسی تم ووٕنی اکھ اَکِس پیٹھ ملکھ آسنٕک شک کران۔ تہٕ یِتھ اکھاہ اوس بیٚیس لِتھہٕ وان تہٕ منگ منگ کران۔

جنٛوٗنکی اَمی عالمن کیٚڈٕ تِمس شخصس باپتھ وَتھ تہٕ سُہ اوس ژلان......!



شمس الدین شمیم

# کوچھ

تمٕس وُرٲے ٲسۍ سٲری پریشان، مگر توتہٕ پہو تس پریشان حال شُربن ہنٛدِس گرٛزٕنس پیٹھ وولہٕ بور ہیوٚ پان شہہ بنٛد گرِتھ کارِ مَنٛز ژانُن تہٕ لُج پانہٕ ہے ستۍ أندرٕ أندرٕ کارِگُن وَننہٕ۔

''وولہٕ بی ژرے مَنٛز چھسے تہٕ ژرے چھہم ستۍ ستۍ نتہٕ تگہِ ہے مےٚ پَنُن وولہٕ بور ہیوٚ پان چانٛبن ٹٲرن تل متھٕ ناوُن۔''

تمہِ کوٚر پانس یو ہے تسلا زِ وٕدُن نِکہٕ دِتھ تمۍ ہٕشرٕ کوچھِ مَنٛز پھمبہ ڈیوٚنگ ہیوٚ دٲرِتھ، تمہِ روٗٹ وٕلی وٕلی سہ تہٕ نِکن گرژھوپہٕ۔

تژیشوے دَرواز بند گرِتھ ژاو تمۍ سُند بوٚڈ ہیوٚ نیچو کارِ مَنٛز تہٕ کرِن سٹارٹ۔ یتھے کار دژایہِ تس زَن ژۄل زۄ نیرِتھ مگر ستۍ پیوس یاد زِ پنہٕ نی کارِ مَنٛز چھس۔

تمہِ روٗٹ نِکہٕ أچھ وَٹان وَٹان وَچھس ستۍ چیرٕ تہٕ کار گئے بزونہہ بزونہہ پکان۔ کینٛہہ کال گژھتھ ییلہِ کارِ أکس جایہِ رُکے یہٕ، تمہِ مُژراوِ أچھ۔

نِکہٕ اوس زَن دون تیٚگیَن مَنٛز کلہٕ تڑاُوِتھ شوٗنگِتھ، تس ژوٗل اُسن نیٖرتھ تہٕ اَتھ پانہٕ ہسے ستِی بیٚیہٕ وَننہٕ۔

''نِکس چھِ یم موٗمہٕ تیتھے ہِنٛز پنٛز کوچھِ باسان ییتھ گٔنز مے یہ کار پنٛز کوچھِ چھےٚ باسان۔''

تَمہِ کوٚر نِکس اَتھس میوٗٹھ تہٕ اَتھی دوران وُڈھ کارِ مَنٛز اَمی سنٛز نوشہٕ تہٕ لوٗکٹ نیچوٗ بون، تِمن پتہٕ پتہٕ وُتھی تہندی ژُشُری تہٕ تَمی سُند بوٚڈ نیچوٗ آو دارِ گُن تہٕ لوٚگ تس وَننہٕ۔

''موجی چاے اَنہٕ یے یوٗرِ!''

''نا چیٚیہٕ ووٗتھی مے چھُ نانِکہٕ کھونہِ مَنٛز، نَرِ چھُم ناٹان، ییتھ ہِنٛز کِتھ ہیکہٕ چاے چٔیِتھ؟''

یہِ بوٗزِتھ دڑاو تَمی سُند بوٚڈ نیچوٗ۔

تَمہِ تڑووو وٗش تہٕ پوٚت نظر دِتھ پھِرِنوٗن نَٹنہِ لد اتھٕ کارِ ہنٛزِ بڑوٗنہمہٕ سیٹہِ ہنٛدِس تلہٕ نیٚامتس ڈبل زیٖن کوٗرس پیٹھ انٛدٕ وَنٛد تہٕ اَتھ کارِ گُن وَننہٕ۔

''وولہٕ بی ژےٚ مَنٛز چھسے تہٕ ژےٚ چھُم پزتھ جایہٕ ستِی ستِی۔''

اَمہِ پتہٕ تڑاوُن کارِ ہنٛزِ سیٹرنگہٕ، میٹرن تہٕ وایپرن گُن اکھ میٹھ نظر، تس زن آس ووٗنی اَمہِ کارِ ہنٛز ماے وارٕ وارٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ گنان تہٕ صرف آس بس کارِ گُن وُچھن یژھان۔

کیٚنٛہہ کال گٔژھِتھ آے اَمی ہنٛدی شُری مُری چاے چٔیِتھ تہٕ کار دڑایہٕ

بڑونہہ گَن، سوٗ ژھ وَتہٕ اُکس جایہِ بڈِس نیچوِس گَن۔

''کارِ چھیا آب برابر؟''

''آ......!''

بڈی نیچوِ دِتس جواب تہٕ کار ہیٚژن تیز تیز چلاوٕنی۔

.اُمی سٟتۍ نوشہِ، لوکُٹ نیچوٕ تہٕ شُری اُسی ژھوپہٕ دَم کرِتھ بیٚون بیٚون خیالن منٛز بُتھِ یِنہٕ والین معاملن تہٕ مُقابلن باپتھ سوٗنچان زِ اَتھی دوران گو کارِ پنکچر ییمہِ سٟتۍ تمہِ کُنی کرٛکھ دِژ۔

''ہے کیٛاہ گوم؟''

''موجی ژٕ کیٛاہ بی منٛدٕ چھاوکھ، زن نہٕ ازتام ییتھ کارِ پنکچرے چھُ گوٗمُت۔'' کار رُکاوان لوٗگس بوٗڈ نیچوٕ وَننہِ۔

''آہَن باپے چھُم مگر اَز کتہِ زٕروٗ اَتھ پنچر گژھُن۔''

یہِ بوٗزِتھ ترٛاو نوشو تہٕ لوکٹ نیچوِ تس کُن عجیب نظرا، مگر کانٛسہِ تور نہٕ کتھِ ہُنٛد مطلب فِکرِ۔

''ہیٚو وۄتھو کڈُو سٹیپنی، ژیر ہا گژھِ۔''

کارِ منٛز بون وَسان وَسان وۄن بڈی بآے لوکٹس بآیس تہٕ ٹائر ژٕلی ژٕلی بدلاوِتھ دژٕ ایہِ کارِ بڑونہہ گَن۔

سفرس دوران اُسی ساری ژھوپہٕ دَم کرِتھ۔ کانٛہہ اوس نہٕ اکھ اَکِس سٟتۍ کتھ کرُن یژھان، اِدٕ نتہٕ ییلہِ ییم اَتھ کارِ منٛز کَن گژھان اُسی، کم اسن

کھنگالہٕ، کتھے کتھ، آشناون ہیڈٕن، تہُند أزٕرُن گنٛزرُن تہٕ شُر بن ہُند چرٕ گیٚش اوس سفرس اکھ برٛنٛز کڈان۔ مگر أزٕیُک سفر اوس ہأبتھ ناکھ، سارِنے بأژن أسی سوال أچھن منٛز مگر ہۆٹ لۆٹ اوسکھ نہٕ کُنہٕ اتھِ یوان۔ صرف اوس تٔسی یوت زنتہٕ سوالُک جواب میوٗلمت۔ توٚے أس منٛزی منٛزی کتھ کران، ییتھ کتھِ نچوٕ یا نوشہِ مجبوٗرن جواب أسی دِوان۔

کارِ منٛز ستَن أٹھن گنٹن ہُند سفر کڈنہٕ پتہٕ وأتی تم بییہ شہرٕکس تتھی ہوٹلس منٛز ییتہٕ تم راتس ٹھہرِتھ صُبحس بڑٕونہہ کُن نیرُن یژھان أسی۔ ہوٹلس منٛز رُکے ییہ کار، تٔمی سُنٛد بوڈ ہیوٗ نچو وۄتھ بون تہٕ اَمہِ پتہٕ باقی بأژ، مگر أز وۄتھی نہٕ شُری تمہِ آیہ کارِ منٛز، ییمہِ آیہ تم بڑٕونہہ کالہِ وَسان أسی تہٕ ہوٹلہٕکس لانس منٛز أسی دۄ دۄ کران۔ از دڑایہِ تم لوتہِ پأٹھی مالبن پتہٕ پتہٕ کونٹرس کُن۔

پانہٕ أس سۄ وُنہِ کارِ منٛزٕے زِ لوکچہِ نوشہِ مۄشرأوس کارِ ہنٛز دأرتہٕ پٔنٛن نیٚنٛدرِ ہۆت نِکہٕ رٔٹِتھ لُجس وَننہٕ۔

''وَسی موجی، کار کرون پارک؟''

سۄ وۄژھس یوٗرٕ۔

''بہٕ ٹھہرتام، زنگہِ چھُم واے آمُت، گرٕن ییم تام کمرٕ جورا یُک، بییہ وَنتم ییمو کریو اچھۆکی درس تورفون زِ مکانس گرٕی زِ صفأیی أسی کیاہ وأتی۔''

''اِد کیاہ۔ نیرنہٕ بڑٕونہہ ہے کۆرُکھ فون۔ پتے ژٕٹ ہَس ناتارتہٕ فون بۆرُکھ ژٕکہِ منٛز۔''

لوکچہِ نوشہِ ہیٚژ ووٚنی کھلہِ پاٚٹھی کتھ کرٕنی۔

''تیلہِ گو جان زِ چوٚکی درٕس چھہِ پےٚ۔''

یہِ وٕنتھ کوٚڈ تِمہِ کارِ منٛزٕ ے پانٛس واشاہیوٚ تہٕ لٔج نوشہِ کُن وننہِ۔

''اَسہِ کیاہ بی پیٚیہِ ووٚنی تتہِ بوٚنی مہِ سیٚچ کرایہِ وٕرِنی کڈٕنی، ووٚنی چھم نا

تُتی روزُن، ہیوٚر بون کھسہٕ نَس گژھم عذاب۔''

''اِد کیاہ پوٚز چھُ، کُرٕ ژٕ ہوٹلس منٛز تھکھ ہیوٚ تہٕ وننکھ پتہٕ پانٕے

دوشوٕنی۔''

یہِ وٕنتھ دژایہِ تٔمی سٕنٛز نوش ہوٹلس کُن تہٕ کینٛہہ کال گژھتھ ژایہِ سو تہٕ

پانہٕ ہوٹلس کُن وارٕ وارٕ۔

ہوٹلہٕ کیٚن دون کمرن منٛز روٗدی تٔمِس وَرأے باقی بأژ صرف لرِ

پھٕرِنی دِوان مگر اکھ اَکِس ستی گرکھ نہٕ کانٛہہ کتھا۔

صُبحس دژاے تِم سُلی کارِ کیتھ منٛزِلس کُن تہٕ یُتھے کار تہنٛدِ مکانہٕ کِس

گیٹس نِش وأژ، یکدم مُژرِوو چوٚکی دَرن گیٹ۔ اَتہِ اُس ٹرک گوٚڈے

وأژمژ۔ کارژایہِ اندر تہٕ ساری وٕتھی لوتہِ پاٚٹھی، صرِف ہیٚوت شُر بوٚ ہنا گنٛڈُن

تہٕ درو گُن۔ پانہٕ وٕژھ سو سارِوٕے پوٚتُس کارِ منٛزٕ تہٕ مکانس کُن تژاٚون ہیٚرِ

بون نظرا، مگر از باسیوٚس نہٕ یہِ پنُن مکانہٕ، یتھ منٛز سو پڑتھ وٕری دون دون

تژِبن تژِبن رٹن روزان اُس۔

''یہِ چھُ بدلے مکانہٕ۔''

سو ؤژھ نرِ گلہِ وان پانہٕ ہے ئتی۔ أتھی منٛز آیہِ تَس بڑوٚنہہ ٲمن ِکرایہِ ؤرِنی تہٕ خاۆر پاٗٹھ پرٛژھنَس مگرتس باسے یہِ از ِکرایہِ ؤرِنی ییہے ئٹری پھِنٛ ہِش، کلہٕ ئتی دیُت نَس جواب تہٕ ہیوٚتُن مکانہٕ چہٕ ہیرِ ٲمن وارِ وارِ کھسُن، مگر بیٚیہِ پھیر واپس تہٕ گیہِ کارِ ٲمن، کارِ ہٕنٛدِس بانٛٹس پھرنووُن اتھ تہٕ پھیرِ بیٚیہِ مکانس ٲمن یُس ازتس کھیٚنہِ یِوان اوس۔ بے دِلی سان ژایہِ سو پنہٕ نِس کمرس منٛز، بیٚیتہٕ تَس پرٛتہٕ ؤری پٮ۪ٹھ باٗژ پانس ئتی ئتی باسان اوسُس، مگر أزی پہٕ لٹہِ باسیوٚ وتس زنتہِ تمٕی سُند باٗژ کمرِ منٛزِ أمی ساتہٕ ؤلی ؤلی نیرتھ کارِ منٛز بیوٗٹھ، تمہِ ترٛوو وۄش تہٕ کمرِ چھن لبن ٲمن تجین أچھ۔ تمہٕ تہِ ہاسے یَس وۄپرے، سو پیٚچ بڑوٚنہہ ٲمن تہٕ أچھ ؤٹتھ ترٛووُن بڈس پٮ۪ٹھ ڈاپھ تہٕ لِگس رأتی راتس میرٛٹری ٲنٛڈی۔

دۄیمہِ دوہ صُبحس ییلہِ تمہِ وُنیندری أچھ مرٛاوِ کنن گوس شُربن ہُنٛد بول بوش، نوشن تہٕ نیچوٚبن ہنٛز کتھ کتھ تہٕ اسن ترٛاے، سو ؤژھ لوتہِ لوتہِ زن کھکھرِ ہش بڈٕ پٮ۪ٹھ تہٕ دارِ کِنی ترٛاوُن نظرا زِ کار کیتہِ چھےٚ، کارأس تِتی یِتیٚتھ کالہٕ أس۔ تمِس باسیوٚ کار چھےٚ زن تٔسی پیاران۔ سوترٛ اپور نوشن نیچوبن نِش، اَتہٕ گاٗس نکی شُری الأنٛدی، نوشہِ نیچوِ ؤتھی تھوٚد تہٕ سو ؤژھ لوکٹس نیچوِس ٲمن۔

"ہیا کارکوتا چھون انٛد ٲمن تھاوِمُت......"

"یہِ...... یہِ ییکیا تھاوون!"

یہِ ؤنِتھ دژاو تمٕی سُنٛد لوکُٹ نیچوٚ تہٕ کار تھاوِن سٹارٹ کٔرِتھ انٛد ٲمن، سُہ کھوٚت واپس تہٕ سو ؤژھ وارِ وارِ اَچھلی بُتھِ، کارِ دِتُن گتھا تہٕ ؤتھن پٮ۪ٹھ اُسن

شیر تھ گیہِ لانس کُن مگر یِتہٕ باسیوٚس ووپر ہیوٚ تہٕ ژٕج کارِ کُن، درواز مُژرأوِتھ ژایہِ کارِ منٛز تہٕ پھرٕ کھ تژووُن، ووٚنی ہیٚتِن ہیرِ بڈِ بڈِ کتھٕ تہٕ اسن کھنٛگالہٕ گرٛژھنۍ تہٕ أتھۍ دوران ؤتھۍ نِکۍ شُری دٔوی تہٕ لگی لانس منٛز دِوٕ دِوٕ کرنہِ۔

تمہِ وِچہِ کارِ منٛز أچھ تہٕ سکوٗنا ہیوٚ بأستھ أمۍ پانس سٟتۍ وننہِ۔

''وولہِ بی ژیٚہ منٛز چھُس تہٕ ژٕے چھِہم پٔنٕز!''

أمِس اوس وُنہٕ وری بٔروٗنہہ خاوند ہنگہٕ تہٕ منگہٕ گُذریومُت، لیس سٟتۍ سو اتھ کارِ منٛز واریاہس کالس ژھالہٕ ماران أس، توٚے تہٕ أمِس یہِ کار ٹاٹھ مگر بدل وِنو ہأبتھ ناک، حالاتو سٟتۍ أس ووٚنی کارِ کُن زیادے پھِن بیر نہٕ آمُت، یہِ ڈٕلۍ زِ تہِ زن تہٕ کارِ جود اوسُس کوٚرمُت۔

کینژٕس کالس کارِ منٛز بیہنہٕ پتہٕ کھٔژ واپس کمرس منٛز تہٕ ہیٚری مَس کُن ظوناہ گرِتھ بیٹھ گُرسی پیٹھ زِ بچہ نوشہِ کھأژس چاے۔

''دٕ پہٕ ہے، یِمن شُربن زن چھُن ووٚنی یِیہِ دِل ہیوٚ تمُت لگُن!''

سو ؤژھ بچہِ نوشہِ کُن۔

''آ...... بلکل!'' بچہ نوشہِ دِتُس جواب۔

''مے کیاہ بی چھُ ہیوٚر کھُسن مُشکل گرٛژھان، یِمو وٕنیوٕ کرایہِ در بایہِ گرٛژھِ بیٚس جایہِ کرڈیر؟''

''آ...... آ...... دون ہفتن تام نیرِ سو۔''

نوشہِ دِتُس جواب۔

''تیٖلہِ گو جان، یِمن ہے وۄنُتھ اتھ کارِ دیاوِنی مِسترِس اتھِ نظرا، یہِ گژھِہم اَرتہِ ذٕ رنظرن تل روزِنی۔''

''اِد کیاہ تہِ چھُ ضروری!''

نوشہِ دِتُس جواب تہٕ ترٛ اپور۔

.کرالہِ ذٕرِنی درٛاہِ اَکُے ہفتہٕ گژھِتھ تہٕ پتہٕ گواتہِ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہ

نوشِن نیچوبن تہٕ شُربن ہُنٛد چرٛی گیٖش بڈان، تمو ہیوٚت وۄنی شامن شامن کارِ

کیتھ چکرس تہِ نیرُن تہٕ تہنٛدِس واپس یِنس تام اُس تس گرِ روٗزِتھ واَنٛج اَڑے

روزان۔

مگر امہِ پتہٕ دوہ ترٛنس تہٕ تتہٕ نس دوران گو تمِس کنٛن زِ نیچوِ چھِم یہِ

کارکُنی یژھان، تمِس راوٕ واَنٛج تہٕ اَناسیرٕ ڈجس، پان باسیوٚس دِلہِ جگرس نِشہِ

زن تہٕ ژھبنہٕ گژھان، جگرٕ گرِتھ ہیوٚتُن منہٕ منٛزی کارِلولہٕ متہٕ لاے کرُن۔

مگر امہِ پتہٕ کیٖنٛہہ دوہ گژھِتھ اکہِ دوہ یِیلہِ تمِس لانٛس منٛز کمن تام

وۄپرٕ مردن تہٕ نیچوبن ہنٛز کتھ کتھِ کنٛن گیہِ، سو درٛلیہِ برٛانڈس پٹھ۔ اتہِ وُچھن

مِسترٕ تارٕ کارِ اَنٛدی اَنٛدی پھرِ پھرِ وُچھان، سو وۄتھ گوڈنچہِ لٹہِ وۄلہٕ بور ہیوٚ

پان ہیتھ تیز تیز ہیرٕ پاوبن تہٕ اَنٛج نیچوبن کُن بدلہٕ بُتھِ وننہٕ۔

''یہِ کہو ذٕلیل۔ یِم مِسترٕ کیاز چھِ کارِ گژھ کران؟''

بوٚڈ ہیوٚ نیچوٕ ووٚتھس کمہِ ہٹہِ۔

''موجی اُسی ہے کرناوِتھ عاش ژٕ مے ہے فِکر، وُچھ بی یتھ شہرس

مَنز ہے چھےٚ سڑکن پیٹھ نوِ نوِ قسمہٕ چہٕ کارٕ پکان، اِدٕ سأری یتھ سانہٕ کارِ ٹُن بدلے نظرِ وُچھان آسان تہٕ حقارتن گونٛڑہِ تلی اُسن تڑاوان تہٕ ......‘‘

وُنہٕ اُس تٔمی ہٕندِس بٔڈس نیچوِس پٔنٛز کتھ پوٗرٕ کرٕنے زِ سوٗ ژھ بے کس ہش گاٗمژ سارِنے ٹُن وننہٕ۔

’’ہَتا ہَتا یہٕ کار مَتا ئِکنٛز تون، یہٕ متا ئِکنٛز تون، فِکر چھو نا تران، ہَتا وُچھوٗ اتھ کارِ چھنا سانہٕ وطنٛک پے پتاہ تہٕ نمبر JK02 چھُس نا لیکھِتھ سانہٕ وطنٛک پےٚ پتاہ تہٕ نمبر بڑٕ ؤنٛژھ ئکنٛز تہٕ تہٕ پٔتٕ ئکنٛز تہٕ۔‘‘

یہٕ بوٗزِتھ لٔج تٔمی ہٕندِ بن نیچوٕبن اَچھ درس تہٕ دوٗرِ بڑانٛدس پیٹھ استادٕ تٔمی ہٕنٛزن نوٗشن لٔج اَشِس دوراے تہٕ اَتھی دوران ژلِہ سو بے وایہٕ کارِ مَنز تہٕ درواژٕ کوٗرنس زورٕ بنٛد۔



# گٔدٕ

**شفیع شوق**

''ٲخر دزاو یہِ اولاد نا فلکٕے! مالٕی سُند زُو بچاوٕ باپتھ چھُس نہٕ ووٕنۍ یِوان پٕۄنسہِ کڈٕنس۔ اَز تہٕ ووت نہٕ جاوید یمن رقم ہیتھ۔ پانٕہ نۓ وار اوٗسس اِدِ بیٚیہٕ گُنہِ طریقہٕ سۄزی ہنکھ۔ کِنہٕ بیٚیہٕ کیٚنٛہہ دٔلیل چھےٚ؟ یۄتاہ تہِ اوس نہٕ سنگدل۔ اکۄٕہم دوہ گوم یمن مارٕ واتلن ہنٛدٕ بن اتھن منٛز...... میانہِ بڈٕ خودایہِ، کرتم سہل! ووٚنۍ چھُم چاٗنی ستھ۔''

پانٛس ستی کتھٕ کران بدلوو سُلہٕ بٹٕن بیٚہنٛگ آےٚ۔ گُنہِ آیہِ اوٗسس نہٕ زخمی بدنٕس قرار یِوان۔ سُہ اوس گُجرۍ دوکہٕ کِس وۄنٛبس نِش وتہٕ وُچھان۔ دۄر دۄر تام اٚسۍ واٚنا کھ بُٕتھۍ تہٕ کھاہ نظرِ گژھان۔ پنہٕ رۄس ڈۄنۍ گُلبن، پھرٕ ستن تہٕ ویٚرن پیٹھ اوس کالہٕ پیۄمُت شین لنٛجہٕ زالٕین پیٹھ اٚتی۔ شینہٕ مُہۍ اٚسۍ ژھٹہِ ستی ہیۄر بون کران تہٕ یوٚسےٚ جاے میلہِ ہکھ تٔتٕنۍ اٚسۍ لٲرِتھ گژھان۔ بُٕتھۍ دامنٕس پیٹھ مکایہِ ڈارن تہٕ داش کھاہَن ہٕنزن بیرن ژھایہِ تہِ اوس شین بالس بون تام سفید رٕکھ ہیۄ۔ دٕچھنِس دٕچھنِس اوس دوہلہِ تاپھ پٕنہِ ستی شین

گوٚلمُت۔ نب اوس اۄبرن بیٚیہِ چورمُت تہٕ آفتاب لوسنہٕ برٛوٚنٹھے اوس شام باسان۔ چلِنے کلان اوس سأری ہے شٕہراوٚنچ تیأری کران۔ گٔڈ تہٕ موٚٹی اۄبرٕ لنگی اَسی خوفناکھ شکلہٕ بنأوِتھ آسمانس منٛز جاے رٹنہٕ باپتھ ٹھولہٕ آمتی۔ صِرف اوس شپنہٕ وُلتھ ہر موکھ بالہٕ تھوٚنگ ڈلہٕ وِنہٕ آفتابہٕ کہِ گاشہٕ ستی پرٛزلان۔ کرٛیہنس عَبس چیرٕ وُن یہِ نوٚن بالہٕ تھونگ وُچھتھ پھچہِ سُلہِ بٹس وارٕے ترٕ۔

سوٗرٕے گوٚنڈ علاقہٕ اوس سیٚنڈِ اپارِ تہٕ یپارِ ہیٚوٕے ماٗنتہٕ نیٚومُت۔ سیٚنڈِ ہنٛزٕ ہوہراے اُس جہنم کہِ ترٛکہِ پیٹھ ووتلان بےٚ باش ہوٚل بارٕو باسان۔

سیٚنڈِ اپارِ شہراَہس پیٹھ دراے زٕ ہتھ مِلٹری کانواے۔ شکتی مانن اشوٗک لیلینڈن ہنٛز زٕ ہتھ کانواے شُرپ گٔنس وَنس زنتہٕ بڑٕ بوٚڈٕے اناکونڈا۔ گاڈین ہُنٛد موٚٹ دٕہ پھسیٚو ویارَبن تہٕ دیودارَن منٛز۔

سیٚنڈِ یپارِ دراے بی ایس ایف پارٹی مشین گن، سناپر، ستین گن تہٕ باقی کرٛیہنٛی ہتھیار ہیتھ، ہیٚربون، ڈٕچھن، کھووُرنظرِ دی دی برٛونٛہہ گن تہٕ کھٔتی بُتھِ سیٚو دنارٕ منٛزی خبر کوٚت۔

”خبر میٚے ما آسن ژھاران۔ کُنہِ نتہٕ کُنہِ دفترس منٛز آسہِ یِی میون پُرسان ووٗتھمُت۔“

سُہ دِیہِ ہے تمِن آلو، مگر سُے ما آسِہَس موت۔ تَس گےٚ سینہٕ منٛزٕ دزاہرٕ کربکھ ہُٹس منٛز روٹہٕ۔

اکھ ہَن دوٕ ہَن منٛز موتہٕ کہِ اُسہِ منٛز کِتہٕ پھِرِ واپس نیرِتھ تہٕ اُس تَس

بڑانتھ زِ پَتُن کُنُے خانہٕ مول جاوید ولتہِ تس بچاونہِ۔ اکہِ ہایڈِ پیٹھٕ اَسس ٹلان تہٕ بیٚیس ہایڈِ منٛز بند تھاوان۔

''سورُے تہِ ہےَ کٔنُن پیٚیس، گٔژتن۔ بیٚیہِ سۄزِ خوداے۔ مےٚ ہے سأری ہے وأنسہِ ژٔھلی، ٹٔلی، ٹٔلی کموو تہٕ کتھ کُبتھ۔ شہرِ گامہٕ ہے زمین ہیٚے ہیٚے تھوۄم، شہرس منٛز ہے یۄتاہ جایداد بنوۄم تہٕ اَزا بہٕ یَتھ شُنٛیہَس منٛز! دپیوٚس نا سأری لٔڑکہٕ ہےَ پننہِ بچاو باپتھ اپورٹ ژٕنگ کرنہِ ترٛی ژٕ تہِ ترتہٕ۔ اِد تَس ژۄل نہٕ زنانہٕ پژاہ۔ وُنہِ تہِ کیاہ ژٕپر گیوو، رٔلی ہن کُنہِ تنظیمہِ ستیٚ! وونی چھس پانَس تہِ زُوس لار۔ خوداے رٔچھنس! تَس گۄژھُم زُوس خأرے آسُن۔ نتہٕ کھیٚن سورُے لُکھ۔ گرِ گرٕ ژھی کاغذات محفوظ آسنٕ۔''

سُلہٕ بَٹ اوس یمن اکۄہَن دوہَن موتٕیٔ دگ اَستھ تہِ پھِری پھِری یِمنے گوتن گژھان۔ سُہ اوس پژاران زِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ معجزٕ سَپدِ۔ مگر کُنی کٔنی وۄتھ نہٕ تسُند پُرسان۔ دپان گوڈنکہِ دوہہٕ اَسکھ تسنٛدِ اغوا گژھنٕچ خبر ریڈیوہَس پیٹھ وُنی مژ۔

سُہ اوس گُجری کوٚٹھ چہِ دارِ نِش سأری ہے بدنَس یکہٕ وٹہٕ ژۄمرأوِتھ کوٗشِش کران زِ کٔڑھن تہٕ پننہِ شہُک وُشنیر گوٚژھ تَس ژھینٛژمتس پھبرن شُکرِس منٛزٕے سۄمبرِتھ روزُن تہٕ دگہِ ہتبَن تانَن ترِ ستیٚ ہکرنہٕ نِشہِ بچاوُن۔ اکۄہَن دوہَن ہُنٛد زٕتھوٗمُت چھوٚت رٮ۪ش تہٕ ہتھے پشہِ وِنی نَس اوس پھیرن نالس منٛز رٔٹتھ۔ وونی اوسُس نہٕ زخمن ہُنٛد پھکھ تہِ کھران۔ مل دار کنہٕ ٹوپہٕ

اوٗسن زخمی گردنہِ بوٗن تام وولمُت۔ اُچھن ہُند اوٗش اوٗسُس نستہِ کِنۍ پھیرِ پھیرِ
وسان تہٕ گُرتنہِ نالس أدراوان۔ تتھ اوٗسُس نہٕ ہوکھناوُنک کانٛہہ پاے لبنہٕ
یِوان۔ صرِف اوس کھوورِ اتھہ ستۍ مٔنزۍ مٔنزۍ جٔیل سیٛنس لارِتھ گمٕژ گُرتنہِ تھوٚد
ٹلان تہٕ سیٛنس اوس وُشنۍ پھوکھ دِوان۔ رتھ بانہِ گوٚمُت دٕچھن ہوٚژ اوٗسُس
ہانٛکلہِ گنٛڈِتھ تہٕ ہانٛکل اُس ڈوکہٕ کِس تھمبَس گنٛڈِتھ تہٕ یتھ شہمار ہیٛؤ بوٚڈ گُلف
ژٕھنِتھ اوس۔ کوٗنژ اُس مکایہِ ڈارس اپارِ بیٛنس ڈوکس منٛز رشید خانس اتھہِ۔

ہاپُتھ ہیٛؤ ریشٕد خان ناو بوٚزِتھے اوس سہ ژٕہران۔ سے اوٗسُس صُبحن
شامن گُلف مٔژراوِتھ ہانٛکلہِ دزٕسہٕ دِتھ پلن ژھایہِ نِوان تہٕ اِدرار کرناوان تہٕ
پتہٕ ینَس پیٹھ اتھہ چھلناوان تہٕ لیکہٕ کٔڈۍ کٔڈۍ تھوکہٕ ترٛاوی ترٛاوی واپس انان
تہٕ ڈوکہٕ کِس تھمبَس ستۍ گنٛڈِتھ تھوان۔ تہِ گرِتھ اوس سُلہٕ بٹس ہیٛؤ ہے ہاپُتھ
نسل رشید گُجر پانس کنُتھ رحمت باسان۔ توتہِ اوس زخمی زنگن واش ہبکان
کٔڈِتھ۔ حاجتھ آسہَس یا نہَ آسہَس، سُہ اوس توٚتام پلن ژھایہِ لمان روزان
یوٚتام نہَ رشید گُجر ہانٛکلہِ ووکھہِ دزٕسہٕ دِیہ ہَس۔

یتھ ڈوکس منٛز سہ گنٛڈِتھ تھووُمُت اوسکھ تمیٛک مأ لک رحمان خان اوس
تمو پانٛژ ولٔڑکو پانٔس ستۍ نیٛؤمُت۔ ہدایتھ اوسُکھ ووتمُت زِ سیٛنڈِ اپارِ گامس منٛز
اوس سُلہٕ بٹس ہیٛؤے بیاکھ ظالم ییمی پیٛتۍمبن ترٛہَن وٕرِیَن سأرۍ ہے علاقس
لوٗٹھ اوس کوٗرمُت۔ تَس تہِ اوس حِساب دِیُن۔ رحمان خانہٕ ہے یوت اوس
کانلس ترٔتھ دری یاو بُٹھس بالہٕ دامنَس پیٹھ ڈوٗنی گُلبن ژھایہِ ۂلس دوٗر دوٗر

آباد گامن پانہٕ ؤنی رلاوِن واجنبن کھری دار وتن ہُند پیٚ۔ تِم اَسی اپاری مس پٔتھس وراۓ ساری ڈور شاہ آبادکی لڑکہٕ۔ رحمان گُجر تہٕ تِم اَس پٔتی مو پانژو دۄہو پیٚٹھ اوٗرکی۔

وزیرا گُجرانہِ اوس اجازتھ تَس صُبحن تہٕ شامن مکایہٕ ژٔوٹ تہٕ دوٗدٕ روٗس ٹیوٗٹھ چاپہِ پیالہٕ دِنک یُتھ سُہ مقصد پوٗرٕ گژھنَس تام زِندٕ روزِ ہے۔ ییٚلہِ نہٕ کانہہ وُچھنَس آسہے، سو اَس تَس گوٗتولہٕ کھنڈ تہٕ سوٗت موٗتھ تہِ پیالس ترٛاوان تہٕ پتہٕ دۄیم پیالہٕ تہِ پھِران۔ تمہِ اوس راأنس نِشہِ بُتھ نبن سارنے کرتوتن ہُند بوٗزمُت زِ سُہ کِتھہٕ پأٹھی اوس لُکہٕ ہنٛزٕ زنانہٕ پھُسروان۔ پٔتی مبن پانژن دوہَن سُلہٕ بٹس ستی راأنس وراۓ روٗزِتھ اَس سو ووٗنی تَس ترٛہِتس نظرن ہُند وُشنیر تہِ بخشان تہٕ بیٚیہٕ گُجری کأشرِس منٛزٕ کتھہٕ زِ ژور تہِ کران۔

"بہٕ مُشراوِنہٕ چوٗن ایحسان زانہہ۔ ژٕ وُچھ بہٕ کیاہ کرٕ چانہِ باپتھ، بَس مےٚ دِ ییٚمہِ قیامتہٕ منٛزٕ یلہٕ گژھنہٕ۔" سُلہٕ بٹن اوٗسُس پٔتی مبن پانژن دوہَن ہتہِ پھِرِ وعدٕ دیتمُت۔ اَز تہِ دیتُنَس۔

"لو، کرٕس گرمی۔ رٹس تام یہِ کانگر بیٚیس منٛزٕ۔"

تمہِ کڈی پنہٕ بیٚیہِ تلہٕ کانگرٕ تہٕ تھاوِن سُلہٕ بٹنہٕ بیٚیہٕ منٛزٕ۔ پھیرِن جنٛدٕ تلی ژھُنَس اتھہٕ تہٕ تُلنَس گرتنہِ دامن تھوٗد۔ تَس لوٗگ تسنٛزِ سرد یڈٕ ستی پٔتن وُشن اتھ۔ وزیرایہِ پھوٗل اُسن۔ سُلہٕ بٹس گےٚ اَڈی جَن ہنٛزٕ دَگ مُشتی تھےٚ۔

سُلہٕ بٹس کانگر بیٚیہٕ تل تھاوِتھ لٔج سو ڈوکس منٛزٕ دون مانٛشن تہٕ

ژھاوجہِ گاسہٕ تڑ اونہِ۔ ماًنشن ہُند وُشنیر اوس سُلہِ بٹس پننہِ گرٕ کہِ حمامہٕ کھوتہٕ زیادٕ خوش کران۔ وٗزیرابہِ ہنٛز شُری تڑ ونگرٕ اَس وُنہِ تہٕ گامہٕ شُربن ہتی گٔندان۔ تمو اوس کوٚبٕ برینس گگوسہٕ تڑ وومُت تہٕ بیپہِ اوسُکھ کری کچہِ لانگ تہٕ۔

"وزیرا! ذوپے رازٕ چ اکھ کتھ ونےٚ۔ مگر شُربن ہنٛز دژے چھے یُتھ نہ کانٛسہِ نِنش نیرتھ ژلی۔" کانگرِ ہُند پھیوٚرس شُٹھے مٕژ وسہٕ تہٕ رٔو دُس نہٕ پانس تام۔ "کیاہ وَن بہٕ وَنس نہٕ کانٛسہٕ۔"

"مےٚ چھے سُدرِ ہنٛدِس أندرٕ استرس تل گوٗژر اکھ ژوٗرٕ۔ مےٚ اوس بڑونٛھے شکھ زِ خبر کیاہ آسہِ وُچھن تہٕ اَسِم بڑونٛھے ژوٗرِ تھاوٕمٕژ۔ مےٚ چھم نہٕ اتھٕ پلان، ہوٚژ چھُھم نا تاوَن زدَو پھُٹر وومُت۔ اگر ژٕ چٔنڈٕ منٛز کڈکھ، کینٛہہ پوٗنسہِ ٹوٗنک کڈٕ امہِ منٛزٕ۔ بکارلگی۔ وولہٕ پکھ۔ ژھن اتھٕ تہٕ تُلُس ٹیب۔"

وزیرا آیہِ تَس نکھہ تہٕ ووٚبٕ کٔنز دِژن اورٕ یورٕ عنبر ٹُن نظر۔ کہٕنٛ تہٕ اوس نہٕ نوٚن۔ "دیر پہن۔ ٹھُہرس۔ خبر رشید خان ما آسبس یوان۔"

یہِ وٗنتھ دژلیہِ سو سُلہِ بٹس ہکریمتس بُتھِس مٔلنٛز پلون ہُند پھٔش دِتھ۔ تمٕ ہٕنٛدبن پلون ہُند ماًنشہِ مُشک گوٚو سُلہٕ بٹس سارنےٕ رگن شرٕپِتھ۔ تمن ژقمتی سینٹن تہٕ اوس نہٕ یوٗتاہ خوشیوٗن مُشک۔ سُہ لوٚگ ہمنہِ۔

"دیر پہن۔ شُربن پیہِ نینٛدر اَتی۔" یہِ وٗنتھ ہیٚتھ سو دانٛس پیٹھ رازماہ دال رننہِ۔ مکایہِ ژوچہِ آسن دوہلی بناوِتھ تھاوٕمٕژ۔

انہِ گوٚٹ گرٕھنہِ بڑونٛھ آو رشید خان تہٕ نیوٗن سُلہِ بٹ ہانٛکلہِ گٔنڈِتھ

تہٕ اونٛن ادرار کرٕنأوِتھ تہٕ دڑاو۔ شُری تہٕ اُسی ہِگندِتھ تھٕکِتھ واپس آمٕتۍ۔ لالٹین زٕلِتھ، راز ماہَن ہٕتۍ کھینِکھ مکایہٕ ژوچہٕ۔ سُلہٕ بٹن تہٕ کھیوٚ وکم کینٛژھا کھوورِ اتھہٕ دگ وبتران۔ شُربن کھوژنہٕ ورأے پلنأوِس وزیرلیہٕ ترٛلِش تہٕ ژوچہٕ کھٔنٛجہٕ زٕ ژوٚر تہٕ آپراونس۔

سُلہٕ بٹ اوس وزیرلیہٕ ہٕنٛدِس جوان مگر گینٛہٕ لدٕ بُتھس کُن پنٕہ نو مأنٛتہٕ نیمرٕ و اُچھو وُچھان تہٕ تٔمۍ ہٕنٛزن نظرن منٛز لسیٛنچ کانٛہہ سَتھ ژھاران۔

لالٹین ژھیٚو روٗ کھ۔ شُربن پیٚے ماجہٕ ہٕنٛدِس جنٛدس تل نیٚنٛدٕر تہٕ تِم لٔگۍ کھروکھ کڈٕنہٕ۔ وزیرا گُجرانہٕ کوٚر اُتی ژاسہٕ ٹوکھاہ۔

سُلہٕ بٹن تہٕ کریوٚ و ژاسہٕ ٹوکھ، مگر اتہٕ آیَس سکھ ژاس۔ ژاس موکلِتھ یِتھے واٚہی کوٚرن، نستہٕ ژیوٗنس گُجرانہٕ ہٕندِ بن پلون ہُند مأنٛشہٕ مُشک۔ تَس پھیٖر رگن گرمی تہٕ امہٕ مُشکہٕ ہٕتۍ گوٚس سینہٕ تہٕ صاف۔ آ...... یہٕ اُس وزیرا تٕہنٛدِس وُرنس تل ژامرٕ۔

''کتیٚن چھس سو گوژٕر۔'' تمہٕ وڈٕن تس کنٛس تل۔

سُلہٕ بٹن نیٚوس پنٕہ کھوورِ اتھہٕ گوڈٕ پنٕنس سیٚنَس کُن تہٕ پتہٕ لرِ تل گامرٕ سدر ہٕنٛدِس استرس کُن۔ وزیرلیہٕ کڈی گوژٕر تہٕ تھاوٕن گاسہٕ گیٚجہٕ ہٕنٛدِس شانٛدس تل۔ یہٕ اُس برِتھ۔ اَتھ منٛز اوس ساسیٚن بنٛڈل۔ گُجرانہٕ وُچھنہٕ انہٕ گٕٹس منٛز کوٗتاہ چھُ اتھ منٛز۔

اَمہٕ پتہٕ پیو وزیرلیہٕ سوٗرے کینٛہہ پانے کرُن۔ ہمس بجأرِس اُس نہٕ

کانٛہہ صۄرتھے زور لاگنٛج۔ شانَن اوٚسُس سِگریٹ ہٕٹَن ہُنٛد پھُہن، مگر سُہ تہٕ گوس مُشتھ تھٕے۔

ڈوکس مَنٛز آسہٕ ماٲنشہِ دژامُن کران۔ ماٲنشہِ روزٕ رٲتی راتس درامُن کران تہٕ مَنٛزٕ مَنٛزٕ تھکھ کڈِتھ زٕٹھی ووٚش ہوی تژاوان۔ ڈوکس مَنٛز ٲسی گگر رٲتی راتس دورٕ دور کران۔ تِمن اوس یوہَے کیاہتام شادی یانہٕ ہیٚو۔

لوتہٕ وأے، لوتہٕ وأے آوازن ہُنٛد سِلسِلہٕ روٗد جاری۔ یۆتام سُلٕہ بٹنس پانٛژاہ وُہرِس جِسمس بیٚیہِ کیٛنہہ سکتھے روزنہٕ۔ پتہٕ نیس مژٕ نیٚندرِ ساٲرے دَگ ژٕہتھ۔ گاسہٕ گیٚجہِ تلہٕ گوژٕ رکڈِتھ تٔر وزیرابٕزٲرٕ ہش شُربن نِش واپس۔

رٲژ ہنٛزٕ پتمہِ پیارِ گٔے نبرٕ کٔنی پکہٕ نچ آواز۔ ڈوکس أنٛدی أنٛدی پلیارِ ہِنٛدِس کاٹھ برس گۆو نہٕوٹھ کریچ۔ وزیرا گٔے تھوٚد وٗتھتھ تہٕ وُرنہِ تلہٕ نیٚرتھ پان سنٛبٲلِتھ زۆلُن جل جل لالٹین۔

رحمان خان تہٕ پانٛژوَے لڑکہٕ ٲسی سامان ہیتھ ڈوکس اندر ژامتی۔

"ہیو دلا! ووتھو، موکلیوکھ ہا۔ پنٛنٕ نیچو ہا پھۆرٕے۔ تُمی ہا چھے اَسہِ مخبری گرِمٕژ۔"

سُلہٕ بٹ اوس یڈٕ ہیوٚر گرِتھ زلری زال تہٕ ہالیہٕ وٕلِتھ تالوس کُن تُجہِ وٕہرٲوِتھ۔ اَتہِ اوس وُچھان انہِ گٹس پھٹجہٕ گمٕژ۔

ربہِ ستی لتھ لور گاٹمتی ژۆر لڑکہٕ پیٚٹھی یوہرٕ ستی ڈۆکھ دِتھ۔ تِمن اوس پھژٕ بکھ کھوٚتمت۔ رحمان خانن پھِر نٹہِ مَنٛزٕ تژلیش تہٕ تِمو چیٚے ڈکہٕ رایہٕ۔ بوٗٹ

کڈِکھ نہٕ۔ تِمن اَس بامبر۔

"سُلہٕ گوٚبرو! وولا بلایہٕ ہا لگے!" پھُٹجِہ گمٕ تہٕ اَنہٕ گٹہٕ منٛز ووتلیے گاشہٕ ہے

ہش تہٕ تتھ منٛز آوتَس ژتجیہہٕ وٗری بڑوٚنہہ گُذریمٕژ ماجہٕ ہُنٛد پرٛوٚن بُتھ بوزنہٕ۔

کُنی درٛسہٕ نیٚوٚکھ سُلہٕ بٹس وُرن تھوٚد تُلتھ۔ رحمان خان ہمٕژ روو شہمار

ہیٚوٚ کُلُف تہٕ لتھوان نیٚوٚکھ سُلہٕ بٹ نبر کڈِکھ۔ تَس دِژکھ نہٕ کرٛنکھ دِنس

ہ مب تہٕ مہُلتھ۔ سُہ اوس یوہے کسرِ برٛتھ بہُرِ ہیٚوٚ بے سوتر۔

"ہیودلا! نیچوی چاٲنی ہاچھے مخبری گرہمٕژ۔ ژ ہا موکلیٚو کھ!"

کسرِ برٛتھ بہُرِ کیاہ ونہے اوسٕ۔

دوٚیو لرٛکوتُج گوٚب سامانہٕ بہُرِ دوٚیو طرفو تھپھ کرِتھ تہٕ نیکھ پانَس ستی۔

سُلہٕ بٹ نیٚوٚکھ لتھوان اہر۔ نارس منٛز تہٕ تِتی دِیتُہَس ٹاس۔ کلہٕ

ہیرِی نیہس ژٗٹتھ تہٕ سویرِناوِکھ سینٛدِ۔ لاش تھاوِکھ کنہٕ پلن تل ژورِ تہٕ پیٹھ

ترٛووہَس یارِ ہانگ۔



دوہلہٕ ساڑِ کہہٕ بجہٕ لوٚگ گوٚنڈِ اَکِس نارس منٛز اینکاونٹر تہٕ رحمان خان

ہتھ گیہٕ پانٛژ وٕ ہلاک۔

تمی دوہہٕ شامن لوٚنکھ جاوید پارٲوِتھ، سورمہٕ لاگتھ تہٕ ییٚنوٚو کھ مالی سنٛزِ

گدِ پیٹھ۔ علاقکی ترٛے پھٹوٲرِ اَسی بہی کھاتہٕ ہتھ پرٛاران۔ شاپنگ مالکی نوٚ دُکاندار

تہٕ اَسی ملاقاتس پرٛاران۔ جاوید اوس جماژ ہنٛد بن لرٛکن ستی بیٹھکہٕ منٛز آوُر۔



روٗپ کرشن بھٹ

# پتاہ

اَز اوس صُبہِ پیٹھے روشنہٕ مویہٕ‌س تہ تہٕ بیقرار تہِ۔ دوہی دوہَس دژاو نہ کمرٕ منٛزٕ ے نیبرَ۔ بستر تام اوٗسن نہٕ تھوٚد تلٕمت۔ نہٕ شیو نہٕ شران، یہِ ڈٕلۍ زِ تہِ اوٗسس آلرٕ‌ھی پوٚرٕ نال زَن ووٗلمُت۔ فقط اوس بسترس پیٹھ اورٕ یور لرِ پھرِن دِوان۔ گرا بہتھ روزان تہِ گرا ڈاپھ تژاوان۔ کلہٕ تھوٚون تکیس کُن تہٕ کھور وہراٗوِتھ بیوٚٹھ تالوس کُن مُدے گنٛڈِتھ۔ توشہٕ آیہِ تہٕ پیٹھِس کھورَن تل۔ اَتھٕ تھوٚنس کلس پیٹھ تہٕ پیٹھِس زنتہٕ دِلاسہٕ دِنہِ۔ توہی کیازِ گیہِ وٕ دُشمَنَن پریشان ہوٚی۔ ووٗنی کیاہ کُنہِ تہِ بنہِ نا کرایہِ مکانہٕ۔ یِئے یہٕ‌ت بوٚڈ شہرٕ چھُ۔ تہِ گٔرِتھ ییلہِ نہٕ کُنہِ بنہِ اَسی تہِ گژھو میگرنٹ کیمپن منٛز روزنہِ۔ روشنَن دِیُت نَس نہٕ کانٛہہ جواب۔ مکانہٕ بدلاونک چھرا خیالے یوت اوس تَس پریشان کران، ووٗنی یِنہٕ مکانہٕ مالکن مکانہٕ خٲلی کرنک حُکم دِیُتمت اوٗسس تِتہٕ اوس سُہ سخ پریشان گوٚمُت۔ تَس اوس ڈیرٕ ڈیرٕ پھیرُن موت باسان۔ بییہِ سامانہٕ بنٛد کرُن، ہیرِن والُن، دانٛدٕ گاڑِ یا ٹیمپوٚہس کھارُن، بییہِ والُن، کھولُن تہٕ نوٚ سجاوُن۔ یہِ اوس تَس

سبٹھاہ کرٕ وٕٹھ باسان۔ یۄتے یوت نہٕ ئلٕ کہِ پتہٕ سارنٕے دفترن پھیرِ تھ پٔنُن پتاہ
بدلاوُن۔ راشن کارڈ، گیس، شُر بن ہُند سکول، بنک وغارٕ وغارٕ۔ امہِ علاوٕ گو پتہٕ
سارِنٕے انگن أشناوَن کھو یارَن دوستن نۆ پتھک اِطلاع دیُن۔ اتھ ستی أسی
ربتہٕ واد لگان۔ پیٹھ وو پر شہر تہٕ أنز ان لۄکھ، نہٕ کأنسہِ ستی زان تہٕ نہٕ پہچان۔
پٔتی مبن نون وٕری یَن اوس سُہ ییے کران رٕو دمُت۔ یہِ اوس تَس وونی پأنژِم
مکانہٕ بدلاوُن۔

تَس اوس پٔنُن پان اکھ ڈُلہِ کوٗٹ ہیۆ باسان۔ گرا أکِس جایہِ تہٕ گرا
بیٚیس جایہِ۔ یُسی اُتھس تل لگان سُہ تَس برٕ وٕنہہ دَکہٕ دِوان پکہٕ ناوان۔
تَس اوس پٔنُن وۄجوٗد ژھوکان تہٕ مِٹان باسان۔ تِہنٚدِس منَس منٛز رٕو دی دوکھہ
وُلٹہٕ خیال ووتلان، تَس گیہِ بیقرأری زیٛادے بڑان۔ سُہ گو تھوٚد وٕتھتھ تہٕ
لوٚگ أشی دأدی لد ہندی پأٹھی سِگریٹ ژھانڈنہِ۔ اکہٕ مارِ مِلناوُن ٹاسہٕ
رارے۔ چٔندن دِژِن ژھانڈ مگر سِگرٕیٹ میٛلس نہٕ کُنہِ۔ دراصل ما اوس اَز کمرٕ
منٛزے درٕامُت۔ لہذا ما گو بازر تہِ۔ روٗشنٕی بیقرأری وُچھتھ گیہِ توشہِ تہِ
پریشان، "ہے بلاے آیہ یمن سِگرٕیٹن، نتہٕ چھو کہٕ جوشِک گاٗمتی وُٹھ تام چھو
کرٕہنیمتی، مگر روشنہٕ کتہِ پٔرٕ ہے۔ تس ییلہِ نہٕ کُنہِ کینٛہہ اتھِ آو سُہ گو تہٕ تِجن ایٚش
ٹرے اُتھس کبتھ تہٕ لوٚگ سِگرٕیٹ بٹ ژھانڈنہِ۔ اکھ زیٛوٹھ پہن بٹا ٹُلُن،
زوٗلُن تہٕ گنڈنس دام جورا تارٕ۔ دِہی لمبکھ کھأرِن تہٕ بیوٚٹھ بیٚیہٕ بسترس پیٹھ ڈٗوکھ
دِتھ کیٛاہتام سوچنہِ۔ توشَس آو جیرٕ زَن۔ سۄ وٕژ ہکہٕ سان تھوٚد تہٕ اُتھِ کِلہٕ وان

تہٕ نَس ژۆ مراوان دِژن روشنس گَن شرٛارتہٕ سان نظر ''ہو تو ہے یہ خوش چھوٕ تہٕ گرِو'' تہٕ یَل دِتھ دژایہِ کمرٕ منٛزٕ نبر۔ روشنَس پییہٕ نہٕ توشنہِ مُشکرِ ستی کانٛہہ فرق، تِتھی تِتھی بُرٛنزی اَسی تمی کأیتاہ وُچھیٕمتۍ۔ یَنہٕ اُلی ناش گوکھ تنہٕ اوس یِتھ یُتھ خبر ٕکرِٕ لٹہِ بنان تہٕ گدُران رۆدمُت۔ روشنَن تُل صُبحُک اخبار بییہِ اتھَس کیتھ تہٕ لۆگ سو خبر ژھانڈنہِ یتھ منٛز لیکھتھ اوس زِ اَکس گُم نام نوجوان سِنٛز لاش آیہِ سوتھِ پیٹھ وٕبتھِ منٛزٕ برآمد کرنہٕ۔ لاش اُس تیژاہ بگڑیمٕژ زِ شناخت سپٕز نہٕ کینٛہہ۔

وٕبتھ شبدس رۆد روشنہٕ بروبر کیٛژن منٹن مُدے گنٛڈِتھ وُچھان۔ تَس پہو پُٛنن لوکچار تھیٚپہ تھیٚپہ یادٕ۔ سۆم یار گاٹھس پیٹھ تہنٛدِ ترٛپۆر مکانہٕ تیچِ اکھ لب وٕبتھِ بٹھس پیٹھ اُس۔ پۆت گُٹھچ سو دأر یَتھ پیٹھ روشنہٕ دۆہی دوہَس بِہتھ وٕبتھِ ہنٛدِس پأنس گنٹہٕ واد مُدے گنٛڈِتھ وُچھان اوس روزان۔ وٕبتھِ ہنٛدِس وَچھس منٛز اوس تَس درٛس زگت نظرِ گژھان۔ اَمِکس پأنس منٛز اوس تَس موسمُک ایٚحساس تہٕ وِقتچ نبض درٛینٛٹھی گژھان۔ گاٹھس ٔنزی دیکھ ڈۆنگن منٛز بَسن والین لۆکن ہنٛزِ دوہ دِچ زِندگی وُچھنٕ اُس تَس سبٹھاہ خوش کران۔ کم کم نظارٕ اوس وُچھان۔ سُلطان حاجُن ناوِ نمس پیٹھ تموکھ چیٚون، ساجہٕ ملسہِ تہٕ زأنہٕ دیدِ ہنٛز کالہٕ پُٛکھچ لڑأے، تسلیمُن غولامَس ستی ژۆرِ ژھیٚپہٕ عشق ژٹُن، سألأنبن ہُنٛد شکار کیتھ سأر کرُن تہٕ ہاۍنزٕ شُربن ہُنٛد ننگے شرٛان تہٕ وٕبتھِ اَپارِ یپور ژھانٛٹھ کرٕنۍ۔ لوکچارٕ پیٹھِ جوأنی تام کأژاہ یادٕ آسہٕ روشنَس وٕبتھِ ستی وابستہٕ۔

تَس پہو حمید اُللہ ماشٹر یاد، یُس تَس دٔہمہِ جمأژ منٛز پرناونہِ گژھے

اوس یِوان۔ تہٕ أتھی پۆت کُٹھس منز پرٕناوان اوس۔ وبتھ مُتلق رِکتھ اوس تٔمۍ روشنَس سمجاوان، زِ وبتھ یتھ پرٕانہِ وقتہٕ وِتستا وَنان أسۍ چھےٚ ہُندِ ستانکو پرٕانو تہٕ أہم دٔری یاوو منزٕ اکھ گنزراونہٕ یِوان۔ امیُک ذِکر چھُ رِگہٕ ویدس منز تہٕ مہابھارتَس منز کرنہٕ آمُت۔ نیٖل مت پُرانَس منز چھُ اتھ دٔری یاوس نیٖلچا ناو یانے نیلہٕ ناگہٕ سِنزٕ کوٗر۔ نیلہٕ ناگ یُس کشپ ریٖشی سُند نیچو اوس۔ دپان کشپ ریٖشی گٔرستی سرٕ منزٕ آب کڈتھ کٔشیر آباد تہٕ تۆ پتہٕ کٔرن پنہٕ نِس نیچِوس نیلہٕ ناگس حوالہِ تہٕ پانہٕ لۆگ بیٚیہٕ ایشور سِنزٕ آرادنا کرنہِ۔ وبتھ مُتلق حمید ماشٹر سِنزٕ یمہِ دٔلیلہٕ آسہٕ روشنَس بڑٕ پَسند یِوان۔

حمید ماشٹر اوس روشنَس اکثر ٹأنہٕ کران، وَنان اوسُس ژٕ تہٕ چھُکھ نیلہٕ ناگہٕ سُنزٕ سنتان۔ تٔمۍ چھُنکھ ژٕ وبتھ ہُند رأچھدر بنومُت۔ توٚے چھُکھ نا وبتھ بُٹھس پیٹھ بسان۔ چأنۍ پہچان تہٕ پأرزان چھےٚ وبتھ۔ ژٕ ہیککھ نہٕ وبتھ نِشہِ الگ روٗزِتھ۔ روشن لال کول، ولد سوہن لال کول، سۆمیار گاٹھ مُتصِل وِتستا، سرینگر کشمیر۔ چون پتاہ چھُ اَبدی۔ یہِ مِٹہٕ نہٕ زانہہ۔ یۆ تام وبتھ پکان روزِ چون پتاہ روزِ موجوٗد۔ ژٕ چھُکھ پٔزۍ پأٹھۍ خوش نصیب۔ چون ناو روزِ ہمیشہِ وبتھ ستۍ منسوب۔ یتھ گٔنۍ وبتھ پرٕتھ یُگس منز پکان روزِ، تِتھے گٔنۍ روزِ چون وَنش تہِ وبتھ بُٹھس پیٹھ بسان۔ یہِ اُس حمید ماشٹرنۍ روشنَس تألیم تہِ تہٕ أہی تہٕ۔

روشنَس پیو سلامہٕ ڈاکہٕ وول تہِ یاد۔ اکہٕ دوہہٕ ڈاک بأگراوان بأگراوان اوس غلامہٕ بأنزٕ سُند پتاہ ژھانڈان پسرٕ آمُت۔ تَس تام منی

آرڑر روتناوان واتناوان اُس سلامہٕ ڈاکہٕ واُلی خبر۔کتین گاٹھن ہنٛز ترٛیش چیمٕژ۔ ڈل گیٹ پیٹھٕ جنگلات منڈی، تتھ، پیٹھٕ اُمیرا کئدل، گاوٕ کئدل تہٕ اُخرس سوٗم یار گاٹھ۔ یتھے روشنہٕ بُتھِ پیوس سلامہٕ ڈاکہٕ واُلی کربس یہٕ ڈیٖڑ زِ تہٕ کھورن تھپہٕ تہٕ غُلامہٕ ہائزُن پتاہ پرٛژھان وۄننس : ''ہایم چھا اُکی ہے جایہِ ٹِکان۔ بگر والن ہنٛدی پاٹھی چھِ سوٗنتہٕ اُکس جایہِ آسان تہٕ ہرِ بیٖیس جایہِ۔ یتھ گاٹھس خوش کربکھ پتَن ڈوٗنگہٕ چھِ لاگان۔ تِہنٛدِ، پاٹھی ما چھُکھ پکہٕ پتاہ آسان۔ نہٕ چھُکھ کانٛہہ پے تہٕ نہٕ کانٛہہ پتاہ۔ مےٚ ہاوتَن کتہِ نِس چھُ خودا صاب دِیےِ تھٕز ترقی، ژےٚ روٗزِنےٚ پتَن پتاہ ہمیشہٕ موٗجوٗد۔''

توشن یتھے ہکہٕ سان بیٚیہٕ درواز کھوٗل، برٛس گو کُنےٚ ٹاس۔ روشنس گیہِ کُنےِ دِنَن۔ تَس وبسر ہو اُتھومنٛز اخبار۔ توشن ٹُل یقدم اخبار تھوٚد تہٕ دُبتن باتھ روٗمَس کُن داُرِتھ پیٹھٕ چلوونس نلکہٕ۔'' ترٛاہہِ ترٛاہہِ توتہِ دوٗد نہٕ بِستر۔ بلاے آیہِ یمن سِگریٹن۔ یوٗت کیاہ اوس اتھ اخبارس لیکھتھ زِ توہہِ روٗدٕ نہٕ یوٗتاہ ہوش۔ پھشہٕ لد گیایہِ۔ وونی کیاہ ہیتھ نیرٕ ہاو ییٚتہٕ۔'' روشنہٕ زنتہٕ اڈٕ نِنٛدرِ گو، تَس اُس پانَس تھر ہش، گُمہٕ شرٛان اُسس گائتی۔ تُنٛد حال وُچھِتھ گابرییہِ توشہٕ۔ تمہٕ پرٛژھُس : ''ہاے کیاہ گوم توہہِ کیاہ روودٕ، توٚہی چھوا وارے۔'' روشنہٕ وۄتھُس کمہِ تام ہٹہٕ : ''توشا وارٕ ناے چھُس نہٕ مےٚ ہے روو پتاہ، پتاہ ہے روو‌ُم۔''

☆☆☆

محی الدین ریشی

# نکھ

- یَم کتہِ ساۤ شُری!

ہیٚرِ تہٕ کتہِ، اینٹرنس ہےَ چھُکھ۔ پران چھِ۔

- ہے یِمن نساۤ چھنہٕ اینٹرنس دِیٚن!

ژٕ ما چھُکھ مزارِ پیٹھ آمُت، ژٕ کیٛاہ ونان!

- آہن ساۤ مزارِ پیٹھی ہے آس!

- یِمن نساۤ چھنہٕ اینٹرس دِیُن!

- یِمن ہساۤ بُٹھ چھان، ذٕسِل تہٕ موٚزوٗر!

- مگر روزن اَسہِ نظرِن تل!

- آ!

غلام رسوٗلن یہِ وۄہار وُچھِتھ ہیٚژٕ نی فاۤطمس وسواٗسی پھٹنی۔ سو گیہِ پریشان زِ اچانک کیٛاہ سَپُد تہندِس خانہٕ دارس۔ سُہ ہے عمرانس ڈاکٹر تہٕ عرفانس انجینر بناؤن یژھان اوس تہٕ یہنزِ پڑھایہِ پیٹھ ہے۔ واریاہ پوٚنسہِ ٹوٗنک خرچ

کران۔ تس چھنہٕ کہیں تہٕ فکرِ تران زِ غلام رسولن ہیٚژ وٕدن کربکہٕ دِنہٕ تِکیاز تس اوس از شاک گوٚمُت ییلہٕ تٔمۍ أکس توبؤدس نکھ دِنہٕ والبو ژورو بہأرۍ موٚزٕ رو مَنٛزٕ أکۍ ''رام نام ستہِ ہے'' وٕنن تہٕ دوٚیم ٹوٚک تس تہٕ وٕنُس ''یہ مُسلمان تھا۔''

غلام رسولس ننیاو زِ توبؤدس مَنٛز چھےٚ تٔمۍ ہے مامہٕ صأنۍ لاش یُس پنٛنس شانٛدار بنگلس نبرٕ کنہِ لوٗکن کتھِ باتھِ باپتھ قہوہ پیاٚلچ تہٕ کُنہِ وِزِ سالہٕ بیٚچ لاٚلچ اوس دِوان۔ تٔمۍ اوس اکہِ دوہہٕ غلام رسول تہِ گرٕ ژوٚمُت تہٕ وٕنمُت زِ فارنہٕ چھِ تَس سأری شُری بٔڈۍ ڈاکٹرٕ تہٕ انجینر مگر سُہ چھُ پریشان زِ تس کُس دِیہ نکھ۔



اوتار پنڈتا ہوگامی

# اقبال نامہٕ

بہٕ گوس مجبور پارٹی بدلاونس پیٹھ۔ گوڈنیک الیکشن زیٛون مےٚ ''نادان پارٹی'' ہنزِ ٹِکٹہِ پیٹھ۔ تمہِ ویرِ پیٛم منڈیٹہٕ باپتھ روپیٛس پانٔژھ لچھ بزٕنی۔ گنہٕ کتھاہ چھا۔ پانٔژن وٕریٚن جوکھم کھرِ ہندی پأٹھی تہٕ پننہٕ کانسچوونسی خاطرِ کوٗرم دوہ راتھ کُنیُ۔ لوٗکھ تہٕ روٗدِم سٕتی سٕتی۔ تیٚتھےٚ نو الیکشن ووت پارٹی لیڈرن دوٗپ: میٖٹنگہِ دوران، ازچہِ لٹہٕ میلہِ منڈیٹ تٔسی ممبرس یَس ریکاڈ صاف آسہِ۔ مےٚ ہیٚژ پانٔس سام تہٕ ووٚتُس أتھی نتیجس پیٹھ پاناژٕ چھُکھ آنہٕ۔ یہِ اندرتی نبر۔ منڈیٹ میلی ضوٗروٗر۔ مگر عاٖن وقتس پیٹھ کوٚر پارٹی لیڈرن میٛون ناو خأرِج۔ تہٕ وونم ''میرے آنگنے میں تُمہارا کیا کام ہے''۔ بہٕ پیوس زنتہٕ اسمانہٕ۔ مےٚ گٔرنہِ لتس نِش سینہِ صفأیی کیٚنہہ۔ مےٚ سوٗنچ ییٚتِس کالس گژھہے فارم برنُک وق۔ میٛون خودا ما اوس بے گارِ۔ اکھ درواژٕ اگر گو بنٛد ساس گٔیہِ یلہٕ۔ تُتھےٚ یہِ کتھ نبر گٔیہِ واریاہَن پارٹین ہندی لیڈر آیہِ مےٚ نوٗنہٕ گُری تہٕ تیلہِ تلاو ہاونہِ۔ مگر مےٚ اوس پانٔژن وٕریٚن اسمبلی ممبری ہُنٛد آب چومُت۔ سارِنٕے

پارٹین زول دِتھ چھُنتھ تہٕ کرٕہنز ژأرتھ، ژاس بہٕ پننہٕ سُلکہِ ہتھ ''سمجھدار پارٹی'' منٛز۔ مےٚ آو شایان شان استقبال کرنہٕ۔ میانین پانژن ؤری ین ہنزِ کامہِ، یمہٕ مےٚ ''نادان پارٹی'' منٛز روٗزِتھ گرٕمژ آسہِ، آیہٕ تأریف۔ دستارٕ بنٛدی تہٕ سپز۔ مےٚ کھوٚت بوش تہٕ روٗٹُم چم۔ مگر پننس پارٹی لیڈرس روٗدُس پیرٕ سُند یٔژھ تہٕ ژورٕ ہنٛز رأچھ کران۔ تِکیازِ پرٛأنی پارٹی لیڈرن أسۍ نم پأپر زألمتۍ۔

الیکشن سپُد تہٕ بہٕ گوس بیٚیہِ کامیاب۔ نادان پارٹی ترٛأوِتھ ژ ل زنتہٕ مےٚ شِکس۔ مےٚ سوٗنٛچ مےٚ گٔر پتم ؤری ضایہِ۔ یمن پانژن ؤری ین روٗٹ مےٚ دہن درٕم۔ بیٚتہِ کوتاہ پوٗنسہِ بنیوو۔ گوڈٕ بنیوو کتہٕ۔ دف سا بنووُم۔ تتھ کرم زٕوٗچ ہشۍ رأچھ۔ شُری سوٗز ٹرینگن، کوربن کوٚرُم کھانٛدر۔ موٹر بنٛگلہٕ باقے عأش عشرت کوٚرُم۔

أشناو رُوشناو لأگم نوکرِ ین۔ پننہٕ نین سُلکبن اوُسس آٹہِ نوٗنا ہاوان۔ عوامس اوُسس دپان پارٹی چھُم ؤہے۔ لہٰذا چھُم نہٕ کینٛہہ تہِ اندان۔ البتہٕ أسہِ کھٔلی زٕ ژور أسم پننہٕ نہِ وتہِ کتھِ۔ سمجھدار پارٹی ہنٛدِس لیڈرس اوُسس اوالیو موالیو ورأے، پٔنٛز درٕی منٛزی منٛزی ڈالہِ سوٗزان تہِ پٔنن دوہ شوٗنٛتھ ہیوٚ کڈان۔

وٕہۍ شہمتہٕ نہِ کار، اکہِ دوہہٕ آو نادان پارٹی ہُنٛد اکھ منسٹر سانہِ علاقہٕ کنٛز۔ مےٚ دژایہِ زیوٚ پیاول۔ مےٚ کرتس ٔلی چایہِ مازرتھ۔ سُہ ژاو ہلہٕ بسم اللہ گرِتھ سون گرٕ۔ منٛزٕ گیہِ دوہ تارٕ سمجھدار پارٹی دِژ پرٛس کانفرس۔ مےٚ لوٚدُکھ پارٹی مخالف سرگرمین ہُنٛد راہ۔ تہٕ کوٚڈہَس پارٹی منٛزٕ زنتہٕ دودٕ منٛزٕ کہ‍ٲل۔ گوڈٕ سوٗنٛچ

مےٚ بہٕ گژھہِ پارٹی لیڈرس نِش پننِہ صفاَیی کرنہِ۔ پتہٕ دۄپہم مےٚ کیاہ چھُ پلہٲرس پیوٗمت۔ نوِ الیکشنگ وق تہٕ اوس نزدیکھ۔ یمنہٕ تام چھا خداوندی۔ وُچھو کیاہ کرِ خودا۔ گر واجنہِ وِنیام تژاو یہِ سیاسٕتھ۔ سبٹھاہ کماوُتھ کر ووٚنی خودایہِ خودایہِ۔ مےٚ کھیوٚتُس بُتھ تہٕ وۄنمس یہِ گوٚو بتہٕ بانس دکہٕ دِیُن۔

مَنٛز گیہِ ربتھ تارٕ مےٚ ہوٚی واریاہ نفرٕ یم مختلف پارٹیو مَنٛز اکہِ نتہٕ بییہِ وِکانہٕ یِنٛی دژاٮ٘تی آسی، سے یہِ سانہِ گرٕ۔ اَسہِ کٔر میٹنگ۔ یک راے سَپدِتھ بناو الگ نٔو پارٹی۔ تِموٗ کوٚر مےٚ اسرار پارٹی لیڈر بننہٕ خاطرٕ۔ مےٚ دِژ نارس نرٕ۔ مگر کرٕ ہا کیاہ۔ گُرس ماَل ژۄڈ ہیتھ پتھ گُن۔ بہٕ بنیوس پارٹی لیڈر۔ اتھ چھُ ناو 'بے خوف پارٹی'۔ سون چُناوِ نِشانہٕ چھُ 'کلہٕ کھوپرٕ'۔ یَس توٚہی بجلی ٹرانسفارمرن پێٹھ اکثر وُچھان چھِوٕ۔ تتھ چھُ آسان انگریزی پاٚٹھۍ Danger لیکھتھ۔ اِنسانس چھُ کلہٕ کھوپرٕ مَنٛز زہر۔ لہٰذا تھوٚو اَسہِ اَمہِ زہرکہِ تاثیرٕ نِش لۄکھ آگاہ تھاوَنہٕ باپتھ یہِ پارٹی ہُنٛد نِشانہِ بییہِ چھُنہٕ اتھ مَنٛز کانٛہہ مانے مطلب۔

ووٚنی ہرگاہ توٚہہ وُنہِ تہٕ میاَنِس نال بدلاونس پێٹھ شکھ آسہِ سوٗ گیہِ مےٚ تہٕ میانہِ پارٹی ہٮ۪تی نا اِنصاَفی تہٕ مُلکس تہٕ قومس ہٮ۪تی دگاہی۔ توٚہی کٔرِو اَسہِ کامیاب۔ اِدٕ وُچھتو اَسی وتھراوو وِتن سون۔ بے کاری تہٕ بے روزگاری گژھہِ راتو راتھ شالہٕ ہینگ ہِش غاَب۔ توٚہہِ روزِ ہے ژرِ دود تہٕ مُہی اڈِج میسر۔ تُہنٛد ہن ارمانن تہٕ عاشن ییہِ نو بہار۔ الیکشنس مَنٛز اوسُس بہٕ بیَین ماتحت۔ لہٰذا گٔیم کانٛہہ کانٛہہ وعدٕ خلافی۔ از چھُس نیہِ پارٹی بے خوف پارٹی، ییمیک بہٕ لیڈر

چھُس، دامن گدأیی گرِتھ ووٹ منگان۔ توٚہی دِیوِ ووٹ اَسہِ یِیہِ اکثرِیتھ أسی بناوِ حکومت۔ توہہِ ژٕلراوو سأرے غوصہٕ تہٕ غم۔ توٚہہِ چھُ فقط سأنِس چُناو نِشانس آیِہ بٹُن دباوُن۔ اللہ اللہ تہٕ خیر صلاح......

میٚون یہِ بیان بوٗزِتھ لاجہِ لۆکو سُسرِ گُسر کرنہِ۔ مےٚ ژوٗل اوٗش ٹِک نیرِتھ۔ ژٕلہِ ہمم نا۔ مےٚ آس مژواگُن پھبک اُچھن ڈاجِمژ۔ یہِ اوس مےٚ سمجھدار پارٹی ہِندِس لیڈرس نِش ہیوٚچھمُت۔ لۆکن آو مےٚ بیٚٹھ عار۔ تِموتلُی نارٕ دِی دِی جلسہٕ گاہ الہِ کنگن۔ بہٕ اوُسس سوُرے ژرژان۔ سوٗنچان چھُس لگیا خودایا سکیم گییہِ ازتہٕ فِٹ۔ نفرا کھ اوس بڈٕ ہٹہِ ''زندہ باد، لیڈر ہمارا'' نارٕ دِوان۔ اَمہِ شورٕ ستی گوس بہٕ ہوشیار۔ ڈٕچھنہ کھوورِ چھُس اُچھن موژن دِتھ وارٕ وُچھان۔ بجلی اَس گامژ۔ بہٕ اوُسس گُمہٕ ئری گوٚمُت۔

مگر یِنہٕ توٚہہِ راے گرٕتھ ہِ یہِ کیاہ اوس میٚون خاب!



وِجے ساگر

# بۄ چھسہٕ رووُمت؟

نٔوی نٔوی ڈیر کرنہٕ پتہٕ چھُو توہہِ پتاہ ہے زِ کوسہٕ وَدل چھِ یِوان۔ گوڈَے اَلِی ناش...... پنہِ آیہِ نہٕ ووتھَن ہُہَن...... نمبر اندر نیرُن، پھیرُن شُربن سکوٗل بدلاوُن...... ایڈمیشن...... سکوٗل گژھنۍ تہٕ تیٚنۍ سبیل کڈٕنۍ...... تہٕ باقے پریشانیہِ...... پھوٚٹجن سامانہٕ گنڈُن...... بستر باپتھ رزٕ...... نٔوِس ڈیرس تام سامانہٕ ننۍ کانٛہہ صورت کڈٕنۍ۔ اگر ڈیرٕ نکھے اوس تہٕ سامانہٕ نکھی نیُن تہٕ پانٔس اوٗڈ سامانہٕ اَتی ترٛاوِتھ ناف گنڈٕناوٕنۍ...... تہٕ اگر ڈیرٕ دوٗر اوس تہٕ سامانہٕ ٹرٛکہِ منٛز یا ٹانگہٕ ریڈس کیتھ واتہٕ ناوُن۔ یتےٚ یوت نہٕ نٔوِس ڈیرس پیٹھ سامانہٕ لنٛجہِ ڈنٛجہِ تھاوُن چھےٚ اکھ بڑٕ کام۔ تتھےٚ چوکہِ سامانہٕ کھولو منٛزٕ گژھِ نِکُن پالشہِ ڈبہٕ نیرِتھ...... بستر بند کھولو...... شیشہِ ژٕن تہٕ کھنٛجہِ نیرن...... شیو بوکس غاًب...... رہتہٕ وادَن یِیہِ نہٕ مأکس پیٚنن موزٕ کھور اتھِ...... مأکنۍ مارِ پان...... لتس آسہِ نہٕ مسالہِ ڈَبہٕ منٛزٕ پھٹوٲڈی پوٗنسہِ اتھِ یِوان۔

تمۍ اوس اَز ژوٚریم ڈیرٕ بدلووُمت...... سامانہٕ گنٛڈی گنٛڈی اوس ژھینِتھ

پیۆمُت...... آشِنہٕ اوُسس ٹرٛنک تہٕ بانہٕ بہٕرِتھ وولہٕ دولہٕ تھوٗتھ عارضی کچن بنوومُت۔ آخر کرِ ہے تہٕ کیاہ...... لوٗکٕٹ لوٗکٕٹ شُری اَسس بتہٕ منگان...... ماتاجی أسن ڈیرِ والین ہنٛدِ کوٗلرس نِش ساوِتھ تھاوِمٕژ۔ زنانہٕ دِتُس مٔنزٕ چایہِ کپاہ کٔرِتھ...... تٔمی تہٕ زون غنیمتھ وولہٕ ژٕہس کھنڈس کڈِ ووٗشُل...... بستر بنٛدس ستی دِتُن ڈوٗکھ تہٕ چایہِ گولاہ گولاہ چوان ہبرٕنس زِپہٕ گرٛشھنہٕ...... کپ تھوٚوُن بانہٕ بوہرِ پٹھ...... آشنہٕ کُن تراوُن عارِ ہٕژ چیٚشمو نظراہ تہٕ ووٗتھ بون بون۔ پرٛس ییٚلہِ جومہِ لوٗکھ یسلہٕ تُل مُل سکھریہِ اَتس تہٕ گنیہِ کل۔ سوٗنچُن یہِ گامس بنہٕ تہٕ مامنہِ وَژھرِ تہِ۔ بےٚ چھسا رونگہٕ مٔنز کونگہٕ پھوٚل زِنوٚن نیرِ...... زنان أسس نہٕ گرٛشھنس اجازتھ دِوان۔ اَماپوٚز بشیٖرنی چھٹی ہاوِتھ زَن بیوٗٹھُس دِل ڈنٛجہِ۔

وِچھی ژٕ ما چھکھ بیقل...... وُنی کبن چھہٕ موقہٕ...... گوڈٕ کرِ دیوی ہُنٛد درشُن...... پتہٕ گرٛشھ ڈاریکشن آفس، دبو سروِس بُکس کانٛہہ نیال نیرِ...... بشیٖرن چھہٕ لیوٚکھمُت زِتس چھہٕ کُستام ڈاریکشن آفسہٕ زأنی۔ یہٕ ہاوِ چھس سوٗنچان زِ یُتھ موقہٕ تہٕ ییہِ نہٕ زانٛہہ۔

تُل مُل واتہٕ وُنے وُچھ تٔمی پننہِ گامہٕ کِس ماسٹر جیٖن نیچُو عارِفؔ تھانہٕ دار یُس تس کلاس فیلو رُودمُت اوس۔ رجسٹریشن کونٹر کِس گیٹس نِش لاَنہِ بڑوٗنہہ وانٛج اُس تار...... اکھ أکِس چیٚپھی ژٕھنتھ نالہٕ متہٕ رٔٹِتھ ییٚلہِ لاَنہِ مٔنز لوٗکن بڑوٗنہہ بڑوٗنہہ پکنس رُکاوٹھ گیہِ تہٕ سردار جی حوالدار ووٗتھ عارفس کُن ''جناب تُہیٖ أژِوٹھنس مٔنز...... یہٕ روزِ تام ییٚتھن ڈیوٹی پٹھ۔''

عأرِفس آیہِ کوٚ بِس لٮ۪ـِھے دٔوا۔ تِم دونوٚے ژٲیہِ ٹٮ۪نٹس منٛز...... یِتِس کالس روٗدی تِم اکھ أکِس مُدے گنٛڈِتھ وُچھنہِ۔ اوٚشِس گوکھ نہٕ تھکھ۔ کانٛسہِ نہٕ گِلہٕ نہٕ شِکایت...... اماپوٚز تِمٕس توگ نہٕ کٲنٛہہ ییلہِ عارفن دیوی بڑ وٚنہہ کنہِ گرٕ ینہٕ باپتھ قسم کرنوو۔

اَز اوس صبح پیٹھے نِیک نِیک روٗد پیوان۔ تس اوس عارفس سۭتۍ پنُن گام گژھُن۔ یاتری آسی بسن کنتھ جوٚم نیران۔ سُہ اوس ووتلان تہٕ بوڈان...... خبر کیاہ خیال آسس یِوان۔ گرٕ کیتھ سُہ نا گرٕ...... تمۍ ٹُل ٹٮ۪نٹس بڑ وٚنٛھم پلو تھوٚد۔ دیوی ٹُن کوٚرن بُتھ...... بونہِ وٕتھرن پیٹھ آسی روٗدٕ پھری ہوی شۄبان...... تمۍ کڑی دوشوے اتھ نبر تہٕ روٗدٕ پھری رٔٹن اتھن کیتھ تہٕ لٲگن أچھن ٹُن۔ تس پیٹھ شیہلتھ ہش تہٕ سأری ہے پانس پھیرِس ترٲوتھ ہش۔ تس باسیوو زَن ماجہِ ہنٛدی پٲٹھی گُستام تس وٕچھس سۭتۍ رٔٹتھ تسلاہ تہٕ دِلاسہٕ دِوان۔ سُہ روزِ ہے خبر یِتِس کالس أتھی گرداِبس منٛز یہِ نئے عارف ہکہٕ ٹٮ۪نٹس منٛز اژِہے۔

"ووتھ سا یارا جلدی کر۔

بڑ مُشکلی سان میج أکِس دوہس چھٹی...... خداین کوٚر سبب...... دفترچہِ گاڑِ چھُ وُنی نیرُن۔"

وَتہِ روٗز خاموشی...... سُہ روٗد سڑکہِ دونوٚنی طرفن، کھاہ ڈوٗربن...... پاںٛ جوین...... وِرِ وارَن...... بالہِ تھونٛگن...... بونہِ پنہٕ وٕتھرن تہٕ پھرٕبس گُلبن أچھو سۭتۍ گاران تہٕ موئنہِ میٹھی کران۔ تس اوس نہٕ ووٕنی کانٛہہ خوف باسان......

سوٗرے اوس تی...... تمیٚ وَتہٕ...... تمیٚ گام...... تمیٚ لوٗکھ...... اَماپوٚز سے اوس پننہِ میٚرٕ نِش دوٗر سَپدمُت...... یہِ کیٛاہ...... یہِ ما چھُ سون گام...... گامچہِ وَتہِ اوسُکھ تیِل ترٛ ووُمت یوسہٕ اکھ نوٗے کتھ اَس...... اَماپوٚز وَتھ اَس سُنسان...... نہ کُنہِ زَن تہٕ نہ زوٗن......

''ووتھ ساگرٕ ووتُھکھ......تس زن اَیہ دِلس تھپھ ہِش...... زن نہٕ سُہ پنُن گرٕ...... کُنہِ ووپرٕ جایہِ ووت...... قدماقدما دِوان تیٚتھے تَم گُلہٕ چایہِ نَس دُکانس نِش واتی...... گاٗمی گام آو ژٕستھ...... اڑبو روٹ نالہٕ مَتہِ...... اڈیو ٹُل پھیکین پیٹھ...... اڈیو پُرٛژھُس پھرِ پھرِ...... شُربن چھا خاَرے...... باَنی چھا وارے...... کُجہِ ماجہِ ہنٛز وَن خبرا...... ڈٕلِی زبس اَسی چھا یادٕ ے...... نبہٕ نہٕ ماجہِ وژن نَس...... بیٚنہِ ڈٕلِی زِنبسؔ کوٚر کھانٛدر...... چون ہار ووت...... امیر ہٕندِس استانس نِش ترٛ ووُس ناَلی...... زیبہٕ تہٕ نبِہ خاندان گرٕ...... نبہٕ نِس ماٗلِس گیٛہِ شٔے وٕری قبر کڈٕان......

تاَنی آو نبہٕ اورٕ دودٕ کتلاہ ہیتھ...... ''تلسآ ہے نبہٕ جیس دِی تو تھکھ ہیٛوٗ کڈنہٕ''...... تمی زون غنیمتھ تہٕ دژاو سیوٗدے پنُن گرٕ کُن یُس اکھ میٚرٕ ڈیرٕ علاوٕ کھیٚنی اوس نہٕ...... میٚرٕ نبس پیٹھ شُری پنگتھا روٗزِتس تھَلہِ تھَلہِ وُچھنہِ...... تہٕ تیٚتھے نبہٕ تَس نِش ووت...... تس پُرٛژھ پنٛزٕ نچوٗرٕ......

''ابٕو یہِ کُس چھُ؟''

''یہِ چھُ پنڈت جی۔''

''تہِ کیٛاہ گوٚو؟''

''یمےٚ گیہِ نا بٹہٕ۔''

''مگر یہِ تیٚے اَسی ہیوٚ چھُ؟''

''اِد کیُتھ گژھِ آسُن۔''

تٔمۍ کھیٚیہِ ووٚتھ۔ بتہٕ ہورِ پیٹھ آو چاےٚ کپ پتھر لاینہٕ...... آشنہِ دِژِس کژُکھ ''ہےٚ ژےٚ کیٛاہ ساۓ دلیل چھےٚ۔ ژٕ زَن چھُکھ رووُمت ہیوٚ۔''

تنہٕ چھُ سُہ دوہےٚ پانس پژٕ ژھان...... ''بہٕ چھُسہٕ رووُمت؟''



رتن تلاشی

# کڈوا چوتھ *

اوتر پیٹھے اُسی اوشوکن میٚہ دفترِ کن کھیمتی۔ اُتھی ہا کأنی کیتھ چھنے میأنی ٹاک بڑاڈ کاسٹ۔ کڑوا چوتھ کہِ دوہہ ہا۔ ضوٚرۄر بۄزی زِ۔ کڑوا چوتھس پیٹھے چھنے۔ میٚہ تہِ اوسُس بروسہٕ دُیتُمت۔ ''آدِ ہا ضورۄر بوز۔''

یہِ اُس نہٕ اُزی چی کتھ۔ اَمہِ برٛونہہ تہِ اگر گُنہِ دوہہ تُسنٛد پرٛوگرام بڑاڈ کاسٹ آسہِ ہے سُہ کر ہے میٚہ بوزنہٕ باپتھ باند باند۔ یتہِ کرہَس زیوٹھ اُنکارا۔ نہَ صرف میٚہ ئلی کہِ وِنہِ ہے باقیٕ گُلگِن تہِ بوزنہٕ باپتھ۔ کیٚنٛہہ بوزہَن تہٕ کیٚنٛہہ تڑاوہن میأنی پاٹھی تُسنٛد وَنُن کنوٗ پٕتی۔ ووٚنی یِم بوزہَن تم کرہَس دۆیمہِ دوہ صُبحن تأریف ہا۔ مگر تَس تہٕ اوس فکرِ تڑان زِ یِم چھِ سورے زاننہٕ کرنہٕ رۆستُے تہٕ محض لحاظ رچھنہٕ کران۔ تَس اوس ہتھ زِ یہٕ چھُس زبردس پارکھی تہٕ میٚون تبصُر آسہِ غأر جانٕب دار۔ توَے کرِ ہے میٚہ زیادے تأکید۔ ''ناڑ بۄزِ زِ

---

* مۆلہٕ ہندی لفظ چھُ کروا چوتھ۔ کارتِک گٹہٕ پچھ ژورم دوہ یُک زنانن ہُنٛد اکھ رسم تہٕ فاقہٕ۔

ضوٗرہٕر تہٕ صُجن وٕنۍ زِ میٚہ کیُتھ اوس۔ مگر ہمیشہِ اوس بیٚیہِ دوہ صُجن میٚون یہِ جواب بوزُن تُسنٛد موموٗل بنیوٗمُت۔ ہتا کس تاوَن زدَس یادہٕ رۄد۔ میٚہ ہا پیٚیہِ سُلی ننٛبدٕر۔"

کرٛوا چوتھ اوس از تہٕ از تہِ اوس اشوکن مےٚ ترٛیہِ ژورِ لٹہِ یاد پووٗمُت: "از نا کٔری زِ مس۔ بڑٕ اصل ٹاک چھےٚ۔ اتھ منٛز چھےٚ میٚہ سورُے کیٚنٛہہ وۄنمُت۔ اَمِچ اہمیتھ، اَمِچ اِفادیتھ، امیک شرٛوٗژر۔" تیتھ پأٹھی اُس تٔمۍ پننہِ کتھ باتھِ پیٹھ پانےٚ تبصُرٕ کرِتھ نیوٗمُت۔

ییٚمہِ ساتہٕ ٹی۔وی چلہٕ ہا بدس آسن ریڈیو بوزنس کتہِ ییٚہِ تیٚلہِ اتھٕ وتھ۔ مگر از اوس میٚہ تہِ قصد کوٗرمُت زِ بہٕ بوزٕ اشوٕکنۍ کتھ باتھ تہٕ پٔنُن دأنِشور دوس کرن خوش۔

رأژ ہنٛز ساڑٕ نو ہشہِ آسہٕ ہَن۔ بہٕ اوُسس أکِس دون گنٛٹن ہُنٛد پتٔنس کمرس منٛز وۄتمُت۔ بجلی أس نہٕ کیٚنٛہہ۔ بدٕس پیٹھ اوُسس ڈاپھ ترٛأوِتھ تہٕ ننٛبدٕر پتھ پتھ رٹنٛچ اوُسس کوٗشِش کران۔ ریڈیو اوس آن نہٕ اتہِ اوس فِلمی بأتن ہُنٛد پروگرام چلان۔ آواز أسس لوٚت یہِ واتہِ ہہٕ مُشکلنِۍ میانہِ کمرٕ نبر۔ وَلیسے تہِ چھُ میٚہ ریڈیو یا ٹی۔وی لوتہِ تھاوَنک عادتھ۔ بیٚیہٕ تہٕ وۄپر گرن منٛز روٗزِتھ چھُنہٕ پنچایت لاگُن مُنأسب تہِ۔ پیٹھٕ اوس مےٚ اتھ محلس پٔنُن پان زیادٕے وۄپرٕ باسان۔

أتھ محلس منٛز اوُسس بہٕ نوٚوُے آمُت۔ اَمِچہِ ہسٹری تہٕ جوغرافی ہنٛز

تہِ أسدِ نہٕ وأقفیتھ تہٕ نہٕ وأقفیتھ پژاونچ کل۔ ویسے تہِ اوس میٗون دوہ دفترس منٛز تہٕ شام باز ٕرِ سڑکہٕ منڈٕنس سوران۔ کال نبرے کھبتھ واتہٕ ہا شامن ژپرٕ اور۔ اور وأتتھ بیہمہٕ ہا زیادٕ پہن کمرس منٛزے بَر ترٛاوِتھ۔ ووٗنی ییٚلہِ أندرٕ بور گرٕھہا تیٚلہِ نیرہا نبر کوٗٹھس نژنہِ۔

میٗون کمرٕ اوس اَمہِ مکانہٕ کِس دوٗیمس پورس منٛز کُنٕے کمرٕ۔ دُ طرفانہٕ اوسُس بۄڈ کہٕٹھ۔ کوٗٹھ کِس أکِس کوٗنس منٛز أس سبن ٹنکس (ٹنکی)۔ مکانہٕ وألی أسی پانہٕ بونہٕ۔ اَتہِ اوس نہٕ زیادٕ شورٕ شر تکیٛازِ اوٚل اوس یہِ مکانہٕ گلی ہنٛدس اندس پیٹھ دوٗیم أسی یم بأژ تہِ بۄزتھے۔ بَس بأژ زٕ تہٕ بُڈ مأج۔ مکانک کُن مرد اوس یوٚہے وٕہر ژتجی ہیوٚ۔ ویوٗٹھ پوٚٹھ تہٕ پس قد۔ تس اوس شہرس منٛز کاسمیٹک دُکان تہٕ أتھی ستیٚ ایس۔ٹی۔ڈی بوٗتھ۔ اَمہِ سبہٕ اوس نہٕ مسارأژ ہنٛدی شیٚہ ستھ گنٹے گرٕ آسان۔ أہنٛز آشیٚنٛز سروجہِ آسہِ ہے وٕہر ژویترٕہ پأنٛژترٕہ ہش مگر وأنسہِ حِسابہٕ أس بُتھِ لوکٕٹے باسان۔ ییتھ پأٹھی تہِ أس یہنٛز ازدوأجی زِندٕگی ہموار باسان ووٗں گوٚو میٚہ أسی یم خالے کُنہِ ساتہٕ یکہٕ وٹہٕ ہیتھ وونٛد مژرِتھ کتھ کران وُچھی متی۔ گوڈٕ اوس نہٕ یمن اتھ سُمب وق تہِ۔ راتھ کاہ باہ بجے یُن اوس روی سُند موموٗل تہٕ تیٚندِس ینس پژأرُن سروجنی مجبوٗری۔ باضے ییٚلہِ سروجس پژأری پژأری ٹأری گوٚبہٕ ہَن سو اژِہے پیٚنس کمرس منٛز تہٕ شوٗنگہِ ہے۔ ووٗنی ییٚلہِ روی تس تھی گرٕ واتہِ ہے نہٕ بیہہِ ہے نبرٕ کِنی أکِس چارپایہٕ پیٹھ ژوٗٹ کھبنہِ۔ أتھی لرِ أس بیا کھ چارپاے۔ یہِ آس بُجہٕ ماجہِ ہُنٛد مُستقِل بیٹھالہٕ۔ سو وُچھہٕن بہٕ

پژتھ ساتہٕ أتھِی پتھ یا تہٕ زِپہٕ کران نتہٕ درواژٕ چ پہرٕ ڈٔری۔

ژۆٹ کھوان کھوان کرِ ہے روی اکثر ماجہِ تہٕ سروجس پننہٕ ڈیچہٕ کارکردگی ہُنٛد خُلاصہٕ پیش۔ اکثر ونہِ ہے سُہ فاتحانہٕ انداز س مَنٛز۔ ''از گیہٕ زبردس سیل ڈُپلی کیٹ مالس تہٕ وۄتھ دٕہ۔'' امہٕ پتہٕ بوزناوِ ہے ڈُٹھ کانٛہہ خاص واقعہٕ، از آیہِ اکھ بڈٕ فیشنل کوٗر۔ بڑیزری آسس نہٕ۔ مےٚ ہوۄس پٹٕر مال۔ دۄیمس یہِ چھےٚ فرٕنٛچ۔ اِدٕ فکری تورِس نہٕ۔ مٔلی مولہٕ دِژٕمَس۔ خبر بچہٕ آسا یمہٕ کتھہٕ فِکرِ تران کِنہٕ نہٕ۔ مگر سو آسس مَنٛزی آہی کران ''ژٕ ہَبالُسن تہٕ پھوبُن۔''

سروجہِ روزِ ہے اکثر اتھ دوران ژھوپہٕ کٔرِتھ۔ یتہٕ پأٹھی تہٕ آس سو ژھوپے مگر امہٕ ساتہٕ اوس تسٕنزن نندٕر ہٕرن أچھن ہنٛزن حرکژن مَنٛز تسٕنز عدم دِلچسپی ہُنٛد عکس صاف لبنہٕ یوان۔ سو دِیہِ ہے اکثر لبہِ پٹھ اویزان گلاکس کُن نظر زنتہٕ سۄنچان آس ''وۄتھ ہَن تہٕ شونگہٕ ہَن۔'' مگر روی اوس اکثر کتھ زیٹھراوان تہٕ بیٚلہٕ ڈُکانٛچ کتھ موکلِہ ہے سُہ تُلہِ ہے فِلمن ہنٛز کتھ۔

اکثر بوزہا بہٕ یِہنٛز یم کتھ کمرس مَنٛز دارِ نکھہٕ پہن بہِتھ۔ کُنہِ ساعتہٕ ہے یہِ بےٚ مزٕ دربار چشم دید وُچھنک شوق گژھِہ ہم تیٚلہِ نیرہا نبر کوٹھس پٹھ امیک نظارٕ وُچھنہٕ۔ کوٹھ پٹھ آس بون آنگنس کُن سیوٚد نظر۔ لرِ مکانہٕ کِس آنگنس کُن تہٕ آس نظر۔ اتھ گرس مَنٛز آسی ژور پانٛژھ باٗژ۔ مگر یمن مُتلق آس نہٕ مےٚ زیادٕ خبر۔ آ، یِہنٛد اکھ لڑکہٕ اوسُم ٹھیکھ پأٹھی وۄد۔ أمس اوس شاید ترٕن ناو تکیاژِ ماج آس آسان أمس أندرٕ پٹھ امی ناوٕ آلو کران۔ یہِ اوس گبشوم،

اۆژھ تہٕ تھدِ قدٕ، یوہے وٲہرِ پٲنٛژ ترٛہہ ہیٚو۔ کُنہِ ساعتہٕ ہے میٚہ پیٚتھ نظر پیٚیہٕ ہیس میٚہ کرِہے نمستے۔ باضے کرِہے کتھ بڑوٹھہ پکناونچ تہٕ کوشش مگر تاحال اُس میٚہ اٲہنز یہِ کوشش ناکام بناوِمٕژ۔ تکیاز میٚہ زن اوس یہ کھران۔ ییلہِ تہٕ یہ کوٹھس پیٹھ نیرہا یہِ وُچھہن یہ اکثر پننِس کوٹھس پیٹھ یا آنگنس منٛز۔ ترٛییہِ ژورِ پھرِ اوسُم باسیومُت زِ یتھٕے بوزنہٕ سروجنہِ کتھ گرٛشان چھےٚ یہ تہٕ آنگنس کُن نیرتہٕ یورکُن ژوٗرٕ نظرِ وُچھان۔ کینژہٕ پھرِ اوسُم وُچھمُت زِ یتھٕے ترٛاوتھ کتھ پننِس آنگنس منٛز گیہِ سروجہِ تہٕ دژایہِ ماشہِ مارِتھ آنگنس کُن تہٕ اورکُن اٲج اسہٕ وِنہِ ہونٛجہِ وُچھنہٕ۔ اکہِ دوہہ لٹہِ اُسی میٚہ یم پننہِ پننہِ کوٹھہٕ پیٹھی لوتہِ کتھ کران تہٕ وُچھمٕژ۔ مگر یہ اوسُس نہٕ اتھ سنیومُت۔ سٕنُن تہٕ کیاہ اوسُم۔

ازتہِ ییلہِ یہ شامن اور ووتُس درواز مُژرونُے وُچھم سروجہِ اُس آنگنس منٛز پوٗرٕ مہرٕینٛز رخ لاگتھ۔ میٚہ باسیوٚو زنتہٕ کانٛہہ مہرینٛز وژِکس پیٹھ چھےٚ۔ سروجہِ اُس تھر پھرتھ تہٕ نظر اٲسس کوٹھس کُن۔ ہیرِ اوس ترُن پننِس کوٹھس پیٹھ۔ سُہ تہِ اوس سروجس کُن وُچھان تہٕ وُٹھو تہٕ اُچھن ہندِ اِشارٕ سٟتی کیاہتام ہاوان۔ زنتہٕ ہاوان اوسُس "چوکھ چندر ہش چھکھ۔" یہ ژاس آنگن برٕ تہٕ ییمو ترٛوو نظرن ہُند اتھواس ییلہِ ترنن کوٚر میٚہ کلہٕ کہِ اِشارٕ سٟتی نمستے۔ سروجہِ پھیر دروازس کُن تہٕ میٚہ کُن ترٛاوِن کینژن برٛژن ہندِ باپتھ فُرصتہٕ ہُنٛژ نظر۔ سٟتی کوٚرُن لوٚت اُسن ہیو۔ یہ اُس مے کُن وُچھنہِ وِزِ آمی آیہِ اسان۔ اوہند یہ اُسن اوس میٚہ سخ پسند۔ تُسند یہ اُسن اوس تُسند بو وُٹھو پیٹھ نموٗدار

سَپدِتھ تسٕنزن ہارِ چشمن کُن پھاُلان۔ یتُھے سو میہ کُن پھیر، میہ وُچھ تس اتھس منٛز تھال۔ تھالس منٛز کیاہ کیاہ اوس تہٕ چھم نہٕ خبر۔ امیُک جاۤیزٕ ہیٚنہٕ بروٗنٛہہ اوس تسٕندی میقناطیسی وُٹھٕ گُمچارن میانِین نظرن پانس کُن درٛسہٕ دبُتُمت۔ سو درٛایہِ درواز نبر تہٕ میہ زون "گُنہٕ ہمسایہِ گرس آسبس گژھُن۔ کڈوا چوتھچ کتھا بوزنہِ۔" بہٕ کھوتُس ہیٚور تہٕ ژاس کمرس منٛز۔

وونی آسہٕ ہَن دٕہہ پیٚٹھی۔ بجلی اُس نہٕ وُنہِ تہٕ آمژ۔ بہٕ اوسُس بڈس پیٚٹھے ڈاپھ ترٛاُوِتھ۔ بڈ اوس دارِ نکھہ۔ اَمہِ دارِ کِنۍ اُس دٕچھنہِ طرفہٕ کِس کوٗٹھس کُن سیٚود نظر۔ امہِ اپور اوس ترٛنُن کوٹھ۔ نبرٕ اوس یوہَے ساسہٕ گاش ہیوٗ۔ اسمانس اوس منٛزٕ منٛزٕ گوٚن اوٚبُر۔ کھسہٕ وِنہِ زوٗنہِ ہنٛزن پرٛژَن تہٕ اوٚبرس باہم اُس دِلچسپ دملہٕ ہمل شوٚرٕ گامژ۔ فِلمی باٚتن ہُند پرٛوگرام اوس وُنہِ تہٕ جاٚری۔ اشوکنہٕ کتھ باتھ اُسۍ وُنہِ کیٚنٛہہ منٛٹھ۔ میانہِ نظرٕ آسہٕ اسمانس کُن کھسہٕ وِنہِ زوٗنہِ تہٕ اوٚبرُک جنگ وُچھان۔

اچانک باسیوٚو میہ زنتہٕ دارِ کِنۍ واوِ رنگ آیہِ تیٚمۍ میانِس کمرس منٛز خوشبوٗیہِ بُشنگ داٗرِتھ دیُت۔ اُمۍ کڈ ساٚرِسے کمرس ژھٹھ تہٕ میہ زنتہٕ رُمس رُمس ترٛاوتھ پھیر۔ کوٗٹھس کُن دِژم نظرٕ۔ دوٗرِ وُچھم ژاٗنگی گاش۔ وارٕ پٔہن وُچھم۔ بہٕ اُس سروٚجہٕ۔ اُمس اوس تھالس منٛز دٕزِوُن ژونٛگ۔ شیشہٕ بنٛگرٕہن ہُند شرٛوٗنی شرٛوٗنی زنتہٕ کوٗٹھچہٕ خاموشی ژٕٹِتھ گژھان اوس۔ سو گیہ کوٹھٕ کِس کوٗنس کُن۔ "شاید آسہِ زوٗن وُچھنہٕ کھژمژ۔" میہ سوٚنچ۔ سو واٚژ سہن ٹکس نِش۔

اتہِ پیٹھ لُج میأنس کمرس کُن وُچھنہِ پتہٕ ترنہٕ نِس کوٗٹھس کُن۔ میٚہ گیہ تمہِ کوٗٹھ پیٹھی آدم ژھاے ہش نظر۔ یہ اُس پیٹھی کوٗٹھس کُن پکان۔ تہٕ یکدم ٹرا کی لانپہ یپور۔ لانپھ تارنہٕ وِزِ پیوٗ سروجنہِ تھالہِ منٛز کہِ ژانٛگیٚک گاش سیٚدِ سیوٗد اُمس پیٹھ۔ مےٚ پرٛزنوو گوڈٕ اوہُند نکر پتہٕ قد کاٹھ۔ یہ اوس ترُن۔

ترُن اوس ووٚنی سروجس نِش۔ پتہٕ لگی دوشوے پھسرارے کرنہٕ۔ یَس نہٕ میٚہ فکرِ تر۔ پتہٕ لگی ووٚری میانہِ کمرُک تہٕ دارِ ہُند مُعاینہٕ کرنہٕ۔ میٚہ وول کلہٕ بوٚن پھن تہٕ ریڈیو کوٚرم بییہٕ ہَن لوٚت۔ پتہٕ دِژم بییہٕ نظر۔ یم اُسی ژنہِ تہٕ میأنس کمرس کُن وُچھان۔ شاید اوُسس ترُن ونان ''یہِ بچور چھُ شونگمت'' میٚہ روٚٹ ووٚنی دارِ ہنٛز دورر ژھایہِ ٹھیکھ پاٹھی مورچہٕ تہٕ روٚدُس اُمس دراندازہنٛز بروٗنہہ کُنچہِ حرکژ شانکنہِ۔ میٚہ باسیوٚ وتمُی نیٚو اکھ اتھ پننہِ نکرِ کس بروٗنہس چنٛدس کُن تہٕ بیاکھ اتھ تھوٚون سروجس پھیکس پیٹھ۔ پتہٕ وونس لوتی کیٛاہتام تہٕ سروجن ژھُن کلہٕ بوٚن کُن۔ میٚہ لگوو اندازٕ زِ سو منٛد چھیہِ۔ وارٕ وارٕ نیٚو ترنن سروجنس بُتھس نکھہٕ بُتھ تہٕ تسُندِس کھوورس رودسارس پیٹھ ترٛآوُن پننوٚ وُشنیو وُٹھو ستی پننہِ لوٚلچ موہر۔ ژآنگی گاشس آو میٚہ سروجن بُتھ ٹھیکھ پاٹھی بوزنہٕ۔ تس اوس ترننہٕ بوسہ ستی ووشلُن ہیوٚ پھیوٚرمُت۔ وُچھان وُچھان آو تسُند کلہٕ ترنہٕ نِس سینس ستی لاینہٕ زنتہٕ کانٛہہ پوٚپ ٹنگ واوٕ گزٛایہ ستی کُلِس تل پزٕارِ ونس کانٛسہِ نفرٕ ہنٛدِس بلمس منٛز پیوٚ۔ ترنن نیوٚتس یکدم اتھ منٛزٕ تھال تہٕ تھوٚون اکہ طرفہٕ پھر۔ سُہ آو بییہِ تہٕ رٹٕی سروجہِ نالہ متہٕ۔ سو تہٕ گیہ تس ستی آارتھ۔ ترن

ژاٗ و سو یکدم پھر زنتہٕ کاٗنسہِ اجھلن برجستہٕ گُلاب تھٔر ژٕتھ سیکہِ پیٹھ داٗرِتھ دِژ۔
اسمانس پیٹھ اٗس زوٗن وُنی کھُژہس۔ مگر سو اٗس اٗکی کرٕہنی اوٗبرٕ لنگی تل رٕٹمٕژ۔
ریڈیو پیٹھ گوٚو فلمی سنگیت بنٛد تہٕ اناونسر اوس کیاہتام ونان۔ شاید آسہِ ہے
اشوکنہِ کتھ باتھ ہُنٛد وق ووتمت مگر ووٚنی اٗس نہٕ مےٚ تتھ ستی دِلچسپی۔ میٚون
سورُے توجہ اوس کوٗھکس کوٗنس کُن ییٚتہِ زنتہٕ کاٗنہہ تاٗراک برٛسٹ سٹرٛوک
تاٗراکی ہٕندِس مُقابلس منٛز برٛونہہ پکنچ جستہٕ خاٗزی کران اوس۔ ژاٗنگی گاٚشس تل
باسیوٚو میٚہ زنتہٕ اٗمس تاٗراکس روپٕہٕژ آیہِ لمبکھ دِچھِ مورِ ہٕندی پاٗٹھی زنگن النہٕ تہٕ
ولنہٕ یِو ان چھِ۔ تُرُن اوس چاٗنٹس ستی چونٹھ رلاٗوِتھ۔ زنتہٕ کاٗنہہ دوٚد شُر ماچھ
ٹٮ۪ٹھِس ژٕسان اوس۔ سُہ اوس ماز دوٚگلن گنٛدان تہٕ ژاٗنگیچ ریٚہہ اٗس ہلکہٕ ہوا
دَکو ستی بےٚ سوکھ سپدِتھ سرپھٕ ہٕندی پاٗٹھی پان لِکھان۔ زوٗن دزاپے یہِ وُژھ
اوٗبرٕ تلہٕ نیبر مگر ہکہٕ ژاپہِ بیٚیہ اندر۔ میٚہ باسیوٚو زنتہٕ کاٗنہہ گامہٕ گوٚندرٕ ناگہٕ بلس
نکھہ واٗتِتھ کاٗنسہِ عُریان مردس شرٛان کران وُچھتھ پوٚت کھوری ژٕج۔ انہِ گٹہِ
منٛز اٗس شہن ہٕندِ کھُمنچ ہوہراے گرٛشمہٕ ژٕنجہٕ ہٕندی پاٗٹھی میانہِ دارِ کُن یِوان۔
دزوٗنہٕ ژاٗنگیچ گوٚژُج اٗس ووٚنی رژھ رژھ ویگلمژ۔ میٚہ لگوو انداز زِ امیُک لیہنیر
آسہِ تھانس تہٕ پھاٗلیومُت۔

یکبار ہٕزیوو شہن ہُنٛد کھُمن ہنا زیاد۔ پتہٕ بیٚیہ زیاد۔ تہٕ بیٚیہ بیٚیہ۔
وُچھان وُچھان لٮ۪ج وُبگلیمتِس گوس سوئژ کنی کُنی وِگنی تہٕ یکدم گوٚو ژونگ
ژھٕٹہٕ۔ اٗتھی منٛز سپٕز قبرِ ہنٛز ہش خاموشی تہٕ میٚہ پیوٚو یاد ”وُنی ییہِ بجلی! یچ چھُ

آن.....! یہٕ وۄتھٕس تھوٚد ہیۆ۔ سُچس پلنووم اتھٕ تہٕ کوٚرُم بنٛد۔ جل جل روٗژُم

پیٹھٕ مورچہٕ۔ مگر یتھے یہٕ واپس ییوٚٹھٕس میٚہ باسیوٚو ترُن وو پر ہوٚن ہیۆ پنہٕ کوٹھٕ

پیٹھی پکان۔ سُہ گوٚو جلدے ژھایہٕ۔ سروجہٕ تہٕ اُس وودنی میانہٕ دارِ کُن بتھ

کرِتھ۔ اُتھی منٛز آیہٕ بجلی تہٕ تمہٕ کھییہٕ ووٹھ۔ مگر میانہٕ کمرٕچ انہٕ گٹے وُچھتھ گوس

اِطمینان ہیۆ۔ دوٚیو اتھو سوٚمبروٗن چھکراوِنہٕ آمٕت مس تہٕ لٔج پتھ کُن بنٛد کرنہٕ۔

کوچہٕ یِکس بجلی گاشس منٛز اوس ووٚنۍ تسٕند بتھ صاف بوزنہٕ یِوان۔ اچھ حالتھ

اُس تمہٕ وچھ ہش یتھ مہاراز ہنٛدِ یِنہٕ پتے لتہٕ مانٛڈ گرِھان چھے۔ مَس شیرِتھ

ژُل تمہٕ تھالہٕ نکھٕ پرٕبن تہٕ لٔج تمہٕ منٛزۍ زوٚنہٕ وُچھنہٕ۔ میٚہ باسیوٚو زنتہٕ پٔن گوناہ

قبوٗل کران ونان اُسس:

''یِنے کانٛسہٕ ونکھ''

میٚہ تہٕ وُچھ زوٚنہٕ کُن۔ باسیوٚم زنتہٕ تمہٕ توٗر ووٚنُس:

''ژٕ مے چھکھ بیقل۔ یہٕ چھس نے چانٛی زوٚنہٕ مآج۔''

اُتھی منٛز گیہ بونہٕ رٕوی تیٚز کتھ۔ سروج تہٕ وٗژھ جل بون۔ اشوٚکنۍ

کتھ باتھ اُس خبر کرمو کلیمٕژ مگر میٚہ اوس نہٕ یہٕ نہ بوزنک کانٛہہ تہٕ افسوٗس۔ یہٕ

وۄتھٕس تھوٚد تہٕ دژاس کوٹھٕس پتھ۔ بون کُن ترٛاوٕم نظر۔ سروج اُس رٕوی

یِس بزٕونہہ کنہٕ پاں گلاسہٕ ہتھ اِستادٕ تہٕ ہش اٗسس چارپایہٕ پیٹھے اٗہی کران:

''ڈبکہٕ بُڈ آس تہٕ تِتھی ہتھ کڈوا چوتھ وُچھ۔''

☆☆☆

# مُمکن

یعقوب دِلکش

شیٖن اوس تھوسوٚ تھوسوٚ پیوان، تہٕ راأژ اوس ووٚنۍ اڈلیوٚک واش ہیوٚتمت کڈُن۔ ژوپارۍ اُس ژھوپہٕ۔ بہٕ اوُسس ہوٹلکس کونٹرس پیٹھ نرِ وٕٹتھ شیٖنہٕ تھوسبن ہتۍ پانس گیرۍ بچہِ کران۔ گرا آسمانس کُن کھسان تہٕ گرا آسمانہٕ پیٹھ زمینَس تام شیٖنہٕ تھوسبن ہتۍ وسان۔ مےٚ گر زٕٹھ زامنۍ تہٕ کوٚڈُم کاڈ۔ تہٕ تمو دوٚیوَ کسٹمرو (Customer) کھوٗل درواز تہٕ روٗدۍ میأنس ٹیبلس نِش اِستادٕ......!!

مےٚ ترٲو نظر تہٕ بہٕ گوس خوش۔ تِکیازِ وارِیاہِ کالٕ اوس سأنس ہوٹلس کانٛہہ ٹوٗرِسٹ آمُت۔ اکھ زأوِیُل کٹہٕ کال ہیٚوٚ وأنکۍ مَس گرِتھ حُبش، تہٕ بیأکھ ژھوٚٹ دوٚدِ مٹھ ہش کوٗر۔ تِمَس کاژُر نَپہٕ کرٕدُن مَس، نَس گول، بِلہٕ أچھ شمہکۍ پأٹھۍ زوتان۔ تہٕ تمۍ ہنٛدِس ڈٕچھنِس پھیکِس پیٹھ اوس. اکھ زیٛوٗٹھ جولنہٕ۔ یَتھ مَنٛز دوٚیوٚ بُرشو کلہٕ نبر کوٚڈُمت اوس...... تم دوشوَے أسۍ اکھ أکِس پھیکِس ہتۍ پھیوٚک رلاوِتھ کھڑا۔ باسان اوس زیبرا کراسنگ (Zebra Crossing) مَنٛز زٕ رکھٕ......!

''کرٕ ہٕن تہٕ سفید چھاتِہٕ پاٹھی رلان؟''

یہٕ اوٗسس أنٛدرٕ ی کنہٕ سوٗنچان۔

''کرٕ ہنس منٛز چھُ پرٛتھ کانٛہہ رنٛگ غأب گژھان؟'' یہٕ اوٗسس پانے سوالن جواب دِوان۔

تِمِس حبشس اوس موٗٹ ژادر ہیٖوٕ کوٹ لاگِتھ۔ دنٛد سفید موکھتکی پاٹھی زوتان...... وٕٹھن تہٕ بُتھِس پیٹھ سِیاہ کیٛلم ہِش پرٛیڈان......

اَما پوٗز تِمِس سفید دوٗدٕ مٔتھ ہِشہِ کوٗرِ اُس ژھرے تنہٕ ڈیٛج موتہٕ ہیرٕچ ہارے نیٖک دار بنیان لاگِتھ۔ تِمِس اُسی وٕٹھن چاکی گاٗمتی تہٕ ووشلیوٗمت بُتھ ووزلہٕ ڈیٖلیٖشس ژوٗنٛٹکی پاٹھی نَپہٕ نَپہٕ کران۔

مےٚ لیوٗکھ تِمن ناو رجسٹری پیٹھ تہٕ دِژکھ کوٗنز۔ تِم گے خوش تہٕ یہٕ ووٗتھس تھوٗد...... تہٕ گوس تِمن کمرس تام ستی......!

نیبرٕی کنہٕ اوس ووٚنی نیٖک شیٖن پیوان۔ ہوٹلچہِ ورنٛڈاہ چہِ بجلی بتہِ آسہٕ شیٖنس زَن تھٔلہِ تھٔلہِ وُچھان۔ تہٕ سأریے اوس سفید شیٖن زَن دم کوٗرمُت۔ اکھ وٕتھی پھیوٗرتہِ اوس نہٕ ہوٹلکہٕ پشہِ پیٹھ بوٗن گُن لمان۔

کارِڈور انٛد واتنہٕ پتہٕ وأتی اُسی ترٛیشوٗے گرٛاونٛڈ فلورکِس (Ground Floor) کمرس نِش۔ یہٕ لوٗگس سوٗنچنہِ......

''یِم اَژن ووٚنی کمرس منٛز۔ یِتھ چھکھ بچارٕ بن سٔخ اُلجھٕ۔ وُشنیر کرن...... نہٕ...... گوڈٕ کرن درواز بنٛد تہٕ پتہٕ مٔتھِہ دوٗدٕ مٔتھ ہِش کوٗر خبر کُس Antiseptic ٹیوٗب

پھٹےٚ متبن وُٹھن۔ تہٕ وارٕ وارٕ دِیہ بُتھس پھَش۔ نِپہ نِپہ کرٕنس ووزٕلس بُتھس پیٹھ پڑیڈِ سأرہے انٹی سیپٹک کریم۔ تہٕ وُشنیرٕ ستی گرٛٹھ جبشس وأنگی دارٕمَس یلہٕ۔''

مےٚ کھوٗل وارٕ وارٕ کوٗنژٕ ستی کلف، کمرٕچہ بَتہٕ زاَلتھ وونمکھ : ''یمہٕ گےٚ زٕ سنگل بیڈ (Single Bed) لیٚف تہٕ کمبل تہٕ چھو۔'' تمو دوشوٕیو ترٛوو یکہٕ ووٚٹے اُسن......!

''گرم آب چھو باتھ روٗمَس منٛز......'' تم اُسی خوش گرٛھتھ مےٚ کُن وُچھان۔ صُبحس گژھِ بَجہِ چھو بیڈ ٹی سوزٕنی؟'' مےٚ پرٛژھمکھ کتھِ زور دِتھ۔ مےٚ باسیوٚو تم دوشوٕے اُسی مےٚ زَن وَنان......!

''ژٕ نیرتہٕ ووٚنی کمرٕ منٛز نیبر۔ اُسی کرو درواز بند'' تکیاَزِ تمی جبشن وول پھیکہِ پیٹھ نیوٗل بیگ بون تہٕ ترٛاوِن بوٗٹ ہتھ بیڈس پیٹھ لر۔

''ژٕ کونہٕ چھکھ بیڈس پیٹھ لر ترٛاوان؟ چانہٕ اُچھ چھِ وَنان، ژٕ چھکھ تھَکمٕژ......''

مےٚ ووٚن تمس دوٕ مٹھ ہشہِ کوٗرِ اَسونہٕ ہونٛجہ...... تمہِ تہٕ وول ژھنہِ پھیکہِ پیٹھ بیگ بون تہٕ مےٚ کھوٗل المارِ ہُنٛد درواز تہٕ تمہِ تھاَوی بڈٕ احتیاط سان بُرش، فولڈنگ ایزل تہٕ رنگ ٹیوٗب المارِ منٛز۔

نوٗنہٕ پھٗلی اُسس بچارِ اتھن گاٗتی۔ توٚے بُری تمہِ دوشوٕے اَتھٕ پیٚننن کرٛھن منٛز تہٕ کوٚرن سیٚنس پانےٚ چیرٕ نالہٕ موٗت۔ تمس پھوٗٹ اُچھن اوٗش۔

''بیٚنہٕ ما چھو کینٛہہ ضوٚرٕ رتھ۔'' مےٚ پرٛژھمس وارٕ وارٕ۔

''نہ......'' تمو ووٚن دوشوٕیو بڈٕ نرمی سان۔

یہِ جواب بوٗزِتھ دژاس بہٕ کمہِ مَژنبر تہٕ نیران نیران تژ اۆ وے تِمن دوشوٕنی اکہِ لٹہِ کھورٕ پێٹھ تالہِ تام پۆرٕ نظر...... تہٕ کوٚر مکھ زورٕ درواز بند......!

شین اوس ووٗنی رُکیوٚمُت۔ نب اوس نبتھ نوٚن گومُت۔ زوٗن اُس نبتھ نٔز شینَس پێٹھ 'مِٹھائی لے لو ہاں جی' کران۔ تہٕ کُنی لوکھر اُس شینَس گاٹہِ۔ شِشر گانٹھو اوس پشَس زوٗل کوٚرمُت۔ اَماپوٚز بہٕ اوسُس وُنہِ تہٕ تی سونچان......!

''ووٗزلی چاۓ کر گاٹہِ وُٹھ۔ بِلہٕ رَتھ کھانچہٕ اُچھ۔ دوٗدِ مٔتھ ہِش تَن، تہٕ پِشُل پھمب ہیوٗ مَس۔

کرٕ ہُن کٹہٕ کال ہیوٗ جبش، کھرٕی دار کرٕ ہُن بوٚمبُر ہیوٗ وأنگی مَس۔، کیٚلم زَن تِمَس بُتھِس پێٹھ پرٕیڈان......!''

خبر مےٚ کیاز اوس سُہ جبش سخ کھران......' یہِ اوس نہٕ مے پانَس تہٕ فِکرِی تران۔

مےٚ اوس ووٗنی نصف Corridor پتھ گُن تژوومُت۔ زوٗن اُس یارِ گُلبو نِش آزاد گرٕ ھتھ واریاہ بڑوٗنہہ پُھچمُت۔ مےٚ دِژ پوٚت نظر۔ تہنٛدِ کمرِچ لایٹ گےٚ آف۔ بہٕ گوس خوش، مےٚ پھیوٚر ساڑے پانس نوٚ و وُشنیر۔ بہٕ پھیوٚرُس پوٚت لوٗگُس وارٕ وارٕ پٔدی تژاونہِ...... مےٚ اوس باسان زَن بہٕ چھُس ووٗنی اُکس بُڈِس شینہٕ کوہَس نَنہٕ ووٗرے کھسان......بہٕ ووٗتُس تہنٛدِس کمرس نزدیک بییہٕ۔ مےٚ پھیوٚر بییہٕ وُشنیر۔ساڑے پانس اوس مے عأرق ٹھانچہٕ وسان۔ زَن بہٕ

ربتہٕ کال ٚکس نٚس آفتابس تل واُنسہِ وادٕن پڑاران اوُسس۔ یِی سونچان سونچان ووُتس بہٕ تہِندِس کمرس نزدیک۔ گُنی کوم گرٚم دارِ تہٕ کھوُتس وُلمنہِ۔ دارِ ہُنذ روشن دان اوس مےٚ أچھن برٛونٛہہ کنہِ۔ تہٕ بُتھہ مہ دارِ کنِ أس زٕون پوٗرٕ پاٗٹھی تہِندِس کمرس منٛز ژامٕژ۔ تِکیازِ؟ کمرٕ چ اکھ اکھ رٕزٕ أس ننہِ نٚنی۔

دودٕ بُتھ۔ تہٕ جبش سُنٛد کرِہن بُتھ......

''نپہ نپہ کرٕون پشُل پھمب ہیؤ مس۔ تہٕ کھرِ دار واُنکی مس۔ وُٹھن چاٗ ک گاٗمتی...... وُٹھ زٕن نارٕ مشالہِ ہنٛدی پاٗٹھی دزان۔''

یِی سونچان سونچان مُژراوِ مےٚ ووٚنی روشن دانہٕ کہِ شیشہِ منٛزٕ پوٗرٕ پاٗٹھی دوشوٕے أچھ۔ تہٕ ساٗرٕے کمرس وِژم اکے ساتہٕ پوٗرٕ پاٗٹھی گُنی زہٕٹھ نظر۔

دوشوے بیڈ أسی پنٕنہِ پنٕنہِ جایہِ۔ کرِہن جبش اوس پنٕنس بیڈس پیٹھ کھرٕ وکھ کڈان۔ تہٕ دوٗیمس بیڈس پیٹھ أس دودٕ مٹھ ہش کوٗر ووشلے مٕژ، تہٕ تمیٚ ہنٛدِس سینَس پیٹھ اوس اکھ تاج دار سرٕ پھ أرٕ گرِتھ بہتھ پنٕنہِ زاٗوی جہِ زیوِ ستی تمِس چاٗ ک گاٗمتین وُٹھن پھیشان تہٕ منٛزی منٛزی ووشلیمتِس بُتھس کلہٕ ستی پھش دِوان۔

''وُنی کھیٚیس......'' مےٚ ژوٗل پھوٗ پھ گرِتھ لوتہِ لوتہِ نیٚرتھ۔

''بہٕ کرکھ دروازس ٹھک ٹھک'' مےٚ سوٗنٛچ۔

''مگر کیازِ......؟'' یِم کرن مےٚ پیٹھ شک۔

مےٚ پھوٗٹ ساٗرٕے پانس ترٕن عاٗرق تہٕ وارٕ وارٕ ووتھس بون۔ زٕون أس منٛز باگ نبس واٗژمٕژ...... تہٕ دوان دوان ووُتس بہٕ پنٕنس کمرس منٛز۔ تہٕ

کلہِ پیٹھ ہیڑم لیف تہٕ لوٗگس أندرِ کنہٕ سوٗنچنہِ۔

''افسوس...... صُبحس نیرن زٕ لاشہِ کمرٕ منٛز۔''

''یہِ سرٕ پھ اوس ظاہر أمی حبشن پننس بیکس منٛز اوٗنمت، مگر سُہ تہِ اوس کھرٕ وکھ کڈانٕ۔''

''پُلیس کُمس رٹہِ......؟'' مےٚ کیاہ...... مےٚ چھاپےٚ سرٕ پھ کتھ کنہِ ژاو یہنٛدِس کمرس منٛز......؟'' یہِ اوٚسُس پانےٚ پننین سوالن جواب دِوان۔ مےٚ آیہِ نہٕ راتس اکھ نِندرِ زول تہِ......

''سُہ سرٕ پھ ییٚلہِ دوٚشوٚنی ٹوپھ دِتھ موکلہِ تہٕ ژلہِ...... یہِ گُس مانہِ، زِ یم چھِ سرپھ ٹوپہِ ستی موٗدی متی۔ تہٕ پتہٕ کرنکھ پوسٹ مارٹم......''

یمےٚ خیال أسی مےٚ راتس یِوان۔ صُبحس ییٚلہِ مےٚ بِسترس منٛز بوٗز زِ تم دوٚشوٚے چھِ زِنٛدٕ ے، تہٕ نبرٕ کُنی چھِ تم لانس منٛز بہتھ۔ یہِ رووُس، مےٚ پھٹ وُسہِ وأسی۔ وارٕ وارٕ دراس یہِ پننہِ کمرٕ منٛزٕ تہٕ کھوٗژی کھوٗژی ووٚتس یہِ تمن نِش۔

آفتابن اوس بالہٕ تلہٕ کلہٕ کوٗڑمُت۔ اماپوٚز شین اوس پننہِ پننہِ جایہِ لگتھ گوٗمُت۔ شِشرٕ گانٹہٕ آسہِ لوتہِ لوتہِ زن اُسن ہوٚوان۔ اماپوٚز أستھ آسہٕ نہٕ ہبکان۔

راتُک تاج دار سرٕ پھ یُس تمِس وُٹھن اوس پننہِ زیوِ ستی پھیشان اوس تمی دود مٹھِ ہشہِ کوٗرِ ع تہٕ غ کنواسس پیٹھ بنوومُت تہٕ أس کُرسی پیٹھ بہتھ تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ مےٚ ترٲو نظر بییہِ تمی ہِندبن چاۓ کی گاۓ متین وُٹھن کُن۔ تمی ہِندبن وُٹھن ہِندی چاۓ کی أسی غائب گاۓ متی......!

☆☆☆

رتن لال جوہر

# بٕ تہٕ سُہ

ییٚلہِ مےٚ پٔتِن پان حالاتن ہنٛدِس ژٔکرِ وِیُہس منٛز پۄٚر پاٹھی ہنہٕ آمُت باسیوٚ تہٕ بِسیار جکھنہٕ تہٕ چوچھِ کتٕر کرنہٕ باوجوٗد موکلن پانٛکِ تمام وٚسیلہٕ تہٕ اِمکان ہنہِ ہنہِ ختم گژھان باسیٚہِ، میٚ زن ٲج وٲنٛجہِ تھچھ ہش تہٕ کیٛاہتام بدلےٚ دگاہ گَیم أندری اگادِ۔ یۄٚت زِ أچھ وَژھ اُستھ تہِ رووُم سوٗرے اوند پۄک تہٕ ژۆلم بے وایہِ نیٖرتھ:

''وٲے! دِلس گوم خبر کیٛاہ!!''

پٔنٛز کٔنٛز کرسیہِ مےٚ یہِ تمہِ حالژ تہٕ کفیژ ہنٛز باوتھ یوسہٕ نہٕ بہٕ امہِ ورٲے بیٚیہِ کینٛہہ ونہٕ ستی کٔرِتھ ہیکہٕ ہا۔ مگر تس توگ نہٕ تہِ ژیٚنِن تہٕ وۆتھُم:

''تہٕ کیٛاہ مطلب گوَ دِلس گوم خبر کیٛاہ؟ دِلس کیٛاہ دود کوٚر نیا؟''

تٔمی ہندِ تسلا دِنہٕ بدلہٕ یہِ پرٛژھ گاٚر آیہِ کنہِ پلکی پاٹھی میٲنٛس توقع کِس شیشہِ خانس چھاونہٕ تہٕ ہیٚرِ پیٚتھ بون تام انٛدٕ ونٛدٕ کیٛو ژوپاری گیس کُنہِ سرٕ تہٕ صدا ورٲے رُمہٕ۔ فقط وُچھمس یورٕ تھلہِ تہٕ ترووُم زیٚوٹھ ودش۔

مگر تس پھوٚش میانہِ جوابہٕ بدلہٕ زیٛوٗٹھ ووش تراونہٕ کِنۍ وارے تہٕ
ڈیکہٕ ژُکرِتھ کٲرِن بیٚیہِ جواب طلبی:

''تَنہٕ کیاز ووٗنتھ نہٕ؟ دِلس ؔتی چھا تہٕ پاٹھی گینٛد کران۔ ژے
چھے نا پتاہ دِلکہِ داد تلہٕ ووتلُن چھُ محال۔ تہِ کٔرِتھ دِلہٕ ہے چھِیا دود کِنہٕ ژھِنۍ
کھوٚرِی؟''

میٚے کھرٚاے وونۍ ژکھ پوٚزلس پتھ ژکھِ یا لولُک کانٛہہ اثر نہٕ آسنہٕ
سبہٕ پیٛوٚم تس آرام تہٕ موموٚلہٕ کِس لٔبِس مَنٛز جواب دِیُن:

''دود چھُم نہٕ مگر میٚے زن گژھان دِلس خبر کیاہ۔''

''بیٚیہِ ونان خبر کیاہ تہٕ خبر کیاہ! اۆخر اتھ خبر کیاہَس تہِ آسہِ کانٛہہ ناو؟''

تمۍ ووٗن وارے بمہٕ چاٗرِتھ۔

مگر بہٕ کیاہ ناو کرہٕا اتھ ییٚلہِ نہٕ میٚے پانس پےٚ آس۔ ووں گوٚ یہٕ
ونُنہٕ ؔتی باسوٚ میٚے زِمےٚ چھونٹ تہِ نبر یہٕ میٚے اَندرۍ اَندری سپدان اوس۔

''کوتاہ کال گوٚے؟'' پرٚژھُن بیٚیہِ ووں گو ژکھ ہوٚمرِتھ پھِن مگر نظر
اٚسس میانِس بُتھِس کُن یتھ پتھ نہٕ دادِچ کانٛہہ تہِ شِکن آس ئلۍ کہِ
اوسُس ووشلُن یُس ہنہِ ہنہِ تیزان اوس۔

''کوتاہ کال کیاہ مطلب گوٚ؟ دود چھما زِ ونےٚ کر پتھٕ چھُم۔ مےٚ چھِ
تمہٕ تمہِ وِزِ وِزِ حالتھ گژھان ییٛمہِ ییٛمہِ وِزِ بہٕ آوٚلِنس اندر ہنہٕ پھس یِوان تہٕ
پتُن پان حالاتن تہٕ سمیٚس برٚونٛہہ کنہِ بےٚ بَس چھُم باسان۔'' مےٚ ووٗنُس یوٚرِ کم

کاسہٕ وہِستارٕ سان اِمِ موجوٗب زِتھِ تُلہٕ تہٕ مےٚ تژ اوِ کُن زوٗن۔

''اچھا! گوٚ یہِ چھےٚ دٔلیل!'' وۄن تمۍ زیوٗٹھ آنکار کٔرتھ۔ تس کیاہ توٚر فِکری تہٕ کیاہ نہٕ۔ میےٚ اُس نہٕ تتھ ہِتی کانٛہہ دِلچسپی۔ یہِ اوُسُس وونی فقط ژھوپہٕ یژھان۔ سو ژھوپہٕ یتھ اندر مَس وال پتھرِس پیٹھ پِپنگ صداہ کٔرن گژھہے۔ یہِ اُس سو وِز ییلہِ یہِ کُن تہٕ کیوٗل دارِ بَر تژوپرِتھ وارِیہس کالس اَچھ بند کٔرتھ انہِ گٹہِ وُرِنس تل ہُن اوُسُس یژھان۔ اوٚے وۄنمس نہٕ یوٚرٕ رِکہیں تہٕ تھاوِم دارِ بَر بند تہٕ بیوٚٹھُس کوٗنس کُن شژوٗ پِتھ۔

مگر تمۍ لوگ وونی ٹھاہ ٹھاہ کٔرتھ اُسُن۔ یوٗت زِ مےٚ باسیوٚ زِ میےٚ نیرِ کلس ٹاس تہٕ ٹکرِ کھسن تالوٗس۔ سُہ اوس لگاتار اسان تہٕ ونان:

''دم کیاز زِ گوٚے؟ یاز انہِ گٹس تھوٚوُتھ پان ؤلتھ۔ وُنی تژ اوٚے دارِ بَر ییلہٕ تہٕ کرے اتھ انہِ گٹس تاہراج۔''

امہٕ پتہٕ روٗد نہٕ مےٚ پانس تام۔ یکدم گوٚس تھوٚد ؤتھتھ تہٕ یاشاہ کٔرتھ کڈمَس لتھ۔ میانہِ امہِ غضب ناک لتہِ ہِتی گیہِ تیشز آواز تہٕ خاموش تہٕ دأرتہٕ ییلہٕ مگر یتھُےٚ کھورن کُن نظر پییم اتہِ وُچھم بِسیار شیشہٕ کھنٛجہٕ خوٗنس اندر رٕلتھ وِتھ۔

☆☆☆

ناصر منصوٗر

# میانہِ داستانک اکھ باب

تتھے یہ دفترس منٛز ژاس مےٚ دِژ گئی تام کرتھپ تہٕ پانس گن پھیرِتھ وۄنُم :

''ژےٚ چھکھِہ احمد اللہ ییٚمہِ دفترُک نوٚو مُلاَزِم؟''

''آ...... بےٚ چھس۔ کیاہ دلیل؟ ...... یہِ کُس طریقہٕ چھُ کتھ کرنک...... ژٕ چھکھِہ ونہٕ وۄتھمُت کِنہٕ کاڈبو ڈۄلمُت؟ تژاو مےٚ کمرس تھپ یلہٕ۔'' مےٚ وۄن تس ووٚٹھ کڈِتھ شرارتہٕ ہوٚت تہٕ نس کھاٚرِتھ۔

''یکھ ژھانڈو چھے۔'' تمیٚ زَن بۄز نہٕ میاٚنی کتھے تہٕ درٛہ لٔدِتھ وۄنُم ہٕرِس تھپھ کران کران۔

''ہٕرِس تژاو تھپھ یلہٕ۔'' مےٚ وۄن تس اتھس درٛسہ دِتھ۔ مگر تمیٚ گر مےٚ پُلسہٕ والی ہندی پاٹھی ییٚہ اتھس تھپھ تہٕ نیوٚنس گِلہٕ وِتھ ڈِپٹی صاٰبنِس کمرس کُن۔

''جناب اوٚنم رٔٹِتھ۔'' تمیٚ وۄن لوکٹس صحبس بزوٚنہہ کُن واٚتِتھ تمہِ

آیہ زن تہٕ کانٛہہ ژۄر اوس پُلسہٕ وٲلۍ دوہلہِ سن دِوان رۄٹمُت۔

"ہوں" ڈِپٹی صاۂبن وۄن میٚہ کُن عانٛکہٕ منٛزی نظراہ ترٛاوِتھ۔ پتہٕ لۄگ سُہ بیٚیہ کٔتھ تام فائیلہِ پرنہٕ تہٕ کُنہ کُنہ قلمہٕ ستۍ خاشی ترٛاونہٕ۔ بہٕ رۄدُس اتھ دوران تس برٛونٛہہ کنہِ مُسہٕ غریب ہیوٚ کھڑا۔ فِکری اوسُم نہٕ تران زِ قصہٕ کیاہ گژھِ آسُن۔ أتھۍ دوران تُل تٔمۍ فونُک رسیور اتھس کیتھ تہٕ بیٚیہ اتھہٕ نمبر ڈائیل کران لۄگُم پرٛژھنہٕ، "ژےٚ چھتھ یتھ دفترس منٛز کُرسی تہٕ میز بہانہٕ بناوِتھ ہے تُل مُت۔"

"نہ جناب میٚہ چھُنہٕ کُرسی تہٕ میز بہانہٕ کانٛہہ ہے تُل مُت۔ ٲمۍ کہِ چھُس کارِ ڈورک بینچ پننہِ دفتری کامہِ باپتھ استیمال کران......"

"کیازِ...... کیازِ چھُکھ اتھ بینچس پٮ۪ٹھ بِہتھ دفترٕچ کٲم کران؟ سارےٚ شہرس منٛز چھُ سون آفس بدنام سپُدمُت۔ ہیڈ آفس تہِ چھِ یہ شِنٛچھ واژمٕژ۔ مُلازمن ہنٛز دوشوے ایسوسیشنہٕ چھِ ناراض گامٕژ۔ أزی کیٚن اخبارن منٛز تہٕ چھکھ یہ کتھ چھپاومٕژ......" تٔمۍ وۄن فونُک رسیور واپس کریڈلس پٮ۪ٹھ تھاوِتھ۔

"میٚہ جناب اوس نہٕ خیال زِ میٚون کٲم کرنُک یہ طریقہٕ کرِ یمہِ دفترٕ باپتھ تہٕ چانہِ باپتھ پیش پریشانی پادٕ...... بہٕ کرٕ أزی کہِ پٮ۪ٹھے بینچس پٮ۪ٹھ کٲم کار کرُن بند۔"

"تہٕ چھُ کرُنے۔ مگر کٲم کتیتھ کرٕکھ تہِ سوچ۔"

"جناب کُنہ تہِ جایہ۔ بس ہتہ کرناوی تو میٚہ الاٹ اکھ کُرسی تہٕ اکھ

میز۔"

"کُرسی تہٕ میز بوٗد کرُن چھُنہٕ سہل یوٗت ژٕ سمجان چھُکھ۔ امہِ باپتھ چھے ژیٚ پیارُن تہٕ اَسہِ کتی سنٛز کرٕنی۔"

"جناب یٚیتِس کالس کُرسی تہٕ میزُک سنزیلی کرنہٕ تی تِس کالس دیاوٕ ناوِی تو سٹوٗرٕ منٛز کینٛہہ پرٛون میزا...... کُرسی یا ٹوٗلا...... تاکہِ زڈ نیرِ۔"

"تتہِ چھُ میٚ گوڈے مولوٗم کوٚرمُت۔ نہٕ چھُ کُرسی نہٕ میز نہ کانٛہہ ٹوٗل۔" تمیٚ وۄن ژٕزتھ میٚہ بڈٕ پہن۔

"جناب اگر تمہِ نِے ژٕنو کینٛژھا عارضی دِن بناوِتھ۔" میٚہ وۄنُس عاجزی کران کران۔

"اوہو کس چاچاٗرِس ستی چھُس بہٕ منگہٕ پھالوان۔ تتہِ چھُ سوٗرے مال پھُٹمُت تہٕ دٕرِی لد۔ وۄنی کرناوٕ بہٕ سُہ تہٕ کامہِ کارس لایکھ مگر یگاہ آسنم چانہٕ ایسوسیشنہٕ میمورنڈم ہیتھ یکان کرٕبکہٕ دِوان دِوان زِ سون ٹوٹھ مُلاٗزِم چھُ رایٹ آف کُرسی تہٕ میزس پیٹھ دفتری کار انجام دِوان۔ ہُنہہ stupid ...... یہِ روزِ نہٕ جان۔"

"تیلہِ ژٕنوتھٕ جناب زِ میٚہ کیاہ پزِ کرُن۔" میٚہ ژٕنِ ژٕٹہٕ وِنی کتھا۔

"مطلب؟" تمیٚ وۄن نکہٕ واٗرِی چاٗرِتھ۔

"یہِ جناب وَنن بہٕ کرٕ تی"۔

"تی کرِ سہٕ تی۔ ہنہہ...... زن چھے شُر پاٗلنیٚ زِتی کرہس۔ احمد اللہ

صاَب یہِ چھُ کُرسی تہٕ میز بوٗد کرُن۔ امہِ باپتھ چھُ بجٹ مُقرر کرُن۔ سُہ فائیلن کھالُن۔ پتہٕ بڑِس صحبس پیش کرُن۔ بنان چھُ زِ بڈِ دفترِ تہٕ ماپیٚہِ پاس کرناوُن۔ پتہٕ ٹینڈر منگہِ ناوٕنی۔ پتہٕ مال منگہِ ناوُن۔ تتھ مالس چھُ میعار سرُن تہٕ گارُن...... ''یہِ وٕنتھ کوڈ تٕمۍ چندِ منٛزٕ سِگریٹ تہٕ تُج دِتھ زٕلُن۔ زیوٗٹھ دام دِتھ ترٛووُن میٚہ کُن دٕہ تہٕ پتہٕ لوٚگ پانسے ستی وٕننہِ۔

''کاش یہِ آسہا تیوٗتھ سہل یوٗتھ ژٕ سمجان چھُکھ۔''

''تیٚلہِ کیاہ کرٕ بہٕ فِلحال؟'' میٚہ پرٛژھ تس تنگ یتھ۔

''یوٚہے تہِ چھُ مسلہٕ...... اَخر ژٕ ہے کرکھ تہٕ کیاہ فِلحال۔''

''یہِ وٕنتھ لوٚگ سُہ بییہِ فائیل وُچھنہِ۔ تتھ خاَشی ترٛاونہِ منٛزی سوچنہِ تہٕ منٛزی سِگریٹس دام دِتھ اتھ زاَوی یہِ گارنہِ۔ اتھ دوران روٗدُس بہٕ لکرٕ بٕنتھ تس برٛونٛہہ کنہِ اِستادٕ۔ کیٚنٛہہ کال گژھتھ پییہِ تس میٚہ پٔٹھ نظر تہٕ حاَران ہیوٗ سپدِتھ اَیِن بیٚل۔ بیٚلہِ ہُند میوٗزُک بوٗزِتھ ژاو دَوِ چپراَسی کمرس منٛز تہٕ ڈپٹی صاَبن ووٗن تس کنس کشان کشان:

''یہِ ہِن صِدِ ووستس نِش۔ دپُس فِلحال دِتیٚمس عارضی میز تہٕ کُرسی بناَوِتھ۔''

یہِ بوٗزِتھ گُر میٚہ چپراَسی اَدِکی پاَٹھی اتھس تھپھ تہٕ نیوٗنس کمرٕ نمبر کَدِتھ۔

''ہے مُبارک چھے۔'' تٕمۍ ووٗن اسان اسان میٚہ کُن کارِ ڈورس منٛز

پکان پکان۔

''کمیٛک؟'' میٛہ پُژھ تس حآران سپدِتھ۔

''اَمہِ گَے ہَساتہٕ کمیٛک۔''

''میٛہ تور نہٕ کینٛہہ فِکرِ۔'' میٛہ وۆن تس کتھِ واش کڈنہٕ باپتھ۔

''ہے لاگکھ ووٚنۍ کُلِس ڈوٗل۔''...... تژاو سأ چنٛدس اتھہٕ تہٕ کڈ ڈر

پۆہن چایا۔''

''مگر کمہِ باپتھ۔''

''میز تہٕ کُرسی میلنہٕ چھِ خۆشی منٛز۔ تو ریا فِکرِ کِنہٕ وُنہِ تہِ چھم کتھِ واش

کڈُن۔'' تمۍ وۆن مالٕہ تہٕ زرد دنٛد ہاوان ہاوان۔

''یہِ کوسہٕ سا خۆشی چھم۔ شیٖیہِ ریٚتۍ دِم پھُٹ مُت کُرسی میز کأم کرنہٕ

باپتھ۔'' یہِ بوٗزِتھ کھۆژ تس سأرِے بتھِس دژہ تہٕ صِدِ جوٗس نِش واتہٕ نأوِتھ بیوٚٹھ

پانہٕ تیٚنٛدِ دژوُنہِ ججیرِ زِ ٹھی دام دِنہِ۔

''ڈِپٹی صأبن دوٗپ نے تیٚمِس کیا تام کرُن۔''

''یوٚ ہے چھا؟'' تمۍ دِتِس نکوار بوٚزِنی دہ چھکان چھکان جواب۔

''ژٕے چھُکھ۔'' تمۍ پژوژھ میٛہ بدلے پأٹھی۔

''کیاہ مطلب چھُ چون؟ تہٕ کیاہ یہأے ٹھٹھہٕ مسخری کیاہتام کران؟''

میٛہ وۆن تس ٹھرِتھ۔

''نہ نہ...... صِدِ جوٗس ستۍ نہٕ تھدِ کلام۔ کأتۍ آیہِ تہٕ کأتۍ دژایہِ ییٚمہِ

دفترِ منٛزٕ از تام۔ مگر ...... صِدٕ جوٗے چھُ از تہِ تھٕی۔

''پرٛزر...... کانٛسہِ چھا طاقت زِ صِدٕ جوٗس ونہٕ دیولی۔'' چپرأسی وۄن میٚہ تلی ٹارِ وُچھتھ۔

''کیٛاہ توٚ رُےٕ فِکرِ۔ ووتھ لگے دِ ماپ۔'' صِدٕ جوٗ ووٗتھ میٚہ کُن اِنچ ٹیپ اتھس منٛز رٹتھ۔

''ژٚے کوتاہ کال گوٚے یتھ دفترس منٛز آمتِس۔'' صِدٕ جوٗن ووٗن میٚہ اِنچ ٹیپ ستی شانہٕ مینان مینان۔

''شیٚہ رٚتھ پتھٕی۔'' میٚہ ووٗنُس ہےٚ بنٛگہٕ گرٛشتھ۔

''کانٛہہ میز یا کُرسی استیمال کوٚرمُت؟''

''نہٕ۔''

''کیٛازِ نہٕ؟''

''دراصل چھُنا ییٚتہِ تیٚژے میز کُرسی ییتاہ مُلأزِم چھِ۔'' میٚہ ووٗنُس سیدٕ جواب دِوان۔

''ییٚلہِ یہِ پے چھےٚ، تیلہِ کیٛاہ کرنہٕ آکھ یور۔ بیٚیہ کُنہِ دفترس سیٚدِ زِہے۔ آخر کُشیرِ چھا کمہے دفتر۔'' چپرأسی تہِ دِژ چِلمہِ نوٚو تموک بران بران کتھا دأرِتھ۔

''وزن کوٗتاہ چھےٚ۔'' صِدٕ جوٗن کوٚر بیٛاکھ سوال۔

''ژیٚے کیٛاہ چھےٚ تتھ کرُن۔'' میٚہ کھوٗت پرٛزی پأٹھی یہنٛزن کتھن پتھ

سخ خشم۔

''تنبل مہٕ۔ کُرسی چھےٚ وزن وُچھِی تھےٚ بناونہٕ یِوان۔''

''70 کِلو۔'' میٚہ وۆنُس لوتی۔

''ہا مان سا انگریزن ہنٛز کھار۔'' چپرأسی وۆنُس ججیرِ زۄٚٹھ دام دِتھ۔
میٚہ ترٛأوتس شرارتہٕ ہوٚت نظر۔ تٔمی ترٛاو ججیر الگ کُن تہٕ دژاو کارخانہٕ نمبر۔

''اتھی ساصِد جوابہٕ نیرے۔ ڈِپٹی صأب آسم ژھانڈان۔''

صِد جوٚن دیُت نہٕ تس کانٛہہ جواب۔ البتہٕ پرٛژھُن میٚہ اسہٕ ڈُنہٕ
ہونٛجہِ۔ ''قد''؟

''5'-7''۔''

''اِد سأ بیک وقت کِتس کالس ہیککھ ژٕ کُرسی پیٹھ بِہتھ۔''

''کُرسی بناونس تہٕ میٚانِس تتھ پیٹھ بہنس کیاہ چھُ پانہٕ وأنی واٹھ۔''

''ہے ووٚتہٕ مسا آس ٹلان۔ واٹھ چھُ۔ زبردست واٹھ چھُ۔ میٚہ چھنا
تمی آیہِ میٹریل لاگُن...... کیاہ توٗرُہے فِکرِ۔ بوز بہٕ ونے...... اُڈ اَنٛتھ۔ دۄن
اَنٛتھ، اَنٛتھ...... ڈوڈ اَنٛتھ......''

''اِد ساتہٕ ژیےٚ کُس میٹریل چھےٚ براہ یِوان۔''

''مطلب۔''

''مطلب پسند یِوان۔ وُچھ سا بہٕ ونے۔ تیچل کُرسی۔ پلے وُڈِج
کُرسی، ڈۄنی ہٹ، سن مایکا، ڈل مایکا بیٚترِ۔''

''صِدٕ جُوا یوسہٕ سُلہٕ تیار گژھِ سو بناوتہٕ۔ بہٕ نیرا ووٗنی؟''

''نیر کھٕ...... اِدٕ ساتہٕ نیر۔ مگر گوڈٕ کرتم یتھ فارمس پێٹھ دستخط۔'' تٔمۍ ووٚن بڈٕ تیزی سان۔

''بہٕ کریمہٕ؟''

'اگر خوداین یوٚژھ تہٕ یہِس۔''

یہٕ بوٗزِتھ گوس بہٕ کیُتھ تام؟ ؤ تہٕ لوٚگُس تس عجیب نظرو وُچھنہٕ۔ سُہ بیوٗٹھ پتھر تہٕ لوٚگ جٔجیرِ زٕ ٹھۍ دام دِنہٕ۔ بہٕ دژاس موئوٗس سێدِتھ دفترس کُن واپس۔

وُنہٕ اُسی میٚہ صِدٕ جوٗ نہٕ کارخانہٕ نبر گژھتام قدمے ترٛاوۍ ٕتی زِ میٚہ تھاوۍ کٔنۍ تام پٔتۍ کنۍ شانن پێٹھ اتھہٕ۔ تتھۍ میٚہ کاٚر پتھ کُن پھیراتہِ وُچھم دفترُک چپراسی شام لال۔ نزدیک یتھ لوٚگم پرٕژھنہٕ۔

''کیاہ اوسے ونان صِدٕ جوٗ؟ ویسے چھے یہٕ یتھ دفترس منٛز پرٕون ماگن۔ کنہٕ تکر تہٕ بدماش۔ دوہلہٕ دُپہرس سوٗرن سوٗرے آفس گرٕ اِدٕ مجال چھا کانٛسہِ ہنٛزٕ زِ اتھہٕ لاگِس۔''

''کیاز اُمِس کونہٕ کانٛہہ ٹھاک کران یا باض خاص ٹلان؟'' میٚہ پرٕژھ تس حاران سێدِتھ۔

''پکھ بہٕ ونے ویستارٕ سان۔'' یہِ ؤنِتھ پکہٕ نوٗس بہٕ تٔمۍ سِٹاف کینٹن کُن تہٕ اُسی دوشوے بێٹھ کُرسی یِن پێٹھ۔ شام لالن ہوو مینجرس اتھہٕ ستی کیاہتام

تہٕ پتہٕ ووٚتھ سرگوشی ہنٛدِس انداز س منٛز میٚہ کُن۔

لوٗکٹ صاحب چھُن چنٛدس ترٛ وومُت۔

"یوٗ ہے سا چون ڈِپٹی صاأب۔ یمن چھِنا پانہٕ وأنی پوٚر بأج وٚتھ......
یمن چھُ خیال زِ سوٗرے چھُ وُری نس تل تہٕ کأنسہِ چھنہٕ کنس کن خبر...... مگر تم
چھکھ خام خیال۔" یہِ وٚنتھ کوٚڈ تمیٚ کنہٕ پٔتیٚ کِنیٚ سِگریٹ اڈٕ تہٕ تُجٕ دِتھ دیُت نس
نیوٚتھ دام۔ "میٚہ چھکھ سأرے پے...... میٚ نِش ما کڈن ووٚتھ...... میٚہ چھِ
ونان چپرأسی شام لال۔" یہِ وٚنتھ ترٛووُ تمیٚ پڈٕ اُسن تہٕ دٔہس بنأوِن گول آرٕ تہٕ
ترٛأوِنی میٚہ کُن۔ أتھی دوران وأتی چاے تہٕ آملیٹ اَسہِ میزس پٹھ تہٕ سہٕ متیوو
تِمن بوچھِ ہوٚت کاو ہیُوٚ۔ زن وُمرن ہنٛدی فاقہٕ أسِس لگیمٕتیٚ۔ آملیٹُک رس
آس چأنٛجس متھنہِ۔

"صِدٕ جوٗس کرٕ یہٕ تتھے گڑ بن ہیوٚ تہٕ چون کُرسی میز آسہِ تیار...... أجٕر
چھُس یہٕ سأرٕسے پھکس وُرن تھأوِتھ۔" تمیٚ وُتھروو رُمالہِ ستیٚ چوٗنٹ تہٕ چایہٕ
کپ ٹلن اتھس کبتھ۔ تمیٚ ہیٚنٛزٕ کتھٕ بوٗزِتھ اوٗسُس یہٕ بدلٕے عالمس منٛز
ووتمُت۔ کینٹینس منٛز أسی دفترکی مُلأزِم اژان تہٕ نیران۔ ٹیبلن پیٹھ اسن کھنگالہٕ
ترٛاوان۔ اکھ أکِس مذاق کران نتہٕ کٔنن تل أس ہتھ خبر کیاہ کیاہ ونان تہٕ
بوزان۔ سأری ہے ماحولس منٛز اوس سِگریٹ دٕہ تہٕ مُشکھ رلہٕ گوٚمُت۔ خبر میٚہ
کیاأزِ اوس یہِ سوٗرٕے ووپرٕ تہٕ ازأنی باسان۔ یہنٛدی بٔتھی وُچھتیٚ اوٗسُم متھ گوھان
زِ موچھ وٚٹھ ترٛاوِ ہادو تہٕ تھکھ کڈٕ ہا گنہِ خلوکھ شایہِ۔

"کتھ چھُکھ سَنتھ۔" شام لالن کوٗرنس بہٕ زن عبٔدرِ ہُشار۔ مےٚ وُچھ
تس کُن بدلہٕ اَچھو۔ سُہ اوس کیاہتام ونان تہٕ میٚانہِ آملیٹہٕ منٛز رٔژھا رٔژھا
ٹکلان تہٕ اَسس بران۔

"رٔٹھ کھےٚ ژٕ۔ مےٚ چھُنہٕ مۄژٕ۔" مےٚ تھوٚو سوٗرُے آملیٹ تس برٛونٛہہ
کنہِ۔ تٔمۍ وۄٹ یہِ رول کٔرِتھ تہٕ بوٚرُن گٕلِس منٛز تہٕ وٲلۍنس دٔنٛد بربکھ جورا۔

"بوز۔ کن تھاو۔ یہ کُن۔ صِدِہ جوٗس وٗنۍ زِ شام لال چپرٲسۍ دوٚپ نےٚ
کُرسی تہٕ میز دٔستی بناوِتھ دِیُن نتہٕ تژاوی سُہ سوٗرُے پھکہِ ٹھیلہٕ منٛز وتہٕ......آ"
یہِ وٗنتھ کوٚرتٔمۍ رُمالہٕ سۍتۍ بیٚیہ اکہِ پھِرِ اَس صاف۔

"کُس پھکہِ ٹھیلہٕ۔" مےٚ پرٛژھ تس بیٚیہ۔

"یتھ دفترس منٛز چھِ مرمت بیٚترِ ناوس پٹھ پرٛتھ وری ہتہٕ واد فٕٹہٕ لکٕرٕ
لنہِ ناونہٕ یِوان۔ صِدِ جوٗ چھُ امہِ منٛزِ رٔژھ کھنٛڈ دفترس منٛز خرچاوان۔ باقٕے چھُ
کُرسی، میز، ٹوٗل، صوفا سیٹ، پیگ ٹیبل بٔنتھ دفترِ نبر واتان۔"

"مگر کمہِ باپتھ۔"

"...... ژٕ چھُکھ بڈٕ گاٹُل مگر سیٚودلاگان۔"

"نہ نہ ...... پزر ووٗن مے۔ مےٚ تور نہٕ فِکرِ۔"

"کینٛہہ حِصہِ چھُ لوکٹس صاحبہٕ سُند گرٕ واتان۔ باقٕے صِدِ جوٗنِس تتھ
فرنیچر وانس پٹھ یتھ اَمۍ سُند نیچو چلاوان چھُ...... پننہِ جایہِ چھِ کتھ مےٚ چھُ
رٔژھ کھنٛڈ اَتھس پٹھ پیوان۔ بہٕ ماتژاوکھ۔"

''گوو یہ چھِ کتھ۔'' میہ وۄن تِتھہِ پأٹھۍ زَن تہٕ کتھ تام پربۄذِ مانے وژامُت اوسُم۔

''آ۔ یِہاے تہٕ چھِ کتھ۔ مےٚون ہے مانکھ تہٕ ژِ تہٕ مہٕ تژاوُکھ۔ آٹہِ نۄنےٚ نہٕ صحی۔ کنہِ غلط وۄنُم۔'' تمۍ دیُت میہ پَنٕنِ زأنتھ مشورٕ۔

''نہ نہ...... میہ کیٛاہ چھُ اتھ مکرٕس کرُن۔ ہاں۔ کُرسی تہٕ میز ہیمس بنأوِتھ۔'' میہ وۄن قمیضہِ ہُنٛد نوٗراتھ ستۍ ڈنتھ۔

''ہاں...... یہ چھِ کتھ...... چوٗن مسلہٕ چھُ بدل۔ ژِ دِتھۍ دژانہٕ ٹوکھ۔''

یہ وُٕنتھ وۄتھ سُہ تھوٗد تہٕ دژاو کنٹین نمبر۔ میہ تژاو پننہٕ نَس چایہٕ پیالس کُن نظر۔ یہ اوس سرد یخ ہیوٗ گۄمُت۔ رسَے وۄتھُس بہٕ تہِ تھوٗد تہٕ مینجرس پۄنسہٕ حوالہٕ کُرِتھ دژاس کنٹین نمبر۔

میہ اوس باسان دِلس پیٹھ کیٛاہتام گوبر ہیوٗ۔ سوٗرے آفس اوسُم کھیٛنہِ ہیوٗ یِوان۔ اکثر زأنۍ تہٕ ازأنۍ بُتھۍ أسم خوفناک تہٕ کھوژہٕ نۍ باسان۔ بے خیألی منٛز وۄتُس بہٕ کیٛاہتام سوٗنچان سوٗنچان دفترس منٛز تہٕ بیٛوٗٹھُس کارِڈورکس بینچس پیٹھ۔ بہٕ اوسُس خبر کتھ پیٹھ ڈیان تہٕ پریشان زِ بابوٗ سنٛگن تھوٗو میہ کلس پیٹھ اتھہٕ تہٕ نزدیک یِتھ لوٗگم پرٛژھنہٕ۔

''کیٛاہ دلیل چھُس میأنس گوٗبرس۔ ناراض کتھ پیٹھ چھُس۔''

''کینٛہہ نہٕ تِتھے۔'' میہ وۄن بۄڈس بوٗہس کتھ ژُٹتھ۔

''نہ نہ۔ کیٛاہتام دلیل چھُس۔ بہٕ نیرس نہٕ تیوٗتھ کال یوٗت کال نہٕ سو

رُے بوزبس۔ بہٕ چھُس اَخر ژےٚ مول ہیُو...... رِکنہٕ غلط چھُس۔

میٚہ وۄن بابو سِنگس سورٕے حال۔ سُہ بُچھور تہٕ گو یہٕ بوٗزِتھ دِل ملۆل۔

''یم چھِس واریاہن نفرن تنگ کران۔ مگر چون تہٕ گژھکھ نہٕ پتھ ہیوٚن۔ واہے گُروکری رأچھ۔ بہٕ روزے ژےٚ اتھ جنگس منٛز ستی ستی۔ میٚہ ستی یوسہٕ یار برادری چھُس سو تہٕ ستی۔ یہٕ چھُس انسانیتُک جنگ۔ یہ جنگ لڑزبس۔ پنہٕ باپتھ۔ میانہٕ باپتھ۔ یمہٕ دفترٕ باپتھ۔ اچھا بہٕ نیرس۔ پتہٕ سمکھس ژٕ پرٕی باگی۔''

یہٕ وٕنِتھ دژاو بابو سنگھ تہٕ کوسہٕ تام فائیل ہتھ کھوٚت بڈِس صحبہٕ سِندِس کمرس کُن۔ لأنس منٛز آیہٕ پوشہٕ مُشکا ہتھ واوٕ رِنگاتہٕ کوٚرنم مونہٕ میٹھی۔ بہٕ زن سپدُس زِندٕ ہیُو۔ سورٕے تلخ اوٗند پوٚکھ گوم مُشتھ تہٕ لوٚگس فِطرتس ویوٗر ٹلنہٕ۔ أتھی منٛز آو بڈِس صحبہٕ سُند ڈرائیور میٚہ نِش تہٕ دۄپنم صحب چھُ یاد کران۔ بہٕ گوس خوشہٕ۔ سوچُم زِ شاید چھُنس بابو سِنگن میوٚن داستان کنن کوٚر مُت۔ تھوٚد وۄتھُس تہٕ دژاس ڈرائیور دارا سِنگس ستی صحبس نِش۔ صحب اوس گاڑِ منٛز بِہِتھ کُستام اِسالہٕ پران۔ تِتھے بہٕ تس برٛونہہ کُن ووتُس تمۍ کھأج ڈبکس دِژہ تہٕ أچھ تھوٚد تُلنے پرٛژھنم، ''دفتری اوقاتن منٛز اگر کانہہ مُلأزِم دفترٕچ کأم اوٗ کُن ترٛأوِتھ بونہٕ شیٚہجارس ڈاپھ ترٛاوِ تس مُتلق کیاہ راے گژھِ قایم سپدٕنی۔''

یہٕ بوٗزِتھ گوس بہٕ کیُتھ تام ہیُو۔ رکھنی توگم نہٕ وۄن۔

''کرِتھ کرسا۔ ژٕ کیاز اوسکھ دوہلہِ دوپہرس باغس منز شونگِتھ۔''

''جناب...... بہٕ اوسس نہٕ کُلی شیہجارس شونگِتھ......''

''تیلہِ؟''

''بہٕ اوسس ازٕ صُبحاے دفترس منز اژان زِ عبدلکریم چپرأسی......''

"Don't beat about the bush. Come to the point."

صاحبن وۄنُن میہ ژکھِ سان۔

''جناب تہٕ بۄز زومیٔون عرض توہہِ گژھِ......''

''شٹ اپ...... لُک ہیر۔ ژٕ چھکھ نوجوان۔ یمہِ قومُک معمار۔ پگہُک مستقبل۔ پگہچ آش۔ اگر ژےٚ پنہٕ نبن ذِمہٕ وار بن نِش لوٚب ہکھ، یتھ قومس کیاہ بنہِ تیلہِ؟ سون صُبح کِتھہِ پاٹھی بنہِ تابناک۔ اُخر کرہن ساٚنی نوجوان قومچہِ ذِمہٕ وأری نکھن پیٹھ۔ ...... any way...... ژےٚ پزِی پنُن attitude بدلاوُن۔ "Am I right?"

''پزر جناب۔ اُمس چھا نکار۔'' میانہِ بدل دیُت ڈرائیور دارا سنگن جواب۔

''Good۔'' صاحبن وۄن خوش سپدِتھ۔ ''نیر گژھ آفس منز تہٕ سنبال پننی کأم۔ آیندِ گژھِ نہٕ یژھ غأر ذِمہٕ وارانہٕ حرکتھ کرٕنی...... شامس نیرنہٕ برونہہ گژھِ میہ سمکھُن۔ بہٕ وُچھ ژےٚ کوٚت اُسبتھ پنُن ٹارگیٹ واتہٕ نوومُت۔'' یہِ وۄنِتھ کھول بڈی صاحبن دارِ شیشہٕ تہٕ گاڑی دژلیہ تیز رفتارس منز

دفتر گیٹہٕ نبر۔ بہٕ ژاس وارٕ وارٕ بدلے ہیوٗ سپد تھ دفترس مَنز واپس۔

اندر أژِتھ پرُژھ میٚہ لوکٹِس بوبس: ''میٚہ کیاہ چھُ از کرُن۔''

تٔمۍ وُچھ میٚہ کُن اسہِ وِنہِ ہونٛجہِ تہٕ لوٚگُم وننہِ ''ژےٚ چھُس عاش کران۔''

''سردار جی بہٕ ہیٚکہٕ نہٕ عاش کٔرِتھے۔ میٚہ چھُ بڑِس صاحبس شامس أزُیک ٹارگیٹ ہاوُن۔'' میٚہ وۄن تس سنجیدگی سان۔

''وُچھس کیاہ وَنبس۔ صاحبس چھُس یِتےٚ غم...... گژھ پانس کرُس عاش۔''

''سردار جی توٗ ہی کونہٕ میٲنی کتھ مانان۔ میٚہ وۄن پانہٕ صاحبن۔''

''کیاہ وۄنہٕ نے؟''

''أزُیک ٹارگیٹ مکمل کٔرِتھ نیرنہٕ برٛونٛہہ تس ہاوُن۔''

''گوو یِہ چھُس کتھ۔ تیلہِ چھُس بہتر ڈِپٹی صابس ستی کتھ کرٕنی۔'' تٔمۍ وۄن سنجیدٕ سپدِتھ۔

''کیازِ!''

''تٔمۍ چھُس میٚہ وۄنِتھ تھووُمُت زِ ژےٚ نہٕ تامتھ کٲم دیُن۔''

یِہ بوٗزِتھ دراس بہٕ سیوٗدُے تہٕ ژاس لوکٹِس صاحبہٕ سنٛدِس کمرس مَنز۔ سُہ سپُد میٚہ وُچھِتھ حاران تہٕ پرُژھنم أچھوپہٕ ستی زِ کیاہ گژھی؟

''جناب میٲنی أزُیک target کیاہ چھُ؟''

تمۍ ترٲو میٚہ گُن عاںٔنکہٕ مٔنزی نظراتہٕ پتہٕ بیٛوٹھ آرامہٕ سان کوسہٕ تام فائیل پرنہِ۔ پرٛتھ ترٲوِن سو دستخط کرنے out tray منٛز تہٕ پتہٕ وۄتھ میٚہ گُن۔

"ٹارگیٹ چھِ بے شُمار۔ وونی گوو کتھ یوسے چھِ تہٕ سوے۔"

"جناب کتھ کیٛاہ چھِ؟" میٚہ پرٛژھ تس شُری ہٕنٛدی پأٹھی۔

"ہُوں...... کتھ کیٛاہ چھِ...... کتھ...... کیٛاہ...... چھِ...... اگر بہٕ ژےٚ کانٛہہ کأم دِمہٕ...... کانٛہہ ٹارگیٹ دِمہٕ...... سُہ پوٗر کرنہٕ باپتھ چھیا ژےٚ سہولژ میسر؟"

"میٚہ جناب تۄر نہٕ فِکرِ۔"

"بوز ساجگرا۔ میوٚن مطلب چھُ زِ ژےٚ چھیا کانٛہہ میزا یا کانٛہہ کُرسی یتھ پیٹھ بِہتھ ژٕ کأم ہیککھ کٔرتھ؟"

"جناب تیٚج مہٕ ہیٚیو تہٕ کانٛہہ فِکر۔ بہٕ کرٕ غلام علی یَس سٟتی میز share۔تس چھنہِ کانٛہہ اعتراض۔"

"مگر میٚہ چھُ۔"

"کیٛازِ جناب۔" میٚہ پرٛژھ ڈِپٹی صابس انتہأیی مومیتس منٛز۔

"تِکیٛازِ چانٛی Blue Association چھِ اتھ پیٹھ اعتراض کران۔"

تمۍ وۄن تمیٚہِ سٟتی دنٛدن مل ٹُلان ٹُلان۔

"تہنٛد وُنُن چھُ زِ تمام مُلازمن گژھن یکسان حقوق آسنۍ...... اُخر تم

مادِن یژھ کتھ اتھِ گژھنہٕ...... نہ نہ...... بہٕ ہیمہٕ نہٕ تِمن ستی ژھٕی مٲلی۔''

''تیٚلہِ جناب ہمہٕ کٲم گرٕ تہٕ واتہٕ ناوٕ تتھی اند۔'' میٚہ وۆن تس مسلک حل پیش کٔرِتھ۔

''نہ تہِ چھُنہٕ ممکن۔ تہِ چھُ آفس رۄلن خلاف۔ امہِ ستی سپدن نٔو زوگالہِ پاٹھٕ۔''

''مگر جناب...... میٚہ چھُ شامس آفس ترٛاونہٕ بڑوٚنہہ بڑٕس صاحبس ٹارگیٹ مکمل کٔرِتھ دِیُن۔''

''بڑٕس صاحبس کتھ چھُ اَز ٹارگیٹ یاد پیومُت!'' تِمۍ وۆن تالہِ پیٹھ نس کھاٲرِتھ۔

''از تام کُمۍ کوٚرُس ٹارگیٹ مکمل...... خٲر...... ژٕے کیاہ اتھ ستی...... اگر شامنس ٹارگیٹ مۆنگنے ڈٔپی زبس ژٕ کرکُرسی تہٕ میز کٲم کرنہٕ باپتھ الاٹ بہٕ کرے ٹارگیٹ پۆرٕ۔ تھووتھ یاد۔''

''جناب تھووُم یاد۔''

''گژھ نیر پانس...... ہُنہ ٹارگیٹ دی یَس مکمل کٔرِتھ۔'' تِمۍ ہیوٚت کیاہتام فائیلن تل ژھاڑُن تہٕ بہٕ دراس کمرٕ نبر بہٕ وۆتُس سیوٚدُے بڑٕس بأبس نِش۔ تس وٕنم ساڑے کتھ۔

''ووٚنی کیاہ پزِ میٚہ کرُن۔ بہٕ چھُس نہٕ یژھان دون ہنزِ لڑایہِ منز کھورن تل گژھُن۔''

''آ۔ ژٕ چھُھس پزٕر ونان۔ ژٕ لیکھُس وُنی casual leave تہٕ تھاوُس میٛہ اتھِ۔ بہٕ زانس تہٕ کار زانس۔ ژٕ نیرُس گرٕ تہٕ پتٕرُس واہے گرِوٕہَس تہٕ خوالیس۔ ووٕنی یِی زبس نہٕ تیتِس کالس دفتر ییتِس کالس نہٕ بہٕ شیٛچھ سوزٕ ے۔''

تٔمۍ دیُت میٛہ کاغذ ورُق۔ میٛہ لیٛچھ leave۔ بابو سِنگس حوالہٕ کرنہٕ پتہٕ دژاس بہٕ سیٛوٚ دُے گرٕ۔



تیٚتھے بہٕ از دفتر گیٹس اندر ژاس میٛہ وُچھ اتہِ بدلے ہےُ۔ دفتر کِس زیٚٹھِس لانس منٛز اُسی زٕ پنڈال کھڑا۔ اَکِس اوس Blue Association بورڈ کھاٚلتھ تہٕ بیٚیِس Red Association ۔ بہٕ دژاس لوٚت لوٚت گوڈنِکِس پنڈالس کُن۔ اتہِ اوس کُس تام ویوٚٹھ پوٚٹھ نفرا زیوٚٹھ کوٚٹھ لاٚگتھ تقریر کران۔ بڑونہہ کنہِ اَسِس ژتجی پنژاہ نفر بوزان۔ یمو منٛز اُسی کیٛنہہ مسایہِ ژٹان تہٕ کیٛنہہ فلمی باٚتھ گوان۔ کیٛنہہ کولڈ ڈِرنک چوان تہٕ کیٛنہہ سِگریٹن دٕہ ٹٕلان۔ بہٕ پھیٚوٚرس بیٚیِس پنڈالس کُن۔ اتہِ تہٕ اوس تقریبن تیٚتھے ہوا نوا۔ دوشوٚنی پنڈالن کُن اُسی مُلاٚزِم جوق در جوق گژھان۔ کیٛنہہ سانہِ دفترٕکۍ تہٕ کیٛنہہ باقٕے آفسن ہنٛدی۔ میٛہ پرٕژھیو واریاہَن نفرن زِ یہٕ کیاہ دلیل چھِ۔ مگر تِمو دیُت نہٕ کانٛہہ تہِ جواب۔ کیٛنژھن اُس نہٕ فُرصت تہٕ کیٛنہہ اُسی میٛانٛی پاٚٹھی بے خبر۔

بہٕ گوس وارِ وارِ اَکِس پنڈالس کُن تہٕ اتہٕ وُچھُم شام لال چپراٗسی۔ یہِ اوس الگ کُن کھڑا کولڈ ڈرِنک چوان۔ اکھتے اوس یکُن پہن صِدِ جو بہتھ تموک چوان۔ میٚہ پُرٛژھ شام لالس زِ قصہٕ کیاہ چھُ۔ مگر تٔمی وُچھ تمہِ آیہِ میٚہ کُن زن نہٕ زانہِ ہے۔ میٚہ ترٛوو شام لال اَتی تہٕ پرٛژھُم صِدِ جٕوس۔ مگر تٔمی پھیوٚر تھر میٚہ کُن تہٕ لوٚگ جچیرِ زٕ ٹھی دام دِنہِ۔ میٚہ تہٕ دِژ نہٕ یمن زیادٕ لِفٹ کینٛہہ تہٕ بیوٚٹھُس ژھوپہٕ کٔرِتھ تقریر بوزنہِ۔ اکھ نفرا کھوٚت مائیکہِ پیٹھ تہٕ دِژٕنی کرٛکھ:

''ہم سب

''ایک ہیں'' کینٛژھو دیُتُس جواب۔

''نہیں چلے گی، نہیں چلے گی'' تٔمی وۄن ژوشوے طرفو نظرا ترٛاوِتھ۔

''غنڈا گردی نہیں چلے گی۔'' کینٛژھو مُلاٗزِمو دیُتُس واپس جواب۔

یمن منٛز اَسی صِدِ جٕوتہٕ شام لال تہِ شاٗمِل۔ اَمہِ پتہٕ وۄتھ یہِ نفر بڈٕ اسہِ کُن۔

''یتھ دفترس منٛز یوسہٕ غُنڈٕ گردی، دھاندلی، مُلاٗزِم کُش پالسی تہٕ میٚہ خاٗر اَسی تَن پالسی چلاونہٕ یوان چھِ سو چھِ پنٛز مِثال پانہٕ۔ سون اکھ ایماندار تہٕ شریف مُلاٗزِم آو صرف یَمہِ کتھِ باپتھ ہراسان کرنہٕ زِ تس اَسی نہٕ سرکاٗری طور کُرسی تہٕ میز کاٗم کرنہٕ باپتھ الاٹ سپدمُت۔ تس ہتی آیہِ واریاہ زیادتی کرنہٕ...... واریاہ تکلیف آس دِنہٕ۔ پرٛتھ دوہ ٹیک target آس منگنہٕ۔ سُہ سپُد

تیوٚتھ پریشان تہٕ ہراساں زِ از چھُنہٕ سُہ واریاہو دوہو پیٹھ بوڈے۔ ساتھیو! سُہ چھُ لاپتاہ۔"

"shame.....shame" لۄکو ووٚن بڑِ بڑِ۔

"کُس چھُ اتھ سارِسی ذِمہٕ دار...... سُہ مُلازِم احمد اللہ ہا...... تہٕنٛدی سٔتی بأج ہا...... نہ......نہ...... یتھ mangement۔"

"mangement" صِرِ جوٚن بڑٕ بڑِ کرٕنکھ۔

"مُردا باد۔ مُردا باد۔" باقٕے مُلازِمو دیُت جواب۔ شام لال چپرأسی واریاہ بڑِ۔

"یہ بوٚزِتھ آو میٚہ چکر ہیوٚ۔ میٚہ ووٚن شام لال چپرأسِس تہٕ صِرِ جوٚس زِ یہ چھُس نہٕ لاپتاہ ئلکہ تو ہی مَنٛز ہیتھ۔ مگر تِمو بوٚز نہٕ کانٛہہ تہٕ کتھ۔ چارو لاچار ترٛأو میٚہ دوٚیمِس پنڈالس کُن نظر۔ اتہِ اوس ڈرٛائیور دارا سنگھ تہِ موٚجوٗد۔ میٚہ تُج دَو تہٕ ووٚتُس اتھ پنڈالس نزدیک۔ اتہِ اوس گُستام گرہن گا گلہِ وول تقریر کران۔

"سوال چھُنہٕ کُرسی میزُک...... کُرسی تہٕ میز یِلی کُنہِ تہِ ساتہٕ ڈٔسیاب کرنہٕ...... سوال چھُ یہ زِ کُرسی تہٕ میز کیازِ آیہِ نہٕ ڈٔسیاب کرنہٕ۔ کُمی دِیُت نہٕ ڈٔسیاب کرنہٕ...... کیازِ ڈیتکھ نہٕ ڈٔسیاب کرنہٕ...... یہ چھِ اکھ عظیم ژدے۔ اکھ بڈ سأزِش۔ اتھ پتہٕ کنہِ چھِ بڈی بڈی اتھہٕ کأم کران۔ یِم سأری اتھہٕ تہٕ ژوٗرِ ہیتھ بُتھی چھِ اَسہِ بے نقاب کرٕنی۔"

''ضرۆر۔'' پنڈالس بوٚنہٕ کنہِ لۄکو دیُت ژرِ پوٚپ وأتِتھ جواب۔ دارا سِنکن ووِیے ہَنا بڈِ پہن ژرِ پوٚپ۔

''سوال چھُنہٕ ٹارگیٹ پوٗرٕ کرنُک۔ سوال چھُ یہِ زِ أکِس ایمانداراتہٕ پُرخلوص مُلأزِمس کیازِ آو نہٕ موقہٕ دِنہٕ پنُن ٹارگیٹ مکمل کرنُک۔ سُہ کیازِ آو جبری چھٹی پیٹھ سوزنہٕ...... کیازِ...... أخر کیازِ۔''

''Shame... Shame'' سارِوٕے مُلازمو دیُت جواب۔

''تہٕ چھوا مانان زِ مُلازِم احمد اللہ ہَس سِتۍ چھُ سکھ ظُلم سپُد مُت؟''

''آ...... أسۍ چھِ مانان۔''

''تیلہِ واتہٕ ناوا یہٕ تہُنز شکایت بڈِس صأبس تام۔''

''آ......ضرۆر۔'' سارِوٕے دیُت یک زبان جواب۔

یہِ بوٗزِتھ سپُدس بہٕ وارے پریشان ۔ میٚہ ووٚن ڈرائیور دارا سِنکس زِ مسلہٕ زتھٕراونچ چھُنہٕ کانہہ تہِ ضۆرۆرتھ۔ مگر تمۍ دیُت نہٕ میٚہ کانہہ جواب۔ کانہہ توجہہ۔ بہٕ گوس ہکہٕ تقریر کرن وأتِس نِش۔ مگر تمۍ ہِنڈ بوٗسلکو دیُت نہٕ میٚہ بڑوٗنہہ پکنہٕ۔ وارٕ وارٕ دِژایہِ ساری نفر مختلف طرفن گن تہٕ کینژھن منٹن منز سپُد سوٗرے آفس Premises خٲلی۔ ووٚنۍ أسۍ ژھری پنڈال۔ سِگریٹ بٹہٕ۔ کولڈ ڈرنک بوتلن ہنٛد ڈھانڈٕ۔ جوٗس ڈبہٕ بیٚترِ پتھر۔ بہٕ بیوٗٹھس ژھوپہٕ دم گرتھ تتھ کلس تلہٕ کنہِ حالاتن سام ہینہٕ یُس دوٚن پنڈالن درمیان موٗجوٗد اوس۔ مُلأزِم روٗدی لپارٕ ری یِوان تہٕ گژھان مگر ووٚنۍ اوس نہٕ کانہہ اکھاہ امہِ مسلچ کتھ کران۔

تہٕ نہٕ اُس کانٛسہِ میٲنۍ منٛز دِلچسپی۔ یہٕ ووٚتھُس تھوٚد تہٕ دٔراس گیٹس کُن۔ وُنہِ اُسی
میٲنۍ زٕ ے ژورے قدم کڈۍ ژتی زِ میٲنۍ لوے کُمۍ تام بڈِ ناد۔ میٲنۍ وِژ پتھ کُن نظر۔
یہِ اوس چپرأسی شام لال۔

"ہے احمد اللہ صأب۔ سیوٚدُے کوٚت چھُکھ ژلان۔ یہِ چھےٚ ڈِپٹی
صأب آلو دِوان۔"

یہٕ دٔراس تَس کینٛہہ ونہٕ نے یا پرٛژھنے ڈِپٹی صأبنس کمرس کُن۔

"جناب کوٚرُم بوٚد۔" تِمۍ ووٚن ڈِپٹی صأبس اَسہِ وِنہِ ہونٛجہِ۔

"ہُوں۔ ٹھیک چھُہ۔ نیر ژٕ...... ژےٚ آسی خبر زِ چأنۍ یِم خرافات چلن
ییٚتہِ دُری وادن۔ مگر یاد گژھہِ تھاوُن زِ غلط چھُہ غلط۔ رٹھ کر ییتھ کاغذس پٮ۪ٹھ
دستخط۔"

"جناب یہِ کیاہ چھُہ؟"

"تہِ وُچھکھ ژٕ دستخط گرِتھ پانے۔ کر دستخط۔" تِمۍ ووٚن میٲنۍ قلم پلہٕ
نأوِتھ۔

میٲنۍ کوٚر نٲن نٲن کاغذس پٮ۪ٹھ دستخط۔ تِمۍ دیُت میٲنۍ امہِ منٛزٕ اکھ ورق
کڈِتھ۔ یہِ اوس میٲنۍ خلاف چارج شیٖٹ۔

"چأنۍ پٮ۪تِمىن شىن رتبن ہُند ووتھن یِہُن نظرِ تل تھاوِتھ چھِ یہ کتھ
اسہِ بژونہہ کُن آمٕژ زِ ژٕ چھُکھ ییتھ آفسس منٛز بدگُمأنی تہٕ انتشار پأدٕ کرُن
یژھان۔ امیُک بوٚڈ ثبوت چھُہ آفسک قلم چھوڑ ہڑتال۔ دفترکین واریاہن ذمہٕ

وار تہٕ باکِردار مُلاَزی مین ہُنٛد وق چھُ زِ ژٕ اوسکھ اتھ ہڑتالس منٛز پیش پیش۔ گو کہِ ژٕے سوٗزی ڈِپٹی ڈائیریکٹرن ءکتی نفر یہِ شیٖچھ ہتھ زِ قلم چھوڑ ہڑتال روزِ نہٕ دفترِکس حقس منٛز جان۔ مگر ژٕے مانٛتھ نہٕ تہنٛز اکھ کتھ تہِ۔ کارپنٹر صِدِ جوٗ تہٕ چپراُسی شام لال تہِ سۭدی ژٕے دفترُک قایِدِ قانون سمجاوِنس منٛز ناکام......''

یہٕ گوس میمورنڈم لفظ بہ لفظ پران تہٕ ماجہِ نٛوو زبوان۔ وُنہِ اوٗسس یہٕ یہِ Memo پرانٕے زِ ڈرائیور داراسنگھ آو مےٚ نادِس تہٕ دوٗپنم بۆڈ صاب چھُے ژھانڈان۔ یہٕ دژاس پھُٹہٕ میتو کوٗھوتس ءستی تہٕ ووٗتس بڈِس صاجبس نِش۔ اتہِ اُسی زِ نفر صاجبس برٛونٛہہ کنہِ صوفا سیٹس پیٹھ بہتھ چاے چوان۔ یم دوشوے اُسی مےٚ وُچھۍ ءتی دون پنڈالن پیٹھ اُدی تقریر کران۔ صاجبن کوٚر مےٚ برٛونٛہہ کنہٕ چہِ کُرسی پیٹھ بیہنک اشارٕ تہٕ پتہٕ ووٗتھ مُدرِ ہٹہِ مےٚ کُن۔

''ژٕ چھُکھ مےٚ نِش آمُت کُرسی یا میز الاٹ کرناونہٕ؟''

''نہ جناب۔'' مےٚ ووٗنس پزر۔

''امہِ قسمچ کانٛہہ فائیل مےٚ تام سوٗزہمُت؟''

''نہ جناب۔'' یہ تہِ اوس پٔزٕے۔

''ژٕے چھُے مےٚ کانٛہہ دفتری سہولت میسر تھاوِنس انکار کوٚر مُت؟''

''نہ جناب۔''

''اِدٕ ساتہٕ ژٕے چھُے مےٚ ووٗنمت پتھر بہتھ کاٗم کرٕنی؟''

''ہرگز نہٕ جناب۔''

''ژٕ چھُکھا میٚہ زانِہہ تنگ یا حراسان کوٗر مُت؟''

''نہ جناب۔ ہرگز نہٕ۔''

''توہہِ ما چھُ کینٛہہ پزٕژھُن؟ تمیٚ کوٗر دوشوٕنی نفرن کُن وُچھِتھ تمن نِش ذٔری یافت۔''

''دپان ژٕ چھُکھ دفترس منٛز انتشار پھٲلاوان۔'' زٕ ٹھی کوٗٹھ واٚلی وٕٹھی نفرن پُرٛژھ میٚہ۔

''ہرگز نہٕ۔ یہِ چھُ غلط۔ بہٕ کیازِ کرٕ کانٛہہ غار ذِمہٕ وار حرکت۔'' میٚہ تہِ دِیُتس حرف بہ حرف جواب۔ اَتھی دوران ہوو میٚہ داراسکن اَچھ ستی درواز پیٹھ اِشارٕ تہٕ دژاس کمرٕ نمبر۔ کارِڈورس منٛز ووٚن میٚہ تمیٚ:

''نیر ژٕ تہٕ ژل گرٕ۔ صاحب سنٛبالہِ چون کیس پانے۔''

یہِ بوٗزِتھ دژاس بہ گرٕ کُن۔ بہٕ اوسُس دِل ملوٗل تہٕ پریشان۔ فِکری اوسُم نہٕ تژان زِ کیاہ کرٕ۔ سڑکہِ پیٹھ واٲتِتھ وُچھ میٚہ صاحبہٕ سُنٛد پی۔اے۔ سکوٗٹرس بژونٛہہ کنہِ مستس کنگو دِوان۔ بہٕ گوس تس بژونٛہہ کُن تہٕ ووٚنمس سورٕے حال۔ اکھتوٕے ہوومس ڈِپٹی صاٲبُن چارج شیٹ تہِ۔ یہِ وُچھِتھ تژوو تمیٚ ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن۔

''بہٕ چھُس پریشان تہٕ بدحال تہٕ ژٕ چھُکھ ٹھاہ ٹھاہ کران میٚہ اَسُن تژاوان۔'' میٚہ ووٚنُس دِل برداشت گژھِتھ۔

''پرواے چھُنہٕ کینٛہہ۔ جلدٕ ے یِی یور سکریٹری صاٲب دورس پیٹھ۔ ژٕ

بناو اتھ سأرہے فائیل۔ بہٕ کرِتس لوٚت پأٹھی یہِ چأنۍ فائیل پیش۔ أتی کڈِ سُہ دود الگ تہٕ آب الگ۔"

"سُہ کر ترِ یور چکرس؟" میٚہ پرُژھ تس شری ہندی پأٹھی۔

"جلدٕ ے۔ بنان چھُ تیٚمی رہتہٕ۔" میٚہ ونان ونان دِژ تٔمی سکوٗٹرس کِک تہٕ دژاو سڑکہِ کُن۔

بہٕ روٗدس واریاہَس کالس بجلی کوٗٹکی پأٹھی أتی اِستادٕ۔ پتہٕ دژاس وارٕ وارٕ بہٕ تہِ أتھی سڑکہِ پیٹھ تہٕ لوٚگُس گرٕ کُن پکنہٕ۔

ژُوٗتِس پیٹھ سمکھیو میٚہ سُہ کرُہن کوٹ لأگِتھ یونین لیڈر تیٚمی میٚہ صاحبہٕ ہندِس کمرس منٛز جراح اوس کوٚرمُت۔ سُہ آو میٚہ بڑونہہ کُن تہٕ ووٗنم:

"ژےٚ بوٗزتھا!"

"کیاہ؟"

"چانہِ باپتھ چھُ عارضی کُرسی تہٕ میز تیار کرنہٕ یِوان۔"

"اچھا!"

"آ۔ صِحٕ جوٗ چھُ کامہِ لگِتھ۔ مگر ژےٚ چھےٚ نہٕ یہِ رٹُن۔" تٔمی ووٗن میٚہ کنس تل۔

"مگر کیازِ؟"

"چانہٕ باپتھ گژھن یِم مستقل انتظام کرٕنۍ۔ ژےٚ گژھی شاندار کُرسی تہٕ میز الاٹ سپدن۔"

''میّہ کو سہ فرق چھہِ۔''

''ژےٚ چھےٚ نہٕ۔ مگر چانٛہِن دوست مُلاٰزِم چھہِ۔ سانہِ ایسوسی ایشنہِ چھہِ...... اٚژر چھُکھ ژٕ سارنی مُلازمن ہُنٛد Symbol علامت۔ اٚسی کروکھ نہٕ رژھ تہِ Compromise۔'' یہِ ؤنِتھ دژاو سہ کھوٗرِ تہٕ بہٕ ڈٕیچھن ِکن گرٕ پٔتِن۔

گرٕ واٚتِتھ سمکھ میّہ دۆیِم یونٛیَن لیڈر برس نِش۔

''ہے بہٕ اوسے ژیٚۓ پراران۔ ژٕ آسہٕ ہکھ ہوٹلس منٛز چاے کباب نوش فرماوان۔'' تٔمۍ وۆن میّہ اسان اسان۔

''نہ نہ۔ تِتھے لوٚگس آوٗر۔ یار اکھ ژٕ سمکھے ییم۔''

''اٚسی چھِنہٕ چانٛی یار...... وُچھ تہٕ دھرنا کیٛاہ دیُت چانہِ باپتھ۔'' تٔمۍ وۆن میّہ سِگریٹ پلہٕ ناٚوِتھ۔

''بہٕ چھُس نہٕ چوان...... ژٕ ون...... ژٕ ِکتھہٕ پاٚٹھۍ چھُکھ میّہ ژھانڈان یور ووتمت۔ خاٚرے چھا؟'' میّہ دیُت تس ژٕٹہٕ وُن جواب۔

''بہٕ ہسا آس چانٛی باپتھ ژےٚ ژھانڈان ژھانڈان یور۔ دپان دفترٕ چھےٚ ژےٚ charge sheet دیُت مُت۔ اسہِ کوٚر سارِوے مُلاٰزمو فاٚصلہٕ زِ اٚسی کرو اتھ خلاف مُلاٰزِم مورچہ ناوس تحت ہڑتال۔ اٚژر ژٕ چھُکھ اسی منٛز اکھاہ۔ اٚسی ماہیکو ژےٚ پیٹھ ظُلم برداشت کٔرِتھ۔''

میّہ باسیوٚ تِہنٛدِ بن کتھن منٛز وزن تہٕ ہمدردی۔ پنہٕ نِس وطیرس پیٹھ

کھوٚتُم شرارتھ۔ یونین لیڈر ژونم گرٕ تہٕ ہوٚوُس Memo۔

''مگر میوٚن مِشن چھُ ظُلمس خلاف جنگ۔ ڈِپٹی صأب چھُ ظُلمچ علم ہبتھ وژامُت۔ أسی کرو رٕلِتھ مِلِتھ تس ستی جنگ۔ تس پیٚیہِ مُلأزِم سُنٛد احترام کرُن۔ افسرو چھُ مُلأزِم ییتھ سِگریٹس برابر زونمت۔ ییٚلہِ خوش کریکھ تیٚلہِ زالنس تہٕ ییٚلہِ خوش کریکھ ژھبتہٕ کرنس۔'' تس اوس سکھ شرارتھ۔ واریاہ کتھٕ کرنہٕ پتہٕ چیٚیہِ اسہِ دوشوٕے چاے۔ پتہٕ وژلیہِ أسی بازرس ڈکہِ تام یکجا۔ سُہ کوٚر میٚہ روخصتھ تہٕ پانہٕ ژاس گرٕ واپس۔

ژٕیری ییٚلہِ نیٚک شام ہیوٚتُن سپدُن، میأنس برس گیہِ بمل۔ بہٕ وژاس دروازس پیٹھ تہٕ اتہِ وُچھم اکھ زأوِیُل تہٕ تھوٚدنفرا أچھن عأنکھ لأگتھ تہٕ کژھس مَنٛز پُرس تھاوِتھ پانس برٛونٛہہ کنہِ کھڑا۔

''یہِ چھاحض احمد شاہ اللہ صاب ییتھی بسان۔''

''آ۔ بہٕ چھُس۔ کیٛاہ دلیل؟''

''میٚہ میل نا چأنی زٕ پانژھ منٹ۔ اکھ ضروری کتھ چھم کرٕنی۔'' تمۍ وۄن عأجزی سان۔

''کری تو حکم۔''

''نہ۔ ییتھٕ پأٹھی نہٕ۔ أندرٕ کنہِ۔ کُٹھس مَنٛز۔'' میٚہ گوو یہِ بوٗزِتھ بدلے شکھ ہیوٗ۔

''ژٕ کُس چھُکھ تہٕ کیٛاہ گژھی؟ میٚہ چھُنہٕ باسان زٕ أسی چھِ یمہِ برٛونٛہہ

زانٛہہ سمکھے ءِتی۔"

"نہ۔ بلکل چھِنہِ۔ میہ چھُ ناو اے۔آر۔قلمکار۔ بہٕ چھُس اخبار "مُلأزِم" چلاوان۔ یہِ اخبار چھُ میہ پرٛتھ مُلأزِم ہٕندِ باپتھ وقف کوٚرمُت۔ چاہے سُہ سرکأری آسہِ یا پرائیوٹ۔"

"میہ ءِتی کیٛاہ کأم؟" میہ پرٛژھ تس اندر کمرس منٛز ژاٛنتھ۔

"بوزُم چأنس دفترس منٛز چھےٚ ژےٚ ءِتی زیادتی سَپدان۔ توے آس دوران تہٕ دوان۔ بہٕ کرٕ أزی اتھ پٮ۪ٹھ اکھ زبردست سٹوری تیار تہٕ پننہٕ نِس اخبارس منٛز چھأپِتھ کرکھ چانہِ دفترٕکی بیروکریٹ ننگہٕ۔"

"مگر امہِ ءِتی واتہِ میہ نقصان۔" میہ وۄنُس ہنا سۄنٛچِتھ۔

"ہرگز نہٕ۔ ژےٚ چھےٚ فقط ہمتھ تھاوِنی۔ ثأبت قدم روزُن۔ چانہِ دفترٕکی افسر ژےٚ بڑوٚنٛہہ کنہِ جُکاوِنی گیہِ میأنی کأم۔ قلمکار چھُس۔ کانٛہہ زِنی موٚزوٚر چھُس نہٕ۔"

"میہ نِش کیٛاہ چھکھ یژھان زانُن؟" میہ پرٛژھُس کتھ ژھوٹرأوِتھ۔

تمۍ کھوٚژ ڈایری تہٕ قلم اتھس منٛز رٹِتھ کوٚرنم سوال۔

"چون پوٗر ناو؟"

"احمد اللہ۔"

"سروس پیریڈ؟"

"شیہ ربتھ۔"

''ژٕے کر پٮ۪ٹھ ووتُے کُرسی تہٕ میز رؤس کاَم کران؟''

''سوٗرے وکھ۔''

''ژٕے چھِیا امہِ باپتھ زانہہ کوٗشش کٔرمٕژ؟''

''آ۔'' مےٚ وٕنی تس اولہٕ پٮ۪ٹھٕ اٰخر تام سارٕے دلیل۔ تٕمۍ لیوٗکھ سوٗرے پننہٕ ڈائیری منٛزٕ تہٕ پتہٕ دڑاو تیز تیز قدمو میانہٕ گرٕ۔

مےٚ دُیت شانہٕ گندِس ستی کاٚ تہٕ اچھ بند کٔرِتھ کرم شونٛگنٕچ کوٗشش۔

صُبحَ ییلہٕ بہٕ وُنہٕ بسترس منٛزٕے اوُسس، کُس تام اوس کوچس منٛز کُستام میون ایڈرس پرٛژھان۔ بہٕ دڑاس تیز تیز بسترٕ منٛزٕ تہٕ دِژم دارِ کِنی نظر۔ رژھ کھنڈ گٔژھِتھ گوو میانِس برس ٹھک ٹھک۔ مےٚ مُژر درواز تہٕ اکھ گوٗژھل پُلسہٕ وول ژاو بوٚٹھ ہٮ۪تھ میانِس کمرس منٛز۔

''ہتا یارٕ ژٕ چھکھ عجیب زاتھا بُکیاہتام۔ سوٗرٕے شہر چھُتن نکھس تُل مُت تہٕ پانہٕ چھکھ ڈیرِس پٮ۪ٹھ ژوٗرِ ہیٚتھ۔ ووتھ تھانہٕ دار صاۂب چھےٚ ژھانڈان۔''

''مگر مےٚ کیاہ چھُ کوٗرمُت۔''

''مےٚ چھےٚ نہٕ تہِ پےٚ۔ بہِ گووتی مولوٗم کرٕن۔'' تٕمۍ وۄن نکہٕ وٲری چاٚرِتھ۔

بہٕ ووٗتھُس رسے تہٕ دڑاس تس پتہٕ پتہٕ۔ تھانس منٛز اٚژِتھ وُچھ مےٚ تھانہٕ دار پکوڑن ستی چاے چوان تہٕ لواسس منٛز سکہِ تُجہِ رٔٹِتھ تتھ بٔڈی بٔڈی ژٕپٕ کڈان۔ پُلسہٕ وٲلی کوٚر تٔمِس سلوٗٹ تہٕ پتہٕ ووٗتھُس :

''جناب ملزم چھُ حاضرِ۔''

تھانہِ دارن تژاو گوڈٕ میٚہ تہٕ پتہٕ تس نظر۔ زَن تہٕ پرٕژھان اوٚسس یہِ کُس جانور اوٚن تھن صُبحٲے صُبحٲے بڑونٛہہ کُن۔

''یہِ جناب چھُ احمد اللہ۔ سرکٲرۍ مُلاٗزِم۔''

''اچھا اچھا...... یوٚہے چھا سُہ؟'' ''اِو جناب۔ بڑٕ گُمنڈ چھُس پانس پیٹھ۔ دپان چھُم زِ ژٕ کتھ سلسلس منٛز چھُکھ میٚہ تھانہِ پکہٕ ناوان۔''

''اچھا!......'' تھانہِ دارس ژوٚل بڑِ اسُن نیٚرتھ۔ اسان اسان ژٕلی تِمس پکوڑٕ پیٚنتی، ماز لِشہٕ تہٕ لواسہٕ پیٚنتی اَسہٕ نبر نیٚرتھ۔ میٚہ آونہٕ سمج زِ تِمۍ کتھ پیٹھ اوٚس۔ میٚہ پیٹھ ہا رِنہٕ پُلسہٕ واٲلی ہندبن کتھن پیٹھ۔ سُہ وۄتھ کُرسی پیٹھ تھوٚد تہٕ اخبار اتھس منٛز رٹِتھ پرٕژھن میٚہ،

''ژٕے کیاہ دانٛھُر چھُتھ وہروومُت۔''

''میٚہ کیاہ کوٚر؟''

''اَتھیا۔ دپان چھے میٚہ کیاہ کوٚر۔'' تِمۍ وۄن ٹسنہٕ کرِتھ پُلسہٕ واٲلِس کُن۔

''از چھُ پرٕتھ اخبارس منٛز چوٗنۍ زوگالہٕ۔ کُنہِ پیٹھ چھُ لیکھِتھ زِ ژٕ چھُکھ لاپتاہ۔ کُنہٕ پیٹھ زِ ژٕ چھُکھ ستاونہٕ یِوان تہٕ کُنہِ پیٹھ زِ ژٕ چھُکھ مُلاٗزمبن ورگلاوان تہٕ دفترن ہُند ہوا بِگاڑان۔ رٹھ پرٕ۔'' تِمۍ دِیُت میٚہ اخبار بتھِس دٲرِتھ۔

''مگر یمہٕ خبر چھنہٕ میٚہ چھاپہٕ ہٕژ کینٛہہ۔''

''تیلہِ کیاہ میٚہ چھپاوٕ یا؟''

''مگر مےٚ کر وۄن زِ ژےٚ چھپاوبتھ۔''

''ہتو ہو۔ میٚہ ہتہٕ نہٕ یہٕ رانڈٕ گی۔ میٚہ چھِ یمہٕ بلٹہٕ ستۍ کم کم سیٚدی گٔری ہٕتی۔ یی یہٕ پرژھے تی ون۔ جواب دِسیوٚ دسیوٚ د۔ ژٕ کہندِ خاطرِ چھُکھ کأم کران۔''

''یہٕ چھُس نہٕ کأنسہِ ہندِ باپتھ کام کران۔'' میٚہ اوس اچھن مَنٛز زن آب سٔمتھ آمُت تہٕ ہوٚٹ کھوشکھ گوٚمُت۔

''بیٚہٕ چھُسے دیان زِ پوٚز ون۔'' تمٔ وۄن میٚہ أچھ تکراوِتھ تہٕ پننہٕ موچھِ وٕٹِتھ۔ اتھس مَنٛز وزے یہِ فونس رِنگ۔ تمٔ تُل فون تہٕ گٔرن کس تام ستۍ کتھ۔ پتہٕ ہوۄن پُلسہٕ وإٔلس اِشارٕ یہٕ نمبر کڈٕ نک۔ رژھ کھنڈ گژھِتھ ژوٗنہِ پُلسہٕ وول ناد دِتھ۔ پتہٕ آو پُلسہٕ وول میٚہ نادس تہٕ یہٕ ژاس واپس اندر۔

''یاد تھأوی زِ اگر ژےٚ کانہہ تہِ ترٛژھ حرکتھ کرہٕنچ کوٗشش گٔرتھ یوسہٕ امنہٕ تہٕ قونونہٕ باپتھ مُضر آسہٕ، یہٕ تھاوتھ تہہ خانس مَنٛز ہوژنہٕ باپتھ۔ نیر گژھ دفا۔''

یہِ بوٗزِتھ کوٚڈُس یہٕ پُلسہٕ وإٔلی تھانہٕ نبر۔ نبرٕ کنہِ سمکھیوس بیٛاکھ پُلسہٕ وول۔ سُہ وۄتھ تس بڈٕ بڈٕ:

''دفترن مَنٛز گوو ژوچہِ ماز یمن کھیوٚن۔ رِشوت رٕٹِتھ چنٛدٕ یمن رٕٹنۍ۔

سانہِ باپتھ گیہِ نیاے ترٛاوِنی۔" پتہٕ ووٚتھ میہ کُن۔

"نیر وونی۔ کتہٕ چشمو کتھ چھٕھم وُچھان۔"

بہٕ دراس أشی گنڈ ہیتھ تھانہٕ منٛزٕ نیبر۔ بہٕ اوٗسس ترٛبن تہٕ ترٛوہن گوٗمت زِ قصہٕ کیاہ چھُ۔ میہ کیاہ چھُ قصور۔ یہِ سورٕے کیاہ چھُ سپدان۔ کُس چھُ کران۔ کیازِ چھُ کران۔ کمہِ باپتھ چھُ کران۔ کینٛہہ اوسُم نہٕ پلہِ پیوان۔

میہ کوٚر فیصلہ زِ بہٕ لڑٕ اتھ نا انصأفی خلاف۔ بغاوژ علم کرٕ بُلند۔ چنانچہِ بہٕ دراس سیوٚدٕے عدالتس پیٹھ۔ یتھے بہٕ عدالت کِس صحنس منٛز ووٚتس، ڈیچھِنہٕ تہٕ کھووری دِژم نظرا۔ شاید توٚر کینٛژھن ایجنٹن فکرِ زِ بہٕ چھس امہِ ماحولہِ باپتھ نوٚو۔ زٕ نفر آم برٛونٛہہ کُن۔ أکی پکہٕ نووس پانس ستی ڈیچھن تہٕ لوٚگ اِسرار کرنہِ زِ میہ ستی پکھ کھووُر۔ بہٕ دژاس سیوٚدٕے تہٕ ژاس کینٹن اندر۔ اتہِ بیوٚٹھُس أکِس کُرسی پیٹھ۔ وُنہِ اوس میہ چایہِ ہُنٛد آرڈر تہِ دِنے زِ اکھ وکیل گوم برٛونٛہہ کنہِ حاضِر۔ سلام کٔرِتھ بیوٚٹھ میہ برٛونٛہہ کنہِ چہِ کُرسی پیٹھ۔ تٔمی دیُت بہرٕ بُلاوِتھ تس چایہِ آرڈر تہٕ پتہٕ کوٚڈُن ژندٕ منٛزٕ آئی کارڈ تہٕ پلہٕ نووُن میہ۔

"میہ چھِ ونان فرحت علی۔ چانہِ پکنہٕ تلہِ باسیوم زِ ژٕ چھُکھ یور گوڈنچہِ پھِرِ آمُت۔ مسلہٕ چھا کینٛہہ۔ میہ زان پٔنٕن دوست تہٕ ون بے پھرٕو کھ سورٕے۔"

میہ باسیوو یہِ وکیل رُت تہٕ شریف اِنسان۔ توٚے تھاوٚمس سارٕے داستان برٛونٛہہ کنہِ۔

''احمد اللہ صأب ژٕ چھُکھ سیٹھ دٔیہ ساد اِنسان۔ قدمس قدمس پیٹھ چھی ٹھگ تہٕ بدماش سمکھان۔ میون مشورٕ چھیٚ زِ ژٕ کر پننہٕ نِس صاحبس بڑ وُنہہ کنہٕ پننی سأرۍ داستان پیش۔ بنان چھُ زِ سُہ ما کہِ ژےٚ پیٹھ رحم تہٕ چون مسلہٕ کرِ حل۔ بحثیتہ اکھ وکیل پزِ میہ صحی تہٕ رُت مشورٕ دیُن۔ عدالت وان چھِ وکھ تہٕ صبر منگان۔ بۄزبس کرِ پزِ پۄز تہٕ کرِ سپدِ انصاف۔''

''مگر اِنسان ما کرِ ذلتچ زندگی بسر۔''

''ہرگز نہٕ۔ مگر کأنسہِ ہندِس وہراونہٕ آمِتس زالس منٛز تہٕ چھُنہٕ پیٚون۔ سۄ تہِ گیہِ اکہِ قسمچ خودکشی۔''

''تیلہِ۔''

''اگر مسلہٕ حل سپُد تہٕ جان۔ اگر نہٕ سپُد بہٕ چھُس حاضر۔''

یہ وُنتھ وۄتھ سُہ تھوٚد تہٕ بہٕ دراس تس ستی کاونٹرس پیٹھ۔ میہ دِژےٚ یہ چایہِ ہندی پونسہٕ مگر تٔمی کوٚر نم منع تہٕ دِتنی پانہٕ۔ بہٕ دراس تس ستی نبر۔ سُہ ژاو عدالتس منٛز تہٕ دراس گیٹس کُن۔ صحنس منٛز اُسی دُچھن تہٕ کھوٚوری کرٕہنی کوٹ لأگتھ نفر یِوان تہٕ گژھان۔ دیوارس نزدیک اُسی درجن واد ٹائپ رائیٹر چلان۔ سائیل اُسی وکیلن پتہٕ پتہٕ پکان۔ ییمن وُچھتھ ژاو اکھ عجیب خوف۔ بہٕ دراس تیز تیز قدمو عدالتہٕ نبر تہٕ لوٚگس سڑکہِ میٚنہٕ۔ فِکری اوسُم نہٕ تران زِ کیاہ کرٕ۔ میانہِ زنگہٕ پچہٕ سیٹھ ڈےٚ دفتر کُن۔ اور وأتِتھ اوٚنس بہٕ ہبڑ بوبن ناد دِتھ تہٕ سمکھو ونس دون کمن تام نفرن۔

''أسی چھِ لیبر کمشنر سٕنذِ دفترٕ پیٹھ آمتی۔ چأنِس کیسس تحقیق کرنہٕ۔ أسی کرویے ژےٚ کینٛہہ سوال۔ ژٕ دِکھ تمن کھوژنہٕ ورٲے جواب۔ ٹھیک چھا؟''

مےٚ یہ ہوو تمن کلہٕ سٟتی اِد کیٚاہ۔

امہِ پتہٕ کوٚر مےٚ تمو سوالن ہُنٛد زیوٗٹھ سلسلا۔ بہٕ روٗدُس صبرٕ سان جواب دِوان۔ اتھ دوران وأژ تہنٛذِ باپتھ چاے کباب تہٕ پیسٹری۔ چاے چینہٕ پتہٕ وٕتھی تم تھوٚد تہٕ وونکھ مےٚ کُن:

''ژےٚ سٟتی چھےٚ پزی زیادتی سپزٕمٕژ۔ أخر کتھِ ہیکہِ اکھ مُلازِم کُرسی تہٕ میزٕ ورأے کأم کٔرِتھ؟''

''یِی چھُس بہٕ جناب مےٚ تہِ فِکرِ تران۔'' ہیڈ کلرکن وۆن مےٚ برٛونٛہہ جواب۔

''مگر ژےٚ پزِہی نہٕ امہِ باپتھ مُلازمین ہٕنٛز یونین بُلاوِتھ اننہِ۔ قلم چھوڑ ہڑتال کرناوٕن۔ اخبارن منٛز دفترٕچ کتھ واتہٕ ناوِنی۔ یہِ چھُ کوڈ آف کنڈکٹس خلاف گژھان۔''

''مگر مےٚ کوٚر نہٕ یُتھ کانٛہہ تہِ چیز۔''

تمو ترٛوو یہِ بوٗزِتھ لوتہِ اُسن۔

''مگر اسہِ نِش چھِ شبہٕ شہادتھ۔ چانٛوے کولیگو وۆن۔'' تھٔدی ہوی نفرن وۆن مےٚ شانن پیٹھ اتھہِ تھأوِتھ۔

''جناب غلطی چھُ پٔرتھ بندس سپدان۔ أمِس تہِ سپُدس۔'' ہیڈ کلرک

وۄتھ بیٚیہِ میٚہ بڑ وٕنٛژھے تہٕ دِتُن جواب۔ میٚہ ہیوٚت نکار کرُن مگر تٔمۍ ہیٚژ میٚہ زِ ژُمٹھ تہٕ کرنووُنس ژھوپہٕ۔

''خاَر۔ یہِ سپد تہٕ سپد جانٕہے۔'' دوٚیُم نفر وۄتھ تس کُن تہٕ پتہٕ دژایہِ تم دوشوٕے دفتر نبر۔ میٚہ آو یہِند یہِ کلام تہٕ جرح بوٗزِتھ جیرٕ۔ میٲنۍ کتھ اُس نہٕ کانٛسہِ اَکِس تہِ فِکرِ تران۔ اَخر کیٚت اوس میٚہ غلط کوٚرمُت۔ پٕرتھ چیز اوس میٚہ پرٛژھنے سَپدان۔ اَکِس پتھ اکھ۔ بہٕ روٗدُس ژپرٕ ہام اتھ پیٹھ سوٗنچان۔ گرا اوسم راد ژھوٹان تہٕ گرا ہوترٕ زٕہٹھان۔ گرا ہوترٕ ژھوٹان تہٕ گرا راد زٕہٹھان۔

ژپرِ ییلہِ ڈیرس پیٹھ واپس وۄتُس تہِ اوس میٲنِس مکانس بڑ وٕنہہ کنہِ اَکِس وانس پیٹھ وکیل اکھ مےٚ پرٛاران۔ بہٕ ژاس سیوٚدُے گرٕ تہٕ سُہ ژاو میٚہ پتہٕ پتہٕ۔

''کیاہ دلیل۔ ژٕ کوٚت پانے پانے اندر اژان۔''

''...... دوست چھِ پرٛژھنے سمکھان تہٕ گرٕ یِوان۔ بہٕ چھُس چون اکھ ادنا دوست۔ چانۍ tragedy بوٗزِتھ پھیوٗرم سکھ۔ لاریوس ژیٚنے نِش۔ ژٕ اوسکھ وُنہِ دفترے۔ توٚے پیاریوس تیٚمِس دُکاندارس نِش۔ یہِ چھُ بڑٕ رُت۔ چاے تہٕ سِگریٹ چوونس۔''

''وٕنۍ تو کیاہ کاٛم چھِ میٚہ ستۍ؟''

''میٲنۍ کنۍ منگ ژٕ عدالتس اِنصاف۔ بہٕ لڑٕ پانہٕ چون کیس۔ چانِن افسرن تارٕ فِکرِ زِ کٔہو چھُ گز۔ آیندٕ گرٛھن نہٕ تم خوابس منٛز تہِ ژےٚ کُن وُچھنۍ۔''

''نہ...... ہرگز نہ۔''

''کیاہ ہرگز نہ۔''

''میٔہ چھُنہٕ عدالت وانن کھسُن۔''

''کیازِ؟''

''مرضی میأنی۔''

''آخر وجہ تہِ آسہِ کانہہ۔''

''نہ چھم ٹایم...... نہ فُرصتھ تہٕ نہ صبر۔''

''ژےٚ چھےٚ نہٕ کرنےٚ کینٛہہ۔ ژٕ کر تہٕ attorney کاغذس پیٹھ دستخط۔ باقٕے زانہٕ بہٕ تہٕ چون دفتر۔''

''تہٕ چون فیس؟''

''تمیُک چھُ سہل۔ ویسے چھس بہٕ کیس زیٚنس تام تنخواہک 10% رٹان۔''

میٔہ بژوِنہہ گُن۔ Paper of Attorney تہٕ وُنتھ تژ وو تمیٚ میٔہ آو أچھن تل عدالتُک سوٗرے ماحول۔ سأیِل، وکیل، ایجنٹ، ججس بژوِنہہ کنہِ بحث تہٕ تکرار۔ فیتہٕ بنٛد فایلن ہُنٛد دانتھُر۔ میٔہ زن آو چکر ہیوٚ۔ میٔہ گُر وکیلس اتھس تھپھ تہٕ دِکہِ دِتھ کوٚڈُم آنگنہٕ نبر۔ دروازس تھاوم ہأنکل تہٕ أچھ وٕٹتھ لوٗگس سوٗرے مٔشراونہٕ۔ میٔہ اوس کلہٕ دگہِ ہتیٚ زن پھٹان۔ وأنجہِ تل تہٕ اوسُم کیاہتام گوبر ہیوٚ باسان۔ أتھی مَنٛز کھٔرُم ننٛدر منٛز وُچھ میٔہ وُلٹہٕ تہٕ کھوژُون خواب۔

زن تہٕ أکِس زنٛدل مأدانس منٛز ژٕریشہِ ہوٚت ننہٕ وٕرے پکان۔ دوٗرِ اکھ پہاڑ تہٕ یوٗہے چھُم سرکرُن۔ ژولپأرِ شُیاہ۔ اسمانس پیٹھ نوٚن سرِیہ تہٕ کٕڈرتاپھ۔ بہٕ مألہٕ تہٕ زِٹھل مس گٔرِتھ، وٗدی گوٚمُت پان للہٕ وان تاپہ وُڈرن کھسان۔ ہنا کھِستھ دب لگان تہٕ پتھر لاینہٕ یِوان۔ بہٕ تھوٚد ووتھان تہٕ بییہٕ کھسان۔ وارِیاہ کھٔسِتھ میٚہ گیوٗرِ یِوان تہٕ پتھر وُرکانہٕ یِوان۔ أتھی ٹٕتی بہٕ ڈُلہٕ گرٛہان تہٕ بییہٕ زنٛڈن نِش واتان۔ یہِ وُچھِتھ گربد تہٕ گانٛٹہٕ شور ٹُلان تہٕ یوٗن وُپھ نِوان۔ بہٕ چھُس ہیوٗر تیپتالس پیٹھ واتان۔ اوتھ وأتِتھ تیتھے بہٕ پہاڑُک دوٗیم حِصہٕ وُچھان چھُس میٚہ کھوژُن یِوان تہٕ کربکھ أسہِ منٛز نیٛرتھ ژلان۔ أتھی ٹٕتی پہاڑکہِ بییہٕ طرفہٕ وُرکاونہٕ یِوان تہٕ گربد تہٕ گانٹہٕ تپأری وُپھ نِوان تہٕ شور ٹُلان۔ أتھی منٛز گوو برس بڈِ بڈِ ٹھُک پیٹھ عأرق چین دِتھ تہٕ سفید گرِتہٕ بیزار لأرِگتھ بُزرگاہ اندر۔ أمِس أسی بییہٕ تہٕ نفر جوراہ ٹٕتی۔ أمی پھیوٗر میٚہ کمرِس منٛز أژتھے بُتھِس تہٕ ڈبکس اتھہِ تہٕ پتہٕ ووٗتھم میچھِ آوازِ منٛز۔

میٚہ چھِ ونان سُلہٕ بب۔ بہٕ چھُس یمہِ constituency ہُند MLA۔حزب اختلافس منٛز بہتھ تہِ کیاہ میٚہ آیہِ نہٕ سرکأری رِجیمس ٹٕتی زانہہ تہِ برابری۔ پی یم تہٕ کتہٕ۔ یہنٛز کأم چھِ غلط کرُن تہٕ میٚون کار چھُ تتھ غلطس سدباب کرُن۔ دپان ژٕے ٹٕتی چھُ وارِیاہ ظُلم سپد یوٗمت۔ مگر ووٗنی زان ژٕ ظُلمس سپُد اند۔ بہٕ چھُس پرٛتھ قدمس پیٹھ ژٕے ٹٕتی ٹٕتی۔ میأنی ساتھی تہٕ رفیق چھِی ژٕے ٹٕتی ٹٕتی۔ چانہِ ڈپارٹمینٹک منسٹرتہٕ افسر کھیاوِناوکھ اسمبلی منٛز زہر۔ ازی

لاگہٕ ناو چاٗنس دفترس بڑوٚنہہ کنہِ پنڈال۔ اتھ پٮ۪ٹھ روزِ تۄ تام ایجی ٹیشن جاٗری یوٚت تام نہٕ ژےٚ اِنصاف میلی۔ بہٕ چھُس مظلومن ہُنٛد دوست تہٕ ظاٗلمن ہُنٛد دُشمن۔ بہٕ اُلراوکھ بڈٕی بڈٕی ایوان۔ ساٗرٕے سرکار ترٛاون ننگہٕ گرِتھ۔ اُخر کرتام روزِ میٚون غریب تہٕ لاچار عوام یِہنٛد یہِ استحصال برداشت کران......"

میٚہ اوس نہٕ تگان عبلی جوٗس بڑوٚنہہ کنہِ کڑِتھ تہٕ کرُن۔ سُہ اوس بڑٕ بڑٕ کربکہٕ دِوان۔ زن تہٕ ازی سورُے حِساب کِتاب مکمل اوسُس کرُن۔

"مگر میٚہ نِش کیاہ چھِوٚ تُہۍ یژھان۔" میٚہ پُرژھ تس کھوٚژی کھوٚژی۔

"فقط اکھ درخواس۔ اتھ مَنٛز لیکھِتھ ژٕ سورُے گٔڈریومُت۔ باقٕے ترٛاو ژٕ میٚہ پٮ۪ٹھ۔" تمۍ وۄن کنن برٛوٚنہم مس شیران شیران۔

حالاتن ہٕنٛز بدلوٚنۍ نٔویت وُچھِتھ ہیوٚتنس بہٕ تھرُن۔ بہٕ اوسُس کیٚنہہ ربتھ بڑوٚنہہ نوکری باپتھ select سَپدِتھ گامہٕ پٮ۪ٹھٕ شہر وٕتھمُت۔ ییٚتک سورُے ماحول اوس میٚانہِ خاطرٕ نوٚو تہٕ بدلٕے۔ مگر پتٕی مو کینژھو دوہو اوسُس بہٕ تھوٚکروومُت۔ فِکری اوسُم نہٕ تران زِ بہٕ کیاہ کرٕ۔ سُلہ بب ہٕنٛز کتھٕ بوزم آم سورُے دفتر اُچھن تل۔ ساٗری، گٔڈرٕمتۍ واقہٕ اُچھن تل۔ کتھ اُسی موموٗلی گرسی تہٕ میزٕچ مگر کتھٕ اُس کوتھ بنے ہٕژ۔ صاٗحب، ڈِپٹی صاب، صِدٕ جوٗ،شام لال، اخبار نولیس، یونین لیڈر، وکیل، پُلسہٕ واٗلی تھانہٕ دار، ہیڈ کلرک، لیبر کمشنر ہٕنٛدی کارنٛدٕ، سُلہٕ بب صاحب سُنٛد پی،اے، پڑتھ اکھا اوسُم خابک گربد باسان تہٕ پٔژن پان وٕدی گوٚمُت مُسافر۔ واقہٕ ہَن ہٕنٛدی لِس منظرن تہٕ حالاتن ہٕنٛز بدلوٚنۍ

نِو۔ یتھ اَنجم دبماغس وُترِ بُنیل ٹلنہِ۔ کُنہی تورم نہٕ فِکرِ۔ سُلہٕ بب تہٕ تسُندی ساتھی
ترٛاوِم گرس منٛزٕ رے تہٕ پانہٕ نی یم بجہِ سڑکہِ پیٹھ ٹکھ۔ بہٕ رؤدس اکہِ کوچہِ اژان
تہٕ بینہٕ نیران مگر کلہٕ اوُسس بینہٕ بجہِ سڑکہِ پیٹھ کڈان۔ اَخرس ییلہِ تھوٚکس تہٕ
ہیکُھ دیُت نم جواب کھور تلم یارِ سُند گرِ کُن۔ صُبحے صُبحے میٚہ وُچھتھ گووِ یار میٚون
حاران۔ تمۍ بیٚہہ نوٚوس نکھٕ ڈکھہٕ تہٕ چوونس چاے۔ پتہٕ پرُژھنم ینٛگ سبب۔
میٚہ وٕنی مَس ساری دلیلِ۔ تمۍ کوٚر واریاہس وقتس سوٚنچ تہٕ اَخر ووٗتھ تھوٚد تہٕ
میٚہ اَتھس تھپھ کٔرِتھ دژاو گرٕ نبر۔ اَسۍ واتی پکان پکان حاکم شہر سُند گرٕ۔ سُہ
اوس باغس منٛز کُرسی پیٹھ بہتھ اخبارٕ پران۔ اَتی سا لیس ستی کتھ کران تہٕ اَتی
پارٹی کارکنن ہدایتھ دِوان۔ کُنہِ کُنہِ وِزِ کارٕلبس فوٗنس پیٹھ بحث و تکرار تہِ
کران۔ باقٕے لوٗکن ہنٛدی پاٹھی بیٹھی اَسۍ تہِ حاکم شہرس برٛونٛہہ کنہِ پتھر۔ اَسہِ
برٛونٛہہ کُن آے نفر جوراہ قہوٕ تہٕ کتلم ہتھ تہٕ تھاوکھ برٛونٛہہ کنہِ۔ ساری اَسۍ
ژھوپہٕ کٔرِتھ قہوٕ چوان تہٕ کتلم کھیوان۔ اَسہِ تہِ کوٚر تی۔ یہٕ اوس میوٗٹھ تہٕ موٚدُر۔
اتھ اوس کونگ تہٕ بادام ترٛاوِتھ۔ اتھ دوران وٕتھی لوٗکھ اکہِ اکہِ تہٕ کٔرکھ پننٕۍ
مسلہٕ حاکم شہرس برٛونٛہہ کنہِ پیش۔ سُہ رؤد تمن گرا لیکھتھ دِوان تہٕ گرا وعدٕ
کران۔ ییلہِ ساری اکہِ اکہِ دژاے بہٕ تہٕ میٚون دوس تہٕ گیہ برٛونٛہہ کُن۔ میٚہ
رٔٹس کھور تہٕ ووٗن مَس سورے کیٚنہہ۔ سُہ ووٗتھم اسہِ وِنہٕ ہونٛجہِ:

"ژٕ کیاہ چھُکھ ووٕنی یژھان؟"

"بہٕ جناب چھُس سیوٚد ساد اِنسان۔ اکھ مخلص مُلازِم۔ پُراَمن

شہری......'' یہِ ؤنتھ ہیٚتنۍ میٔہ ہکہٕ لگنۍ۔

''امہِ علاوٕ چھُنہٕ میٚہ ییٚتہِ کانٛہہ خطا۔ میٚہ چھُنہٕ کانٛہہ ہنگامہٕ کوٚرمُت۔ کانٛہہ قونوٗن چھُم نہٕ پھُٹراوومُت۔ میٚہ چھُنہٕ کُرسی تہٕ میزٕچ ضروٗرتھ۔ میٚہ دی تو پُرامن طریقس منٛز زندگی گزارنہٕ۔ بس۔ بہٕ چھُس نہٕ بیٚیہِ کینٛہہ تہِ یژھان۔''

''مگر کُرسی تہٕ میز چھِ چانۍ بُنیٲدی حقوق۔ ژٕ کتھِ چھُکھ یمن نِش بوٚٹھ کھسان؟''

''اگر میٲنۍ بُنیٲدی حقوق میٲنہِ دفترٕ باپتھ حل نہٕ سپدن وٲلۍ مسلہٕ چھِ، بہٕ چھُس یمن نِش دستبردار سپدان۔''

''ہرگز نہٕ۔'' تمۍ وۄن شرارتہٕ سان۔

''یہِ چھُنہٕ چون مسلہٕ۔ یہِ چھُ عام مُلازمن ہُند مسلہٕ۔ تِکیازِ از سپُد یہِ واقع ژےٚ ستۍ پگاہ ہیکہِ بے یس ستۍ تہِ سپدِتھ۔ بہتر چھُ أزۍ اتھ سدباب کرُن۔ یاد تھاوٕ یہِ چھُنہٕ کُرسی تہٕ میزُک مسلہٕ بلکہِ انصافُک مسلہٕ۔ تم چھِ داوس لگیٚمتۍ۔ اِنسانیت چھِ داوس لاگنہٕ آمٕژ۔ ژٕ ووتھ تہٕ لڑ انصافہٕ موکھہٕ۔ عدلہٕ باپتھ۔ انسانیت باپتھ۔ اگر نہٕ ژےٚ بیٚہنہٕ باپتھ کُرسی میلی تہٕ لیکھنہٕ باپتھ میز ژٕ کتہِ ہیکھ دفترٕچ کام کٔرِتھ۔ پننہِ زِمہٕ وٲرۍ نکھہِ وٲلِتھ۔ اگر نہٕ ژٕ پننہٕ ذِمہٕ وٲرۍ نکھہِ ہیکھ وٲلِتھ امیک سیٚدٕ سیوٚد اثر پییہِ دفترس پیٹھ۔ چانہِ دفترُک بیٚیس دفترس۔ یمن ہُند اثر پییہِ بڈِس دفترس۔ اکھ اکایی کرِ سارنی اِکاین پانس ہیوٗ۔ اِسلئے چھُنہٕ یہِ انفرادی مسلہٕ بلکہِ اجتمایی مسلہٕ۔ اکثر چھِ یتھۍ اجتمایی مسلہٕ

سماجس پیٹھ مُضر اثرات ترٛاوان...... بہٕ دِمہٕ تہٕ امہِ کتھِ ہُنٛد زانٛہہ تہٕ اجازتھ زِ میٲنِس دورِ حکومتس مَنٛز کڈِ سماجس مَنٛز کانٛہہ غلط رُحجان واش...... ژٕ کرہمتھ تہٕ لڈ پننہِ کُرسی تہٕ میزٕ باپتھ۔ اتھ جنٛگس مَنٛز روزی ژےٚ میٲنۍ پوٚرٕ تعاوُن تہٕ مدد ڈکھس۔ پزٕتھ انصاف تہٕ عدل پسند کری ژےٚ مدد۔ ووتھ بسمہِ اللہ کرِتھ تھوٚد تہٕ لڈ پننہِ باپتھ، پننہِ سماجہِ باپتھ، پننہِ قومہٕ باپتھ تہٕ سارے اِنسانٛیتہٕ باپتھ یہِ جنگ۔"

حاکم شہرسُند یہِ تقریر بوٗزِتھ کوٚر تمو تمام بوزن والو ژرِ پوٚپ یمہٕ اتھ دوران مُلاقاتس آمتۍ آسۍ۔ میٲنۍ یارن تہٕ کوٚر بڈٕ بڈٕ ژرِ پوٚپ۔ یہِ وُنتھ پھیوٗر سُہ کمن تام پارٹی ورکرن کُن تہٕ لوٗگ تمن ستۍ کتھ باتھ کرنہٕ۔ بہٕ دٔراس حاکم شہرسٕنٛزِ کوچھِ نمبر تہٕ بجہِ سڑکہِ پیٹھ وٲتتھ لوٚگس اوٗند پوٚکھس تمہِ انمانہٕ وُچھنہِ زن تہٕ گوڈنکہِ پھرِ وُچھان اوُسس۔ سوٗرے اوس تۍ یہِ رات اوس اوترٕ اوس یا ییتہِ یور آسہِ۔ میٲنِسے شہرس اوس گُس تام بدلے طوفان آمُت تہٕ بہٕ اوُسس میٚہ ژٕہہِ پتہٕ ژٕہہِ بے قرار تہٕ بدگُمان کران۔



مجروح رشید

# سِیاہ شبہٕ کِس وأنا کھ وٕچھس مَنٛز

سِیاہ شبہٕ کِس وأنا کھ وٕنس مَنٛز کٔوتاہ کال ووت مےٚ پھیران، تہٕ چھنہٕ مےٚ پانَس تہٕ پتاہ، البتہٕ ہیکہٕ یہٕ ہَن وٕثوٗقہٕ سان وٕنِتھ زِ ییٚلہِ زنگن پیٹھ کھڑا سَپدس تہٕ ییٚلہِ أچھ مۄرأوِتھ أندی پکھس سام ہیٚنج کوٗشش کٔرِم، تنہٕ پیٹھہٕ ووتُم پکان تہٕ تھکہٕ رۄس پکان۔ میٚون سفر یوٗتاہ زٕٹھان چھُ تیٚوٗتے چھُ شب پَننہٕ تأریکی ہُنٛد شدید احساس کرِناوان۔ شب تاریک آسُن تہٕ امیُک سوٚن باس چھُ میانِ بن رُمن مَنٛز تیتھٕ پأٹھی پھٕہلتھ تہٕ تتھٕ پأٹھی کُنہٕ کھلہٕ ماٗدانس مَنٛز تیتی کاوٚ بیہن زِ کاو وورأے گژھہ نہٕ کینٛہہٕ چیز نظرِ۔

سیأہی ہِنٛدی أمی سِنٛز باسن چھےٚ میأنی سو کِتاب تہٕ میانہٕ خاطرٕ بے معنہٕ بنأومٕژ یوسہٕ مےٚ مولہٕ کِنی سبٕتھےٚ ٹاٹھ چھےٚ۔ شب چہِ سیأہی ہُنٛد باس یوٗتاہ زیادٕ گنان چھُ تیژٕ ے سیاہ چھےٚ میأنی کِتاب تہٕ بنان۔ یہٕ چھس نہٕ أکی سے جلیہٕ قرار گٔرِتھ ئلی کہِ چھس لگاتار پأٹھی پکان تہٕ تھکہٕ رۄس پکان۔ باضے چھس پتھرٕ یوان لاینہٕ۔ گاہے چھِم کھوٚندی لگان تہٕ کُنہٕ کُنہٕ چھس چھمبن تہٕ چھارَن نِشہٕ وأتِتھ

ڈُلہٕ گرٛھان تہٕ باضے چھم آبہٕ سرَن تہٕ تلاوَن ژھانٛٹہِ پھوان ترُن۔ یتھٕ پأٹھی چھِ میانہِ ٹاپھِ کِتابہٕ گاہے کانٛہہ ورُق ژھنبان تہٕ کُنہٕ کُنہِ چھس سرٛیہہ ستی دوٗرٕ اڑان۔ تہٕ گرِتھ تہٕ چھےٚ پننی کِتاب سیٚنٛس ستی چیرِ رٹِتھ تھاوٕمٕژ۔ اَمہِ چہِ حفاظتٕ خاطرٕ چھُ مےٚ گاہے سارٕے سارٕے تہٕ پکُن پیوان۔ مےٚ چھُ صِرف پننِس اَتھن پٮ۪ٹھ یقین تِکیازِ یموے ستی سأرِتھ چھس بہٕ شب چہِ تارٟیکی منٛز أندی پکھس ژرژان تہٕ خدشات محسوٗس کران۔ میٚوٗن دَل ہیٚوٗک۔ نہٕ زانٛہہ دِلاسہٕ دِتھ نہٕ کانٛہہ اتھٕ روٗٹ گرِتھ۔ یہِ بچورِ تہٕ کیاہ کرِ۔ یِتہِ چھُ رأژہنزِ کرٛہنیارِ ستی سِیاہ گوٗمُت۔

وُنہٕ کیٚس کُنہِ کوٗنس پٮ۪ٹھ وأتِتھ ییٚلہِ زانٛہہ میانہِ أچھ اسمانس ووتھان چھےٚ مےٚ چھِ آنٛتھِ رٕسی تارکھ نظرِ گرٛھان یم أتی نموٗدار سپدان چھِ تہٕ أتی لوسان چھِ۔ کیٚنٛہہ تارکھ چھِ ڈُلہٕ تہٕ گرٛھان۔ یم تارکھ چھِ پننی کنی پنُن سورُے طاقتھ ورتأوِتھ وَنس گاشرأونٕچ کوٗشِش کران مگر وَنہٕ چہِ تارٟیکی تہٕ شب چہِ سِیاہی منٛز چھنہٕ کِمی ہیکان سپدِتھ۔ پوٗز ہے بوزو تییٚلہِ چھُ یہنٛدِ نموٗدار سپدنہٕ، لوسنہٕ تہٕ ڈُلہٕ گرٛھنہٕ ستی شیٚچ تارٟیکی زیادٕ طاقتھ ور بنان۔

یِتھٕے کانٛہہ تارُکھ لوسان یا ڈُلہٕ گرٛھان چھُ تِتھٕے چھس بہٕ تمہِ نتیجہ نِشہٕ واپس پھیران یتھ پٮ۪ٹھ بہٕ تارکھ کھسنہٕ وِزِ واتان چھس۔ اوٚند پوٚکھ سأرٕی سأرٕی پکُن تہٕ ژرژُن چھُ میوٚن معموٗل بنیوٗمُت۔ بہٕ پکان سأرٕی سأرٕی پکان تہٕ تھکہٕ روٗس پکان...... اسمانس پٮ۪ٹھ وُچھنہٕ مےٚ امہِ تارکھ بأزی گری ورأے کیہیں۔ یہِ کتھ تہٕ چھےٚ پزٕ زِ کانٛہہ تارُکھ چھُ کیٚنٛژس کالس آکاشس پٮ۪ٹھ دٕرِتھ ہیکان تہٕ بہٕ چھس تمِس پنُن فرٟیاد باوٕنٕچ تہٕ پننی ٹاٹھ کِتاب تمہِ کِس گاشس تل پرٕنٕچ

کوٗشِش کران۔ مگر تم ما ہیکہِ زیادٕ کالس ڈٲرِتھ تہٕ ہیکہِ نہٕ پننہِ کِتابہِ ہِنٛدی اچھر پٔرِتھ۔ یہِ کِتاب للہٕ وان للہٕ وان چھس بہٕ ووٚنی تھوٚکمُت تہٕ ژھیونمُت مگر یہِ تزٲوِتھ ژھننہِ خاطرٕ تہِ چھس نہٕ بہٕ آمادٕ تِکیازِ میٚون آسُن چھُ اَمی ہتی تہٕ لمہِ کہِ آسنہٕ ہتی چھُ مےٚ پننہِ بے معنویُتُک ہُنٛد اَحساس۔ بہٕ ہیکہِ نا یہِ کِتاب پٔرِتھ، تہٕ چھنہٕ مےٚ خبر البتہٕ چھُم تیٚمہِ کتھِ ہُنٛد شدید اَحساس زِ بہٕ پرٛہَن یہِ اچھرٕ اچھرٕ۔

شب چھُ زٔٹھان، تٲریکی چھےٚ گنان، تارکھ چھِ کھسان، لوسان تہٕ ڈٕلہٕ گوٚژھان مگر تیٚتھ کانٛہہ گاشہٕ تارُکھ چھنہٕ طلوع سپدان، یُس شب چہِ سیاہی پیٹھ فتح ہیکہِ ہے پرٛاوِتھ تہٕ بہٕ ہیکہٕ ہَن پٔننہٕ کِتاب اچھرٕ اچھرٕ تہٕ لفظہٕ لفظہٕ پٔرِتھ۔ مگر شب تہٕ امِچ تٲریکی چھےٚ بدستوٗر پٲٹھی پننہِ طاقتُک مُظاہرٕ کران۔ بہٕ چھس پرٛاران تہٕ پرٛارُن چھُ میٚون مقدر تہٕ باسان چھُم زِ میٚون پرٛارُن روزِ دوہے پرٛارُنس تامے محدوٗد۔ مےٚ چھُ پکُن تہٕ بےٚ ولیہِ سٲری سٲری پکُن تِکیازِ اَمہِ ورٲے چھنہٕ چارٕ تہِ کینٛہہ۔

بہٕ چھس تمہِ وِزِ کھاربن تہٕ شرٛوکنبن اژان ییٚلہِ مےٚ أندی پٔکھی وٲنا کھ جانور کرٛکہٕ ناد چھِ ٹلان۔ بہٕ چھس گاہے گٕلی دوٚپھن ژھالیہِ روزنٕچ کوٗشِش کران تہٕ گاہے گٕلی گوگرٕبن منٛز ژوٗرِ روزان۔ مگر کتاب چھم سینس ہتی چیرٕ آسان۔ ییٚلہِ کُنہ ساتہٕ باسان چھُم زِ کانٛہہ جانور ووت مےٚ سبٹھاہ نزدیک تہٕ یہِ نبٔگلاوِ مےٚ ووٚنی، تمہِ ساتہٕ چھس شُترمُرغہٕ ہِنٛدی پٲٹھی کلہٕ ژوٗرِ تھاوٕنچ کوٗشِش کران...... مگر کِتس کالس۔

☆☆☆

رحیم رہبر

# ہتا پانہٕ یوٗ گس گوس!

"سُہ اَبرٕہ اوٗسُس بےٚ یُس کعبس ئہناونہٕ دڑاو...... اَبا بیلو کوٚر سٲئنس قافلس پٔٹھ سنگِ باران۔ سُہ کعبہٕ بچو پوٚز بہٕ گوس مٔرۍ مٔرۍ زِنٛدٕ۔ اَز تام ئہہٕ ناوِم لچھِ بٔڈۍ کعبہٕ......"

"کتہِ سُہ اَبرہہ تہٕ کتہِ ضعیف ناتواں تہٕ کمزور احمد۔ یہٕ کیٛاہ بکواس وَنان...... ووٚنۍ ییٚلہِ تہِ مےٚ احمدٕ نہِ کربکہٕ کٔنہ آسہٕ گژھان، مےٚ اوس ہنگہٕ منگہٕ سوچ شُنٛیاہ گژھان...... بہٕ اوٗسُس خبر کیٛاہ کیٛاہ سوٗنٛچنہِ لگان۔ پوٚز سوٗنٛچۍ سوٗنٛچۍ اوٗسُس نہٕ بہٕ توتہِ سوٗنٛچس اند گوڑ لبان۔ تیٚلہِ کیٛازِ اُس احمدِ نو کرٛبکو ستۍ میانٮ۪س سوٗنٛچس رِی ایکشن گژھان۔ مےٚ کیٛازِ اُس سوٗنٛچہِ صفس وٕلی وٕلی الرجی گژھان۔ بہٕ کیٛازِ اوٗسُس احمدٕنِن کرٛبکن کشنہِ لگان! مےٚ چھُنہٕ وُنستام فِکرِ ژ ان......"

احمد اوس بِذاُتی تیٚر راٗچھ۔ سُہ تیٚر راٗچھ نہٕ یُس خدایس باضے پھوٚہ کھیٛاوان اوس تہٕ باضے گبہِ دود...... سُہ تیٚر راٗچھ نہٕ تیٚمس حضٕ موٗسہن یہِ

وٗنتھ ٹھاکھ کوٚر زِ خوداییس نَہ چھےٚ بوچھِ لگان تہٕ نَہ ترٛ۔ یِمۍ ہِندِ باپتھ خداے پانہٕ فِکرِمند گوٚو تہٕ حضرت موسیٰ ہَس دوٚپن عبرٲنی پٲٹھۍ مگر اَسہِ وٲتِھ فارسی پٲٹھۍ کتھ:

تو برائے وصل کردن آمدی

نے برائے فصل کردن آمدی

احمد اوس سیوٚد ساد اکھ تیر رٲچھ۔ یُس کُنۍ اوس۔ اُمِس اوس نہٕ کانٛہہ تہِ اولاد۔ دپانِ جانہٕ پھیچ گیہِ اُمِس تمہِ راتہٕ ترٛاوِتھ، ییٚلہِ احمد جوان اوس۔ مےٚ چھُ اَز تہِ کاکھ ونان زِ احمد اوس تیُتھ جوان زِ یوٚدوَے کنکریٹ دیوارس لتھ ترٛاوِہے، دیوار پییہِ ہے وٕستھ۔ اُمۍ ہِندِ بُتھِ پیٹھ آسہِ نارٕ چھاےٚ ژ ووتھان۔ جانہٕ پھجہِ ہِندِ مرنہٕ پتہٕ پیوٚ احمد ہُرتھ۔ کاکھ چھُ اَز تہِ ونان زِ سمیٚن ترٛوو احمد سَرٕ ڈِ گُلکِہ پٲٹھۍ تھٲلِتھ۔

اَز ییٚلہِ ووٚں احمد ستتھ وٕہرگۍ وٗسہ چھُ سارِوے چیزو نِش بے نیاز، نَہ چھُ تس کھٮ۪نٛگ غم تہٕ نَہ چینٛگ۔ تس چھُنہٕ موسمن ہِندِ تبدیل گژھنگ تہِ کانٛہہ غم۔ ہارُن توٚت تاپھ اُسۍ تن یا کُٹھ کوٚش۔ احمد چھُ سوے ژادرِ شُکرٕ وٕلتھ آسان یُس تس مول جنت گار رُستم پہلوان ولان اوس۔

تمہِ دوہہٕ ییٚلہِ مولوی صابن فتوا دِیُت زِ: ''احمدس چھُ حُکمِ کُفر دِنہٕ یِوان،'' دوٚیمہِ دوہہ اون لُکو احمد رٲٹھ تہٕ واتنوُکھ پنچایت گرس منز...... علاقکۍ سٲری بٔڈۍ بٔڈۍ پنچاےٚ اُسۍ جماہ ...... پنچایت گرُک صحن اوس لُکو ہتۍ بٔرِتھ۔ تام بوزِ نوٚو سرپنچن لُکن پٮ۪ٹھ فاصلہٕ...... ''احمد چھُ پانس ابرہ ونان۔ ابرہ اوس

خداے سُند دشمن۔ پنہٕ نِس پانس اَبرٕہَس ہِتؠ منسوٗب کرنس پتؠ چھُ احمدِس حُکم کُفر دِنہٕ یِوان۔"

پنچاٹہو مَنٛز وۄن اُکی پنچاییٚ احمدِس...... "احمدیا! ژےٚ ما چھےٚ مولوی صأبنس اتھ فاصلس خلاف یُس سرپنچن فأصلہٕ رٕنٛگی بوزنوو وُنی کینٛہہ؟"

یہِ بوٗزِتھ ژوٗل احمدِس ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن نیرِتھ...... سُہ گو یکدم تھوٗد وۄتھِتھ...... ژادرِ شِشکھر تڑ دِ ُن کلہٕ پتؠھی تہٕ آو سرپنچس نکھہٕ لُکن بڑوٗنہہ کنہٕ...... احمدی گُرِ لُکن کُن حسرتچ اکھ نظر...... تس اُجِ اوٗشس دار تہٕ لوٗگ لُکن کُن مخأطب گُرتھ ونہٕ...... "سُہ منصوٗر موٗت اوُسس بہٕ۔ یِمی انا الحق ووٚن...... میٚےٚ لوے نبس کان تہٕ خون ووٚتھ دِگنہٕ......"

احمد اوس لوٚتی لوٚتی پانس ہِتؠ ونان:

"ہتا پانہٕ بہٕ کُس گوس
پانےٚ اوس بہٕ بہانےٚ"

☆☆☆

مُشتاق احمد مشتاق

# آکھ

پیاری اُس صُبحہِ پیٹھہٕ ژٕییمہِ پھِرِ بڑانٛدس ژٕھ دِوأنی زِ لالہٕ صأب آو بییہِ نبرٚ نیرِتھ تہٕ لۄگ بَرانٛدس پیٹھے بیہنہِ۔ پیاری کھٔرٕ ژکھ، پۄز لالہٕ صأبس کُن ژٕ اِون شرارتہٕ بۄرِژ نظراہ اَما وۄنن نہٕ کینٛہہ۔ پیاری ژٲیہِ دزان دزان انٛدر تہٕ لالہٕ صأب بیٛوٹھ وارِ وارِ پتھر۔ وۅنی اوس دِگر ڈۄلمُت تہٕ آنگنس اوس ژِھہُل پیوٚمُت۔ پۄز دیوارس نکھہِ ہۅچھمِژ دأن تھَرِ اوس ڈُنہِ تاپھ پیوان تہٕ یہِ اُس آنگنہٕ کہِ باقٕے آکارِ نِشہِ بِدۄن باسان۔ لالہٕ صأب بیٛوٹھ اُتھی دأن تھَرِ مُدے گُنڈِتھ۔ یہِ اُس وۅنی محض کینٛہہ کاٹھہٕ ہرِ، نہَ اوس اتھ پنہٕ ؤتھرن ہُنٛد سبزارِے تہٕ نہَ دأن پوشن ہُنٛد وزجار۔ کژِیایہِ پھِرِ وۄن پیاری خانٛدارس زِ مأرِ مُنٛدس آنگنس منٛز چھےٚ ہۅچھمِژ دأن تھُر وۅنی بے شوٗب آکھ تہٕ ژٕھن تن ژٕٹِتھ۔ پۄز لالہٕ صأبن کۄر پرٛتھ وِزِ منع۔ دأن تھُر ژٕٹنکی پأٹھی چھُ پیاری تہٕ لالہٕ صأبس لگ بگ پرٛتھ معاملس منٛز اکھ اَکی ہنٛز راے تِلہٕ کراے زن وبتراوِنی پیوان۔ پۄز دوشوے چھِ اَمہِ باوجود تہِ یکوٹہٕ رۄزِتھ دوہہ دوہہ

کڈان۔

لالہٕ صأبس گیہٕ ؤری باہ مرٕ پٔنشنس گأمتِس۔ گوڑ گوڑ اوس سُہ ریٹایر گژھنہٕ پتہٕ تہٕ الہٕ پلہٕ دفتر وقتے گرٕ نیران گرچہٕ داہ کامہٕ أنزراونس ستی لایبریری گژھتھ اخبار پران نأیدوانہٕ درباراہ کران أنگن أشناون خبر اَتر ہوان، آشنہٕ بِکچن کامہٕ منٛز تہٕ مدد کران، آشنہٕ ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ تہٕ شوُگر بمأری زور گژھنہٕ پتہٕ گو سُہ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ پتھ تہٕ ووٚنی چھُنہٕ سُہ کُن نیٛرتھ ہیکان۔ پٔنشن پوٚنسہٕ تام چھِس نہٕ پننہٕ اتھہ اَنہٕ یِوان۔ سُہ چھُ پننہٕ نِس کُٹھِس منٛز یا تہٕ ڈایِھ ترٛاوِتھ آسان یا ادِ بہتھ ہے بنٛگہٕ آسان۔ کُنہٕ چھُ ٹی وی ترٛاوِتھ رژھا من رنٛزٕ ناوان تہٕ کُنہٕ برانڈس پیٹھ بہتھ آنٛگنچہٕ دأن تھرِ تھلہٕ تھلہٕ وُچھان۔

وَسونہٕ آفتاب چھِن ژٔژن منٛز گو لالہٕ صأبس یوٚہے گُمانہٕ ہیوٚ زن تہٕ ہوچھمرٕ دأن تھرٕ نوِ سرٕ بہار آو، زن تہٕ اتھ ووزٕج نار ہِش پھُلے دژاہمرٕ۔ تس پیو یاد ترٕہہ پانژترٕہہ ؤری پژون سُہ منظر ییٚلہٕ پرانہٕ میٚژِ لرِ أندی یکی اتھ سأرہے صحنس دأن باغ اوس تمہٕ دوہہٕ أس سأرہے باغس پھُلے برجستہٕ۔ ہیٚرٕ بونہٕ أس دِوٚے، محلہٕ محلہٕ اوس خوش لالہٕ صأبس اوس تریو کوربو پتہٕ نِکہٕ پیوٚنت زامت۔ یوٚ تامتھ نِکہٕ سکوٗل گژھن لایق گو تو تام اوس سُہ بیٚنِین تہٕ پترٕ بن بینِین ستی أتھی دأن باغس منٛز گنٛدان دروکان تہٕ سأری أسِس شہزادِ ونان۔ لالہٕ صأبس تہٕ تسنزٕ آشنہٕ اوس باسان زِ تمو چھے تمام خوٚشی پرٛاوِمرٕ۔ نہٕ چھے ووٚنی کانہہ پرٛگی تہٕ نہٕ کانہہ بےبسی۔ شہزادِ گو بڑان تہٕ لالہٕ صأبنیو بایو کوٚر

نۆو مکانہٕ بناونک سٕنٛز۔ دأن تھرِ ژٹنس وۄتھ دَس۔ گوڈٕ بنوو صأبہٕ لأڅن مکانہٕ، پتہٕ غلام رسولن تہٕ أخر ییٚلہِ لالہٕ صأب رِیٹایر گو یہِ کینژھا پوٗنسہِ ٹوٗنک کورِ نکھہِ وأرِتھ بچیومُت اوسُس، تتھ بنووُکھ تہِ کنکریٹ مکانہٕ ییٚتھ نہٕ شہزادس پتر بن مقابلہٕ کانٛہہ پرٕگی روزِ۔ باقٕے بچیمٕژ پانٛژھ ستھ دأن تھرِ آیہِ اَمی دوہہٕ ژٹنہٕ، پۆز نۆ مکانہِ کِس آنگنس اندٕ کُن یہِ اکھ دأن تھر تھاو لالہٕ صأبنہِ آشنہِ أتھٕ تھِۍ نِشانہٕ باپتھ۔ واریاہن وُ۔ۍرین روٗز تہِ دأن تھٕر کنکریٹ دیوارس نکھہِ أستھ تہِ برجستہٕ۔ پۆز ییٚتھٕے سو جنتی ییٚمہِ عالمہِ گٕیہِ دأن تھرِ تہِ ژاو زرٕ تہٕ گٕیہِ ہنہِ ہنہِ ہوکھان۔

لالہٕ صأب اوس دأن تھرِ کُن مُدے گنٛڈِتھ پتھ کالس سٕنتھ زِ پیاری ترٛوو أنٛدرٕ اچانک ٹی۔وی۔ خبرٕ آسہٕ لجمٕژ۔ یہِ خبر بوٗزِتھ کوٚڈ لالہٕ صأبن ووٚتھ ہِش زِ از آے دون ہتن نفرن اِنسأنی ہمدردی ہنٛزِ بُنیاز پیٹھ نوکری آرڈر بأگرنہٕ۔

گو کوٚر نۆوی سرکارن تہِ کیاہتام سٕرگر۔ یوٚہٕ خدا بوزِ ییٚمس شہزادس تہِ انٛدِ کینٛہہ...... لالہٕ صأب گو پأنٛی پانس ونان۔ بجُرک اکھ اکھ دوہہٕ چھُ کوہَس برابر۔ جان گیوو ووٚنی تورٕ گے عالم۔ دَپھ أمِس کیاہ بنہِ؟ وان ترایوٚن چلیوس نہٕ۔ توتہِ چھس یِمن میانین پنشن پوٗنسن چوٗلہِ چلان۔ پیٹھٕے بانہٕ زالیس کوٚر۔ پیٹھٕ ما از سہ زمانہٕ۔ ہرگاہ نوکری میلیس بہٕ تہِ وَٹہٕ ہا سو دِلہِ أچھی۔ لالہٕ صأبن ترٛأوِی سونٛچان بییہٕ ہوچھمٕژ دأن تھرِ پیٹھ نظر۔ ووٚنی اوس شام سَپدنس تیار۔

لانہٕ کِس سبزارس تہٕ پوشہِ چمَن ہنٛدِس ماۄرِ منٛدِس آکارس منٛز اُس کاٹھ کر دٲن تھٲرِ پزِی بے شوٗب آکھ ہیٚئو باسان۔ تمہٕ تڑوو ووشا، اتھ دیوارس ٹھکرٲوِتھ ووٗتھ وارِ وارِ تھوٚد تہٕ ژاو پننِس کمرس منٛز۔ بُڑُز کھنڈ گرٕہتھ ژایہِ پیاری تہٕ تہٕ پرُوژھنس دواما چھے موکلیومُت۔ لالہِ صاۄبن ووٗن نہٕ تَس دوہَس مُتلِق کہیں اَماپوٚز پرٛژھنہِ لوٗگس دپان سرکارن دِتی از ژون ہتن نفرن آرڈر۔

"آتی دپان"۔ پیاری ووٗن ڈیکس دِرہہٕ لِدتھے۔ اَدٕ تُہٕ کوٗنہٕ اُمس شہزادس ونان سُہ تہٕ کرِہے کینٛہہ ژوٹ ووٹ گرِتھ بال بچھ لگہِ ہے، میٚہ تہٕ گژھِہے مرُن آسان۔" لالہِ صاۄب ووٗتھ نرمی سان۔ "وُچھ کم کتھِ چھو کران۔ یہِ دڑِکھ تمن نفرن نوکری یِہنٛدِ گرُک کانٛہہ نفر یَتھ لڑایہِ منٛز مارنہٕ آو۔ نتہٕ کتہِ گیہ از نوکری۔" پیاری ووٗن ہبل دِتھ۔ "التمش چھُنا اُمِ سُنٛد دوس تس تہٕ میٚؤل آرڈر۔ تس مویوو مول پرُس فائرِنگہِ منٛز ییٚلہِ سُہ پنشن رٹنہِ گوٚمُت اوس۔ اکھُتے دِیُت ہَس لچھ روپیہِ تہٕ۔" پیاری دِیُت بیاکھ ہبل تہٕ دڑایہِ نبر۔

پیاری ہنٛزِ کتھِ بوٗزِتھ پھٹٕ لالہِ صاۄبَس ہیٚرِ بونہٕ وَسواۄسی۔ سُہ اوس نہٕ کہیں وُنتھ ہبکان۔ تَس باسیوٚو زَن تہٕ آنگنہٕ چھِہ ہوچھِمِژ دٲن تھرِ خشمناک تبردار ٹکہ ٹک کرنہِ لوٗگ۔

☆☆☆

محفوظہ جان

# افسانہ

مالہٕ پیرٕ بابے اُس زٕ کورِ زٕبتھ موٗنڈ گُمٕژ۔ تٔمِسٕنٛد خانٛدار لسہٕ پیر اوس جنگلاتس منٛز رینجر تہٕ کُلٕی ژٕنٛچہِ کامہِ اوس پیٹھ۔ تس پیوٚ و گانٛدربل رینجس منٛز ژٕ وٕن گُل پیٹھ تہٕ موقعس پیٹھ موٗد۔ سرکأری کأم کران کران مرنٕس پیٹھ روٗدتس حکوٗمتہٕ طرفہٕ تنخواہ تہٕ سأری مراعات برابر جأری یِیمہٕ ستی تٔسنٛز موٗنڈ مالہٕ تہٕ کاہ وٕرِش گلابہٕ تہٕ نوٗ وٕرِش مہتابہٕ زِنٛدٕ روٗزٕ۔ لسہٕ پیر اوس پرٛأنس چیف کنزرویٹر شیخ صادق علی نِس مکانس منٛز بحیثیت مأِلک روزان۔ شیخ صادقس نٕ اوس خانٛدرٕے تہٕ نٕ اوٚسٕس بٔروٚنہہ پکن وول اُشناوٕے۔ تٔسنٛدِ خأطرٕ اُس لسہٕ پیرٕنی موج حاجہٕ یوسہٕ پانہٕ موٗنڈ اُس، کأم کارٕ تہٕ حاجت روأیی کران۔ دپان سو اُس بڈٕ خوٗبصوٗرت تہٕ مأری مٔنٛز، شیخ صادقنی کھانٛدرٕ ورأے آشِنٛز تہٕ خزانچی۔ مرنہٕ پتہٕ اوس شیخ صادقن لسہٕ پیرٕنہِ ماجہِ توتہِ پنٛژاہ ساس روپیہ تہٕ بوٚڈ بنٛگلہٕ راوٕل پوٗرٕ تٕژ ووٚمُت۔ لسہٕ پیر تہِ اوس تٔمی جنگلاتس منٛز مُلأزِم لوٚگمُت۔ مالس ستی کھانٛدرٕ پتے اُس لسہٕ پیرٕنی موج حاجہِ موٚمٕژ تہٕ مالہِ اُس مألک گُل بنیمٕژ۔

مالن پرناوِ کورِ۔ گلابہٕ بنیہِ نٔرس تہٕ مہتابہٕ ماسٹر بابے۔ لسہٕ پپرنہٕ مرنہٕ پتہٕ دیُت مالن بڈِ مکانک اکھ حصہٕ کالجہِ پرن والین لڑکن رتس دون ہتن روپین کرایہِ پیٹھ۔ پوٚنسہٕ ژنگی روٗز مالہٕ ہٕہر بابے ٹھیک تہٕ کورِبن ہنز پڑایہٕ ہنٛدی خرچہِ تہٕ دوٚیم حاجت اُس فیاٚضی سان پوٗرٕ کران۔

کورِ آسہٕ زمانس ستی پکان، جان پلو لاگان تہٕ سائیکلن پیٹھ سکول گژھان۔ بجہِ کورِ ہنٛدِ کھوتہٕ اُس دوٚیم کوٗر مہاتبہٕ زیادٕ اُری منٛز۔ لڑکہٕ اُسی تس کُن زیادٕ وُچھان تہٕ تس پسند کران۔ سو تہِ اُس مردٕ مٔژ۔ اگر کورِ پران پرانٕے کأنٛسہِ ستی تہِ ژلہٕ ہَن ماجہِ اُس نہٕ اَچھ کانٛہہ تہِ گژھِہن۔ سو اُس پنٛنہِ مُستی ستی آسان۔

مکانس منٛز کرایہِ پیٹھ روزن وألی اَکی لڑکن اشرف میرن ژرنسیم باغہٕ انجینیرِنگ کالجس منٛز تالیم مکمل تہٕ نوکری لوٚگ بجلی گرس منٛز۔ تمی ہنٛدِ گرِ طرفہٕ آو مالہٕ پیٛر بابہِ پأغام زِ تمہ چھِ تہنٛز دوٚیمہٕ کوٗرِ مہتابس ستی پنٛنِس نچوٚس اشرف میرُن رشتہٕ کرُن یژھان۔ اشرف چھُ پونچھ بجایہِ سرینگرٕ ہے منٛز روزُن یژھان تہٕ سُہ بناوِ اکھُتُے شہرٕ ہے منٛز مکانہٕ۔ مالہٕ پیٛر بابہِ کٔرِ یہِ یہِ تجویز ٹارِ مگر کورِ ہُنٛد اوُسُس پھیر۔ تس باسیوٚ وِ زِ تسنٛز بڈ کوٗر گلابہٕ چھےٚ پنٛنہِ بینہِ کھوتہٕ سبٹھاہ شریف تہٕ کم گو۔ اگر تسنٛز لوکچہِ بینہِ مہتابُن رشتہٕ گوٚو، گلابہٕ روزِ کھانٛدرٕ روٗستے تہٕ تس پزٕ ژھِ نایمہِ باپتھ تہٕ کانٛہہ زِ بڈ بینہِ تژ اُوتھ کیاز آو لوکچہِ ہشہِ کھانٛدرٕ کرنہٕ۔ اندیشہِ چھُ لوٚکن گژھِہ تسنٛدِس صحت مند یا کھانٛدرس لایق آسنس پیٹھ شکھ۔

سوٗنچِتھ گٔرِتھ کوٚر مالہٕ پیٖرِ بابہٕ یہِ رشتہٕ نامنظوٗر تہٕ مٔنزٕ مس آو وَننہٕ زِ گوڈٕ چھُ بجہِ
بیٚنہِ کھانٛدر کرُن تہٕ تٔمِسٕندِ کھانٛدرٕ پتہٕ ییہِ لوکچہٕ ہنٛزٕ کتھ ژٕلنہٕ۔ لوکچہٕ ہشہِ ییٚلہِ یہِ بوٗز
تَمہِ لوگ پھاٹوٗن واد تہٕ ماجہِ لٔج وَننہِ زِ یُتھ رشتہٕ تس کیُت میلُن چھُ غنیمت۔
مالہٕ پیٖرِ پیوٚ وتسٕنزِ کتھ بڑٕ بوٚڈ بار تہٕ کوٗر سمجاوُن زِ تس میلہِ تَمہِ کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ تھوٚد
رِشتہٕ۔ اگر تس وُنی کٔبن کھانٛدر کرنہٕ یا گنڈنہٕ ییہِ تسٕنزِ بجہِ بیٚنہِ ہنٛدِ خاطرٕ گرٕھن
بڈٕ مسٔلہٕ پاٚدٕ۔ سو ہیٚکہِ نہٕ پتہٕ تسٕنزِ بیٚنہِ خاطرٕ کانٛہہ چارٕ کٔرِتھ۔

یہنٛہٕ مہتابن یہِ کتھ بوٗزمٕژ اُس زِ تس چھِ اشرف میرس سٟتؠ کتھ یوان
تنہٕ اُس سو اُمِس کُن زیادٕ پہن سَننہِ لٔج مٕژ۔

اشرف میر اوس ژکہِ شریف تہٕ پوٗنچھ کٔس جان گُجرٕ خانٛدانک
لٔڑکہٕ۔ تٔمۍ ییٚلہِ مہتابنہِ ماجہِ ہُنٛد جواب بوٗز سُہ گوٚو رژھ ہنا نا اُمید مگر شانکھ
روٗزِس زِ بجہِ بیٚنہِ ہنٛزٕ وٲرۍ چھس برٛونٛہہ کنہِ۔ اشرفس اوس دوٚیو بیٚنو منٛزٕ کانٛسہِ
تہِ اَکِس سٟتؠ کھانٛدر کرُن منظوٗر۔ سُہ اوس زیادٕ شہرس منٛزٕ آباد گژھنٕچہٕ فکرِ
ژوپمُت۔ یتہِ اوس پوٗز زِ مہتابنٕ نٔخرو تہٕ انداز و اوس سُہ تس کُن واریاہ مایِل
کوٚرمُت مگر یتہِ اوسُس نہٕ یقیٖن زِ بجہِ بیٚنہِ کھانٛدر کرنس تام روزِ سو اشرف
میرنہِ خاطرٕ گُڈٕ اُمِس گنٛڈِتھ۔ لہٰذا زوٗن اشرفن بجہِ بیٚنہِ خاطرٕ اِنکار کرنس منٛزٕ
خٲر۔ اشرفُن یہِ فٲصلہٕ گوٚ بیٚو لوکچہٕ ہشہِ مگر مجبوٗری ہنٛدبن حدن منٛزٕ روزُن
زوٗنُن مناسب۔ اوٚ تام اُس اشرفس کُن دعوا سان وُچھان مگر ووٚنی ہیوٚتُن تس
کُن آرٕ برٛژٕ چشمو وُچھُن۔ سو ییٚلہِ اشرفس کُن وُچھان اُس زنتہٕ وَنان

أٔسس کیٚنہہ چھےٚ نہٕ فِکر، میأنۍ بیٚنہٕ تہٕ گیٚس بہٕ ...... تہٕ گرِتھ بہٕ تہٕ ہےَ ژٔےٚ
أندۍ ٲکۍ چھسے ...... بہٕ تھاوٕ چوٗن خیال ......

بچہٕ بیٚنہٕ آو کھانٛدر کرنہٕ تہٕ اشرفنہٕ گرِ پٮ۪ٹھ آے تُسنٛد مول موج، بیٚنہٕ زٕ
تہٕ بیمہٕ زٕ۔ بوے اوسنہٕ تس کانٛہہ۔ ستہٕ دۄہہ دژٕلیہٕ تم لوکچہٕ بیٚنہٕ مہتابس مہراژٕ تہٕ
مہرِینۍ حوالہٕ گرِتھ۔ اشرفنہٕ ماجہٕ وۄن مہتابس، گلابہٕ لگہٕ گرِ کس دولابس مگر ژٕ
أسۍ زِ اشرفس نظر گنٛذر تھوان۔ مہتابس أس گرٕچ نزدیکے ڈٕوٹی تہٕ سو أس نوکری
ہنٛد بو شیٚو گانٛٹو منٛزٕ تژبن گانٛٹن گری آسان۔ ییمہٕ کنۍ تس کُنہٕ ساتہٕ اشرفس ستۍ
ووتھنک بیہنک موقہٕ یِوان اوس۔ اشرف اگر گری آسہے تیٚلہٕ أس مہتابہٕ ڈٕے
دوہَس تٔسۍ نِش پہان تہٕ تس أندۍ ٲکۍ گتھ کران۔ اشرفنہٕ موزٕ پٮ۪ٹھٕ أندرِمہٕ ہنٛزٕ
فِکر تھاون واجینۍ مہتابہٕ أس اشرفس کُنہٕ ساتہٕ ٹاٹھ بیٚنہٕ تہٕ کُنہٕ ساتہٕ آشنہٕ ہنٛدِ
کھوتہٕ ژٕکھی در باسان۔

گُلابہٕ یوسہٕ پٔنٛنس خانٛدارس علاوٕ پٔنٛنہٕ بیٚنہٕ مہتابُن تہٕ ماجہٕ ہُنٛد پوٗرٕ خیال
تھوان أس، أس مہتابُن تس پتہٕ تسنٛدِس خانٛدارس اشرفنِن ضرورتن ہُنٛد خیال
تھوٗن خدایہٕ سنٛزٕ مہربأنی تہٕ بیٚنہٕ ہنٛزٕ ماے تہٕ محبت زانان۔ موج أس دۄشونی
بیٚنِن ہنٛدِس اشرفس ستۍ حُسنِ سلوٗکس پٮ۪ٹھ بڈٕ شاد تہٕ اشرفس أس منٛزۍ منٛزۍ
مہتابس کیٚت پانسے ہیوٗ لڑکہٕ بدٕ کڈنک اشارٕ دِوان۔ اشرفس اوس باسان زِ اگر
مہتابہٕ تمہٕ گرِ منٛزٕ کھانٛدر گرِتھ نیرِ سہٕ گژھہٕ پرژھیٚون تہٕ تس روزِ نہٕ اتھ گرس منٛزٕ
گیوٗ أسۍ تھےٚ شہرس منٛزٕ روزنس تہٕ کانٛہہ مینٛچھر۔ کُنہٕ ساتہٕ موقہٕ زأنتھ ییٚلہٕ اشرف

تہٕ ونان اُس تس چھےٚ نہٕ کھاندر کرنٕچ کانٛہہ خاہش تہٕ دِلچسپی روٗزمٕژ۔ سو چھےٚ
وونی ماجہِ ، بێنہٕ تہٕ اشرفس ءِتۍ روٗزِتھ زِندگی گذارٕنۍ یژھان تہٕ تس چھِ اُتھی منٛز
زِندگی ہنٛز تراوتھ حاصِل سپدان۔ کھاندر گٔرتھ پییہِ تس تمن نشہِ دوٗر گژھُن یہِ
زَن نہٕ سو یژھان چھےٚ۔ اشرف اوس یہِ جواب بوٗزِتھ تژٕبن تہٕ تژٕ واہَن گژھان
تہٕ مہتابنٛن کتھن پننہِ اندازٕ تفسیر کران۔ تس اوس کُنہِ ساتہٕ باسان زِ سو ما چھےٚ
مکانس اِو ءکِنہِ رأچھ روزٕنۍ یژھان یُتھ نہٕ اشرف اتھ قبضہٕ کرِ تہٕ منٛزی اوسُس
یُتھ خیال مہتابُن تِسنٛدِ خاطرٕ فِکر تہٕ خیال تھاوُنس پھیش دِوان۔

اَز اُس مہتابس گرِ یِہِنٛس واَرۍ تہٕ اشرف آو اَمِس ءِتۍ کتھ کرنٕک
موقہٕ ڈۍنِشتھ اڈٕوۍ گرِ واپس۔ وتہٕ روٗد سوٗنچان زِ سُہ کمہِ انمانہٕ کرِتس ءِتۍ تمۍ
ہِنٛدِ کھاندر کرنٕچہِ کتھِ ڈٕسلابہٕ۔ گوڈٕ یوٗژھ تمۍ جادادس رأچھ روزٕنکس خدشس
واش کڈُن۔ یِوان یِوانۍ وۆن تمۍ مہتابس مےٚ چھِ شاید جوٗم تبدیلی، اَز آو
مےٚ پرٕژھنہٕ یہِ گژھا جوٗم کِنہٕ پێتۍ روزٕ۔ یہِ بوٗزِتھ گوٚو مہتابَس دم ہیوٚ تہٕ مِنٛٹس
کھنڈس ژھوپہٕ گرِتھ وٕژھ اشرفس: ''نَہ ...... نَہ ...... دِیکھ یہ روزِ پێتۍ ...... یہ
ہَے ژےٚ ورأے ...... اُسۍ ہے ژےٚ ورأے دم پھٔٹۍ گژھو ...... اُسۍ کیاہ کرو؟''
اشرفن وۆنُس مگر میانہِ گژھنہٕ ءِتۍ کیازِ گژھو تُہۍ دم پھٔٹۍ۔ مےٚ زَن آسہے گوڈٕے
گُلابہٕ پانس ءِتۍ پَکُن گرِ نِمژ۔ ''نہ تہٕ بنِہٕ ہے نہٕ ...... اُسۍ کتہٕ دِمہٕ ہونےَ گُلابہٕ
جوٗم بِنہٕ۔ یہِ کھاندر آو یُتھ شرطس پێٹھ کرنہٕ زِ ژٕ روز کھ پێتۍ''، وٕژھس مہتابہٕ۔
تہٕ اگر ژےٚ مےٚ ءِتۍ کھاندر رٕییہِ ہی کرنہٕ تیٚلہِ گژھِکھ ژٕ جوٗم تراوِتھ کُنہپ تہٕ

جایہِ...... یہِ بوٗزِتھ گوٚو اشرف ہے بنگہٕ تہٕ ترٛبن تہٕ ترٛ واہَن پیوٚو۔

''مہتاب چانٛی کتھ ترٛ نہٕ مےٚ فِکرِ ژےٚ تہٕ گلابس چھا فرق ییتھ گرس منٛز'' ووٚتھس اشرف۔ ''ووٚنی ہکہکھ نہٕ ژ ییتہِ دوٗر وگرٛھتھ''...... مہتابن ووٚنُس وأنِتھ......

یہِ بوٗزِتھ گوٚو اشرف روٗزِتھ تہٕ کینٛہہ ہیوٚکُن نہٕ سونٛچِتھ۔ مہتابہٕ ژٕجک اتھٕ ژبتھس دِتھ اشرفس وارٕ پراکنٛدٕ سونٛچس منٛز ترٛأوِتھ۔ اشرفس اوس مہتابُن محبت اوٚت واتانٕے گوٚمُت مگر یہِ کڈِ گُلابس ستیٚ کھاندرکرنہٕ پتہٕ تہٕ کلہٕ تہٕ اوسنہٕ تٔمی سوٗنچمُت۔

دہَن پنٛدہَن دوہَن روٗز مہتابہٕ اشرفس دوٗرِ دوٗری ژوٗرِ ژھیپہِ وُچھان تہٕ برٛونٛہہ کنہِ نہَ ہوونس بُتھ تہٕ نہَ گرٛنس کتھ۔ اشرف گوٚو روٗزِتھ۔ تَس توٚر فِکرِ زِ مہتابس یُس محبت تس ستیٚ کتھ ییٚنہٕ وقتہٕ گیوٚو سو تہمبرٕ چھےٚ أنٛدرٕی کنٛی لاوٕ بنے ژتہٕ امہِ نارٕ ہیوٚتُن اشرف تہٕ دزُن۔

اشرفن ہیوٚت ووٚنی گلابہٕ کھوتہٕ مہتابس کُن زیادٕ توجہ دیُن۔ سُہ اوس ووٚنی مہتابس زارٕ پارٕ گرٛی گرٛی پانس کُن پھرُن یژھان۔ مہتابس تہِ باسیوٚو پننس محبتس محبتہٕ ستیٚ جواب میلان۔ سو آیہِ وارٕ وارٕ اشرفس ووٚنی زیادٕ ے نزدیک۔ گلابہٕ اُس پننی سبزٕ بینہٕ ہنٛدِس اشرفن خیال تھاونس خوش۔ کھاندرٕ پتہٕ وہرٕی زاوتس گلاب ہیوٗ نچو۔ بچہٕ زینہٕ پتہٕ روٗدی اشرف، مہتابہٕ تہٕ موج مالہٕ پیرٕ باےٚ گُلابس أنٛدی أنٛدی تہٕ امہِ خُشیہِ اُس گلابہٕ اشرفنہٕ تہٕ بچہٕ ہنٛدِ پلالہٕ

خاطرِ مہتابس کُن زیادے ڈ‌ٔکھ ترٛاوان۔ مہتابہٕ پتھ اشرف نِس بچس پنُن بچہِ زانِتھ رچھنہِ تہٕ اشرفنۍن حاجتن منٛز زیادے آوٕر۔ ڈوٗٹی پتھٕ واپس یِتھ اُس ووٗنۍ مہتابہٕ نِکہِ ہیتھ روزان تہٕ اشرف تہٕ اوس نِکہٕ نہٕ ہِتہٕ سُلی گرٕ واتان۔

اکہِ دوہہٕ ییلہِ اشرف سُلی گرٕ ووت تمۍ وُچھ شیشہِ منٛزی مہتابہٕ بچس ساواوان۔ اشرف ژاو گُٹھس منٛز مگر مہتابہٕ روٗز امی انمانہٕ۔ اشرف منٛدٕ چھوو ہیۆ تہٕ اُچھ زٕ بون کُن ترٛاوِتھ ووٗتھس یہٕ کیاہ چھکھ کران۔ مہتابہٕ دۆپھس یکدم۔

''کیاہ چھس کران اگر نہٕ مے بیٚنہِ منٛزی آسہے آمٕژ یہٕ نِکہِ آسہے مے زامُت تَوے چھیٚس...... اشرفن گٕر مہتابس تھپھ تہٕ رٕٹن پانس سٟتۍ۔ دوشوے آیہ پھٕر لاینہٕ تہٕ ساٗرٕسے وجوٗدس گوٚنڈ نکھ نار۔

یِتھۍ نار لگۍ پتہٕ کرٕژ لٹہِ تہٕ کرٕژ لٹہِ آیہ ژھیۆ راونہٕ۔ مہتابہٕ تہٕ اشرف ییلہِ اکہِ دوہٕ ڈاکٹرس سمکھے یہٕ، تمۍ کوٚر اشرفس مُبارک زِ مہتابہٕ چھےٚ موج بننٕ واجیٚنۍ۔ اشرفن کوٚر مہتابس بچہِ نہٕ تھاونہٕ باپتھ زارٕ پارٕ مگر ماجہِ ہنٛزٕ کورٕ ووٗن تس اعلانہٕ کٕرِتھ ''تہٕ انٛدٕ نہٕ۔ ییلہِ میانہِ بیٚنہِ یسٕندٕ خاطرٕ ژےٚ نِشہِ ژٹنہٕ آکھ ناجایز بچہِ زاونہٕ تہٕ مے کتھٕ کٕنۍ زیوٚ ناجایز۔ میانہٕ بیٚنہِ ہنٛزٕ زمین چھا اصلی تہٕ یہِ زمین چھےٚ برایہِ میٚژ...... ژٕ چھکھ موٗلہٕ میوٗن۔ گُلابن کٕلٕتھ ہیکہِ نہٕ میوٗن اصلی سون کھٕٹِتھ''......

گُلابن ییلہِ مہتابُن حال وُچھ، تمہِ پرٛژھ تس زِ ''یہِ کیاہ دٔلیل چھِہ......؟ کھانٛدرٕ ورأے کٕسٕنٛد بچہِ ناجایز گوٚو میوٗن کتھٕ پأٹھۍ گوٚو؟'' دٔپھس

مہتابہٕ۔

گلابن کوٚرُس اسرار زِ اگر ژٕ ونکھ بچہٕ ہنٛدِس ماٲلی سُنٛد ناو، بہٕ کرَے ژےٚ تسی ہتی کھانٛدر کرنٕچ کوٗشش۔

مہتابہٕ وُژہس! ''یہٕ چھا وعدٕ ژٕ کرَکھ مےٚ تسی ہتی کھانٛدر۔''

گُلابہٕ : ''اِو ضروٗر کرٕ ییٚلہِ نہٕ بہٕ کرَے اِد گُس گری۔ ژٕ ونِے یوت پتہٕ وُچھتہٕ۔''

مہتابہٕ وُژہس ''یہٕ چھُ تسُنٛدے اولاد یُسُند ژےٚ چھےٚ۔''

یہٕ بوٗزِتھ زن پیوٚو گُلابس پہاڑ کلس پٮ۪ٹھ تہٕ کجہِ زیوٚ پرٕژھنَس...... ''اشرفُن ہے......؟''

مہتابہٕ : ''آ۔ ٲمی سُند مول چھُ اشرف، یُس ژےٚ اتھٕ موٗرِتھ نیوٚتھن۔''

گُلابس پھُٹٕ کوٹھی تہٕ ییٚلہِ ودان ودان یہٕ قصہٕ موج بوزناوٕن سو وُژہس درجواب ''تُل وونی ژےٚ تہِ ہےَ عاشا گری تھس...... وونی گری تن لوکٹ بیٚنہِ تہِ، وو پرٕ کوسہٕ چھےٚ......؟''

☆☆☆

## افسانہٕ نِگارن ہُنٛد تعارُف

**سوم ناتھ زتشی :** (افسانہٕ نِگار، ناٹک کار، ترجمہٕ کار) زاسنہٕ : 1923ء۔ روگناتھ مندر۔ سرینگر۔ کشمیر۔ سورگواس : 1996ء ۔ بنگلور۔ کرناٹک۔ کأشرِ افسانکی بأنی کار۔ لیکھن کوٚرُکھ شوٗرُعٕ اُردو پأٹھی 1942ء ۔ گوڈنیک کأشُر افسانہٕ ''ییٚلہِ پھوٚل گاش'' لیٚوکھُکھ 1950ء۔ تألیم : بی۔اے۔ شایع کِتابہِ: افسانہٕ سوٚمبرن: ییٚلہِ پھوٚل گاش ۔ ڈراما: (سٹیج تہٕ ریڈیو) تہٕ وبتھ روٗز پکان، ٹوٗرِ تہٕ سوٚرِ دگ بیترِ۔ ترجمہٕ: تھٕجُ (اِبسن) انسپکٹر جنرل (گوگول) مقدمہِ (کافکا)۔ اعزاز تہٕ ینامہٕ: آکاش وانی قومی ایواڈ۔ سوویت لینڈ نہرو ایواڑ۔ رأبطہٕ: معرفت اشوک زُتشی۔ 8-112۔ سی 24/بی۔ گوڈانکلیو-I، شالی مار گارڈن ایکس-I، صاحاباد۔ یوپی۔

**امین کامِل:** (افسانہٕ نِگار، شأعر، ناٹک کار، ناولسٹ، ترجمہٕ کار، نقاد، محقق، صحأفی)۔ زاسنہٕ: 1924ء کاپرن، شوٚپہِ ین، کشمیر۔ نِوِ کأشرِ غزلکی طرح کار۔ لیکھن کوٚرُکھ شوٗرُعٕ: اُردو شأعری سٍتؠ 1949ء پتہٕ پھیرِ کأشرِس کُن ۔ تألیم: بی۔اے، ایل۔ایل۔بی۔ شایع کتابہٕ: افسانہٕ سوٚمبرن: کتھِ منٛز

کتھ۔ **ناول:** گٹہِ مَنز گاش، تصویرِ عالم۔ (اُردو)۔ **شاعری:** مس ہلر، لوٕ تہٕ پژٕو، بیٚہ سُے پان، پدِس پوٚد ژھاے، یم میانٔی سوخن۔ **لِسانیات تہٕ ادبی تنقید:** اچھر زان، مہجورنبن بونبن تل، جوابن چھُ عرض (جلد ا تہٕ جلد ۲)۔ **ترجمہٕ:** ڈاک گھر (ٹیگور)، یادِ خُدا (دُعایہ نظمہٕ)، زٕژ ہلم (اقبال)۔ **خود ذاتھ نامہٕ:** ورقہٕ ورقہٕ کِتاب (زیرِ چھاپ)۔ **اعزاز تہٕ ینامہٕ:** پدم شری، ساہتیہ اکادمی، ریاستی کلچرل اکیڈیمی (دوٚیہ لٹہِ)، ریاستی سرکارُک روب آف آنر، بخشی روب آف آنر، عرفان فاونڈیشن امریکہ، ریاستُک تا عمر بہترین ادیب ایواڑ، ریڈیو کشمیر تہٕ دوٗر درشن طرفہٕ ڈاکومینٹری، کلچرل اکیڈیمی طرفہٕ آرکایوزٕ ڈاکومینٹری۔ **رابطہٕ:** بڈشاہ نگر، نٹی پورٕ، سری نگر۔

**اختر محی الدین:** (افسانہٕ نِگار، ناولسٹ، ناٹک کار، ترجمہٕ کار، ناقِد، صحافی) زاسنہٕ: 1928ء۔ بٹہٕ مالیُن۔ سرینگر۔ کشمیر۔ **انتقال:** 2001ء۔ لال بازر۔ سرینگر۔ کشمیر۔ نوِ کاشرِ افسانکی بانی کار۔ **لیکھُن کوٚرُکھ شوٗرٕو:** گوڈٕ اُردو پتہٕ کاشرِ پاٹھی۔ **تالیم:** بی۔اے۔ **شایع کِتابہٕ:** **افسانہٕ سوٚمبرن:** ستھ سنگر، سونزل۔ **ناولہٕ:** دود تہٕ دگ، زوٗ تہٕ زولانہٕ، پنٕنہِ پنٕنہِ جھنمک نار۔ **ڈراما:** (سٹیج تہٕ ریڈیو) نستہِ ہُند سوال، اَسی اَسی اَسی آسو۔ **ترجمہٕ:** سلاواٗمبرِ (روٗسی سفرنامہٕ)، ژھاے (اِبسن)، صداقتھ (مہاتما گاندھی)، گاڈٕ ہانزٕنز (جی شنکر کُروپ)۔ **تدوین:** لُکہٕ کتھٕ، چمن (ہفتہٕ وار)۔ **اعزاز تہٕ ینامہٕ:** پدم شری، ساہتیہ اکادمی، کلچرل اکیڈمی، کلا کیندر، کاٹھواری فاونڈیشن، کلچرل اکیڈیمی گولڈن جُبلی، رابرٹ

تھورپ ایواڑ۔ رابطہٕ: معرفت اظہر ہلال، سکہٕ باغ، لال بازر، سرینگر، کشمیر۔

ہری کرشن کول: (افسانہٕ نِگار، ناٹک کار، ناوِلسٹ، نقاد)۔

زاسنہٕ: 1934ء کاٹھلیشور، زأندار محلہ، سری نگر، کشمیر۔ لیکھُن کوٚرُکھ شورُو: ہندی افسانہٕ سِتی۔ تألیم: ایم۔اے، ایم۔فِل۔ شایع کِتابہٕ: افسانہٕ سوٚمبرن: (کأشُر) پتہٕ لاران پر بتھ، حالس چھُ روٗتُل، یتھ رازدانے، زوٗل لپأرِم۔ (ہندی) اس حمام میں، ٹوکری بھر دھوپ، ارتھی۔ کأشُر ڈراما: ناٹک گرو بنٛد۔ ہندی تنقید: رینو کی کہانیاں۔ ریڈیو ڈراما: دستار، ییٚلہِ وتن کھر چھُ یِوان، یُسے زہر کھیٚیہِ، مےٚ مور سُہ، مَنٛز بازرس۔ ناول: بنٛدھن، وبتھ وبتھا (ہندی)۔ اعزاز تہٕ ینامہٕ: ساہتیہٕ اکادمی، ریاستی کلچرل اکیڈیمی (پانٛژِ پھرِ)، محکمہ انسانی وسایل مرکزی سرکار، سوویت لینڈ نہرو ایواڑ، دوٗر درشن کیندر سری نگرچ ڈاکو مینٹری، آکاش وانی نیشنل پروگرام، راشٹریہ سہسرابدی سمان۔ رأبطہٕ: 6 نیو دہلی اپاٹمینٹ، وسُندھرا انکلیو، دہلی۔

غلام نبی شاکر: (افسانہٕ نِگار، ناٹک کار، ترجمہٕ کار)۔ زاسنہٕ: 1937ء چندہٕ پور، ہأرون، سری نگر، کشمیر۔ یم چھِ قریب 40 ہو وٗری یو پٹھہٕ افسانہٕ ریڈیو تہٕ ٹی وی ڈراما لیکھان۔ کأشرِ علاوٕ چھِ اُردو تہٕ ہندی پأٹھی تہِ۔ تألیم: بی۔اے۔ شایع کِتاب: افسانہٕ سوٚمبرن: آدم تہٕ حوا۔ ترجمہٕ: پژزلوٗنی نیب۔ پروڈکشن: رحمات سرمدی، بال مرأیو، ڈاکومینٹری 10 عدد تہٕ ژھوچہٕ فلمہ 20 عدد۔ رأبطہ: چندہ پورہ، ہأرون، سری نگر، کشمیر۔

**ہڑدے کول بھارتی:** (افسانہٕ نِگار، ناٹک کار، ترجمہٕ کار، نقاد، صحاًفی)۔ **زاسنہٕ:** 1937ء، سوپور، کشمیر۔ **لیکھُن کوٚرُکھ شوٗروٗ:** نمایاں پاٗٹھی کاشرِ پاٗٹھی۔ اُردو، ہندی تہٕ انگریزی پاٗٹھی تہِ چھِ برابر لیکھان۔ **تاٗلیم:** بی۔اے۔ **شایع کِتابہٕ:** **افسانہٕ سوٚمبرن:** ژٕکرِ ویٗہ۔ **تدوین:** ہم عصر کاٗشرِ افسانہٕ، جواہر لعل نہرو سُنٛد ذاتھ نامہٕ، مولانا ابولکام آزاد سُنٛد ذاتھ نامہٕ۔ **ترجمہٕ تہٕ ادارت:** دُنیاہکی تجرباتی افسانہٕ (زیرِ طبع)۔ **ڈراما:** (کاٗشرِ، ہندی، اُردو) اُجالے کی دہلیز، پرواز سے پہلے، آب سیماب، دلاور محل، پرٛایشچِت، لل دبد (ترٛےٚ درجن پیٹھی)۔ **ٹیلی فلمہٕ تہٕ ٹیلی پلے:** آدم، پٔژُن پٔژُن زال، زخم پر اُنگلی نہ رکھ، گاش ہینس تام، آگُر، فیصلہ، دِشاہین وغاٗرٕ۔ **ڈاکومینٹری:** کشمیری ساز، کشمیر فایل، پوٚت نظر۔ **سکرین پلے تہٕ مکالمہٕ:** خوابوں کے دریچے (چارلس لیمب)، ٹرٛس پاسرس (انگریزی۔ اختر محی الدین)، تحفہٕ (او ہنری)۔ **اعزاز تہٕ ینامہٕ:** ریاستی کلچرل اکیڈمی، آکاش وانی قومی ایوارڈ۔ **رابطہٕ:** کیو۔ 302، سیکٹر 4، سن سٹی، بوپل، احمد آباد، گجرات۔

**رتن لعل شانت:** (افسانہٕ نِگار، شاعر، ناٹک کار، ترجمہٕ کار، نقاد، صحاًفی)۔ **زاسنہٕ:** 1938ء بڈٕ یار، حبہٕ کدل، سری نگر، کشمیر۔ شوٗروٗ کوٚرُن کاشرِ افسانہٕ تہٕ ہندی شاعری ستیٚ 1953ء۔ **تاٗلیم:** ایم۔اے، ڈی فل (الہ آباد)۔ **شایع کِتابہٕ:** **افسانہٕ سوٚمبرنہٕ:** اچھر والن پیٹھ کوہ، ترٛکونٛجل، راٗوِ ءمتی معنے، ژھنبن۔ **تنقید:** افسانہٕ کیاہ گوو۔ **کاشُر افسانہٕ:** از تہٕ پگاہ، کشمیر ساہتِک

سندر بھ، سمے کے تیور (ہندی)۔ **ترجمہٕ: کأشُرِ:** تژٕے بہنہِ، ہاپتھ (چیخوف)، سلومے (وایلڈ)، گرٕبدلی (رما پد چودھری)، البیرونی سُند ہندوستان (زیرِ چھاپ)۔ **ہندی:** پوشہِ مال (رسول میر)، نُندرِشی، آوازوں کے ارتھ (نأدِم)، اُجلا راج مارگ (نمایند کأشرِ شأعر)۔ **تدوین:** کأشرِ شرٕج کِتاب، اُزٕچ کأشُر افسانہٕ، سوٚنبرن تہٕ سام، ترٚ زبأنی ڈِکشنری، وِستھاپن ساہیتہ کے آیام (ہندی)۔ **مونوٚگراف:** سروانند کول پرٕیمی۔ **ڈراما، ریڈیو، ٹی وی، سٹیج تہٕ سیریل:** (کأشرِ اُردو ہندی): قریب 6درجن، **پروڈیوسر سٹیج ڈراما:** قریب 1 درجن، **ادبی صحافت: ادارت:** واکھ (کأشُر)، کشپ، کھیٖر بھوأنی ٹایمز (ہندی)، **کالم نویسی:** کشمیر ٹایمز (ہندی)، ناد (انگریزی)، آکاش وانی منٛز ترجمہٕ کأری۔ **اعزاز تہٕ ینامہٕ:** صدر سُند سونہٕ سُند مبڈل، ساہیتہ اکادمی، ریاستی کلچرل اکیڈیمی، سی آے ایل میسور، ہندی سنتھان لکھنو، عالمی ہندی کانفرنٛسُک ملینیم ایوارڑ، سینیر فیلو شِپ، سوویت لینڈ نہروٗ ایواڈ وغأرٕ۔ **رأبطہٕ:** 904۔ سوٗ بھاش نگر، جموں۔

**مکھن لال پنڈتا:** (افسانہٕ نِگار)۔ **زاسنہٕ:** 1939ہٕ شُپہِ ین کشمیر۔ یمن روٗز اکاونٹ تہٕ آڈِٹس ستۍ واٚبسطہٕ روزنہٕ باوجوٗد کأشُر لیکھنس پرٛنس ستۍ لوٚے خوٚے۔ **شایع کِتابہٕ: افسانہٕ سوٚنبرن:** قرنہٕ پھٖیُر، گرداب، رٕنٛگی آرٕ بٔتھس پیٹھ، پوٚت ژھاے۔ **رأبطہٕ:** 180، دُرگا نگر، گلی نمبر 4، ڈاکخانہٕ روٗپ نگر، جموں۔

**امر مالموہی:** (افسانہ نِگار، شأعر، ناٹک کار، ترجمہ کار، نقاد، محقق)۔

زاسنہٕ: 1940ہٕ مالموہ، ضلع وُرِ مُل، کشمیر۔ یِمو کوٚر گوڈٕ اُردوہَس منٛز شاعری تہٕ ڈراماہ ستی لیکھُن۔ توأریخی تہٕ ثقافتی تحقیقس ستی روٗزکھ اولہٕ پیٹھے دِلچسپی۔ تألیم: ایم۔اے (ترٛن مضمون منٛز) پی۔ایچ ڈی۔ شایع کِتابہٕ: ناولہٕ: ترٛیش تہٕ ترٛپن، کُھلے پھوٗل (اُردو)۔ افسانہٕ سوٚمبرن: زعفران زار۔ ترجمہٕ: کتھا سرِت ساگر (سوم دیو)۔ تنقید: وکھنے تہٕ وبرٛھنے، داستان اور اُردو ناول (زیرِ طبع)۔ اعزاز تہٕ ینامہٕ: ریاستی کلچرل اکادمی، آل انڈیا ریڈیو (بہترین ڈرامہٕ)، ساہتیہ اکادمی (ترجمہٕ)، مرکزی وزارت انسانی وسایل طرفہٕ سینئر فیلوشِپ۔ رأبطہٕ: معرفت 141/1، وِکاس نگر، سیکٹر-1، جموٗں۔

**سید رسول پوٚمپُر:** (افسانہٕ نِگار، شاعر، ابسے نِگار، ترجمہٕ کار، نقاد، محقق، صحأفی)۔ زاسنہٕ: 1940ہٕ وێجِہ برٛور، اننت ناگ، کشمیر۔ یِمو چھُ تقریٖبن پرٛتھ ادبی صنفہِ منٛز وارِیاہ کینٛہہ لیٚکھمُت تہٕ شایع کوٚرمُت۔ تألیم: ایم۔اے (فارسی)، کأمل (کأشُر)، أدیب کأمل (اُردو)۔ شایع کِتابہٕ: افسانہٕ سوٚمبرن: ووٚنی کور گژھہ؟ ترجمہٕ: پرٛانہٕ وار (راجندر سنگھ بیدی)۔ ابسے سوٚمبرنہٕ: یتھ آدمی وٚنس منٛز، کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ، مے مشہِ نہٕ زانٛہہ، تقدیر آم نووٕنے۔ تحقیق تہٕ تنقید: باوتھ تہٕ علامتھ، میزان، کأشرِس ادبس منٛز طنٛز تہٕ ظرافت، پوٚت نظر، بے رنٛگ۔ شأعری: بہٕ گیٚو کیٚتھ، سفید سنٛگر، خنٛدٕ۔ مونو گرٛاف: عبدالستار رنجور، چمن لال چمن، پی این پُشپ۔ تدوین: أزیٚک کأشُر ابسے، وبتھہٕ آگُر، انگریزیس منٛز ہم کال ہندوستأنی افسانہٕ۔ اعزاز تہٕ ینامہٕ: ریاستی کلچرل اکیڈمی طرفہٕ وطن پرست

شاعری پیٹھ، ورن مالا (اوڈیا رسالہٕ) ٹیک روب آف آنر، سوویت لینڈ نہرو ایوارڈ، ساہتیہ اکادمی، کلچرل اکیڈیمی ہندی ترجمہٕ ایوارڈ۔ **رابطہٕ** : 55۔ سایکاپ روڈ۔ بجبہاڑہ۔ کشمیر۔

**اوتار کرشن رازدان:** (افسانہٕ نِگار، ابسے نِگار، ترجمہٕ کار، محقق)۔ زامنہٕ : 1942ء پورشہٕ یار، حبہٕ کدل، سری نگر، کشمیر۔ یمو چھُ پننہِ قوت ارادی ستی پیدایشی جسمانی کمزوری پیٹھ قوبو پرٛوومُت تہٕ تخلیقی ،دبس تہٕ تحقیقس منٛز تھٔکینٛ لایق کام کرِمٕژ۔ **شایع کِتابہٕ: افسانہٕ سوٚمبرن:** اہل بی ڈیلو (کاشُر)، سوغات، آتنک بیج، عرش سے فرش تک، دل اُچھلا دیکھنے، (ہندی) روپ کا روگ (زیرِ طبع)۔ **تحقیق**: کشمیری للت کلائیں، کشمیر کی سیر، شری نگر (ہندی)۔ **ترجمہٕ**: سنو کہانی، نامالوار، کاشُرِ انسایکلوپیڈیاہکی 100 مُندرجات۔ **ادارت**: پرٛگتی پونچی رسالس معاون مُدیر۔ **اعزاز تہٕ ینامہٕ**: ریاستی کلچرل اکیڈیمی (دوٚیہٕ لٹہِ)، یو پی ہندی سنتھان لکھنو، مرکزی سرکارٕچ انسانی وسایل منسٹری، راشٹر بھاشا پرچار سمتی، جموں کشمیر لداخ کلچر فورم، جموں کشمیر وچار منچ، آل انڈیا کشمیری سماج۔ **رابطہٕ**: ڈی۔255، گلی نمبر 14-15، لوور شیونگر، جموں۔

**بشیر اختر:** (افسانہٕ نِگار، شاعر، صحافی)۔ زامنہٕ : 1944ء گاوکدل، سری نگر، کشمیر۔ **انتقال**: 2007ء کھرٛیو، پانپور، کشمیر۔ **تالیم**: ایم۔اے۔ گوڈٕ گوڈٕ آسی اُردو پاٹھی لیکھان تہٕ مزاحیہ شاعری تہٕ کریکھ۔ **شایع کِتابہٕ: افسانہٕ سوٚمبرن**: لنہِ گٹہِ ننہِ کتھ (زیرِ چھاپ)۔ **تدوین**: شیرازٕکی کیتی شُمارٕ۔ **رابطہٕ**:

معرفت مُبشر احمد، کھڑِ و، پانپوٗر ضلع پُلوامہٕ، کشمیر۔

**گُلشن مجید:** (افسانہٕ نِگار، شاعر، نقاد، محقق)۔ **زاسنہٕ:** 1947ء قاضی محلہ، اننت ناگ، کشمیر۔ شوٗروٗ کوٗرُن شاعری تہٕ تبصرٕ نِگاری ستی۔ کاشرِ تہٕ انگریزی پأٹھی۔ **تألیم:** ایم۔اے۔ **شایع کِتابہٕ:** **تنقید:** نقدِ شعر۔ **مونو گراف:** لکھمن کول بُلبُل۔ **تدوین:** گُل بکاولی۔ **تحقیق:** امرجنسی آف سینٹرل ایشیا۔ **تدوین:** سٹڈیز اِن سینٹرل ایشیا، آسپکٹس آف فوک لور، اے لُک اِن کشمیر، میڈیول ایشیا (سارے انگریزی)۔ **ترجمہ تہٕ تدوین:** کشمیر تہٕ سنٹرل ایشیا (1867-1866) (فارسی پیٹھ)۔ **ڈراماچ کمینٹری:** کشمیر تھرٗ دا ایجز (ساونڈ اینڈ لایٹ پروگرام)، سیریل ڈراما۔ **رأبطہٕ:** گلی نمبر 2، پروفیسرس کالنی، نسیم باغ، سری نگر، کشمیر۔

**م۔ک۔رینہ:** (افسانہٕ نِگار، محقق، صحأفی)۔ **زاسنہٕ:** 1947ء سرینگر۔ پیشہٕ کِنی سِول انجینر۔ کاشرِ زبانِ تہٕ کلچرکہِ موجبہٕ کِنی ووت یمن واریاہ کال لیکھان۔ **شایع کِتابہٕ:** افسانہٕ سوٗمبرن : ژوٗک موٗدُر، کینٛہہ نوٗن کینٛہہ سوٗن، پینٹا کاڈ (انگریزی)۔ **تألیم تہٕ لسانیات:** بیسِک ریڈر فار کشمیری لنگویج (انگریزی۔ پرٛوجکٹ زان)، انفارمیشن ڈایجسٹ سیریز (3 جلد)۔ **شأعری:** پیوان چھُم یاد (زیرِ طبع)۔ **تدوین:** انٹرنیٹ میگزین ''ہأرون'' (کاشُر)، مِلچار (مُمبے) تہٕ آلو (بنگلور) ہِکی کأشرِ ہندی حِصہٕ۔ **رأبطہٕ:** 104-B، گیلیکسی، اگروال ٹاون شِپ، کولنز ہیریٹیج، وسایی(W)، ضلع ٹھانے۔ مہاراشٹر۔

**نذیر جہانگر** : (افسانہٕ نِگار، ناٹک کار، محقق)۔ زاسنہٕ: 1948ء نوہٹہ، سری نگر، کشمیر۔ پیٚشہٕ :کٔرٕ زراعتی کارپوریشنس منٛز مگر رغبتھ ادب (خاصکر ڈرامہٕ) ہَس گُن۔ **شایع کِتابہٕ: افسانہٕ سوٚمبرن:** پھُٹھن تہٕ دگ، اسرار، جہانگیٖر کتھا۔ **ریڈیو ڈراما مُصنِف:** وأراں بونہِ ہُند حأران کاو، رأسی وبتھ، ریٖہہ، ییٚلہٕ زیوٚ کلان چھےٚ، چکرم بکرم، سلطنت، بھٹتے جسم (اُردو) وغأرٕ کُل 18۔ **ٹی وی ڈراما مصنف:** آوٗلن، آلو، دلاور وغأرٕ۔ **ٹیلی فلم:** سویرا۔ **سٹیج ڈراما:** گوٚبُر چھُ مجرٗم وغأرٕ۔ **انگریزی کِتابہٕ:** لایف حدیث اینڈ مسٹزم، ناٹی مِسٹریز، ڈزیمز، لل دید اے گریٹ مِسٹک پوئیٹ (زیرِ طبع) وغأرٕ۔ **رأبطہٕ:** مرزا کامل صاحب، حول، سری نگر، کشمیر۔

**شمس الدین شمیم** : (افسانہٕ نِگار، ناٹک کار، صحأفی)۔ زاسنہٕ: 1949ء کرٛالہٕ کھوڈ، حبہٕ کدل، سری نگر۔ **تألیم:** بی۔اے تہٕ ماس کمیونکیشن کورس۔ شرۄ کوٚرُن اُردو افسانہٕ ستی تہٕ پتہٕ پھیوٚر کاشُرس کُن۔ **شایع کِتابہٕ: افسانہٕ سوٚمبرن:** ویرانے (اُردو)، وچھس تل مزار (زیرِ طبع)۔ **ڈراما (ریڈیو ٹی وی):** گٔلی (زیرِ طبع)۔ **اعزاز تہٕ ینامہٕ:** کلچرل اکیڈیمی سکرٛپٹ مُقابلہٕ (سٹیج)، **کالم نویسی:** اخبار آفتاب (شمس تبریز ناوٕ)، اخبار چنار (صفا شیٖن ناوٕ)۔ **رأبطہٕ:** 9۔ شوپورہ، بٹوارہ، سری نگر، کشمیر۔

**شفیع شوق:** (افسانہٕ نِگار، شاعر، نقاد، ترجمہٕ کار، محقق)۔ زاسنہٕ:

1950ء کاپرن، شُپہ ین، کشمیر۔ تألیم: ایم۔اے، ایم۔فِل، پی۔ایچ۔ڈی (انگریزی)، کامِل (کأشُر)، وشارد (ہندی)۔ ادبس، تحقیقس، تنقیدس، لِسانیاتس منز منفرد نظریہ کِنی پزنتھ۔ شایع کِتابہٕ: شأعری: یاد اسمانن ہنز۔ تحقیق تہٕ لِسانیات: کأشرِ ادبُک توأریخ، شیخ العالمؒ تہٕ تِمُہ سُنْد زمانہٕ، کأشُر گرامر، عرشہٕ پیٹھ فرشس تام (سائنس)۔ ترجمہٕ: مرن اوان اِلچ سُنْد (ٹالسٹائے)، کنیا دان (وجے تندُلکر)، ژھایہِ لداخ (بھوانی بھٹاچاریہ)، زُو چھم بزمان (آغا شاہد)، دانا کِنہٕ نادان (سُدھا مورتی)۔ تنقید: زبان تہٕ ادب، پُرشن پوئیٹری آف مرزا غالب، یوریپنز آن کشمیر، دیبسٹ آف کشمیری پوئیٹری (انگریزی)۔ تدوین: کأشُر افسانہٕ از، سنگلاب، أزِچ کأشُر شأعری، میڈول انڈین لٹریچر (کأشُر حِصہٕ)، واڈ آف للا، لالہٕ رُخ، انسائیکلوپیڈیا آف انڈین پوئیٹکس۔ اعزاز تہٕ اِنامہٕ: ساہتیہ اکادمی، کلچرل اکیڈیمی، سی آے ایل میسور۔ رأبطہٕ: کشمیری ڈِپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی۔ سرینگر۔

**رُوپ کرشن بھٹ:** (افسانہٕ نِگار، ماہرِ لِسانیات)۔ **زاسنہٕ:** 1951ء بوگام، اننت ناگ، کشمیر۔ **تألیم:** ایم۔اے، پی۔ایچ۔ڈی، ڈِپلوما (روسی)۔ **شایع کِتابہٕ:** افسانہٕ سوٚمبرن: ہرِ داو، بہٕ چھس گُشپر، پربت کے اُس پار کا سپنا (ہندی)۔ لِسانیات: اے ڈِسکرپٹو سٹڈی آف کشمیری لنگوئجز، لنگوسٹکس اینڈ لنگویج ٹیچنگ، کشمیری اُردو ٹیچر، کشمیری سویم شِکشک وغأرٕ۔ **رأبطہٕ:** 148، ڈِی لکس اپارٹمنٹ، وسُندھرا انکلیو، دہلی۔

**محی الدین ریشی :** (افسانہٕ نِگار، صحافی)۔ **زائنہٕ:** 1951ء سری نگر، کشمیر۔ کأشرِ زبأنؠ تہٕ ادبچہِ دِلچسپی ‌‌کِنؠ آے یم افسانن کُن۔ **تألیم:** بی کام۔ **شایع کِتابہٕ:** افسانہٕ سوٚمبرن: أنہٕ آتش۔ تدوین : آلو۔ **رأبطہٕ:** شاہ فیصل کالونی، بٹہ پورہ، سری نگر۔

**اوتار ہوگامی:** (افسانہٕ نِگار، شأعر)۔ **زائنہٕ:** 1952ء ہوگام تحصیل ضلع انت ناگ، کشمیر۔ کأشرِس افسانہٕ لیکھنس کُن رغبتھ۔ گاہے بگاہے مضموٗن یا طنزیہِ غزلہٕ کیو نظمہٕ تہٕ لیکھان۔ ریاستہٕ کِبن سرکردٕ رِسالن اندر چھِ برابر چھپان۔ **تألیم :** ایم۔اے، بی ایڈ۔ **رأبطہٕ:** 31/5 لوور برنایی، بن تالاب روڈ، مُٹھی، جموں۔

**وِجے ساگر:** (افسانہٕ نِگار)۔ **زائنہٕ:** 1953ء سیر، کانل گُنڈ، انت ناگ، کشمیر۔ افسانہٕ گرِ یمو وطن بدری پتہٕ لیکھنؠ شوٚرٕ۔ تعلیم : ایم۔اے (اُردوٗ) تہٕ ڈِپلوما (ٹی وی)۔ **شایع افسانہٕ:** ریاستی رِسالن منٛز۔ **رأبطہٕ:** 17۔ بی، شِہُل، شاردا کالونی، پٹولی برہمناں، ڈاکخانہٕ مُٹھی، جموں۔

**رتن تلاشی:** (افسانہٕ نِگار، شأعر، نقاد، محقق)۔ **زائنہٕ:** 1953ء شُپہ یَن، کشمیر۔ شوٚرٕ پیٹھے کأشرِس ادبس خاصکر تنقیدس کُن روجحان۔ **تألیم:** ایم۔اے، ایم۔فِل۔ پی۔ایچ۔ڈی۔ **شایع کِتابہٕ: تنقید:** أنٛگہٕ وَن، توأریخ تہٕ لِسانیات، کأشرِ ادبُک توأریخ اکھ خاکہٕ، پنجابی کشمیری ڈِکشنری۔ **مونوگراف:**

پرمانند۔ **تدوین:** ستی سر جلد ۱ تہٕ ۲۔ کأشر ادب، لیلا سوٚنبرن۔ **رأبطہٕ:** شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر۔

**یعقوب دِلکش** : (افسانہٕ نِگار، ناٹک کار، صحأفی)۔ **زاسنہٕ:** 1954ء خانہٕ یار، سری نگر، کشمیر۔ شوٚرُو کوٚرُکھ افسانو ستۍ۔ **تألیم:** ایم۔اے، ایم ایڈ۔ **شایع کِتابہٕ:** **افسانہٕ سوٚنبرن:** تخلیق گرٛ ٹھ وُٹسی، بند مکانس مَنز، مٹی کے دیئے (اُردُو)۔ **ریڈیو ڈراما مُصنِف:** تٔمۍ لوٚب لال، راتہٕ موغُل، سراب، پھولہٕ وُن ٹوٚر، ظلمات وغأرٕ۔ **ٹیلی وجن ڈراما مُصنِف:** یہٕ تہٕ چھُ ایُز، جنجال، یہٕ تہٕ چھُ سپدان، پاگل کُس، یمبرزل وغأرٕ۔ **ڈاکومینٹری:** 5۔ **اعزاز تہٕ ینامہٕ:** آکاش وانی قومی ایواڈ۔ **بانی کار:** شاہین تھیٹر۔ شرکت آل انڈیا ملٹی لِنگول کانفرنس بھوپال بحیثیت ہدایت کار تہٕ اداکار تہٕ ڈرامہن مَنز شرکت۔ **رأبطہٕ:** شیشہٕ گری محلّہ، خانیار، سری نگر، کشمیر۔

**رتن لال جوہر** : (افسانہٕ نِگار، شأعر، نقاد، صحأفی)۔ **زاسنہٕ:** 1954ء شُپہِ یَن، کشمیر۔ شوٚرُو پیٹھے اَدبی سرگرمین تہٕ تخلیقی کامبن کُن روجحان۔ **تألیم:** بی۔اے۔ **شایع کِتابہٕ:** **شعرٕ مجموعہ:** حرف حرف گواہ۔ **سوٚنبرن تہٕ تدوین:** کأشرِ لُکہٕ بأتھ (جلد نمبر 10۔ کلچرل اکیڈیمی)، أزُیک کأشر ادب، عہد ساز نأدِم، جلایہِ وطنی ہُند ادب سوٚنبرن تہٕ سام (سمپرٛتی جموں)۔ **ترجمہٕ:** زولانہٕ (بھویندر ناتھ سیکسیا)۔ **رأبطہٕ:** مکان نمبر 37، گلی نمبر 1، بُلاک B، روٗپ نگر انکلیو، جموں۔

**ناصر منصوٗر :** (افسانہٕ نِگار، ناٹک کار، ابسے نِگار)۔ **زامنہٕ:** 1959ء۔ کالیج دوہَن مَنٛزے کوٗرُن افسانہٕ لیکھُن شروٗ۔ **تالیم:** ایم ایس سی۔ ایم اے۔ ڈِپلوما ہندی۔ پروگرام پروڈکشن تہٕ ٹیکنِکل آپریشن (فلم انسٹیٹوٗٹ پوٗنے)۔ **شایع کِتابہٕ:** **افسانہٕ سوٗمبرن:** اَنہٕ تہٕ عکس (زیرِ چھاپ) **ڈراما:** آئینہ (زیرِ چھاپ)۔ **نشر گامتۍ ڈراما:** سری نگر ریڈیو تہٕ دوٗردرشن، لکھنو تہٕ فلم انسٹیٹوٗٹ پوٗنے پیٹھ۔ **اعزاز تہٕ ینامہٕ:** ممبر صلاح کار بوڈ ساہتیہ اکادمی۔ **راٗبطہٕ:** فراق منزل، لکھری پورہ، نوشہرہ، سری نگر، کشمیر۔

**مجروح رشید:** (افسانہٕ نِگار، شاعر، نقاد، ترجمہٕ کار، محقق)۔ **زامنہٕ:** 1958ء، اَرونی، کولگوم، کشمیر۔ تنقیدس مَنٛز امتیاٗزی نقد و نظر۔ **شایع کِتابہٕ:** **تنقید و تحقیق:** عصری، کاشرِ شاعری، ریڈِنگس (انگریزی)۔ **مونوگراف:** اسد میر، لبہٕ خان فدا۔ **ترجمہٕ:** **انگریزی پیٹھ:** نرمل ورما، گھنشیام دیسائی، جنیت مہاپاتر، شِو کمار، ارون جوشی وغاٲرٕ ہندی افسانہٕ۔ **کاشرِ پیٹھ انگریزی:** رشید نازکی، رحمان راہی، مرغوب بانہالی، شفیع شوق، مومن صاحب، سوچھِ کرال وغاٲرن ہٕنٛز نظمہٕ۔ **تنقیدی تبصرٕ:** شش رنگ، ریٚشہِ مالیُن میٛون، صداتہٕ سمندر، ژھبن وغاٲرٕ۔ **راٗبطہٕ:** کشمیری ڈِپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، سری نگر۔ کشمیر۔

**رحیم رہبر:** (افسانہٕ نِگار، ناٹک کار)۔ **زامنہٕ:** 1959ء، کانہامہٕ، ضلع بڈگام، کشمیر۔ یمو چھُ افسانہٕ علاوٕ ریڈیو خاطرٕ وارٕہ ڈرامہ لیکھِمتۍ۔ کاشرِ

علاوٕ اُردو تہٕ انگریزی یَس مَنز تہٕ۔ تألیم: ایم۔اے (ترٚن مضمونن مَنز)۔ شایع کِتابہٕ: افسانہٕ سۆمبرن: ریٚہہ تہٕ آب، وأران بونہِ ہُند حأران کاو، یہِ دود کربلہٕ۔ ڈرامہ: تقریبن ژ درجن (ریڈیو تہٕ ٹیلی وجن)۔ اعزاز تہٕ ینامہٕ: سرٹی فیکٹ آف میرِٹ (وزارت اطلاعات بھارت سرکار)، کالیج آف ایجوکیشن سری نگر۔ رأبطہٕ: پپٹھ کانہامہٕ، تحصیل بیرٚو، ضلع بڈگام، کشمیر۔

**مُشتاق احمد مُشتاق:** (افسانہٕ نِگار، صحأفی)۔ زاسنہٕ: 1961ء سری نگر، کشمیر۔ یمو کۆر کأشرِ تہٕ اُردو پأٹھی افسانہٕ لیکھتھ ادبی زندگی دسلابہٕ۔ شایع کِتابہٕ: افسانہٕ سۆمبرن: یتھ واوِ ہالہِ۔ رأبطہٕ: پرٚیس انفارمیشن بیورٚو، پرتاپ باغ، سری نگر، کشمیر۔

**محفوظ جان:** (افسانہٕ نِگار، شأعر، ترجمہٕ کار، نقاد، محقق)۔ زاسنہٕ: 1969ء نواکدل، سری نگر، کشمیر۔ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبی سرگرمین ہِنز وابستگی تہٕ لیکھنٕچ تحریک۔ تألیم: ایم۔اے، ایم۔فِل، پی۔ایچ۔ڈی۔ شایع کِتابہٕ: افسانہٕ سۆمبرن: شپنہٕ مأژ، شہج وتھ، پۆت ژھۆہ۔ ترجمہٕ: ہندریار (سعادت حسن منٹو)، خاب تہٕ تقدیر (ہندوستأنی زبانن ہندی افسانہٕ)۔ تدوین تہٕ تنقید: کُلیاتِ حسن ڈرایور، وہاب خار، احمد بٹہٕ وأری، سوچھ کرٛال، نعمہٕ صأحب، رحیم صأب، کینٛہہ گُم نام شأعر۔ باوتھ رِسالٕچ معاون ادارت۔ مونوگراف: شاہ قلندر۔ اعزاز تہٕ ینامہٕ: ریڈیو کشمیر سری نگرٕ، کُل ہند شأعری کانفرنٕس ریاستی سیکرٹری، لل دد فاونڈیشنک تومغہ۔ رأبطہ: کشمیری ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، سری نگر۔

أزیک کأشُر افسانہٕ کیاہ تہٕ کیُتھ چھُ، یہٕ زانُنہٕ خٲطرٕ چھُنہٕ صرف یہِ افسانہٕ پرٕنۍ یوت کٲفی۔ اتھ پیٹھ تنقیدی نظر ترٲوٕنۍ تہٕ چھےٚ ضروٗری۔ نیشنل بُک ٹرسٹ کِس ییتھ افسانہٕ مجموعس ترتیب دِنہٕ وِزِ چھُ امیک خاص خیال تھونہٕ آمُت۔ افسانہٕ آیہٕ تِمے تھونہٕ یِم پٕتِمین دٔہن وٕہرین لیکھنہٕ آمٕتۍ یا چھاپ گٔمتۍ آسن تہٕ أزیک سمٲجی کیوٚ انسٲنی صورتحال خلوصہٕ سان پیش کران آسن۔ کینٛہہ تِتھۍ افسانہٕ تہِ آیہِ ہِنہٕ یِم نہٕ وُنہِ کُنہِ تہِ شایع گامٕتۍ چھِ۔ افسانہٕ نگارو سٟج یِمہِ مجموٗعچ اہمیتھ تہٕ وومید زیادٕ تعاوُن دِتھ۔ ایڈیٹرن وِژ گوڈنچ ترٛجیح مُصنِف سٕندِس نوقطہٕ نظرس تہٕ ترجیحاتن۔ پتہٕ یُتھے وبوٗھنۍ کٔرن ہم کال صورتحالہٕ کِس پس منظرس سٟتۍ کوٚڈٕن افسانہٕ نِگارٕ سُند خٲلص تخلیقی رِشتہٕ بدٕ۔ اوٚسے تہٕ چھُ یہِ مجموعہ معاصر کٲشرِ افسانٕچ نُمایندٕ تصویر تہِ پیش کران تہٕ اِمیٚ وبوٗھنۍ تہِ کران۔

یِمہِ افسانہٕ مجموٗعک ترتیب کار ڈاکٹر رتن لعل شانت چھُ اہم کٲشُر افسانہٕ نِگار آسنہٕ علاوٕ افسانُک مُستند نقاد تہِ۔ أمۍ سٕندۍ ژور افسانہٕ مجموعہ تہٕ زٕ تنقیدی کِتابہٕ چھےٚ ادبی دٲیرن اندر خاص چرچک موضوٗع بنیمٕژ۔ کُل قریب زٕ درجن کٲشرِن (تہٕ ہندی) کِتابن ہُند مُصنِف آسنہٕ علاوٕ چھُ ترجمہٕ کار ڈراما نِگار تہٕ ادبی صحٲفی تہِ۔ ساہتیہ اکادمی، کلچرل اکیڈیمی، سی آے اہل میسور، مرکزی وزارت تعلیم، سوویت لینڈ نہرٗو اواڑ، ہندی ساہتیہ سمیلن الہ آباد وغارٕ اعزازو علاوٕ چھُ أمِس صدرِ ہند سُند سونہٕ سُند میڈل تہٕ عطا کرنہٕ آمُت۔

مول: 90.00

ISBN 978-81-237-5424-6




نیشنل بُک ٹرسٹ، اِنڈیا

Cover painting by Gokal Dembi